پیرزادہ غلام احمد مہجور

# کُلیاتِ مہجور

ترتیٖب کار، حواشی تہٕ مُقدّمہٕ

محمد یوسف ٹینگ



جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز، سرینگر

۱۹۸۳ء

پرنٹر و پبلشر —— سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سری نگر

مطبع —— جے. کے آفسیٹ پریس۔ دہلی

انچارج پبلی کیشن —— بشیر اختر

گوڈنیک چھاپ    ۱۹۸۲ء۔ اکھ ساس



خوش نویس

محمد صدیق۔ محمد یوسف مسکین

پاراد

بھوشن کول۔ شجاع سلطان

تصویر بہ شکریہ

محمد امین ابنِ مہجور مرحوم

بشیر اختر

محمد یوسف ٹینگ



کامہٕ دِو کَرِ ساُلِ ڈَل بوٗزُم شَبَس گَرٕ تیل بَل
دَرشَنَس آلَبَس اَندَر پَمپوٗشُس لاگِتھ پٔلار ہا

## سَرٕ وَرق

پوشہِ وُنہِ باغٕچ پوشہِ گوٚنٛدریے

گٔرِسی کوٗرِ نازنین سوٗندریے

سوٗ رٕچ نازنین تاجٕچ پریے

گٔرِسی کوٗرِ نازنین سوٗندریے

مل:- لکشمن پائیٚ

## اَندرِیم رنٛگین تصوٗیر

یارِ مٔیلہ وَاش کوٗڈ زُلفہِ پیچانن

گاش بیوٚٹھ ژٕورِ دُردانن مَنٛز

مُشک دار واو ژٲو مَنٛز پرستانن

جاے ثمرُڈ گُلستانن مَنٛز

مترجم: شجاع سلطان

# اَکھ اہم ژیٚنہٕ وٕنۍ

— ہرگاہ اَسہِ یتھ کِتابہِ کلیاتِ مہجورناو چھ تھوٚدمُت ۔
مگر یَزر چھُ یہِ زِ یہِ چھُ صرف مہجورَن کاشرِ کلیات ۔ تمٕ چھ فارسی
تہٕ اُردوٗس منٛز واریاہ مضموٗن، رِسالہٕ تہٕ کِتابہٕ لیٖچھمٕژ ۔ یم یوٚدوے
سونبراوِتھ خبرِ کیتی جلد گژھن تیار ۔ کاشرِس کلیاتس منٛز آسہٕ نہٕ
یمن چیزَن ہنٛز ضروٗرت تہٕ توٚے تھاو نہٕ یم اَسہِ
یتھ کلیاتس منٛز ۔ بہرحال یہِ چھُ مہجورُن فقط کاشُر
کلیات ۔

(محمّد یوسف ٹینگ)

# راش

## ر

- کرٲنۍ ہانکل
- زندگی ہند اہم تاریخ
- کلامِ مہجوٗر ـــــ کَرِ تہٕ کوٗت چھپیوو
- کٲشُر ادبس مَنٛز مہجوٗرنۍ اِمتیاز
- تصانیف و تالیفات
- مہجوٗر ـــــ مزاز تہٕ خوۓ
- حالاتِ زندگی
- مہجوٗر پتہٕ مہ پیار ہیوٚند شٲیر۔

## ب

- کلامِ مہجوٗر
- پیامِ مہجوٗر
- سلامِ مہجوٗر

## ج

پھاپھاکٹنی

- تعارف
- مثنوی

## د

جنگِ جرمن

- تعارف
- مثنوی

## س

- عہد و پیمانِ حضرت بل

## ش

- مُتفرّقات

## ن

- غیر مطبوعہ



ڈیسک ۔ قلمدان ۔ جچپر ۔ لالٹین بیترِ یِمَن ہُہنْد مہجورؔ دۄہدِشْ استیمال کران اُسی ۔

۱۹۱۸ء ڈُڈبارِ معطلی۔

۲۱ ۱۹۲۰ء بہ حیثیت پٹوآری حاجن یِنا۔

۲۸ ۱۹۲۷ء سورسیار تقرری۔

۱۹۲۹ء تقرری ہَندِواڑ۔ تتِہ پَتہٕ پھیرِ معطلی

۴۵ ۱۹۳۱ء بہ حیثیت پٹوآری آری گامہِ سکونت۔ تِہندِ تخلیقی سرگرمیہٕ ہیوند ساروِے
کھوتہٕ بجاگہِ بھوٚر کتھ زمانہٕ۔

۵۲ ۱۹۴۵ء ریٹائرمنٹ۔ ہترِ گامہ بنیہِ سکونت۔

۱۹۴۷ء قومی کلچرل محاذُک نائب صدر۔ ادیبن تہٕ فنکارن ہُندس تنظیمس مَنزِ دلچسپی

۱۹۵۱ء وزیرِاعظم شیرِ کشمیر شیخ محمّد عبداللہٕ ہس سیتی دِلہ ہیوند سفر۔ تاریخِ ادبیات
کشمیر خاطرِ دِلہٕ ہُندین کتاب خانن ہیوند دورٕ۔

۸۔اپریل ۱۹۵۲ء حکومت کشمیر کہ طرفہٕ گوڈنکس کاشرس شاعرس سرکاری وظیفہٕ گوڈنِچ
قسط وصول۔ بیمارٕ ہنزِ علاما کھ۔

۹، اپریل ۱۹۵۲ء دماغٕچ رگ پھٹنہٕ سیتی وفات۔ ہترِ گامہٕ تدفین۔

۱۱، اپریل ۱۹۵۳ء نائب وزیرِاعظم بخشی غلام محمّد گو و ہترِ گوم۔ تِہندِ سے تجویزٕ س پیٹھ آدِ مہجورَن
جسد قبرٕ منز کڈِتھ سرینگر والنہٕ۔ خانقاہ معلےٰ پیٹھ آدِ آخری سفر
شوٚرُو کرنہٕ۔ اتھ واجنہٕ آیہٕ سرکاری اعزازِ سیتی دفن کرنہٕ۔ اَتھ موقس
پیٹھ آسی نائب وزیرِاعظم، اعلا حاکم، بڈی ادیب تہٕ شاعر تہٕ بنیہ باقی
لُکھ موجود۔

# کلامِ مہجور

## کرتہٕ کوٚت چھپیوو

کأشرِ پأٹھی یُس کلامِ مہجور شایع سپُد۔ تمیُک تارِیخ وار فِہرست چھُ دَرج۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اتھ منٛز شایع سپد مِنٛن حِصَن ہیٚنٛد تیداد تہِ ہاوِنہٕ آمُت۔ کلام۔ پیام تہٕ سلام اوس لوٕکٕٹ لوٕکٕٹ حِصَن منٛز چھاپ سپدان۔ اکِس حِصس منٛز اُسی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ستہٕ نظم، غزل، یا وٕژن شأمِل آسان۔ کأشرِ علاوٕ اوس کلامِ مہجورُک اَکھ حِصہٕ دیوناگری رسم الخط منٛز تہِ شایع سپُدمُت۔ ۱۹۴۶ء منٛز اوس کلامُک اَکھ پوٗر حِصہٕ رومن سکرِپٹس منٛز تہِ شایع سپُدمُت۔

کلامِ مہجورُک ناشِر اوس علی محمد ینٛڈ سنز کدل، حالانکہ اَمہِ برونٛہہ اُسی پانہٕ مہجورَن تہٕ غلام محمد نور محمد تاجرانِ کتب والیو تہِ کینٛہہ حِصہٕ چھأپی متی۔

(مُرتب)

کلامِ مہجور نمبر ۷ — سنہ ۱۹۴۳ء / ۵۰۰۰ — سنہ ۱۹۴۴ء / ۳۰۰۰ — سنہ ۱۹۴۶ء / ۳۰۰۰ — سنہ ۱۹۵۰ء / ۳۰۰۰

کلامِ مہجور نمبر ۸ — سنہ ۱۹۴۴ء / ۳۰۰۰ — سنہ ۱۹۴۵ء / ۱۰۰۰ — سنہ ۱۹۴۵ء / ۲۰۰۰ — سنہ ۱۹۴۷ء / ۳۰۰۰ — سنہ ۱۹۵۰ء / ۲۰۰۰

کلامِ مہجور نمبر ۹ — سنہ ۱۹۴۵ء / ۴۰۰۰ — سنہ ۱۹۵۰ء / ۴۰۰۰

کلامِ مہجور نمبر ۱۰ — سنہ ۱۹۵۰ء / ۵۰۰۰

کلامِ مہجور نمبر ۱۱ — سنہ ۱۹۵۱ء / ۵۰۰۰

پیامِ مہجور نمبر ۱ — سنہ ۱۹۳۹ء / ۲۵۰۰۰ — سنہ ۱۹۴۴ء / ۳۰۰۰ — سنہ ۱۹۴۶ء / ۲۰۰۰ — سنہ ۱۹۵۰ء / ۵۰۰۰

پیامِ مہجور نمبر ۲ — سنہ ۱۹۴۳ء / ۴۰۰۰ — سنہ ۱۹۴۵ء / ۳۰۰۰ — سنہ ۱۹۴۵ء / ۳۰۰۰ — سنہ ۱۹۵۰ء / ۴۰۰۰



اُتھواجنہٕ ۔ مہجوٗر دفن کرنہٕ برٛونٛہہ چھِ نایِب وزیرِ اعظم بخشی غلام محمد صاءب توبوتس نِش تقریر کران



سوگٕرینٛلہِ مہجوٗر سرکاٗری اعزازٕ سان دفناونہٕ آو۔ توپہٕ آیہِ تزاونہٕ تہٕ ہتھیار پھیرِکھ دٕبہٕ



پاندرٹھینس منز مہجوٗرن مقبرٕ ــ سابق وٗزیرِ تعلیم مسٹر محمد شفیع مُرتب محمد یوسف ٹینگ تہٕ مہجوٗر صابٕن زُر عبدالباری



مرحوم مہجورؔ — مرحوم شیرِ کشمیر

اُتھواجنہٕ حبہٕ خوتونہٕ ہٕندِس مزارَس پیٹھ

ہنٛدِ تہٕ مرتبکس تعظیمس منٛز ادبی وظیفہٕ دنہٕ آو۔

● سُہ اوس گوڈنیُک زنٛدٕ شاعر یسٕنز سوانح عمری عبدالاحد آزادن ہیوٚ بابہٕ بڈی اُدٕبن لیکھنی ہیٚتر۔ پتہٕ بنیہٕ یہے سوانح عمری دہراوِتھ تہٕ وُسعت لبتھ "کشمیری زبان اور شاعری" یوس پٔتہٕ کلچرل اکادمی ترین جلدن منٛز چھپٲوِمٕژ چھےٚ تہٕ یمیُک دوٚیُم ایڈیشن شایع چھُہ سپدمُت۔

● ہجوٗر اوس گوڈنیُک کٲشُر اَدیب یا شاعر یُس سرکٲری اعزازٕ سٟتی دفن کرنہٕ آو۔

● ہجوٗر اوس گوڈنیُک کٲشُر شاعر یس پیٹھ رِسالن ہنٛدی خاص نمبر شایع سپدی۔ کلچرل کانفرنس کوٚر ۱۹۵۲ء منٛز گوڈنِکہ کٲشرِ اَدبی میگزینٕ "کونگہ پوشُک" خاص ہجوٗر نمبر پروفیسر حاجنیَن کوٚڈ "گلریزک" ہجوٗر نمبر تہٕ ریاستی حکوٗمتکی محکمہٕ اطلاعاتن کوٚر ۱۹۵۵ء منٛز پنٕنہٕ "رسالہٕ تعمیرک" ہجوٗر نمبر شایع۔ امہ پتہٕ چھُہ تعمیرک بیاکھ ہجوٗر نمبر ۱۹۸۱ء منٛز شایع گومُت۔ ریاستی کلچرل اکادمی کرہٕ رسالہٕ "شیرازک" ہجوٗر نمبر چھُہ ازکل زیرِ ترتیب۔

● ہجوٗر اوس سُہ گوڈنیُک کٲشُر شاعر یَس متعلق اردوٗ تہٕ کٲشرِ پٲٹھۍ اکھ فیچر فلم بناونہٕ آیہ۔ فِلم سپٕز کشیرِ ہنٛدِس وزیرِ اعلیٰ خواجہ غلام محمد صادق مرحوم ہنٛدِس وقتس منٛز تیار۔ امہِ خاطرٕ دِتی ریاستی حکوٗمتن فلمساز پیر بہات مُکرجیس لگ بھگ اٹھ لچھ روپیہ۔ امہ منٛز کوٚر مشہوٗر اداکار بلراج ساہنیَن خاص رول ادا۔

● ہجوٗر اوس سُہ گوڈنیُک زنٛدٕ شاعر یُس سُند کلام نومبر ۱۹۴۷ء منٛز ریڈیو کشمیر جموٗ پیٹھٕ نشر گو ییٚلہِ یہٕ گوڈنیتھے چالوٗ گو۔

● مہجوٗرن کوٚر پنٕنہٕ کلام شایع کرنہٕ کِس سلسلس منٛز کٲشرِس رسم خطس پنٕنہٕ موجوب اصلاح کرنٕچ کوشش۔ یہِ بنوٚون سہل تہٕ آوازن زیادٕ لیوٚٹھ۔ یژھہٕ وارِیاہ مثالہٕ چھےٚ تسنٛدِس چھپیمتس کلامس منٛز موجوٗد۔ کٲشرِنیُک اَزیُک رسمِ خط چھُہ تسنٛدِس رسمِ خطس وارِیاہ نکھہٕ۔

● ہجوٗرس اوس مرزا غالب سٕندی پٲٹھۍ یمہِ کتھہِ ہُند احساس زِ تس سپزِ نہٕ سو قدر یمیُک سُہ مستحق اوس۔ ع

ہجوٗر سُلہِ کوٚت آکھ زرا تٔیر ییز ہے یلور
دلوٗ ژٔنے تہِ یہنٔے کوٗ نگہٕ پوٗشکٔی پأٹھی خریدار
میأنی نالہٕ یوٗزتھ بُلبُلو ووٚن پوشہٕ نوٗلن کُن
یہِ چھُ تان سینا ساز وایان گوٗرٕ بلن مژٕ

• رابندر ناتھ ٹیگور نہٕ قدر افزائی پیٹھ اوس سٕہ وَنان زِ تسنٛد یوکینژٕ و لفظو ژیت میانِن
ہموطن ہمزبانن میانہِ موٗجوٗدگی ہُیٚند احساس۔ نظمس منز تہِ چھُ سٕہ اتھ کُن اِشارٕ کران۔ ع۔
باغس میانِس گُل پھوٚل ووٚنز آلی
چھا وُنہٕ آے شوقہٕ وأ لیے
کأشرِ پوشن بُلبُل بنگأ لی
کسِے ہاو یاوُن بأ لیے

• اُردوٗ ہُک مشہوٗر تہٕ عظیم افسانہٕ نگار سعادت حسن منٹو، یُس پانہٕ تہِ کأشُر اوس، اوس
مہجوٗرن زبردست مداح تہٕ تمہِ چھُ مہجوٗرس متلق اکھ تأریفی مضموٗن تہِ لیٚوکھمُت۔

مُرتب

---



مِتری گامہٕ مہجوٗر صٲبُن گامی مکانہٕ۔



مشہوٗر گلوکار محمود شٔہری۔ یِمو مہجوٗرنِس کلامَس مقبوٗلیت دِنَس منٛز اَہم حِصہٕ ادا کوٗر



حضرتِ رحیم صأب قلٔندر (صفاپۆر) سُند اَستان ـــ حضرتِ مہجورٕن پیر و مُرشد

# مہجورٕنۍ تصنیفات و تالیفات

**کلام مہجور** ـــــ اتھ منٛز چھِ کُل ۳۷ بٲتھ شٲمِل۔ گوڈنیُک بٲتھ "ونیتہٕ ہے ویسی بےوفٲیی شیوۂ دِلدار چھا۔ (۱۹۲۷) آخری بٲتھ "تبنہٕ لاوان پوشہِ نوٗلن بُلبُلن گُلزار مشیاؤ"۔ اَڈی بٲتھ چھِ دۄہ یہ کتھِ درج کرنہٕ آمتی عام طور آسی اکِس حِصَس منٛز سٔتھ بٲتھ آسان۔ یتھ کلیاتس منٛز چھِ سٲری شٲمِل۔

**پیام مہجور** ـــــ اتھ عنوانس تل گےٚ ترٛے حِصہٕ شایع۔ اَڈہن حِصن منٛز چھُ "گُلشن وطن چھُ سونٕے گوڈنیُک بٲتھ تہٕ اَڈہن منٛز۔ "وۄلو ہا باغوانو نوبہارُک شان پیدا کر"۔ اَتھ منٛز چھِ واریاہ بٲتھ بیٚیہ تہٕ بٔنیہ درج کرنہٕ آمتی۔ کُل بٲتھ چھِس...... یمن بپٹھ کنہٕ چھُ نظم لیکھتھ۔ ترٛیٚمہ حِصُک آخری چھاپ گو مارچ ۱۹۵۰ء یس منٛز۔ یتھ کُلیاتس منٛز چھِ سٲری شٲمِل

**سلام مہجور** "اکھ حِصہٕ" اَتھ منٛز چھِ مہجورٕنۍ مناجات، نعت تہٕ منقبت شٲمِل۔ کُل ترٛےٚ یا سَتھ۔

**نالہ مہجور** ـــــ میرواعظ کشمیر مولوی احمد اللہ (عمہ صٲب) صٲبنۍ مرثی۔ کُلیاتس منٛز شٲمِل۔

**پھا پھا گٹنی** (مثنوی) ۲۵۱ ہن شارن ہنٛز اکھ ناتمام مثنوی۔ یتھ کُلیاتس منٛز چھِ ۲۴۹ شٲمِل۔ تمہٕ وَرٲے اکھ تمہیدی نوٹ۔

**عہد و پیمان حضرت بل** ـــــ وزیر اعظم کشمیر (۱۹۵۳- ۱۹۴۸ء) شیر کشمیر شیخ محمد عبداللہ سنٛزِ اکہِ اہم تقریرِک کٲشرِس نظمس منٛز ترجمہٕ تہٕ بیان۔ یتھ کُلیاتس منٛز شٲمِل۔

**کینٛہہ غار مطبوعہٕ وژُن، فردیات بیترِ** یتھ کُلیاتس منٛز شٲمِل

**حیاتِ رحیم** ـــــ مہجور صٲبنِس مُرشد شاہ عبدالرحیم قلندر صفاپوری سٔندہن حالاتن تہٕ کرامژن پیٹھ اُردوٗ پاٹھۍ کتاب ضخامت ۱۲۷ صفحہٕ۔ سنہ ۱۳۴۰ھ منٛز سپٕز شایع۔

**آئینہِ اتحادِ کشمیر** ۔۔۔ کاشیرِن مُسلمانَن تہٕ پنڈِتَن ہٕنٛز برادٔری تہٕ رواداری ہُند آینہٕ اُردو نثرس منٛز۔ یِمہٕ کِلیاتہٕ نِشہِ بدٔوُن۔

**جنگِ یورپ** ۔۔۔ گوڈنِکِس جنگِ عظیمَس مُتلق اکھ زیٹھ کاشُر نظم غالبن مثنوی ہندِس صِنفس منٛز پانٛژن یاشَن ورقن پیٹھ۔ ۔۔۔ یِتھ کلیاتَس منٛز درج۔ مگر مِھجوُرنہٕ اکھ یہ نوٹ چھُ دِلچسپ۔

۱۹۱۵ئ میں جنگ یورپ پر کشمیر میں رنگروٹنگ بھرتی کا سوال پیش ہوا۔ مگر کشمیر کے مسلمانوں نے کسی خاص وجہ پر بھرتی ہونے سے انکار کیا۔ پنڈت اننت رام صاحب بی اے سیٹلمنٹ آفیسر کشمیر (موجودہ کمشنر صاحب بہادر جموں و کشمیر) نے مجھے کہا کہ اگر تم کشمیری زبان میں کوئی ایسی نظم بناؤ گے جس سے یہ رکاوٹ دور ہو جائے تو ہم تمکو فوراً ترقی دیں گے۔ میں نے کشمیری زبان میں ایک دلاویز نظم دیہاتی لے پر زمیندار لفظ نگاہ سے تیار کر کے پیش کی۔ اسکی اشاعت کے لئے مجھے دیہات میں پھرنے کا حکم ہوا۔ مگر پنڈت صاحب نے فرمایا کہ سرکاری طور پر جانے سے ایک تو تمہاری نظم قبول نہ ہوگی اور تم آن ڈیوٹی تصوّر ہوگے۔ تمہاری کارگزاری کا تمہیں کوئی صلہ نہیں ملے گا۔ پس میں ایک ماہ کی بلا تنخواہ رخصت لے کر پرائیویٹ طور پر دیہات میں پھرتا رہا اور نظم سنا کر زمینداروں کو بھرتی کا شوق دلاتا رہا۔ اس نظم میں گزشتہ حکومت کے ظلمات انگریزی راج اور ڈوگرہ حکومت کے برکات بیان کر کے جنگ میں بہادری دکھانے کے فوائد تبلائے گئے تھے۔ تھوڑے عرصہ کے اندر وہ نظم کشمیر کے زمینداروں میں پھیل گئی اور بچہ بچہ کی زبان زد ہوئی۔ پنڈت نرنجن ناتھ صاحب فارسٹ اسسٹنٹ سیٹلمنٹ آفیسر (موجودہ وزیر وزارت لداخ) نے اس نظم کا انگریزی ترجمہ مسٹر اے ایم ستو صاحب کمشنر بندوبست بہادر کے پیش کیا اور وہ بہت خوش ہوئے۔ آخر کشمیری مسلمان ہزاروں کی تعداد میں بھرتی ہوئی۔ رخصت گزار کر جب میں اپنی ڈیوٹی پر حاضر ہوا تو میں نے ترقی کے لئے درخواست دی تو جواب ملا کہ تم اپنے

ساتھ زبگردٹوں کی کوئی جماعت بھرتی کے لئے نہیں لائے۔ اس بات کا کیا ثبوت ہے کہ
جو لوگ اب تک بھرتی ہوئے اُن کو تمہاری ہی نظم نے متاثر کیا تھا۔"

**سوانحِ شیخ العالمؒ** —— مہجورنہٕ اَکِس تصنیفہٕ کِس آخری ورقس پیٹھ چھُ اَمیُک اِشارٕ تہٕ دِنہٕ چھُ آمت زِ یہ چھپے علمدارِ کشیرِ سُنز مکمل سوانح عُمری۔ قیمتھ چھس ۱۹۲۱ ءیس مَنز زٕ روپیہ تھاونہٕ آمت۔ موتی لال ساقی سُند دعوا چھُ زِ اردو زبٲنۍ مَنز لیُکھمٕژ یہ سوانح عمری چھپے رِتَن ہتَن صفَن پیٹھ تہٕ وُنِ چھِنہٕ چھاپ سپزمٕژ مِنے چھِنہٕ یہ نظرِ گٲمٕژ۔

**سفرنامہ بلتستان** —— لداخ، کرگل تہٕ لوکٕٹہٕ بوٹنیُک سفرنامہٕ۔ ۱۹۰۹ ءکِس لداخ بندوبستس متعلق مولوُنا کھ۔ چھاپ گٲمٕژ۔

**بٔے بوٗج نامہ** —— سِکھا شٲہی مَنز چھُ حمید اللہ شاہ آبادی کٲشِرِ سُند اَکھ اہم فارسی شاعر اوسمُت۔ تِمی چھُ تَمہٕ زمانہٕ چین ودٕ تِل بُحَن ہُنٛدرحال اَکِس مزاحیہٕ رنگس مَنز لیوکھمُت۔ موتی لال ساقی سُند وَنُن چھُ زِ مہجورَن چھُ اَتھ اردو وَس مَنز بامحاورٕ سلیس ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یہ شیتھ صفہٕ چھس (ماہنامہ "تعمیر" سرینگر اگست، ستمبر ۱۹۸۱ء) وُنہٕ چھُ غار مطبوٗعہٕ

**ناول عزیز** —— مہجورٕ سُندِس اَکِس تالیفس مَنز چھُ اَمیُک اِشتہار —— "ایک کشمیری رئیس زادے کی عیاریاں۔ قیمت ۴ر"۔

**تذکرہ شعرائے کشمیر** —— اَمیُک اَکھ مسوٗدٕ چھُ مہجورنہٕ وآرِ یٕشِن نِش۔ مگر یہ چھُ نامکمل مہجورنہٕ بِنہٕ اِشتہارٕ مطابق "نیل مت پران کے مُصنف سے لیکر مہدی دیکہ تک کل ۵۰۰ شاعروں کے مکمل حالات"۔ قیمتھ ساڑٕ ژور روپیہ۔

**شہر آشوب** —— اَکھ زیٛٹھ فارسی نظم یتھ مَنز کٲشِرِ ہِنٛزِ نازٕ رٲنۍ ہُنٛد حال چھُ — اَمیُک اَکھ شعر چھُ

"دفع شُد جورِ سزاول رفع ظلم کاردار
از تفنگِ معدلت شق سینۂ شقدار شُد"

واریاہ فارسی تہٕ اُردوٗ نظم تہٕ غزلہٕ
مہجورٕ اوس تاریخ کشیرُک مسوٗدٕ تہِ لیکھان تہٕ اتھ سِلسلس مَنٛز چھُس اَکِھ خاکُک (SYNOPSIS) ذِکرِ تہِ کران۔ ڈایری مَنٛز چھُ مہجور لیکھان زِ شیخ محمد عبداللہ وزیرِ اعظم تہٕ بخشی غلام محمد نایب وزیرِ اعظمَن تہٕ وُچھ یہِ تہٕ تمو ہاوا اتھ مَنٛز واریاہ دِلچسپی۔ شاید نیوٗ شیخ صابن ۱۹۵۰ء ہس مَنٛز سہ دِلہٕ اَتھی سِلسلس مَنٛز تہٕ اَتہِ کوٚر مہجورَن "بہارستان شاہی" یُک مسوٗدٕ نقل۔ اَکھتے دِژس شیخ صابن کینہہ کِتابہٕ تہٕ یِمَن ہُند مہجورٕ ذِکرِ تہِ چھ کران۔ یِتہٕ کیاہ سپد اتھ تہِ چھُنہٕ عِلم۔

مُرتّب

---

# مہجورؔ — مزاز تہٕ خوے

مہجوؔر اوس اَکھ خوش صوٗرت تہ خوش سیٖرت اِنسان۔ شہ اوس درمیانہٕ، سمہٕ قدُک شخص۔ پرٛوٗن
تہ دہ زُل زنگ۔ لوکچہٕ پوکچہٕ ذہین اُچھ۔ لوکچارس اوس شیٖرِ تھ پارٕتھ گونٛزھہ تھاوان۔ ودہ ٹھ اُسِس وہٕ زلِ تہٕ
وِہٕ وزہ اوس اَسہٕ دٕنہٕ ہوبہٕ نظرٕ گژھان۔ ظریف اوس تہ ظرافت اوس پسند کران۔ خوش پوٗشاکھ اوس یادٕ نس
مَنٛز اوس سفید لٹھک۔ پے داغ تہٕ پنہٕ پنہٕ کرٕ وُن کرٕ تہٕ پاجامہٕ لاگان تہٕ کلس سیٹھاہ خوٗبصوٗرت صافہٕ
گنڈان۔ یتھ مایہ دِکھ تہٕ اوٗبرٕ (ابرق) جٕرٕ تھ اوس آسان۔ صافس اوس سوٗت سوٗت سبز، چیٹہٕ سفید یا ہلکہٕ گوٗلابی
رنگ آسان۔ واسکٹ۔ کوٹ تہ بلس فور تہٕ مَنٛزٕ مَنٛزٕ لاگان۔ خوش رودزن تہ خوش تھاون اوس
تیوٗ کھا اصوٗل زِ تتھ اوس نہ زانہہ کُھرٛاوان اَکھتے چھُ تسُند ہم کال عبدالاحد آزاد لیکھان زِ فکر ونٛنہٕ
اوس پوٗت دٕرٕ روزان زِ وارِ یا پھرِ اوس تہندِ ین زاتی کارِن بلکہٕ دوستن تہنٛزٕ سخت دِلی ہنٛد گمان گژھان۔
مہجورس اوس کھٕنک چینک تہٕ سیٹھاہ رٕت شوق۔ جان تہ پرٕ لطف کھین چین گوٗ زھس آسُن۔
تموک اوس سیٹھاہ چیوان تہٕ جٕجیرٕ اُسِس اچھہٕ دارٕ ہنٛدی یا اَٹھی جھلیتھ چھ کیتھ آسان۔ زبردس فلم بین
اوس ینلہٕ شہرس مَنٛز آسہٕ ہے پرٕتھ کانٛہہ نوٕ کھیل وُچھنہٕ اوس گژھان۔ نافہٕ تہٕ عطر تہٕ اوس مَنٛز مَنٛز استعمال
کران۔ مخالف جنسکی لوکھ اُسِس لارٕتہٕ تمن اوس اسنٕ صوٗرت تہ کلام لوٗرٕ تھ لوٗب یوان۔ بقول عبدالاحد
آزاد دٕنہٕ چھُ یوان زِ تسُند یادٕ ن چھ توت موٗت تہٕ رنگین گذریوٗمت۔ امیرن تہٕ غریبن سیتی اُسِس
دوستی۔ زٕبہٕ وٕنٛدٕ تر اوس بڈ کمالُک۔ ساسہٕ بدی فارسی۔ اردوٗ تہٕ کاشُر شار اُسِس یاد یم گفتگو
دٕرٕ بڈ برجستہٕ یا اَٹھی درتادٕ کھ۔ کلامُک لطف ہرٕ راوان اوس۔ ہتہٕ بدی جبٹہٕ تہٕ لطیفہٕ تہٕ اُسِس یاد

تہٕ محفلن مَنٛز اوس وزِ وزِ زٲنٛ جُبہٕ بیان کٔرِتھ زعفران زارُک لُطف پٲدٕ کران۔ سُہ اوس پانٛژاہ وُہری اپور تام تہٕ کلین شیو (CLEAN SHAVE) آسان۔ مگر آخری دورس مَنٛز اوٚن چھٲژ دارٕ ژھٕمٕژ۔ سُہ اوس خضاب "ستارہ شب" بٔرنٛہ برونٛہہ پیٚٹھے استعمال کران۔ سُہ اوس سیٹھاہ جان گُری سوار تہٕ راہ دار گُری ژھینٛک اوس شوق۔ تٔمی سٕنٛز رنگین مزاجی ہنٛز داریاہ کتھہٕ چھ وُنہٕ تہٕ پھیرنہٕ یوان۔

کلام اوس سیٹھاہ سوٗنٛچتھ تہٕ سکھرِتھ لیٖکھان تہٕ داریاہ کم نویس اوس۔ اَکھ اَکھ لفظ اوس جوہرک پٔنٛدرن کرانٛکن ہندی پٲٹھی جٔرِتھ لاگان تہٕ باتس پیٚٹھ اوس کُنہٕ وِزِ ژھ کیاہ ژہتہٕ واد خرچ کران کُنہٕ ساتہٕ اوسُس رات کُنٛتھ کانٛہہ شار سمان۔ آزاد چھُ لیکھان زِ کُنہٕ وِزِ اوسُس نیٚنٛدرِ یا خوابس مَنٛز کانٛہہ شار یا مصرٕ سمان تٔمی وِزِ اوس وٕنہ تھان تہٕ بیٚڑی گاشس مَنٛز اوس لیکھِتھ تھاوان۔ دیان برجستہٕ تہٕ اوس وَنان۔

مہجورس اوس پرٛنٛگ سیٹھاہ ژھٔشکہٕ۔ تٔمی اوس مکتبی تالیم کٔمی یَہن پٔری مٔژ۔ مگر شوقہٕ کِنی اوسُن داریاہ لٹریچر پٔیتھ نیٚومُت۔ خاص طور اُسس شعریات تہٕ تواریخی چیٖن کتابن سٕتی دلچسپی تہٕ تس ہیکوٚ آسٲنی سان عاشقِ کُتب (BIBIOPHILE) وٕنِتھ۔ اُمہِ اوس نادِر قلمی نوٗسخن تہٕ کتابن ہنٛد اَکھ بے بہا کتاب خانہٕ سوٚمبرومُت۔ یتھ پتہٕ محمد امین ابنِ مہجورن تہٕ بُرزرکوٗر۔ مہجور اوس نہٕ دولت مَنٛد مگر شوقہٕ تہٕ گاٹہٕ جارٕ کِنۍ اوس کاشرس تہٕ کٔشیرِ متعلق تیوٗتھ نایاب تہٕ موٗل کتب خانہٕ تیار کوٚرمُت زِ یِیلہِ کینٛہہ وُری بٔرونٛہہ تٔمِس دارِ ثوٗسہ کنہ نٔگ فآصلہ کوٗر۔ تمہٕ وِزِ ڈٔرٕژھ دِلہٕ ہٕنٛدِس نیشنل میوزیم تہٕ ریاستی کلچرل اکادمی پانہٕ داآنٛ ٹھُم ٹھُم ژھیکرس آیہٕ یمہٕ باگراو نہٕ۔ یَمن مَنٛز اُسی شار دارسُم الخطس مَنٛز بُرزس پیٚٹھ لیکھنہٕ آمتی نوٗسخہ تہٕ یَمن ڈُنی یاہس مَنٛز بس یوہے نقل موجود چھُ روٗدمُت۔

مہجور اوس اَکھ ضرب شناس (NUMISMATICIAN) تہٕ تٔمی اوس کاشرن سکن ہنٛد اَکھ قیمتی ذخیرٕ سوٚمبرمُت اَتھ تہٕ کرٛاینِ مہجورن ٹٕرتی تہٕ پتہٕ ہیوٗت یہ دِلہٕ ہٕندی نیشنل میوزیمَن سَتہ اہن سان روٗ بین حالانکہِ اَتھ مَنٛز اوس نہٕ سوٚ نہٕ سُند کانٛہہ سِکہٕ شآمِل۔

مہجورؔ ادس میچھِ آواز ہُنٛد تہٕ سازٕ سۆرُدُک عاشق۔ سُہ ادس سماع چِھنہٕ محفلَن مَنٛز وِزِ وِزِ گرٛزھان اَکھتٕے ادس پننہِ گرِ تہٕ چھکرِ دٕہرانان تہٕ رٲتِ رٲتس گیوُن بوزان تمی چھہٕ اکثر بٲکھ مقبوٗل فلمی لیہ بیٚٹھ یالکہِ سۆرُوٕدَن ہنٛز تالہِ پیٹھ لیکھمتی۔ سُہ ادس ونان زِ کٲشُر چھِنہٕ وُنہِ درس وتدریسچ زبان۔ تہٕ اَتھ مَنٛز چھِنہٕ وُنہ کتابہٕ موٗلی ہیتھ یَرٛنگ رِواج۔ لہٰذا ہیکہٕ سٕے بٲکھ زنہٕ رٛوزِتھ یُس طٕمبنِ نارِ کھسہِ توٚے چھہٕ تَنٛزَن بٲتَن ہنٛز بجرِ بوٚژہٕ نہٕ بول میٹھی۔ یم کُھتی تسی تھی طٕمبنِ نارِ تہٕ مہجورٕ بنیوٗد پننہِ زندگی مَنٛز اکھ اسطور

——(LEGEND)

مہجورس ادس پننہِ اَندٕ یکِہ کِین حالاتن تہٕ زمانہٕ کہ رفتارُک بڈٕ زبرٛ شوٗعور۔ کٲشرِ شٲیری مَنٛز اوٚن اَمہِ آیہ یہِ شوٗعور تمی گوٚڈنچہ لَٹہِ نہٕ اَدِ یکِہ نوٚو آزادن بیبہِ یِن برٛونٛہہ۔ مہجورٕ ادس اَکھ ڈٲڈرَن ودِل اخبار بیٖن۔ تس ادس کشیٖری میگزین۔ اخبار کشمیری۔ اخبار عام۔ پیسہ اخبار۔ زمیندار بیتِر اخبارن سٕتی توٗلق۔ سُہ ادس یم اخبار مَنٛگناوان تہٕ پران۔ اَکھتٕے اَسی تٔہندی لیٚکھمتی مراسلہ تہٕ مکتوب گاہے گُم نام تہٕ گاہے بے نام طرٛیقس پیٹھ یمَن اخبارَن مَنٛز نیران۔ "رہبر" جمیک ادس سُہ نامہِ نگار تہٕ اَمیک تصدیق چھہٕ اَمکی مدیر ملک راج صرافن تہٕ کوٚرمُت۔ "حقیقت" تہٕ "ہمدرد" سرینگرس سٕتی تہٕ ادس تس توٗلق۔ کاشرِ یُک گوٚڈنیُک اخبار "گاش" تہٕ کوٚڈ تمی سٔنٛدی پیٹھس پیٹھ تٔنٛدی نیچوی محمد امینن۔ مہجورٕ ادس سرکٲری ملازم تہٕ اَمہِ کِنی اوس نہٕ تمی سٔندناوِ اتھ پیٹھ چھپان مگر تیوٗت کرِتھ اوس سُہ اَتھ مَنٛز لیکھان۔

مہجورس ادس فارسی اُردوٗ تہٕ کٲشرِس نظمس پیٹھ عبوٗر آسنہٕ علاوٕ اُردوٗ نثرس مَنٛز تہٕ قدرت تہٕ تِمنٛز کینٛہہ اُردوٗ کِتابہٕ خاص کٔرِتھ "حیاتِ رحیم" چھہٕ تٔہند علمی اسلوٗبُک شہادت دِوان۔ سُہ ادس سٹھاہ خوش خط یتھ پاٹھی کتھ کرنہٕ وِزِ تس کوسم اَسہ ہران۔ تِتھے کِنی اوس لیٚکھنہٕ

وزِ تس موٗختہ وٕزان۔

مہجوٗر ہرگاہ پیرزادہ اوس نہٕ حاجتہٕ ییتہٕ تہٕ تڑن ڈٔری ین شجرٕ کش رٔود
اُمی تس عمرٕ پیرٕ ونان مگر سہٕ اوس نہٕ تعویذ بتیرٕ دِوان۔

مُرتّب



# حسب و نسب تہٕ احوال نامہ

مہجورؔ اوس اَکس معزز پیرزادٕ خاندانس ستی تولق تھاوان۔ پیرزادٕ گٔے کم؟ ژوداہمہ صدی عیسوی منز آیہٕ وارِیاہ سید کشیرِ۔ باضے انفرادی حیثیتس منز تہٕ گاہے قافلین ہنزِ شکلہِ منز۔ سادات اوس حضورِ پیغمبرِ اسلامس ستی خوٗنک رِشتہٕ۔ تِم آسی ژٔری متی لیکھی متی لُکھ تہٕ عام طور بڈٕ پرہیزگار تہٕ عبادتھ گُذار۔ چنانچہ کشیرِ یتھ تہٕ پھِر تِمو یتیہ کہ تواریخچ وگے تہٕ اکِہ نوِ انقلابچ رہنمٲیی کٔرکھ۔ کشیرِ ہند اکھ آخری غاٹ مُسلم حُکمران رِنچن شاہ سپد اکس سید عبدالرحمان بُلبُل سندس اتھس پیٹھ بیعت کٔرتھ مُسلمان۔ یتھے کٔنی لیس اثر حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ ین کاشرس تواریخس پیٹھ ترٛوو سہ تہٕ چھُ نوّن۔ کشیرِ منز اوس زیادٕ ہبین آبادی برہمنن ہنزِ یم ہنٛدین منز بڈٕ اعزاز تہٕ مرتبہٕ تھاوان آسی۔ یم برہمن ییلہِ مُسلمان ہیتِن گژھی یمن آو شیخ یا مشایخ وننہٕ تہٕ یمن روٗد جان مرتبہٕ نوِس دینس منز تہٕ۔ اکھ وقتہ آو زِ سادات تہٕ شیوخن منز باگ ہیژن خشی تہٕ رِشتہٕ سپدٕنۍ۔ امہِ مِلہٕ وننہٕ ستی یم لُکھ زایہِ تِمن چھ پیرزادٕ ونان[1]

**بالی قبیلہ** عبدالاحد آزادن چھُ لیوٗکھمُت زِ مہجورس چھِنہٕ پننہِ نسبی سید آسنک دعوا[2]۔ آزادن اوس مہجورنہ زِندگی منزے تسنز سوانح لیکھنک سِلسلہٕ شوٗرو کوٗرمُت تہٕ اوکنی اوس تمس مہجورس ستی براہِ راست واتھ تہٕ رسٲیی۔ تمی سندِ رِوایتہٕ مُطابق آو ۱۱۴۵ھ یس منز سوپورٕ پیٹھ اکھ شخص میر احمد ناوٕ کدل سرینگر اکس خاندانس منز گرہٕ پینٛژ زامترِ سندِ حیثیتہٕ انہٕ۔ یتھ خاندانس منز سہٕ آو

---

[1] تاریخ اقوام کشمیر۔ محمد الدین فوق [2] کشیری زبان اور شاعری۔ تریٚیم جلد

سہ اوس حضرت شیخ یعقوب صرفی گنائی سُند خاندان. حضرت صرفی آسی اکبری دورک اکھ عظیم عالم تہ تمو کور
۱۰۰۳ ھ مطابق ۱۵۹۴ء یس منز نقل. تہند روضہ چھ از تہ گرگاڑی محلس منز موجود تہ تمن چھ کاشر تاظیمہ
سان "ایشاں صاب" ونان۔ میر احمد اوس سری نگر خانقاہ معلی ہس نش شمالہ طرفہ دری یاو گنڈس پیٹھ روزان
تمی سند ذری یارن منز ترٹیمہ پیر ہند عبداللہ شاہ گولو کٹے جایہ مرگ تہ تس رود اکھ شرین محی الدین ناو اوس
محی الدینن ماس اس کشیر ہندس بڈس مذہبی پیشوا شیخ طیب رفیقی سند خانہ دارنی۔ لہذا رود یہ موصوم شرتہ ماسہ
ہند ینے تہ اتے روزتس رفیقی صابنز رتہ نظر۔ شیخ طیب صابن کور ۱۲۶۶ ھ یس منز نقل۔ تمو اس غلام محی
الدینس وصی یتھ کرمتر۔ سہ تر آدن سرینگر تن تبن. یتھ کنہ ووت سہ ازی کہ تخصیل ژوڈرکس نوبگ گامس منز
اتہ اوس اکھ بار بنجر موجود تہ تمو کور سے آباد۔ خوداے دیتس سٹھاہ۔ امہ علاوٕ آسی تس دور دور علاقن تام
واریاہ مرید۔ بزرگن ہند دعاے ہند نتیجہ دراو زِ سہ گو سٹھاہ بجا تہ تس رود ہرورِ پانسہ ٹوٹھنگ مو ہیا
پیر غلام محی الدین سندس ترمیس اولاد عبداللہ شہس سپد متر گوم۔ پلوامہ کس اکس صاحب علم خاندانس منز نیتھر
امہ خاندانک اکھ کھونگ اوس ملا اشرف دیری یمی نظامی گنجوی سندن پانژن فارسی مثنوی ین یانے
خمسۂ نظامی کس جوابس منز اکھ پور خمسہ لیوکھ۔ امی صاحبن کر گو ڈنیتھ کشیر ہنز مشہور نیم اسطوری تہ نیم تواریخی
لکھ کتھ "ہی مال" فارسی باتھی تظم۔ یمیک ذکر "رضا نامہ" مثنوی منز کران سہ ونان چھ ؎

شدم اولا شاہد خط و خال
بیار استم ارزن و ہی مال

امہ خاندانس منز آسی واریاہ کمالہ والی خوشنویس تہ گذرمتی۔ آزاد نہ ونہ موجوب اوس امیک آخری نگر
شاندار خطاط بابا حضور اللہ یس کشیر ہندس مشہور تہ نیک دل سکھ گورنر مہان سنگھ (تاریخ قتل
۱۷ اپریل ۱۸۴۱ء) سند درباری کاتب اوس۔ تمی یس شاہنامہ کتابت کورمت چھ آزاد سند رلوایتہ
موجوب اوس تمیک اکھ باب مہاراجہ کپورتھلہ سندس پراویٹ کتب خانس منز موجود تہ سہ وچھتھ چھ
واریاہ باکمال خوشنویس داد دوان۔

أمی ہے بابا حضور اللہ سٕنٕز کورِ ہٕنٕز کورِ سعیدہ بانو یہ سٕتی سٕید نوبگ کِس عبداللہ شاہ سٕند نِکاح . ییٚنٛدِ گرِ غلام احمد مہجوٗر ۱۲؍ ذی قعدہ ۱۳۰۴ھ بٔرس وارِ دٕہ ہہ یآدٕ گوٚ ۔ یہ گوٚ عیسوی سٔنٕہ مُطابِق ۱۱؍ اگست ۱۸۸۷ء[۵] مہجوٗرٕ سٕنٕز ناج اُس فارسی لِکھان پٔران تہٕ بڈٕ ی بٔب سٕنٛدِ میرا ثہٕ مُطابِق اَکھ زَبَر خوشنوٗیس . تٔمۍ سٕنٛدِ اَتھٕ لیوٗکھمت "اعتقادنامہ جامی" اوس اوترٕ اوترٕ تآنی مہجوٗر کُتب خانس مَنٛز یِہ کِتاب چھےٚ بڈٕ خطہٕ سٕٹھاہ خوشخط لِکھنہٕ آمٕژ . چھیکرس چھُس فارسی یآ ٹھی لیکھتھ .

"برائے نورِ نظر لختِ جگر عزیزِ ارجمند غلام احمد کہ عمرش ہنوز زائد از یک سال نیست، نوشتہ شُد . خدا عمرش دراز کنار و توفیق خواندن و عمل کردن . ایں کتاب بخشاد . آمین ثم آمین ؎

در نوشتن صرف کردم روزگار

من نہ ماندم ایں بماند یادگار

تحریر بتاریخ ۱۳؍ شوال ۱۳۰۶ھ بیدِ عاجز

س . ع . ی . ر . ہ "

اَتھ جایہ چھُ بٔنیہ سوال ووٚتھان زِ آزاد صآبن سٕنہٕ ولادت چھا ٹھیکھ کِنہٕ نہٕ . تہٕ کٔیاز اَمہ رِوایتہٕ مُطابِق چھُ تٔمسٕنٛدِس بیانس تآئید گژھان مگر خاندانِ مہجوٗرٕ چ تحریری رِوایتھ چھےٚ اَتھ برعکس تہٕ آزادٕنی رِوایتھ چھےٚ زیادٕ ے یہن زٔبون پیٹھٕ کھٔنٛژٕ مٕژٕ . تہٕ اوٚ ے چھُ پٔتہٕ صآب مہجوٗرن زاد دٕ ہ ۲؍ ستمبر ۱۸۸۵ء دِوان . دٔپان مہجوٗر اوس وٕنہٕ اَکِس ؤریس تہٕ دٔہن رٔتن ہٕنٛدٕ ے زِ مہجوٗر صآبس بیوٗ ماجہ نادٕن –

---

[۱] عبدالاحد آزادُن لیکھُن چھُ زِ مہجور زاد ۱۲؍ شوال ۱۳۰۵ھ بٔرس وارِ دٕہ ہہ کاہ بجے .
یِہ چھُنہٕ مہجوٗرٕ سٕنٕزِ یادداشتن سٕتی رَلان . اِبنِ مہجور اوس پانہٕ اَکھ دقیق تآریخ دان تہٕ تٔمۍ چھُ مٕنٛز تآریخ وٕنہٕ مٕژ لیس ہیٚرِ کِنہٕ درج چھُ . اَکھتے اوس تٔسُنٛدٕ وَنُن زِ مہجوٗر زاد نہٕ دٕہ ہلہٕ بٔٹکرا تھ کیٚتھ . یِہ نیاے چھُ تموانٛدراجو سٕتی بِلکُل انٛدان یِم مہجوٗرن ڈایرین مَنٛز یٔنہٕ اَتھ پیدایِشِ کِس خانس مَنٛز کٔرمٕتۍ چھِ تٔموٗ چھُہ یٔنہٕ قلمہٕ لیوٗکھمت ۱۸۸۷ء (ٹینگ)

نانیٚ عزیز دیدٕ اُسس زندٕ ے۔ لہٰذا ہیوٚت تمی یہِ دٔہ دٕچوٚن شُر رٕچھنٕ پالنٕ تہٕ تُھہٕ بٔٹھٕ کٕڈنٕ۔ مہجوٗرن بابہ صاب اکھ جان پوٚزٕ مٔت لیوٚکھمٕت انسان تہٕ اَکھ تٕے خوش نۄیس تہٕ اوس۔ مہجوٗر زٕ وٕر پانژٕ وُہرٕ ے زٕ عبداللہ شٔہن ہیوٚت تٕسٕ مشق کرناوٕن تہٕ قاعدٕ پرناوٕن۔ تٕس شوق زٕ لیوٚ کٔھٕ ن بچس غلام احمدس گوٚ تٕ زٕھ قرآن شریف زبانی زٕ ہٕ تٕس روٗزٕن یانٕ ے سٕہ گوٚ تٕ زٕھ حافظِ کلام اللہ بنٕن۔ مہجوٗرن ہیوٚت سوادِ قرآن ڈٕ ہراوٕن تہٕ نوسیپارٕ کرِن یاد تہٕ مگر جلدٕ ے گوس زُوڈٕ ٹیوٚل تہٕ یہِ مشق رٕوزاوٕت پھٕ ے تام۔ تمن دٔہ ہٕن اوس ترال سَریہِ منٛز اَکھ سٹھاہ زبر اُستاد اوخوٗن عبدالعلی گنائی یٔمنٕ ترٕ اہٕ ٹھ ہال چلاوان۔ تٕس جان تالیمہِ باپتھ نیک نام اوس۔ مہجوٗر اوس وُنہِ ترٕ واہ ژٕ دٔہ واہ وُہرٕ ے زٕ سٕہ آو اکھ مکتبس منٛز داخل کرنہٕ۔ عبدالعلی گنائی اُسی فارسی تہٕ عربی زانٕنہٕ علاوٕ کٲشرِ پٲٹھی شار تہٕ وَنان تہٕ عاشق تخلص کران (وفات ۱۳۲۸ھ) چنانچہِ عبدالاحد آزادن چھ یٔمِنس تذکرِس دٔویمِس جِلدس منٛز تمی سٕنٛد، پوٗرٕ پٲٹھی ذِکر کوٗرمٕت۔ فارسیک سٹھاہ جان علم حاصِل کرناونہٕ علاوٕ چھ باسان عاشق صٲبن کوٗرٕ سٕہ یٔمِنہ باجہِ زٕ لیوٚ ہُنٛز چاشنی نٔشہِ تہٕ باخبر تہٕ اَتے گو مہجوٗرس تہٕ کٲشرِس شارس سٕہ رِشتہٕ اُستوار یمی پتہٕ کٲشرِ شاعری ہٕنٛد مقدر بدلوو۔

ترٲلہٕ کِہ مکتبہٕ نٔشہِ فارغ گژھِتھ گو مہجوٗر ۱۹۰۱ء منٛز مدرسہٕ نصرۃ الاسلام سرینگرس منٛز داخل۔ یہِ مدرٕس اوس میرواعظ کشمیر مولوی رسول شاہ صٲبن بناء کوٗرمٕت تہٕ اَمہِ وِزِ اُس اَتہِ پرایمری جماژن تام تالیم دِنہٕ یوان۔ تمِ اُسی اَتہِ اُردٕ تہٕ ہیٚچھناوان تہٕ تمہِ وَقتہٕ کِس مشہور عالِم مولانا محمد سعید اندرابیس نِش دِیتٕ تہٕ کلام اللہ ہُک ترجمہٕ تہٕ پران۔ اندرابی صٲبن چھُ قرآنِ مجیدس فارسی پٲٹھی تفسیر تہٕ لیوٚکھمٕت یُس وُنہِ شایع چھُنہٕ گومُت[1]۔ اَمہِ علاوٕ پوٚرٕ تمی فارسی محمد حسین زیرکس نٔشہِ تہٕ۔ یہِ گوٚ سٕے زیرک یُس متلق یہِ گنٛڈٕ تی زبان زدِ عام چھُنے ؎

زیرک از زیرکی بہ جبیل رسید
نرخ شالی بہ اصل خویش رسید

---

[1] یہ تفسیر اوس اکتوبر۔ نومبر ۱۹۸۱ء یس منٛز سرینگر چہِ اسلامی نمایشہ منٛز مسودٕ ن ہٕنٛزِ شکلہِ منٛز تھاونہٕ آمُت۔

مہجورٕ ہیوٚک نہٕ اخراجاتھ زیادٕ کاس ویترٲوِتھ تہٕ تٔژوٗن پرٕنۍ اَڑٕ دَتے۔ تِمنٕے دوہ ہٮ۪ن آوٕ پنجابہٕ پیٹھٕ اکھ بُزرگ سید غلام محی الدین پور۔ یہندِس خاندانَس مہجورٕنِس جدٕن اجدادَن سیتۍ سٮ۪ٹھاہ پٔرٕون توٗلُق تہٕ یُن گژھُن اوس۔ تَس اوس پنُن فرزند سید عبداللہ تہٕ سیتۍ یُس پتہٕ پنجابہٕ اکھ بوٚڈ افسر بنیاو۔ سید عبداللہ اوس تِمَن دوہ ہٮ۪ن وُنہٕ برٲنۍ۔ سُہ سمکھیوو مہجورَس۔ سوٚمُس سوٚم ژیامَتھ۔ یِم ہم رٕنۍ بنے یہ اکھ اکِس یار۔ مہجورَس گُڈ سید عبداللہ تہٕ تٔہندۍ مٲلۍ پنجاب یِنہٕ کَل تہٕ کیاز تِم ٲسۍ تِمۍ سٕندِ لیاقتہٕ نِشہٕ متأثِر گامتۍ۔ مہجورَس اوس پنُن دِل تہٕ پی یِژھان مگر مٲلِس اوس کُنۍ اَکھ گاش۔ اَکھے فرزند اوس تہٕ سٮ۪ٹھاہ خانہٕ مول، سُہ اوس نہٕ تَس پننہٕ وَچھہٕ نِش دوٗرٕ راوُن یِژھان مگر مہجورَس اُس کَل گنے مٕژ اکِہ دوہ ہے اوس مول کوٚت نامتھ گومُت۔ مہجورٕن تھٲو دَگ تہٕ ووت امبرسر تہٕ غلام محی الدینہٕ گرِ کوٚڈُن تھکھ۔ وٗنِس ٲسِس تٔرٕ گامٕژ لہٰذا ہیوٚک نہٕ سوٚکوٗلَس مَنٛز داخل گژھِتھ۔ مگر گرے روٗداد بیات پَران تہٕ اَمہٕ کِنۍ نوٗکتَن زٲوۍ جارٕن زول دِوان تہٕ سَنان۔ اَکھتے ہیوٚتُن خاندانۍ پیشہ خوشنویسی تہٕ ہیچھُن۔ امبرسرکِس اکِس مشہوٗر خطاط غلام علی یَس نِشہٕ روٗدٕ شَن رٔتَن تہٕ اَدٕ دَرٕیوٗس اَتھ حدَس تام اَکھ زِ خوشنویسی کرِتھ ہیوٚتُن زینن کماوُن تہٕ۔

امبرسر اوس یِمَن دوہ ہٮ۪ن علمی حلقَن مَنٛز مولوی عبداللہ بِسمل سُنٛد چرچہٕ۔ بِسمل اوس اُردوٗ نظم تہٕ نثرٕ دوشوے بَڈٕ زبر لیکھان، بِسمل اوس کٲشِرٕ ہِندِس باکمال فارسی شاعر خواجہ حسن کول کلاشپوٗری سُنٛد ژاٹھ تہٕ اَدٕ کِنۍ اوس کاشرٕن سٮ۪ٹھاہ لول بَران۔ مہجورَس سیتۍ تہٕ سپُد تِمَن مُلاقاتھ۔ تِمۍ وُچھ اُمۍ سٕندِس وجوٗدَس مَنٛز لیاقتٕچ ہٕمبر چھِلے تہٕ اَدٕ کِنۍ تُلٕتھٔوٗس۔ اَتھی زمانَس مَنٛز گو بِسمل قادیان تہٕ تَتہِ سپُد تعلیم الاسلام ہائی سکوٗلَس مَنٛز فارسی ماسٹر مقرر۔ قادیانہٕ اوس تِمَن دوہ ہٮ۪ن مرزا غلام احمد سٕندِ احمدیت تحریک زورٕ شورٕ۔ اَتہِ ٲسۍ زٕ ترٛٮ۪ے اَخبار تہٕ نیران۔ بِسمل صٲبَن لیچھ مہجورَس چِٹھۍ تہٕ قادیان واتناوِتھ دِژٕنَس اکِس اخبارَس مَنٛز کِتابت کرٕنۍ کٲم کوٚٹ۔ مہجورٕ روٗد اکِس وٕریَس تانۍ احمدین ہِندِس اخبارٕ "البدرٕچ" کِتابتھ کران (تِہنٛد بیاکھ بوٚڈ اخبار اوس "الفضل") اَتہِ روٗد مہجور کِتابتھ تہٕ کران تہٕ علمہٕ اَدٕبٕچ ترٛیش تہٕ ہوٚمراوان۔ دَیان تِمنٕے دوہ ہٮ۪ن گو منشی محمد دین فوق سٕندِ ماہوار رِسالہٕ "کشمیری میگزین" ٹگ

اکھ پرچہٕ تمن نظر۔ اَتھ اندر اوس کٔشیرِ تہٕ کاشرٕ ہندٕ رنگ پرٛیڈان۔ شعری تہٕ تواریخی خوشبوے تہٕ
اُسہِس ستی۔ مہجورس سپٕز سوٕ کیفیتھ طاری سہ "از کجامی آید این آواز دوست" فوق صابس سمکھنہٕ
خاطرٕ گوو بےتاب تہٕ ووت لاہور۔ فوق سمکھیوس تہٕ دوشوٕنی آیہٕ اکھ اکس ستی تیژاہ برابردی زِ مہجور رۄد
فوق صابنہٕ گرے۔ پتہٕ تُل یمو اکھ اکس ہندِ دوستی نشہٕ وارِیاہ فائیدٕ۔ تواریخ تہٕ شارٕک تہٕ سارِوے
کھوتہٕ کٔشیرِ ہنٛزِ دردٕ منٛدی ہنٛد تیوٗل اوسکھ دوشوٕنی لَلہٕ وُن۔ فوق اوس کاشرِ تواریخُک اکھ زبردست
نظرِ شناس۔ مہجورٕ سُند یہِ شوق گو تٔمِسٕندِس موجبتس منٛز بینہِ ہنا لوٚختہٕ۔ امہ چہ زِ تی زِ چھنے اَسہٕ مہجورنس
کاشرِس کلامس منٛز وِزِ وِزِ زوتان باسان، تہٕ اُمی ذیت کاشرٕ شاعری اکھ نوٚو رنگ تہٕ آہنگ۔ اکھتے چھُنہٕ
تعجب زِ فوق صابنِس تحریکس پیٹھے ما آسہِ مہجورن "تاریخ ادبیات کشمیر" شوٗروٗ کوٚرمُت۔ یمیُک ذِکرٕ لۄزی چھے
علامہ اقبالس تیوٗتاہ وجد آو زِ تمیٚ لیوٗکھ مہجورس خط تہٕ وۄننس زِ ہرگاہ ہے کٔشیرِ منٛز یونیورسٹی بنہِ، یہِ کتاب
گژھہِ تمہِ کِس نصابس منٛز ضرور شامل[1]۔

امبرسرکہِ موختصر قیامُک اکھ دائمی اثر پیو مہجورنہٕ ادبی زندگی پیٹھ۔ دپان تمیٚ اوس امبرسر گژھنہٕ برونٛہہ
کٔشیرِ منٛز مہجور تخلص تھوومُت تہٕ اکھتے آسن شارٕ وۄنہِ تہٕ ہیتھ متی۔ بسمل امرتسری سُند گرٕ آسی تمہِ وقتکی بڈی
بڈی ادیب تہٕ شاعر لوان۔ اکہ دوہ بہٕ آیہٕ اور مولانا شبلی نعمانی۔ دپان بسمل صابن کوٚرٕ مہجورٕ سُند تعارف
مولانا ہنس ستی تہٕ وۄننس زِ یہِ کاشُر نوجوان چھ فارسی شار تہٕ زبرٕ دان۔ مولانا ہندس فرمائشس پیٹھ
بوزٕ ناوی مہجورن تمِ ہنٛز کینہہ فارسی کلام۔ آزادن گف چھُرِ شبلی گو خوش۔ وۄننکھ زِ اندازِ بیان
چھ مینٛز کڈٕ۔ البتہٕ چھنے کینہہ کوتاہی۔ زیادٕ لیکھنہٕ ستی ژلن پانے۔ مولانا اوس نظرِ شناس تہٕ تمیٚ وۄننکھ

[1] امہ کتابہ ہندی نامکمل مسودٕ چھ مہجورنین وارثن نِشہٕ موجوٗد تہٕ وۄنہِ چھنہٕ شایع گژھنے۔ یتھ شایہ چھ یہ ذکر کرن
برمحل باسان زِ امین کاملن چھُ لیوکھمت زِ یہِ خط اوس اقبالن محمد دین فوقس لیوکھمت مگر یہِ چھُ بلکُل بے بنیاد۔ اصل خط
چھُ وۄنہِ مہجورنین وارثن نِشہٕ تہٕ پانہٕ تہٕ چھُ فوقن لیوکھمت زِ یہِ خط اوس مہجورس لیکھنہٕ آمُت۔

یِتہٕ زِشاعری ہُنٛز لیاقتھ چھِنہٕ قوٗدرتی۔ اِصلاح کریٛخ گژھنہٕ فِکرہٕ ہیٚنی۔ یِتہٕ ییٚلہِ گفتگوٗ زیٛٹھان تہٕ میٹھان گوٚ مولانا ہَن پرژھکھ گٔنڈان گٔنڈان۔ "توٚہی کُس نٲوٕ چھِو مہجوٗراۭدوٗرا" مہجوٗرن وٕنِس دِیٛلی کتھ۔ "حضرت۔ پننہٕ وطنہٕ نٲوٕ مولانا اوس ظرافتُک حِس تھاوان۔ وونُن وُچھنہٕ خاطرٕ پرژھہَس" اَدِ سا بابا۔ ییٚلہِ ژٕ وارٕ کارٕ واپس وطن واتکھ تیٚلہِ بدلاوِکھا تخلص"۔ مہجوٗرن دِژ یس "نہ حضرت" "شبلی روٗدِس پتے۔ "کیازِ۔ تیٚلہِ کُس نٲوٕ آسکھ مہجوٗرٕ" مہجوٗرن دِتُس برجستہٕ جواب "حضرت توٚہہ نٲوٕ"۔ مولانا شبلی گٔے خوش۔ خنٛدٕ ہنا کٔرکھ تہٕ وُوٚنہٕ ہَس "خوب۔ بسیار خوب"۔ یِتہٕ ڈوٗلہٕ نس پھیکین اَتھ تہٕ آہی کٔرنس۔ "خوش روز۔ زِنٛدٕ روز۔ خدا بخشِنے کلامس تاثیر"

کس ہیکہِ نہٕ اَزٕ گوٗ آہی دِتھ زِ اُمس مردِ خدا سُنٛد دُعا کیاہ گو نہٕ قبوٗل۔ تہٕ مہجوٗرنس کلامس پھیٚرِ نہٕ ہاتفین ٹوٗرٕ ہوٗٹ رٕلِوِ تاثیرُک مست شراب۔ مہجوٗر روٗد دوٚن وٕری ین پنجاب تہٕ ۱۹۰۸ء[1] تس منٛز آو واپس کٔشیر۔ اَمی سُنٛدِ گرٕ واتنہٕ پتے گیٚہ اَمی سُنٛز ناز عزیز دٲدِ نیمہِ عالمہٕ۔ ظٲہر اوس آسہٕ ہَن تسنٛز اَچھ اَمی سُنٛزِ نے وَتَن وٕن دِوان تہٕ پنُن لالہ پھوٗل ڈیشتھے دِتُن کالرائِس وٕ بَہَس منٛز امانتھ۔ امی وٕری یہٕ سُپُد مہجوٗرس یار کلانکس پیر غیاث الدین سُنٛز کوٗرِ مہتاب بانوِ سِتی نیٛتھر تہٕ تِکیازِ دوٚنی اوس نہٕ گرٕس نظر گُزرتھاوُن تہٕ ژوٗنگ زالنہٕ خاطرٕ کانہہ روٗدمت۔ عبدالاحد آزاد چھِ وَنان زِ مہجوٗرنس بابہٕ صٲبس یا نے پیر عبداللہ شاہَس آسی کٔشیر منٛز ژورہتھ تہٕ پنجابس منٛز شیٛٹھ گرٕ مُرید تہٕ سالانہٕ آمدنی آسہَس ساسَس ڈٕیس تانٛی داتان۔ موٗل اوس نیچوٗس پنُن مسند نشین بناوِتھ تعویذٕ فتی لِک کاربار جٲری تھاوُن یژھان۔ مگر مہجوٗرس آس نہٕ اَمہِ پیشہِ لاگن یتھہ منٛز بہر حال اَتھہ دارُن پیوان چھُ۔ تٲلِس تہٕ نیچوِس روٗز کیونٛژ کالاہ واریاہ وَنہٕ وَن۔ اَتھی وقتس منٛز گو مہجوٗر شاہ عبدالرحیم قلندر صفاپوری عُرف رحیم صٲبہِ صفاپوری سُنٛدِس خدمتس منٛز۔ تمن نٲوٕ مُترِ دوٗن پنُن سینہٕ۔ رحیم صٲب اوس صاف باطن تہٕ دَیان کشف اوس

[1] عبدالاحد آزاد چھُ اَتھ شایہ ۱۹۰۸ء لیوکھمت۔ یہ چھُ غلط تِکیازِ ۱۹۰۸ء یس منٛز دراو مہجوٗر بلتستان کُن باسان چھُ زِ آزادس چھ ہجری سنہٕ عیسوی سنس منٛز پھِرِنہٕ وِزِ بُل گومت۔ (ڈینگ)

تِمۍ ژیت دَاہ تہٕ وَدٕ ہَس "گژھہ یُنۍ روزگار ژھانٛڈُن۔ خو داکری بَر کتھ۔ گوڈٕ گوڈٕ آملکہ تکلیف مگر ژیتہٕ نہٕ
ہِمتھ ہارکھ۔" تِمنے دوہ ہَن آیہٕ اُردوٗ ہِکۍ مشہوٗر شاعر تہٕ بلتستانکۍ تمہٕ وقتکۍ گورنر چوہدری خوشی محمد ناظر
سرِیٖ نگر۔ تِمَن آسی لداخَس مَنٛز شجرکشس مُلازِم ضروٗر وُرکھ۔ لہٰذا کرِکھ پارَے زِ ضروٗر وُرتھ مندرِین عرضی یہٕ۔
مہجوٗر کیتہ زانہٕ ہے پیمایش کیاہ گوٚ تہٕ پٮ۪ٹھ وارکتھ چھِ دِپان۔ توکل کوٗرُن تہٕ درخاس دیُتُن۔ شاید آسہٕ
ناظرَن سمکھنہٕ وِزِ مہجوٗرنۍ قابلیتھ پَرزِ ناوٕمژ۔ لہٰذا کرُن سفارش تہٕ شٔنے روپیہ ماہوار کِس تنخاہَس
پیٹھ لوٚگ سہ شجرکشس۔ ۱۹۰۸ ءیس مَنٛز ژرادِ لداخ کُن۔ دوہ ن ہتَن تہٕ اکِستھن میلن ہٕنٛد کرِیو کھٹ
تہٕ زیوٹھ پہاڑی سفر کرُن اوسُن ڈیٹھ کتھاہ۔ گرِکرِ رُودِس نہٕ اتھ روادار۔ مگر مہجوٗر کیتہٕ ما نہٕ ہے
گرِ ژرادِ زادِ سفر ورآے تہٕ وَندس مَنٛز ژھونڈُن یہ کارا وار مَنٛزی لہٕ۔ لداخ ووت تہٕ تتہٕ ہیٚچھن شجرکشی
پاٹھۍ پانے اوس پانس کیٚت رتان پیوان تہٕ۔ ۱۹۱۹ ءیس مَنٛز اوس کرِگلہٕ زمالِ ہنٛدِ گذریچ شیچھ
وٲتِژس۔ تِمۍ اوس نوٚ بجہ ۳۰ جنوری ۱۹۱۰ ء انتقال کوٗرمُت۔ رخصتھ ہیتھ آو کشیر۔ گرِکہ حالاتو دِتِس نہٕ
واپس ڈیوٹی پیٹھ گژھنک اجازتھ۔ محکمن ژھن نوکری نِشہٕ الگ کرِتھ۔ وَدیمہٕ لٹہٕ ژرادِ پنجاب
کُن رزق تلاش کرنہٕ۔ مگر ۱۹۱۱ ءیس مَنٛز آو بیٚیہٕ دکہٕ دول کھیتھ واپس۔ اُتھی وری یس مَنٛز پیدُس
یُنٛ کُن نیچو محمد امین پآدِ۔ ۱۹۱۲ ءیس مَنٛز گوٚ ترٛیمہ لٹہٕ بیٚیہٕ پنجاب مگر زالِ دِنہٕ باوُ دُچھ دیلِ نہٕ
کینٛہہ اَندیوٗس آو جلدے واپس۔ بیٚیہٕ ہیٚژن مُلازمتھ حاصل کرٕنچ کچھ کرُن۔ اسلام آباد عدالتس
مَنٛز رُود کینژس کالس نقل نوٗیسی کران مگر پتہٕ سپد بیٚیہٕ محکمے مالس مَنٛز بحال تہٕ گوڈٕ نیٖتھے سپد پیرِ کانلی
گونٛڈس مَنٛز پیٹھواری مقرر۔ مہجوٗرس آو یمنے دوہ ہن سرینگرس مَنٛز اکھ تھکہٕ پینٛڈ اتھاونک خیال۔
چنانچہ تِمۍ ہیوٚت ٹھیکہ کڈُن تردیکھ راجہ امرسنگھنس[1] دفترس[2] نِشہٕ، یِنتہٕ از ڈویژنل کمشنر بہان چھُ،

[1] راجہ امرسنگھ۔ مہاراجہ پرتاپ سنگھن کُنس بوے یُس وزیرِ اعظم تہٕ اوس۔ [2] اوس کٹہٕ کولہٕ ہندس شانس
مَنٛز بنیتھ اکھ شاندار بنگلس مَنٛز روزان۔ تمن دوہ ہن اوس پرتاپ سنگھن پانس پرانہٕ شیرگڈھ۔ کٹہٕ کولہٕ پیٹھ اوس
مکرٛ ہنٛد اکھ پلوٚ یمہٕ ذری یہ ادر پور ریہنہ گژھنہ اوس پوان۔

اَکھ لوکٹ ڈطاق مکانہٕ ۔ اَتھ مکانَس مَنٛز گُذٲری یِتھٕ تِمَو پَننہِ زندگی ہِنٛدی کینٛہہ اِنتہٲیی خوبصوٗرتھ دوہ ۔ اَتھ لوکٹِس مکانَس مَنٛز ٲسی مشہوٗر توارٟخ "کٲشِرٕ" ہِنٛدی مولِف صوفی محی الدین، محمد دین فوقؔ، بلراج ساہنی تہٕ بیٚیہِ وارِیاہ مُقامی تہٕ بیرٛوٗنی عالِم تہٕ اَدیب یِوان، یِمَن سٟتی تبادلہ خیال کَران تہٕ محفِل آرٲیی کَران۔

اُتھی دورانَس مَنٛز سپٕز تہذیبی سطحَس پیٹھ کینٛہہ اہم تبدیلیہ۔ فارسی ٲس بَجہِ زَمانہٕ ہِنٛدی پاٹھی دوہ زٕ دَنٛدور وٚستٕ ماز بیرٕ دستی کھوہ کھرٕ لوٚل کَران تہٕ اُردوٗ ہٕک رخش اوس اَکھ تازٕ دَم دوترٲوان ۱۸۳۷ ہیس مَنٛز اوس دِلہٕ ہِنٛدی بادشاہَن فارسی بجایہِ اُردوٗ درباری تہٕ سرکاری زبان بناونُک اعلان کوٚرمُت تہٕ اُتھی ٲس انگریزَن ہِنٛز ہمدردی تہٕ حاصِل یِم اَمہِ وِزِ ہِندوستانکی اصل حکمران ٲسی۔ کٲشِر ٲس رنبیر سِنگھ نہٕ مَرنہٕ پتہٕ (۱۸۸۵ء) انگریزَن ہِنٛز کنٛز بَنے مژٕ۔ ہیٚیاری اوس اُردوٗ دِن کٲشِرٕ ہِنٛدِس سٲری سے انٛدی نِکھِس جہار کوٚرمُت تہٕ نال وٚلمُت۔ چنانچہِ ۱۹۰۰ء پیٹھہٕ ہیوٚتُن اُردوٗ ہٕک اَثر یِتیہ لوٗتاہ بڑن زِ کابینہِ ہِکی فاصلہٕ تہٕ کاروٲیی ٲس سٲرے اُردوٗ ہَس مَنٛزے قلمبند کرنہٕ یِوان مہجوٗر اوس سٹھاہ موقع شناس شخص۔ چنانچہِ تِمی ہیٚژٕ قلیچ وَگ فارسی پیٹھہٕ اُردوٗ ہَس کُن پھیرٕ ژٕ انوٲری آیس ۱۹۱۲ء یس مَنٛز پنجابَس مَنٛز۔ یِمَن دوہَن ٲس لدھیانہِ اَکھ اَکھ انجمن "بزمِ ادب" ناوٕ کٲم کَران تہٕ اوس پیٹھہٕ آنت لدھیانوی۔ تِمٕ ٲسی اَکھ کچھ وارٕ مشاعرٕ کَران۔ مہجوٗرن تہِ اوس ناو چیٚنوٕمُت۔ تَس تہٕ آو اَکھ مشاعرَس مَنٛز شامِل گژھنُک سال کرنہٕ۔ گوڈٕ رُود سہ یوٚت ہوان مگر بیٚیلہِ زور کوٚرہس اد پوٚرن اَکھ طرحی غزل۔ طرحُک مِصرٕ اوس یہ ؎

طائرِ دل کے پھنسانے کو یہ دام اچھا ہے

مہجوٗرَن پوٚرٕ نوٗن شارَن ہُنٛد اَکھ غزل۔ یِتھ شارَس دِیُت ہس تھوڈٕ وٕتھی وٕتھی داد ؏

اجڑے غاروں میں رہا کرتے ہیں رہزن چھپ کر

دِل مضطر ہی میں دلبر کا قیام اچھا ہے

اَمہِ پتہٕ گیہِ مہجوٗرَس پژھہِ ہِش تہٕ سہ رُود اُردوٗ پاٹھی دَہَن ہَن وٕری یَن کلام دِنان۔ آزادَن وَنُن

چھ زِ ہرگاہ تٔسندِ فارسی اردو کلامُک کانٛہہ کلیات سۄمبرنہٕ یِیہٕ، یِہ بنہِ اکھ موٚٹ کِتاب۔ مگر یِہ کنیٚژھا وُنیکُس تام ذرا مُت چھُہ۔ تہٕ چھہٕ صِرف کنیٚژَن موٚختصر نظمن پیٹھ مُشتمِل۔ یوٚتاںٛ زِ منٛے خبر چھِنے تمٕی سندین واریاہن نِتہٕ تہٕ چھُنہٕ یتھ کلام موجوٗد۔ اَلبتہٕ چھہٕ بنان زِ تمہٕ وقتہٕ کین اخبارَن رِسالَن تہٕ خاص طورٕ "اخبار کشمیری" لاہورس منٛز آسہِ یتھ کینٛہہ کلام۔ وۄنٛ زِ گۄ تمہٕ خاطرٕ پین یمہٕ فایلہٕ ژھانٛڈنہٕ تہٕ سالہٕ تہٕ۔ ۱۹۱۳ء یس منٛز آو مہجوٗر پٹوارِ نشہٕ معطل کرنہٕ۔ تہٕ ۱۹۱۴ء تام روٗد معطلے۔ اکھ دورانس روٗد تٕسہٕ متر گانٛے لسان لسان۔ مُقدمہٕ لوٗگ تہٕ یِہ ژٕیون مہجوٗرن۔ ۱۹۱۵ء یس منٛز سپد مہجوٗر بحال۔ متر گوم ترٛ دِلن تہٕ سرنہال بٹہٕ پوٗرٕ سپد پو شجر کَش مقرر۔ ۱۹۱۸ء یس منٛز گو بیٚیہٕ معطل مگر جلدے گو بحال تہٕ۔ ۱۹۲۰ء یس منٛز آو حاجن شجر کَش مقرر کرنہٕ۔ ۱۹۲۹ء یس منٛز گو بیٚیہٕ معطل۔ یِہ آس اُکی سِنٛز ترٛ یِم معطلی۔ مہجوٗرن چھُہ اکِس دلچسپ یادداشتس منٛز یمن ژھایہ گِتین تہٕ معطلین تہٕ مظفرآباد تبدیلین ریتھ تٕسہٕ جلاوطنی زمانن اوس) متعلِق گاش ترٛ دمُت۔ تٕسہٕ چھُہ دنان زِ اکِس رپوٹس منٛز یتھ پیٹھ تٕس خلاف کاروٲیی کرنہٕ آے، اَسی تِتھی اِلزام یمن پیٹھ ازاسن یِیہٕ تٕسندِ اصل بیان چھُہ اُردوٗ ووس منٛز۔ اکھ اقتباس۔

"۱۹۶۵ب میں چوہدری خوشی محمد ناظر سٹیلمنٹ آفیسر صاحب نے مجھ کو چھ روپے کا پٹواری بنایا تھا۔ آج بارہ سال کے بعد عہ (۱۲ روپے) کا پٹواری ہوں۔ گویا میں نے بحالتِ مجموعی ۸ آنے دو پائی سالانہ ترقی پائی۔ ۶۵ ب میں میرے ساتھ جو لوگ بحیثیتِ پٹواری کام کرتے تھے۔ ان میں سے بطور نمونہ چند اشخاص کے نام پیش کروں گا۔ جو کہ ابھی تک زندہ ہیں

(۱) پنڈت ولشہ بٹ (۲) پنڈت گوبند بٹ (۳) پنڈت آنندرام (۴) پنڈت دیناناتھ (۵) پنڈت مکندرام (۶) پنڈت گواشہ لال کول۔

اِن میں سے ع۱ آج کل وزارت بارہ مولہ کا صدر محاسب۔ ۳۰ روپے ماہوار پر اور ع۲ لغائیت ع۴ دیلی کشمیر میں ۲۵ روپے سے ۴۱ روپے تنخواہ پانے والے گرداورا ور قانونگویان ہیں ع۵ و ع۶ نائبِ تحصیلداران ہیں' اہل کاران مذکورہ کی علمی لیاقت کسی طور پر مجھ سے زیادہ نہیں ہے، بلکہ بہ لحاظ کارکردگی' تجربہ و محرّرانہ قابلیت کے میں اُن سے بدرجہا بہتر ہوں۔ میں نے بھی ترقی کے لئے ہر وقت کوشش کی تھی۔ مگر ایک گرداور اور قانونگوئیے سے سٹینٹ آفیسر تک تمام آفیسر غیر مسلم تھے اس لئے مجھے کبھی ترقی نصیب نہ ہوئی......... میرے دِل میں اس بات کا سخت افسوس رہا کہ آیا میرے برخلاف کیا شکائیت تھی۔ اور کس جرم کی پاداش میں میرے ساتھ اس قدر سختی کا سلوک ہو۔ اس لئے ہندوارہ جانے سے پہلے میں نے اصل مسل دیکھنے کی کوشش کی۔ آخر گورنر صاحب کے کانفڈنشل کلرک کو دس روپے اور ایک لوئی دے کر اس بات پر راضی کر لیا کہ وہ پرائیویٹ طور ایک دو گھنٹے کے لئے مسل دِکھائے۔ مختصر واقعات ہیں۔

کسی محبوب شاہ نامی شخص نے صاحب انسپکٹر جنرل پولیس کو ایک سادہ درخواست بدیں مضمون بھیجا ہے کہ...... یہ پٹواری پنجاب کے لیڈران کے ساتھ خط وکتابت رکھتا ہے اور کشمیر میں گاندھی تحریک پھیلاتا ہے۔

یہ پٹواری اخبار کشمیری لاہور۔ اخبار کشمیر امرتسر۔ اخبار عام لاہور رسالہ قوس قزح (رح) منگواتا ہے۔ بعض اوقات زمینداران کو بھی مضمونِ اخبارات سُناتا ہے۔

یہ پٹواری اچھا تعلیم یافتہ اردو فارسی کا ہے۔ انگریزی خواندہ نہیں شاعر بھی ہے۔ رعایا کے ساتھ اس کے تعلقات بہت اچھے ہیں جنٹلمین ہے۔ دیگر پٹواریوں کی طرح نکما نہیں ہے۔

اس پٹواری کا لڑکا سرینگر میں تعلیم پاتا ہے۔ جس نے اسکو لکھا تھا۔ کہ کوئی یورپین صاحب آیا ہوا ہے فوراً سری نگر آجاؤ۔

سنا گیا یہ پٹواری اخبارات میں مضمون دیتا ہے۔

سنا گیا کہ اس پٹواری کو محمد الدین فوق ایڈیٹر اخبار کشمیری لاہور کے ساتھ خط و کتابت ہے۔

سب انسپکٹر پولیس کی اس ذاتی رائے کے ساتھ جملہ افسران پولیس و سی آئی ڈی نے اتفاق کیا اور کاغذات جنرل انسپکٹر صاحب بہادر پولیس کے پیش کئے گئے......... کسی ایک الزام کے تائید میں کوئی ثبوت بہم نہ کیا گیا۔"

سالِ روان کے آغازِ بہار میں سری مہاراجہ صاحب بہادر کی ولائت سے مع الخیر واپسی تشریف آوری پر سری نگر میں ٹی پارٹی دینے کی تیاریاں ہوئیں۔ پہلے تمام کشمیریوں کی ٹی پارٹی کمیٹی کے پریذیڈنٹ پنڈت بلہ کاک صاحب در وزیر وزارت بارہ مولہ نامزد ہوئے۔ بعد میں مسلمانوں کی ینگ پارٹی نے پنڈت صاحب کی صدارت سے انکار کر کے اپنا علیحدہ انتظام کرنا شروع کیا۔ سری سرکار والا مدار جو کہ فرقہ وارانہ کاروائیوں کو ناپسند فرماتے ہیں۔ انہوں نے جداگانہ ٹی پارٹیاں منظور نہ فرمائی پنڈت صاحبان کو اس بات کا سخت رنج ہوا کہ مسلمانوں نے اُن کے رئیس اعظم کی توہین

کی رفتہ رفتہ یہ رنج بڑھتا گیا۔ میں چوں کہ فطرتاً ہندو مسلم اتحاد کا قائل ہوں۔ میں نے اس تفرقہ کو تمام کشمیریوں کے لئے خطرناک تصوّر کرکے کشمیر کے ہندو مسلم اتحاد پر ایک کتاب بنام "آئینہ اتحاد کشمیر" لکھنا شروع کی۔ اس کتاب میں کشمیر کے ہندو مسلمان کے قومی اتحاد کی پانسو سالہ تاریخ پر منصفانہ تنقید و تبصرہ کے بعد اس کے مکمّل وجوہات مسلّمہ فوائد اور موجودہ عہد کے وجوہاتِ افتراق اور اس کے دونوں پہلوؤں کے نتائج پر بحث کرکے کشمیریوں کو اتحاد باہمی کی پُرزور تعلیم دی گئی۔ یہ کتاب خاتمہ کے قریب تھی کہ سری نگر میں ۱۳ر جولائی ۱۹۳۱ء کا افسوسناک واقع پیش آیا۔ ۱۷ر جولائی کو اس کتاب کا خلاصہ، مع مختصر فوائد اتحاد ایک اشتہار کی صورت میں پریس کو بھیج دیا گیا۔ اور اخباراتِ ذیل میں شائع ہوا۔ اخبار کشمیری لاہور ۲۱ر جولائی۔ اخبار کشمیر امرتسر۔ ۲۱ر جولائی۔ اخبارِ عام لاہور۔ ۵ر اگست۔ اخبار امر لاہور ۱۲ر اگست سب سے پہلے یہ اشتہار ۲۱ر جولائی کو اخبارات میں شائع ہوا۔ ۳ر اگست کو پنڈت بلہ کاک صاحب بہادر وزیر وزارت بارہ مولہ نے مجھے معطل کر دیا اور چارج دیکر مجھے وزارت کے ہیڈ آفس میں بمقام بارہ مولہ حاضر ہو جانے کا حکم ہوا۔ ........

..... بارہ مولہ سے واپس آکر جب میں جواب دہی کے لئے حاضر ہوا تو حسبِ ذیل سوالات کے جواب دیئے گئے۔

(س) کیا آپ کو سرینگر کی موجودہ شورش کے ساتھ کوئی تعلق ہے؟

(ج) بالکل نہیں۔

(س) کیا سکول ماسٹر ہندوارہ، انسپکٹر بنک ہندوارہ آپ کے ڈیرہ پر اس قسم کے

خیالات کا تبادلہ کرتے تھے؟

(ج) بالکل نہیں۔

(س) کیا آپ نے کسی افسر کے پاس سرینگر کے بلوائیوں کی ہمدردی کا اظہار کیا ہے؟

(ج) بالکل نہیں۔

(س) کیا ہندوارہ میں آپ نے اس معاملے میں کوئی دلچسپی لی ہے۔

(ج) بالکل نہیں۔

جواب دیتے وقت مجھے یہ معلوم نہیں ہوا کہ آیا میرے خلاف کس شخص نے رپورٹ دی ہے۔ اور اس معاملہ میں غیر معمولی طوالت کیوں دی گئی۔ بعد میں دریافت ہوا کہ آج سے دو سال پیشتر جب گورنر صاحب نے میرا تبادلہ پہاڑ منسوخ فرما کر مجھے ہندوارہ تبدیل کیا تھا۔ تو خفیہ طور پر تحصیلدار صاحب اور محکمہ پولیس کو حکم دیا گیا تھا کہ وہ میرے نقل و حرکات کا خاص خیال رکھیں۔ چنانچہ اس خفیہ حکم کی تعمیل میں میری معطلی عمل میں آئی..... آخر جب سری نگر میں سمجھوتہ ہوا تو تحصیلدار صاحب نے حسب ہدایت وزیر صاحب بارہمولہ مجھے مضمون ذیل کی تحریر پیش کرنے کا حکم دیا۔ "میں آئندہ ایجی ٹیشن میں حصہ نہیں لوں گا۔" اس پر میں نے کسی قدر اضافہ یہ تحریر پیش کی۔ "میں نے آج تک ایجی ٹیشن میں کوئی حصہ نہیں لیا۔ نہ آئندہ لوں گا۔" مگر میری یہ تحریر بایں حکم واپس کر دی گئی کہ اگر حسب ہدایت تحریر پیش نہ کرو گے تو تمہارا بحال ہونا ناممکن ہے۔ مجبوراً میں نے مجوزہ تحریر پیش کر کے کامل ایک ماہ کی معطلی اور پریشانی کے

بعد ۲؍ستمبر کو بحالی کا حکم حاصل کیا۔

الراقم

تحریر۔ ۱۶؍ستمبر ۱۹۳۱ء — غلام احمد مہجور۔ پٹواری ہندوارہ کشمیر"

ہندوارہ کشمیر

بہرحال یہ اوس مہجورنہٕ تٕھوٚری مہٕ معطلی ہنٛد حال۔ اَتھ منٛز بچوٚوٕ تہٕ اَتھٕن پھوٚ کھوٚ دِتھ۔ مگر سُہ تہٕ تمہٕ تحریکہٕ ہٕنٛز برکتہٕ نیمٕنٛگ کنٛگ چَلے۔ اگست تہٕ ستمبر ۱۹۳۱ء کیو شہیدٕ وٕنینہٕ گزٕکہٕ دٕ نہٕ وٕ زلٕہِ رِتہٕ سیتی روشن کورمُت اوس۔ بہرکیف! مہجور روٗد ہندوارٕ ۱۹۳۱ء تام تہٕ پتہٕ گوٚ اَری گوم تبدیل۔ تتہٕ روٗد ۱۹۴۵ء یس تام۔ یتھ سہٕ رٹیایرگوٚ۔ اَتھ دورانس روٗد تس خاص طور خواجہ غلام احمد عشائی یس سیتی زبردس تعلقات۔ یُس اَکھ اعلا افسرٕ تہٕ اوس مگر تحریکہِ آزادی سیتی تہٕ اوس گاہے نَنہٕ وانہٕ تہٕ گاہے دَرپردٕ وابستہٕ۔ تہٕ امیک کوٚر مہجورن سٹھاہ اثر قبول۔ تمی چھُ ۱۹۲۷ء پیٹھٕ پنٕن روزنامچہٕ لیوکھمُت۔ یُس تہٕنٛدٕ پن آخری دٕہن تام لیکھنہٕ اوس یوان تہٕ اَتھ منٛز چھِ جایہِ جایہِ عشائی صابس سیتی ملاقاتن ہنٛد ذِکر۔ یہ اَس نفسی حٲرآنی مگر مہجور اوس اَکھ دانشور تہٕ تَوَے اوس تمی بقول بیدلِ دِلہٕ کس دروازس تارٕ منٛز رٲوِتھ اَکھ الگ چمن آباد کورمُت۔ اَدبُک تحقیقک تہٕ شاعری ہنٛد عبدالاحد آزاد چھُ یہِ زبردس دعواکران زِ تمی بڈٕ ٲدی "تاریخ ادبیاتِ عجم" (انگریزی) اکس مصنف پرسی براونس سیتی تعلقات۔ چنانچہٕ براون صاحبن اوس پننہٕ قلمہٕ تس تواریخ تہٕ تذکرٕ لیکھنہٕ خاطرٕ ہہٕ راہ یتھ سوزِمتہٕ۔ یتھے کٕنی لیکھی تمی علامہ اقبالس وارِیاہ خط۔ تہٕ یتھی ہٕنٛزٕ اکس خطس جواب دِوان لیوٚکھ ۱۹۲۳ء یس منٛز علامہ اقبالن ہمیرانہٕ دیدآگہی ہٕنٛدٕ یہِ بصیرت آموز جُملہٕ۔

"میرا عقیدہ ہے کہ کشمیر کی تقدیر عنقریب پلٹا کھانے والی ہے۔"

علامہ اقبالن دِژ تَس "بزم ادبیانِ کشمیر" لیکھنہٕ خاطرٕ لاہور ینہٕ دعوتھ مگر تس آیہٕ نہٕ فرصتھ۔ یتھے

کئی رٔژتس صدریار جنگ، مولانا حبیب الرحمان خان شیروانی، پنڈت شیو نرائن رینہ شمیم وکیل ہائی کورٹ لاہورس بیترِ ستی خط و کتابت تہٕ پنڈت آنند کول بامزے وغارٕ مقامی عالمن ستی ملاقاتھ۔

مہجورنہٕ کأشر شأیری ہُند سِلسِلہٕ چھُہ یمہٕ صدی ہندِس آغازس منزٕ گرتھان ییلہٕ تمی پینہٕ نین کیتژن دوستن ہندِس فرمائشس پیٹھ عربی حکایتن ہنزٕ اکھ ذلیل کأشری پاٹھی پھرٕژ۔ ہترٕ اکھ سِلسِلس منزٕ چھُہ تفصیلی بحث تہٕ یہ ناتمام مثنوی چھپنے ییتھ سو نمبرٕ ۸ منزٕ درج) پروفیسر تشپن دعوا چھُہ زِ تمسند گوڈنیک کأشر غزل چھُہ ۱۹۱۸ ییس منزٕ لیکھنہٕ آمت تہٕ امیُک گوڈت چھُہ۔

دٔن تہٕ ہے دینی بے دہ فنائی شیوٕیے دِلدار چھا

نازنینن ماہ جبینن قتل و غارت کار چھا

یہ غزل چھپے کلامِ مہجورکین عام ایڈیشنن منزٕ یم علی محمد تاجر کتب حبہ کدل سرینگر ہندِ طرفہٕ شائع سپدی متی چھِہ ۔ نرس۔ مگر کلامِ مہجورک یُس گوڈنیک ایڈیشن چھپیومت چھُہ یانے ۱۹۳۰-۱۹۳۱ ییمہ ورٕژن مہجورٕ ہندِ دارِ پیٹھٕ آری ادس تتھ منزٕ چھُہ "یہ پوشہٕ متہٕ جانانو" پتہٕ دٔییس نمبرس پیٹھ۔ عارتھ چھُہ زِ امیُک ذکرِ چھُہ آزادن کورمت۔ اکھ چھُہ کانہہ شکھ زِ اکھ غزلس منزٕ چھُہ رسول میر شاہ آبادی سندِ اثرٕ داریاہ ٹاکارٕ۔ مہجورٕ ادس سماع بوزنگ سٹھاہ شوقین۔ باسان چھُہ زِ تمی منزٕ چھُہ تمی میر سند کانہہ مرصع فارسی آمیز غزل بوزمت۔ اکھ چھُہ کانہہ شکھ زِ تس ادس فارسی استادن ہند مطالہٕ داریاہ سۆن تہٕ ادس تہنزٕ پوختہٕ کأری ہند عاشق۔ کأشرس منزٕ ادس رسول میر سے

---

ٓ شاید آسہِ امیُک وجہ یہ زِ پوشہٕ متہٕ جانانو اُس زیادٕ ہن زبون پیٹھ کُھر ہرٕتہٕ ادے چھُہ اکھ لیکھتھ عنوانس "غزلیات مہجور بزبان کشیری یعنی پوشہ متہ جانانو ادر چیدہ چیدہ غزلیات۔ اکھ چھُہ لیکھتھ بار اول۔ قیمت ۲/۔ باہتمام پیر سیف الدین صاحب اندرابی لاہور باہتمام میر قدرت اللہ پرنٹر (مرتب)

یوت اَمہِ وِزِ اَکھ کلاسیکی تہٕ پآرادی مٕتیس سانٛخَس تہٕ اسلوبَس نکھہٕ باسان۔ تس گیہِ تھَپھ تہٕ یتھ کٔنٛ پیوٚ یہِ غزل تھنہٕ

جَنٛتہٕ لوٚیُن نٔتہِ خنجر بَتہٕ گوٚدرٕ خَتہٕ جان
تیغ بازَس رزم سازَس ترکتازَس عار چھا
سینہٕ سوزَن عاشقَن دِل شیٖنٛلَن یامتھ وچھن
یِم دُپتِان یاسِے پِتان داروے بیار چھا — مہجورؔ

---

دَرجنگ کران کارِ خنجر دستِ رٔنگین چانٛئِ
ہم پنجہٕ دستاں چھےٚ ہٕ رُستم وسامِ نگارِد

---

یِم قُبہٕ سینکی ڈیشِ وٕنہن دُبہٕ پھِران دِل
انار شیرِین کوٚہٕ، دُپتان، دَپان پھےٚ

رسول میرؔ

---

مہجورَن وُٹُن "پوشہِ مَتہِ جانانو" ہَس مُتلق چھُ تذکرٕ نگارَن بیٚنیہِ مُغالطہٕ لوٚگمُت۔ تمِ چھِ لیکھان زِ ۱۹۲۶ ء کہ سونٛتہٕ کالج کِتھ چھےٚ۔ اَکہ دوہ ہَہ ادس مہجورؔ چھتِر کوٚلہِ (دُوٚدھ گنٛگایہِ) ہٕنٛدِس بٹھس پیٹھ سآل کران کیٚہنہٕ گرِسی کورِ آسہٕ زِیُن اَنہٕ دَن گرٛہان تہٕ گیوان "گوشُن مَنزٕ ہاوَکھ راوے۔ وٕہ لوٚمیانہِ پوشے مدنو" مہجورَ گو قُدرتی نظارَ تہٕ کورِن ہٕنٛد آواز ہٕنٛد جادِہ ستیٚ رٕہتھ ہیوٚ تہٕ بقول آزادؔ اَس قُدرتَن یہے وِزِ ملکہ حبہ خاتون، امنہ بھوانی داس (آزادؔ چھِ اَرنہٕ مالہِ ہیتھے کٔنٛہ ناد ہیوان) تہٕ میر شاہ آبادی پتہٕ ژورِ یمہ لٕٹہ کاشُرِ غزلک زِیُم ہینہٕ خاطرٕ مُقرر کرِمُت گرِآد۔ حبہ خوتوٚ، نہٕ ہُنٛدیہ بآتھ کوٚڈُن اَکھ سنٛیاوٕ تہٕ اَمہ کِس طرزَس زبانٛ بیترِ یآرادگرِتھ

لیُو کھن، اتھ بندن ہند سہ وزُن ییتھ ووج

"ژۆ بہار وشے روشے دہ لومیانہ پوشے مدلو" چھُ

اَتھ جایہ چھُ اَکھ وٕڑی یکھ فرق بیتہ نمایاں۔ یہ چھُ مہجورنہ یادداشتہ مُطابق ۱۹۲۷ء یس منز

لیکھنہ آمت تہ ییلہ مہجور سرینگر اوس۔

اَتھ کتھ تہ چھُنہ کانٛہہ شکھ زِ یہ وزُن چھُ حبہ خوتوٗنہ ہندس وزنس ستھاہ قریب وآمان

سوے بحر۔ سُے وزن۔ تِرتھے لوٗ ژلوٗ ژ میٹھ زبان۔ سُے زنانہ لہجہ تہ تِمے زنانہ جذبات۔ مگر لوتہ پچھے

حبہ خاتون حبہ خوتوٗنے سے

اَتی اَتی روز تو یارو — کوٗت ژِ ژوکھ چود وٕگارو

گوڈ کرِ میو سُنے چارو — پوشے متہ جانانو — مہجور

---

وولہ متہ گژھو وو پوشن — بار موت یار چھم توشن

رۄشتھ رۄدم گوشن — وہ لومیانہ پوشے مدلو

حبہ خاتون

---

بہرحال۔ یکہ بانتھ یہ میچھر رۄد ییتہ تس ساری ہے وُمبر لاشکھ تہ تمی سُند اسلوب رۄد

حبہ خوتوٗنہ ہندس اتھ یکہ مُتس مزازس تہ رسول میرنہ مُشکل کلاسیکی پسندی منز باگ گاہے اکِس

تہ گاہے بیکِس طرفس کُن نمان۔ اَتھ چھُنہ کانٛہہ شکھ زِ مہجورن انفرادی اسلوب چھُ سُے ییتہ یمن

---

نہ اَکھ وزنس (مِتے چھُنہ آزادنس اَتھ غزل وزنس ستی اتفاق) متعلق چھُ آزاد لیکھان زِ ییلہ یہ غزل محمود شہرین حبِ ہرایتھ ہندوستانٛ

یہ منز لوکن اندر گیوہ یہ ووت کیژن وہ ہن اندر ساری ہے گُتیر منز پرتھ جایہ اوس اَمہ کے چرچہ۔ کاشری چھاڑہ (موزور) گے ہنیر تہ یہ

ووت ہندوستان۔ "اس غزل نے ملک کے مذاق اور رجحان کو اپنی طرف متوجہ کرکے مہجور کی ہمت بڑھائی" (کشمیری زبان اور شاعری حصہ سوئم)

دوان شراب کولَن تہٕ دوہ دِکوہ لَن سنگم گومت چھُ۔ اَمہٕ برونٛہہ اوس مہجورن پننہٕ نین حکمرانن ہِندِس آگہٕ یانے انگریزی سامراج خوش کرنہٕ خاطرٕ گوڈنکِس جنگِ عظیمَس پیٹھ سہ جنگِ یورپ وٕنان چھُ اکھ زیوٗ ٹھ نظم ظاہراہ مثنوی چالہِ لیوٗ کھمت۔ اَتھ منٛز اوس تمیٚ عام لوکَن بہ جنتہٕ پیٹھ زنگرٕوٹ بھرتی گژھنک وتِش دِیت مت نوکری محکم کرنچ یہ تھرِ نہٕ تھرِ کُھٹہٕ پیٹھ دٕزدٕج مگر سو کتھ پتہٕ پیٚن۔

بہرحال اتھ چھنہٕ کانٛہہ شکھ زِ ۱۳۰ پیٹھہٕ ووچھ نہٕ زانٛہہ مہجورن پونت تمیٚ ترٛو وفارسی تہٕ اُردوٗ دوس آدیز ووزن۔ فارسی تہٕ اُردوٗ کِین ستیکہٕ صحرادن پھیران اوس تمیٚ نیٚن ادتا پتے راوٕرمت۔ پیٚترٕن بجن زبانن منٛز نہٕ آوتَس کانٛہہ درجہٕ اتھی تہٕ نہٕ سپدِس کانٛہہ انفرادی لیجے پأد۔ پننہٕ ماجہٕ زیوٗ منٛز دٕراوتَس دِلک شَر تہٕ سپنک حباب۔ یہ لے اَس تَسندِ لاشعوٗرکہِ پاتالہٕ پیٹھہٕ ہُشد رازُن دِگنہٕ دِنہٕ دُن بُنتھ وُزان۔ تَسند قلمہٕ دٕراو تہٕ کاشرِ ن پھیٚور دہانَس قند تہٕ گہ لاب۔ اَمہٕ ستیٚ تہٕ گیہٕ مہجورَس حوصلہٕ افزآلی دٕدیمہٕ طرفہٕ اَس کاشرِ ن ہنٛز قومی تحریک مَلکھہٕ تلان تہٕ فلک ژٕہان۔ یوت یوت اَتھ اَس کار دوہ گنان تیوٗت تیوٗت ادس کاشرِس کم تری ہنٛد احساس ژلان۔ کشیر تہٕ کشمیریت کین بیوٗن بیوٗن جلوَن ہنٛد امار پھیران تہٕ یمَن ماے برنگ جذبہٕ کاڈ کڈان۔ مہجورَس کاشرِس کُن آل پھیرن تہٕ تَسند اَتھ ستیٚ ڈاڈ کرنی تہٕ چھے اَمی قومی دوٗ جوٗدِچ اَکھ نوٗ ترٛاے۔ اَکہٕ نوٗ صبحکس پیٚردَس منٛز اَکھ نفیس تہٕ رنگین پٕز ژبان بتہٕ کاشرِ ن ہنٛد تمدنی نشاۃ الثانی ہنٛز گلہٕ لوٗزی پھوٗلراوان۔ خوٗنہٕ ستیٚ رنگِتھ آزادی ہنٛدِس رنہٕ دآدی قافلَس پوٗشس لاگنک فرمن تہٕ اوس کاشرِ اداکرن تہٕ قودرتن ژوٗر مہجورٕ۔۔۔۔۔۔"پوٗش ہولاگے وہ زالِ یے" دپان سرانجام دِنہٕ خاطر۔ اقبال تہٕ اوس پانَس لیہ ہیے رول دِوان سہ

"سر برگِ شہیداں برگ ہائے لالہ مے پاشم"

اَتھ مرحلَس پیٹھہٕ چھ بیٚیا اَکھ اَکھ نیٚا سے مہجور نہٕ ادبی زِندگی نال وَلان تہٕ تاجیب چھُ زِ مہجورن چھُ پانہٕ اَتھ

ڈنلِہ منز روزنک اِجازت دِیت مُت۔ تہٕ یہِ گوٚو رابندر ناتھ ٹیگورس سٕتی تَسُند کانٛہہ حقیقی یا خیالی تعلق۔
پروفیسر پُشپَن چھُنہٕ اتھ موضوعس پیٹھ بلکل زٕھ یہِ کرمژ تہٕ میانہٕ خیالہٕ چھِ یہِ معنی خیز۔ عبدالاحد آزاد چھِ
وَنان زِ اَمہِ دوٚہ ہندی ادیب تہٕ ٹیگورسُند اکھ زانَن وول دیوندر ستیارتھی آو ۱۹۳۷ء یس منز کشیر ـ
یتہٕ گوٚو مہجورَن کلامہٕ بوزتھ سیٹھاہ خوش۔ "ماڈرن ریویو" کلکتہ ہس منز کوٚر تَن مہجورنس پاتَس
انگریزی ترجمہٕ اکھ مضمونہٕ سان شایع۔ یہِ ووٚچھ ٹیگورَن۔ سہٕ گوٚو کھوٚد کھوٚد دوٚد تھیتھ' دوٚپن
"از موٚن کشیر چھنہٕ پرٛی پاٹھی شاعری ہُند قلعہٕ"۔ پَتہٕ سوٚز تَن ستیارتھی واپس تمی نیوٚ مہجورَن فوٹو تَسُندی
حالانکہ تہٕ تَسُند سوٚرے کلام ترجمہٕ کرِتھ ہیوٚکھ ٹیگورَس۔ ٹیگورَن لیوٚکھ مہجورس "مٕنے ووٚچھ تہُندِ نظم
میانِ تہٕ تہُندی خیالاتھ چھِ رلان۔ اگر تۄہی بنگالی یا انگریزی زانہٕ ہیوٚ بہٕ وَنہٕ ہا زِ تۄہہ ہیو چھۄ یہِ خیال میانہٕ نو
نظمَن منز حاصل کوٚرمُت۔ یہِ سپدس تہُندی باتھ ووٚچھتھ سیٹھاہ خوش۔" دَپان پَتہٕ ییلہِ ٹیگورَن
گرٛیسی کوٚر تہُند ترجمہٕ ووٚچھ تمی لیوٚکھ مہجورس۔ "تۄہی چھِو کشیر ہندی ورڈس ورتھ۔" دوٚیمہِ طرفہٕ چھُ مشہور
سٹیج تہٕ فلمی اداکار دعواکران زِ کشیر ہنز کوٚر مٕنے مہجورَس گوڈنچہ لٹہٕ متعارف۔ تہٕ یہِ دعوا چھُ سہٕ ۱۹۵۸ء
منز کران (تفصیلی بحث کشیری زبان اور شاعری حصّہ سویم) بہر کاف! ہرگاہ ہے سنہ ۱۹۰۰ نہٕ پیٹھ کنۍ خط پیٹھ
یمَن منز سنہ ۱۹۲۳ء یس منز لیکھمتی اقبالہٕ سُندی اصل خط چھِ۔ مہجورس ہوٚس تاریخ شناس
(ARCHIVIST) شخصس نشہٕ کیاہ گو یمَن اہم ترین خطن۔ تمیک چھُنہٕ کینہہ پتاہ۔ یہِ اوس ٹیگورنہٕ زندگی ہُند
عروج۔ تہُندِس اکس اکس لفظس اَس مینہٕ تول سپدان تہٕ تتے اوس حساب روزان۔ ہرگاہ ہے مہجورس
تَسُندی خط آسن رٲوِمتی مگر کیاہ ٹیگور ریکارڈَن یا ڈایرین منز چھا تمن ہُند کانٛہہ ذِکر۔ تۄہے چھُنہٕ اتھ
موضوعس پیٹھ پروفیسر پُشپنی زٕھ یہِ رُد یہِ سپنز باسان۔ مہجور اوس عوامی رٲیِ طلک شاندار شوٚعور
تھاوان اور وۄنہِ زِ گوٚو یُس تام کلام مہجورَن تہٕ ٹیگورسُندین باتن ہُند تعلق چھُ، اتھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زمین منز

چھُ اَکھ باطنی تہٕ اسلوٗبی ہم آہنگی۔ اَکھ ناسٹالجیا۔ دیہاتی زندگی تہٕ قدرتی منظرن ہُندلول تہٕ لوب مُدرلے۔ میٹھی تہٕ خوش پوٗزِ لفظ۔ ژھوچہ بحرٕ۔ یِم چھِہ دِہ شوٗزِ سٔرد زٕ۔ کلامِ مہجورس چھُ ٹیگورتیک اَکھ خوشبوٗدوان محال چھِنہٕ ہرگاہ ہے ٹیگورن ستیارتھی یا ساہنی یس ینہٕ اَمہٕ تاثرک باس آسہٕ ہے دِیتمت۔ تہٕ کتھ کتھ وآژ باز رتہٕ کھٔژ نو نکیٖن نٹن۔ اَکھ سِلسِلس مَنز پیٖے منےٚ اَکھ یژھے ہِش کتھ ژٕ تَس زٕ کیتھٕ کٔنی چھِہ چھوٚت تہٕ کڑہٕ مَن رٔلہٕ گژھان۔ اَز بَرٕ وُنہٕ داہ باہ وُری اُز "آئینہ" سرینگرکہٕ مدیرٕ شمیم احمد شمیم مرحوٗمن اَکھ تصویرٕ کٔشیرِ نیبرِ خبرکتہٕ پیٹھہٕ۔ تِہنٕس دفترس مَنز تعاونٕ اَوٚیزان تہٕ اخبارس مَنز دِژن لوٗکن دعوت زِ تِم دِچھن یہٕ تہٕ دِن پننہٕ رائے زِ اَکھ مَنز کُس شخص ٹیگورس ستیٖ دوہٕ رٕ چھُ۔ سہٕ چھا غلام احمد مہجوٗرکنہٕ نہٕ۔ وارِیاہو دستوٗگیٖرٕ اَکھ یکدم بیعت مگر خاکسارن موٗن نہٕ کینہہ۔ بحث چھُ سوٗرے اَمِنٕس مَنز چھپیوٚمت۔

۱۹۳۴ سہٕ چھُ مہجوٗرنہٕ کاشرِ شاعری ہُندِس بارکس مَنز نیرنہٕ خاطرٕ اَکھ اَہم وُری۔

سرینگرٕ کِس نمائش گاہس مَنز آو اَکھ کل ہند اُردوٗ مشاعرہٕ کرناونہٕ تہٕ اَمیُک انتظام اوس سابقہٕ منسٹرٕ مال چوہدری خوشی محمد ناظر پانہٕ کران۔ مشاعرس مَنز آسی حفیظ جالندھری، روش صدیقی تہٕ بییہ سیٹھاہ ناموٗر اُردوٗ، فارسی تہٕ پنجابی شاعر بلاونہٕ آمتی۔ مہجوٗرس تہٕ آو نادلاینہٕ۔ مگر تِمو وَنِکھ زِ دوہ پرٕ زبانِ ہُندِس اَکھ مشاعرس مَنز ہرگاہ ہے منےٚ یِنن کاشرِ باتھہٕ پرنٕس اجازتھ یِیہٕ دِنہٕ تیلہٕ یمہٕ بہٕ۔ تورٕ آسٕ شرط لاگنہٕ زِ اَول گژھہِ گوڈٕ اَکھ اُردوٗ غزل پرُن پتہٕ ہرگاہ ہے کاشرٕ پرکھ سہٕ گژھہِ باغِ نشاط تہٕ سیرِ ڈلُک موضوٗعس پیٹھ آسُن۔ مہجوٗر اوس اَکھ بڈِس دربارس مَنز کاشرٕ واتہٕ نادن یِژھان۔ تِمو گٔری دِہ تسٕوے شرط منظوٗر۔ گوڈٕ پوٚرٕ محموٗد شہریٖن اُردوٗ غزل تہٕ پتہٕ سٔتن بندن ہُند باتھ "باغِ نشاط کے گلو" کاشرِ گواَمیُک مانے تارِ ہُندی باکھٕ سنتھ۔ نمار کاشری گگےٚ اَمچہٕ لیہٕ تہٕ ترٔنم ستیٖ لطف اندوز۔ یہٕ اوس گوڈنیُک موقہٕ زِ کانہہ کاشرٕ باتھ آو یژھہِ محفلہٕ مَنز پرنہٕ۔ وَدِیمہٕ ترنیمہٕ دِہ بہٕ آسی کٔشیرِ نِہندی کوچہٕ تہٕ

اَتھن اَمہِ باتکۍ گُنبُد کران اَکھتے یِتھ کھ سُنٛدۍ مولوی انورَن اَکھ طرزَس پیٹھ اَکھ بٲتھ تہٕ

"بارِ غیقینِ کے گُلو ناز کران کران وۄدہ لو"

بِلکُل تِتے آیہِ یِتھ کنۍ حالہٕ کِس زمانَس مَنٛز "دمادم مست قلندر" منقبت کِس طرزَس پیٹھ داریاہ بھجن لیکھنہٕ آیہِ اَمہِ پَتہٕ آیہِ مہجورٕنۍ داریاہ بٲتھ یِمَن مَنٛز یہِ بٲتھ تہٕ شٲمِل چھِ۔ گراما فون ریکارڈَن مَنٛز بھرنہٕ۔ تہٕ یِم ڈُکھی زلہٕ وۄنَن باقرخانَن ہٮ۪نٛدی بٲتھ۔

۱۔ اگست ۱۹۳۵ء کوٚر جناب شیخ محمد عبداللہ مرحوم تہٕ پنڈت پریم ناتھ بزازَن مشہور اخبار "ہمدرد" شوٗرٕ۔ "ہمدرد" بنیاہ و کینژس کانٛسہِ کٲشرِ ہنٛدِ سیٲسی، قومی تہٕ تمدنی تمناہن ہنٛد علم بردار تہٕ پاریہِ وۄل۔ اَتھۍ مَنٛز سپٕز مہجورٕنۍ "گریس کوٗر" شایع تہٕ اَتھۍ مَنٛز تَمۍ سُنٛد قومی ترانہٕ "وۄدہ لوہا باغوانو نوبہارک شان پیدا کر" یُس کٔشیرِ ہنٛدِس ماضی یَس پیٹھ ناز کران اوس۔ کٔشیرِ ہنٛد شاہِ وۄدہ گناوان اوس تہٕ تَوَن مَنٛزی لِن ہنٛدۍ زھانڈٕ چ کل اوس کڈان۔ پوشَن تہٕ بُلبُلَن ہنٛد بٲتھ لیکھن وٲلۍ سُنٛدیہِ گرہتہٕ دُن تہٕ گگرایہِ کرُن ترانہٕ اوس تیتھ زامہِ سِتی ترسے یہِ ساری کٔشیرِ یہِ اس کاشر زبانہِ مَنٛز عجیب آواز تہٕ نرُک آو۔ یہِ بنیوٗ دِ پَتہٕ یہِ ڈُلِ زِ تہٕ سانہِ عوامی تحریک غار سرکاری قومی ترانہٕ۔ اَمہِ تحریکِچ قافلہٕ سالار شیر کشمیر شیخ محمد عبداللہ ہَن بخشِس اَکھ یہِ اعزاز زِ تِمو کوٗر یہِ بار بار پننہِ ترنم ریز آوازِ مَنٛز لچھ بدِن ہنٛدِ ن جلسَن مَنٛز پیش۔ مےٚ چھُنہٕ یاد زِ شیخ محمد عبداللہ ہَن کیاہ چھُ بنیہِ کانہہ کاشُر بٲتھ یِتھ کنۍ لحنہٕ سان اداکوٗر مُت۔ پَزر چھُ یِ زِ کاشرِ ن ہنٛد خوٗن گرمادنَس تہٕ دوبارٕ دنَس مَنٛز کوٗر اَمۍ نغمَن اقبال سنٛدِ ن شاندار نغمن ہنٛدی بٲتھۍ داریاہ اہم حِصہٕ ادا تہٕ یہِ چھُنہٕ موموٗلی کتھ۔

مہجورَن کوٗر ۱۹۳۸ ییس مَنٛز کلامِ مہجور پَتہٕ پیامِ مہجور چھاپنُک سِلسِلہٕ۔ اَتھ مَنٛز آسی زیادٕ تر تِتھۍ بٲتھ یِمَن مَنٛز قومی جذبہٕ یا سیٲسی خیالات آسہ ہَن۔ ادے کوٗر تِمۍ یِمَن نظمن ہنٛد ناو۔

مہجورن کوٚر پننٕ کلام ناگری رسم الخط منٛز تہٕ شایع کرنک بندوبست۔ چنانچہِ تسنٛدی پبلشر علی محمد تہٕ سنزن چھپیٚتھی واریاہ ٹریکٹ شایع کرِتھ۔ مہجورس آس زبان سازی ہنٛدِ تہٕ نوزبانہ کین ابلاغ کین ذریعن ہنٛدِ تاثرک پیٚے تہٕ تمن پیٹھ پژھ۔ تمی کٔڈی اخبار ہاکرن اَتھہِ پننی کتابچہِ نمبر یم خوش تو آیی سان کلام گیوان تہٕ کتابہِ کنان آسی۔ مہجورادس پننٕ کلام لوکٹن ٹریکٹن ہنٛدِس صورتس منٛز چھپاپان، یمن آنہ یا زٕ آنہ قیمتھ اوس آسان۔ لوکھ آسی خوش گژھتھ آسانی سان ہیوان۔ یہ تہٕ چھ کاشرس ادبس مقبول بناونہٕ خاطرٕ مہجورن اکھ اہم قدم۔ اَتھ سلسلس منٛز چھپے پنڈت پریم ناتھ بزازن چیٹھی بٔکس شایہِ شایع کرنہٕ یوان۔ مہجورس گیے دوہ ژ شیخ محمد عبداللہ، مرزا محمد افضل بیگ، خواجہ غلام محمد صادق، پنڈت پریم ناتھ بزاز، پنڈت جیالال کلم بیترِ مشاہیرن ستی لوٚر پاٹھی زان تہٕ اَتھیک تہٕ پیوٚ تہنٛدین خیالاتن اثر۔

۱۹۴۵ ہس منٛز پیٚلہِ مہجور ریٹایر گوٚتہ آو واپس پتری گوم تہٕ ہیٚژن صبروسوکٕہ ژنٛدگی بسر کرنٕ۔ اَتھ دورانس گوٚ قبائلی حملہ تہٕ عوامی راج آو۔ مہجور ذراوِ پننہٕ گوٚ لرِ منٛز بیٚیہ نبر۔ کلچرل محاذس بنیاوا اہم عہدہ دار۔ قومی نظمہ لیٚکھنکھ۔ یئیلہِ نومبر ۱۹۴۸ ہس منٛز جموّ ریڈیو سٹیشن بنیوو، مہجور صاٰبن آیہ ادس گوٚ ڈنیک کاشر باکھ پیس اَتہٕ پیٹھ نشر سپد۔ مہجورس گو پتہٕ تمہ وقتہٕ کس ڈایریکٹر ایجوکیشن اسداللہ کاظمیس ستی یارانہٕ۔ شیخ محمد عبداللہ وزیراعظم سنٛدِس وننہٕ تس پیٹھ ہیٚژ تمی "تاریخ ادبیات کشمیر" لیکھنچ کام تیز کرنٕ۔ ۱۹۵۰ ہکس وندس منٛز نیوٚ شیخ صاٰبن پانس ستی اکھ ہیے کارِ منٛز نیہ دِلہِ، تورٕ آو ۱۹۵۱ ہیس منٛز واپس۔

یمنے دوہن ہیٚوٚت شاعرن نوٚس نظامس منٛز نوٚین بہارن ہنٛد آغاز وچھن، یمہ پتہٕ ناسوٚرنیے یہ۔ تمی کوٚر آزادی تہٕ بیٚیہ پژھنے نظمن منٛز۔ اَتھ نظامس طنز کرٕتھ پننہٕ فکری آزادی تہٕ دانشورانہ دیانتک

ژوٚلوٚتھ پیش۔ کمال چھُ یہِ زِ فنی لحاظٕ چھنےٚ یِم مکمل تہٕ طنز کیٚس ہتھیار مقبول کرالہ واری گرٕ یسی نامہٕ تہٕ پیپر ناسس منٛز تیٚز رد و مت ادس تتھ گُڈ مہجورن نٔوس ہین۔

۲۲ ستمبر ۱۹۵۰ء آو سرینگرٕ کِس نمایش گاہس منٛز تہٕندس شیٹھیم زادہ مناونہٕ (یہِ اوس ریٹائر مینٹہٕ چہ وانسہٕ ہنٛدِ حسابہٕ۔ دَرینہٕ اُسی تِم اَمہٕ ددہ بہ ۶۳ وہری) اکھ جلسس منٛز آو تِمس بھرپور خراجِ عقیدت پیش کرنہٕ۔ مہجورن دوٚن گوہ بر ہٹہٕ جواب دِوان۔

"بہٕ چھُس سیٹھاہ خوش نصیب زِ یِنہٕ ہُن اچھن برونٛہہ کنہٕ چھُس یِمن باغ پوشہٕ ڈُر پوستی برٕ بکہٕ دُچھان۔ یہِ پھٔلے ژھیچھہٕ چھہٕ متے یہ پڑھ گنٛان زِ یِیہ کام متے از برونٛہہ ترٕہ ڈری شور ڈکر مزٕ اُس اَنجہ دایس حوالہٕ چھہٕ تتھ برونٛہہ پکہٕ ناون والی داریاہ پادٕگامتی تہٕ کامہٕ لگٕ متی"

خوکو متن وچھہ مہجور صابن رد تیہ۔ تہٕنٛز بیمار منٛز سوز وزیرِ اعظمن ڈاکٹر علی محمد جان تہٕند ملاحظہٕ کرنہٕ متری گوم۔ تِمن اوس بلڈ پریشر۔ تِمن آو حکومتہٕ کِہ طرفہٕ بخشی ییتہٕ اکھ امتیازی شاعر اکھ ہتھ روپیہ ماہوار وظیفہ حسنِ خدمت عطا کرنہٕ۔ ۸ اپریل ۱۹۵۲ء ییلہٕ شندی جہ پھٔلے ساری سے ماحولس رنٛگہ ژھٹ اُس کران، ڈراو مہجور گرٕ۔ پلوامہٕ کِس خزانس پیٹھہٕ گژھہ کوٚرن اَمہٕ وظیفک رقم حاصل۔ اَتہٕ نیٚرِ پتھے گیس حرکتہٕ۔ گرٕ واتٕس شینچھ۔ گرِس پیٹھہٕ واتہٕ نووٕکھ ییتہٕ کٔنز وٕ تیتہٕ کٔنز گرٕ۔ ڈاکٹر آیہٕ منٛگاونہٕ مگر پوشہٕ متس اُس کل ڈرامژٕ۔ شہ گو امے شہیہٕ تیٚمہٕ عالمہٕ۔ صبحس کوٚرکھ متری گامہٕ پننہٕ لرِ ستی شمالس منٛز دفن۔ خبر واتٕز شہرٕ علمی تہٕ ادبی حلقن گےٚ دہی ژھوے ہرٕس۔ کالیج تہٕ سکول گیہٕ بنٛد۔ تہٕندس اعزازس منٛز آیہ خاص جلسہ کرنہٕ تہٕ تس آو تاظیم تہٕ عقیدتک نذرانہٕ پیش کرنہٕ۔ بخشی غلام محمد نایب وزیرِ اعظم کھوت ۱۰ اپریل پانہٕ متری گوم۔ خاکسار راقم الحروف تہٕ اوس اَمہٕ وِزِ متری گامہٕ۔ اَتہٕ سپُز اکھ پُر اثر ماتمی تقریب۔ بخشی صابن ٹاہِ رووت شند گئے ینچو محمد امین ابنِ مہجور زٕ اُمس ناما دار فرزندِ کشمیرٕ سنٛز جلے

چھِنہٕ سرینگرٕ اَکھ واجینہٕ کِس تَتھ مزارَس مَنٛز یِیتہٕ یانہٕ مہجورنہٕ وَننہٕ مُطابِق حبہٕ خوتونٕ ڈایہ ترٛاوِتھ چھِنہٕ یَتھ مزارِ شعرا ناو تھاونہٕ آو۔ اَمہِ وزراوس تجویز زَ اَکھ مزارَس مَنٛزیٖن اَہَم تہٕ بٔڑی شاعیرو زروز ساونہٕ۔ راتھ کیٛتھ آو تہنٛد جسدِ خاکی لحدَس مَنٛز کڈنہٕ تہٕ ۱۱ اگست صُبحاے آو خانقاہِ معلیٰ چھِرڈیٖدرِ ہیٛنٛدِس چوٚبوترس پیٹھ تھاونہٕ۔ اَتہِ کوٚرنکھ اَرساتَن تِمس خراج ادا۔ میٚتس پیٹھ اوس اُکس بجہِ کِر تلہِ مہ پیٹھ لیٚکھِتھ ؎

مہجورٕ موتس کیاہ چھُ کھوتُن موت چھُے معراج

تہٕ بیٚکِس کُپرِ دیجہِ پیٹھ ؎

ترٛاوِ یٚلہِ مہجورٕ باغ چھھاوُن
اَدِ وَنہِ آرِ وَل مسولہٕ کُن!
رازدار ناز بردار کوٚتےٚ گوم
دِلقرار ٹوٹھ مَدنوار کوٚتےٚ گوم

اَتہِ آو جنازٕ پَرنہٕ۔ جنازک جلوٗسس ؤراوِ تہٕ تابوتَس آسی بٔڑی بٔڑی اُدیب تہٕ حاکم نکھ دِتھ حوٚکومتَن کوٚر خانقاہ پیٹھ اَکھ واجینہٕ تام لوٗکَن ہنٛدِ خاطرٕ بَن ہنٛدُسی اِنتظام۔ اَتہِ آیہِ توپَن ہنٛز سلامی دِنہٕ تہٕ کاشُر زبانی ہنٛدِس توارٛیخَس مَنٛز گوٚڈنیچہِ لٹہِ تہٕ از تام فقط اَکے لٹہِ آو اَکِس کاشرِس شاعرَس سرکاری اعزازٕ سان تجہیز و تکفین کَرنہٕ۔ بانہٕ بخشی غلام محمد اوس اَتھ موقس پیٹھ موجوٗد۔ پَتہٕ رٛوُدی دارِ یاہس کالس ماتمی جلسہٕ سپدان۔ تقریبَن سارِوے اَہَم کاشرٕ شاعرو لیٖکھی مرثی۔ اخبارَو لیٖکھی مضموٗن تہٕ فاتحہ خوانی ہیٚنٛدِ دوہہٕ آو تہنٛدِس مزارَس پیٹھ اَکھ شاندار محفلِ سماع آراستہٕ کرنہٕ یَتھ مَنٛز کاشرٕ صوٗفی یانہٕ وِدہٕ ستاد تَسنٛد پسنٛدیدٕ کلام سنطوٗرس تارَن پیٹھ پیش کوٚر۔

پَتہٕ آو قبرٕ اکھ پیٛوٚر لاگنہٕ یتھ مولانا محمد سعید مسعودی شُنٛد یہ شار درج چھُ سہ

بنے حب خاتون کے ہمسایہ آج
یہ مرحوم مہجور مغفور ھیں

محمد یوسف ٹینگ

سرینگر، ۷ دسمبر ۱۹۸۲ء

# مہجور — پتٕمہ پیارٕ ہُنٛد شأیر

نیتھہٕ گٹہِ گوسُس بیدار کَنِن کَنتجہِ بولَن گوم!
زونٕم زِ وَنٛد سورٕ ٹیوٚیَر تو تژوو سونٛتہٕ کالَن

مہجور چھُ کأشرِ شأیری ہٕنٛز شہہ تہٕ شِشٕر کُملاوان یُس اَتھ واریا
کالہٕ پیٹھٕ لوٗگُمُت اوس۔ تِلہٕ کِتُر وِلگلنُک یہِ عَمَل چھُ عجیب اَنٛداز تہٕ ادا تھاوان۔ شِشٕر گانٛٹہٕ
چھُ اَمہِ آوازِ ہِنٛدِ تأثیرٕ سِتیٚ آوسان تہٕ تِمو اَنٛدرٕ چھُ دولیشوٗمُت آب قُمواریٚنٛتھ ووٚتھان
تہٕ نَژان۔ شِشٕٹیمٕر تہٕ ہانٛٹیہٕ بُتَل چھِ وَصلِ آمادٕ زَنانہِ ہِنٛدی پأٹھو وُتھان تہٕ نَژان۔
اَمہِ کِہ وَچھِ تِلہٕ چھُ ورقٕم۔ ٹیکہ بَٹٕنہِ تہٕ اَچھِ پوشَن ہُنٛز رَنگہٕ ڈٕلی ہُبری تِتھے کَنٛز بَرجستہٕ یِوان
یِتھہٕ کَنٛز غالبٕ سٕندِس ماشوقَس عاشقہٕ سُنٛد اَتھ لَگتھ گلستان پھُلِتھ یِوان چھُ۔[1]

مہجورنہِ شأیری چھُ سونٛتہٕ کالُک شینٛچھ رَنٛگ تہٕ مُشکِلو پأٹھو ضمیٖرَس
سِتیٚ اَڈٕریتھ تیٚہٕ رلاوِتھ۔ اَتھ اَنٛدَر چھُ گوڈٕ سونٛتہٕ کالُک پوشہِ تیرِ ہُنٛز کیفیت۔ کتھ جَن ہُنٛد
بول بوش تہٕ پوشہِ نولِ سُنٛد موٚدُر سورٕ رُد۔ اَکِہ خابناک کیفیتُک ہُنٛد خُمار۔ نیتھہٕ گٹہِ ہُنٛد

---

[1]: اسدؔ بندِ قبائے یار ہے فردوس کا غنچہ    جو کھل جائے تو دکھلادوں کہ یک عالم گلستاں ہے

اَنہار یِیلہِ سۭنگر ووٚشلان ووٚشلان دوٚزلان چھِ تہٕ لوٚتہٕ لوٚتہٕ گاشِچ نوٗرٕ عَلَم نٔنۍ گٔڈِتھ تَتھ
واش کَڈان چھِ، یِیلہِ شبنَم پوٚشن رۄ پہِ تھال بھران تہٕ موختہٕ ہٲلم شیران چھِ، یِیلہِ آفتابٕچ گوڈنِچ
زٕژ اَتھہ سٲری سے طِلسماتس گاشہِ پۄژٕ ژلان چھےٚ، یِیلہِ مہجورنہٕ ناٹھہ اِستعارٕ موٗجُب پٔتۍ مرٕ پیٛارٕ
ہُنٛز وِز اَنہِ گٔنڈِ گاشک گوڈنیک تیر چھُ وَچھ ووٚزلاوان۔ مہجور چھُ اَکھ رِوٲیَتک اَند تہٕ بیٚیکہِ
رِوٲیتک گوڈ۔ تٔمسنٛز شٲیری چھےٚ رِوایَتہٕ کِہ سے مۄلس پیوند کٔرِتھ پٔرۍبھان۔ مگر اَمہِ چھین لِنجَن
پَم گٔب تہٕ غونچہِ پھُٹان چھِ۔ تِمَن چھےٚ اَکھ نوٚو پھُلیہِ ہُنٛد طرح تہٕ تیٚنہہ۔ تٔسندٕ آلوٚکس وُچھِس
پیٛٹھ چھُ پوٚت کال بَردنہہ کالس پیٚٹھ گاش تہٕ راش پٔشراوان۔ یانے یہِ چھُ سُیے سٔنگم یُتھ انگریز
شٲیر شیلے اَزَل تہٕ اَبدُک نالہٕ موت وَنان چھُ۔ BLENDING TWO BEAMS OF
ONE ETERNITY۔ یہِ چھُ خوشبوٗیَن، پوشَن، جاناوارَن، بولہٕ باشَن تہٕ میٹھین سازَن تہٕ
سۆرۆدَن ہُنٛد اَکھ مٲری موٚنٛد تہٕ لوٚبہٕ وُن دُنیا۔ اَکھ نۆو دُنیا یِیچ سَنٛز تہٕ سکھر چھےٚ—

سُلہِ باغ وَس وُچھ ہوشہٕ سان — پٲداکھ پوشَن کران

پھُلہِ متۍ چھِ پٔتۍ مے پیٛارٕ گُل — کرو بُلبُلو دیدارٕ گُل!

پٔتۍ مرٕ پیٛارٕ ہُنٛد یہِ لفظے کیاہ یہِ سُے چھُ مہجورس سیٚٹھا پسند تہٕ یوہے چھُ تٔمسنٛز شٲیری ہُنٛد
کلیدی لفظ (WATCH WORD)۔ مہجور اوس خالص اَدبی اصطلاحَن مَنٛز تہٕ اَکھ عہد ساز تہٕ
انقلابی شٲیر۔ اَمہِ عہد سازی تہٕ انقلابکہ وٕہی چھِ بیٛیار پاسَل تہٕ واریاہ رَنٛگہٕ۔ تِمۍ کوٚر کاشرِ
شٲیری ہُنٛز غالب رِوایَتہٕ نِشہِ اِنحراف۔ کٲشرِس مَنٛز اُس تصوٗفچ لے لگ بگ لل دیدِ
پیٛٹھے بِلہ رِش گامٕژ۔ اَمۍ رِوایَتَن دِیت کٲشرِس واریا شوٗزرنہٕ تہٕ توٚژہ تہٕ۔ مگر مہجورنِس زمانس

تام یوان اُس یہِ عام طور شوِد تُکرِ پچھ مُشکہ تجُ بَنے ہیٚژِ[1] پہ اُس لُوکو نِشہِ دۄرے ہیٚژ تہِ اَتھ
اَندر اُسی زِندہِ جذباتو بدلہِ بناوٕنی خیالاتھ وَردار زَبانی مَنٛز اَدا یوان کرنہٕ۔ مہجور اوس حَبہٕ خوتونہٕ
ہشہِ وَژنُک، مقبول کرالہِ وأری سٟنٛزِ گُلریزِ تہٕ رسول میرنہٕ غزلک قٲری تہٕ عاشق روٗدمُت۔
تَس اُس مزاجٕچ ترٛاے یِمَن ترٛیشوٕنی سٟتی رَلان۔ تِمہِ کوٚر یِمَن رَنٛگ تہٕ مُشک ژھَٹہٕ وِہِن
پوشہِ گوندِن پَنٛنہٕ سازٕکِین تارن پیٚٹھ سَنٛگم ؏

دِل میون تھٲوی تون مَنٛز پھولدانَن — پہ میلیو وُسنٛبلستانَن مَنٛز
اَمی کٔر بَنٛدِگی غونچہٕ دہانَن! — جاے تِمہِ ژٕٹ پرستانَن مَنٛز

مہجورن اَصل تہٕ ساروے کھوتہٕ خوبصورت کأشُر رَنٛگ چھُ یِمَن ترٛن ناگہٕ لیٚن سٟتی تَسنٛزِ عصری
آگہی ہیونڈ رَنٛگ مِلناونہٕ ہیٚژ بنان۔ رَنٛگن ہُنٛدیہ قری مزی لوٹ ووٗنُن سُپدنہٕ سہل شاہنہ۔ واریاہس
کالس روٗز حَبہٕ خوتونہٕ تہٕ رسول میرس تَسنٛدِس مزاجس مَنٛز ٹھولہٕ ٹھول تہٕ آویزش۔
حَبہٕ خوتون اُس تَس لکہٕ لیہٕ کُن نِوان تہٕ پوشے مَتہٕ جانانو وَنہٕ ناوان مگر رسول میر اوٚسُس کَل
کَڈان تہٕ لیکھناوان ؏

سیٖنہٕ سوزَن عاشقَن دِل شیٖشہلَن یامَتھ وَنَن
یِم دۄلپستان یا سپستان دارِوے بیمار چھا

---

[1]؎ صوفیانہٕ موسیقی ہُنٛد اُستاد غلام محمد قالین باف چھُ راوی زِ پیر عبدالعزیز حقانی ییٚلہِ سماع بوزنہٕ بیٚہان
اوس۔ گوڈٕ اوس وَنان "مُشکہٕ تجاہ گٔژھ زالنہٕ ہیٚژ" یلہٕ چرسہٕ چلمہِ گوٚژھ تیو لنگل تھاونہٕ یِن۔ (مُرتب)

یہِ کش مکش چھِنہٕ اَکی سے سبتھرِس پیٹھ۔ اَتھ مَنٛز چھہٕ لہجہٕ۔ زبان، لَے تہٕ جذبٕچ نرمادگی یانے تذکیر و تانیث تام سورُے شامِل۔ جبہٕ توتہٕ ہِنٛدِس طرزِس مَنٛز چھِنہٕ لگہٕ بٲتَچ سۄزُلے۔ اَتھ چھِنہٕ سَہَل تہٕ لۄتُھ کٲشُر زبان۔ اَتھ چھِنہٕ زنانہٕ لہجہٕ تہٕ زنانہٕ ہُنٛد نوزُکھ لطیف تہٕ موہُم ایحساس۔ رسول میر چھُ کلاسیکی لیہِ ہُنٛد شاعر یِمَو حافظ تہٕ خیام ہِوین شاعرَن ہِنٛدِ یارِ بلہٕ ترٛٲوِتھ پے ہَتھ چھہٕ۔ تِمسُنٛز زبان چھِنہٕ آراستہٕ، مُرصع تہٕ ذرا تیز مگر توتہٕ شیرین۔ تَسُنٛد لہجہٕ چھُ اَکِس مردُسُنٛد تہٕ تَسُنٛد جذبہٕ چھُ اَکِس تُنِس تہٕ مُتِس عاشقہٕ سُنٛد۔ (یہِ چھُ تَسُنٛد غالِب لہجہٕ نتہٕ چھُ بعضے سَہ تہٕ زنانہٕ لہجَس مَنٛز کَتھ تُلِتھ ہٲرِیے تھاوِتھ ناکن تہٕ لولو زار میاَن طوطس وَن تہٕ لولو، ہوی زنانہٕ آلوکی غزل وَنان)۔ بہر کیف۔ مہجور چھُ تقریبن سٲری سے شاعرانہٕ زمانَس مَنٛز یِمَن دۄن رنٛگَن مَنٛز گَتہٕ گیوٚر کران۔ اَتھ چھِنہٕ کانٛہہ شک زِ تِسنٛز اصل پرزنتھ تہٕ شناخت چھِنہٕ زنانہٕ لہجہٕ کین وژنَن سیتی گژھان۔ مگر رسول میرنِس اندازَس مَنٛز تہٕ چھِنہٕ تِمی کاشرِس مَنٛز کینٛہہ غزل تِمہٕ پوختگی تہٕ کمالکی لیکھمہتی زِ تِمَن مَنٛز چھِنہٕ نہ صرف مردانہٕ آواز گرزِتھ تُلان بلکہ چھُ تِمَن ہُنٛد کلاسیکی سانٛچہٕ تہٕ بینہٕ والہٕ کاشرِ غزلُک قالب تھران۔

سا قیا آباد روزِن تا ابد مے خانہٕ چون

آفتابکی پأٹھی پھزلِن دَم بہ دَم پیمانہٕ چون

شامہٕ ژھایے واوِ گرایے پوشہٕ وتھرا پھوپھتھر

پان زِندَے زالہٕ نک ووت پونپرِس پروانہٕ چون

ترٛیُم رنٛگ چھُ سُہ یتھ مَنٛز مہجورنِ اکثر قومی شاعری چھِنے۔ یہِ چھُ مہجورَن سُہ رنٛگ یِمہِ خاطرِ تَس ’’پأرِم مَس‘‘ منگناوُن پیو۔ یانے اَتھ پیٹھ چھُ اِقبال سُنٛد واریا اَثر۔ چھیکرِس یانے ’پیام‘ ’’چھین نظمَن مَنٛز اوس یہِ رنٛگ بوتاہ غالِب زِ تَس اُس باقی رنٛگن ہنٛزلادن مُشی تِھے گامُت۔ مگر اَرچ کَتھ کَرو پتہٕ یہن۔

مہجورٕنۍ ترٛیشوے بیالہ یا مُرشد یانے حبہ خوتون، مقبول تہٕ رسول میر
اُسۍ صوفیانہٕ لیہ نشہٕ الگ مجازس منز زیادٕ رنگتہٕ تہٕ چھو ورتہٕ۔ مہجور ہرگاہ کُنہ ساعتہ فاشنہٕ
خاطرٕ "یتھنہٕ مہجور لارکھ مجازس" ہیُو مصرعہ لیکھان چھُ۔ مگر سُہ اوس سرتاسر اکھ
مجازی تہٕ رومانی شاعر یُس نشہٕ ییمہٕ زمینک حُسن تیُتاہ اوس زٕنس اُس نہٕ امہٕ
علاوٕ ییمہٕ کُنہٕ حُسنس سٕنہٕ نِش فرصتھ یا رغبتھ۔ توے چھُ تسنز شاعری منز اسہٕ انہٕ گٹہٕ
گوبھو تہٕ دٕہی کوٹھرٕ بدلہٕ پوشہٕ ڈورِن، سنگرمالن، پوت وٕنن، سرسبز کھہن، آبشارن
ناگہٕ رادن، تو سہٕ مادانن تہٕ تارسرن ہٕنٛد کھُلہٕ ڈُلہٕ، شوٗژ، صاف تہٕ روٗسی ناقن ہٕنٛد
فضا نظرٕ گژھان ییتہٕ سبزار چھُ، ییتہٕ پوشس چھ تہٕ ییتہٕ حرکتھ چھے۔ کاشرِ شاعری
ییلہٕ اَتھ وِشال مادانس منز واتہٕ۔ اَتھ نٕنہٕ وُمرن ہٕنز کٕھ تہٕ زٕے، کرٛہٕ ذٕ تہٕ ڈوکھ۔
تہٕ اَمی کوڈ مہر ییٛنہٕ وردنگ ہیُو حُسن تہٕ صحت منٛد کاڈ ع

وِنہٕ وان دٕرایکھ پیپھٕ تھٕزٕ ریے
وِگنہو شاباش کرِ یِلے
چٕشگہٕ ساز وایان پھکے دیدٕ ریے
گرٕ پسی کورِ نازنین سونٛدریے

مہجورن کور زبانہٕ ہٕنٛد ورتاو تہٕ اَکس زبان سازٕ پٕنٛدِس اندازس منز لوٗتٕ
لوٗتٕ شُہُل تہٕ سٕہل لفظ۔ زٕن تہٕ دستارٕ دجہٕ منز پھیٛانہٕ یتھنہٕ اَتھ کُنہٕ نامانوس تہٕ
مُشکل لفظُک مٕژری کوٗنٛد سیتی روزِ۔ مہجور چھُ رسول میرن تژٕ وہتراونٛچ کوشش تہٕ
کران تہٕ مقبولنٛس منز مُصوری تہٕ بیترادنٛچ کُل کران۔ مگر سُہ چھُ اَتھ سلسلس منز یمن
دوشونٕ صاحبٕ وہستادن ہٕنٛد سٕہل طرز پانہٕ ناوان۔ ہرگاہے فارسیس منز حافظ
شیرازی لطیف زبان ورتاوِتھ معنی تہٕ مُصوری ہندی ساری گاج پوٗر کرٕتھ ہیکہٕ۔ ہرگاہ
اُردوٗہس منز میر، داغ تہٕ حفیظ جالندھری، لوٗتٕ زبان ورتاوِتھ زبر شاعری کرٕتھ ہیکن۔

کأشرِس کیاز پیٚہ نۂ تجربہٕ برٛاہ۔ چنانچہِ مہجورٕ سٕند یہ تجربہٕ چھُہ کأشرِس شارَس اَکھ نوٚو موڑ دِوان۔ اَکِہ طرفہٕ چھُہ اَتھ مَنٛز اَدبی معیار تہٕ میزان ڈٕنٛجہٕ روزان دوٚیمہِ طرفہٕ چھُہ لۄکٕن بۄزی تھٕے سپٕنٛن ترٕتھ گرٛزھان تہٕ ژھ بتہٕ وُترِس مَنٛز ژانٛگی ریٚتھہٕ ہٕنٛدی پأٹھۍ ناپان تہٕ زدتان روزان۔ سأنِس اَدبَس مَنٛز چھُہ تٕمٕسٕند کلام کوٚرٕ تَرٛج پٕمنٛز یٔیمہِ اَدبی گٔنٛڈتی ہٕنٛد سارےٚ کھوٚتہٕ ہاوُن باوُن لایق نوٚموٗنہٕ زِ پرٛزِ شأیری چھِنہٕ ریٚتھن لفظن ہٕنٛد رُت وَرتاو۔ یِتھِہ کٕنہٕ موٚنا آپنٛژ ہٕنٛد حُسن یکدم موٗحسوٗس سپدان چھُہ۔ مہجورٕ سٕند رُت فن تہٕ چھُہ یکدم پٔنٛنہٕ کمٕند تٕراوان ع

پوٚت زوٗنہٕ درٛایکھ دَر لبٕل  کھٕسٕنٛج کمٕند ہیتھ دَر لبٕل
پھٕنٛدِ اَکِہ بٕنٛد گو لولہِ ژوٗر  وُردانہٕ موٚہیم دوٗر دوٗر

---

ژاکھ میأنِس لولہِ باغَس درٛاکھ تاراجا کرِتھ
ہوٗشِس نیوٗتھم روشہِ روشے پوٚشِس چھأوِتھ ژوٗلہو

---

پرٛاران چمَن چھُہ گُل ہیتھ  کرِ پیٚہ سُہ لالہِ مَس چیتھ
یٚنبرزلَن اَکھ کیتھ  بُری بُری چھُہ جام پیٚہ کر

---

لوٚگمُت تَس چھُہ پرٕ مَس کیاہ تام میوٗن وزن ہَس
نٕتہٕ وٕنتہٕ بے سَبَب تَس چٔشمَن خُمار آسیا

---

مہجورٕنٛ سہل پٕسٕنٛدی گرٛہ نہٕ تٕسٕنٛز یک رٕنٛگی یا ٹاسریر زانہٕ ہیٚن۔ اَتھ جایہ ہیٚکہٕ پرٕن وأنِس وار یا بزم لگِتھ۔ یہ بزم چھُہ کٕنہٕ خدس تام ماسٹر زِندہ کوٗلس تہٕ گومُت۔ سُہ چھُہ اَکِس جایہ وٕنان زِ مہجورٕ چھُہ ڈٕل آبہٕ کِس سبتھرِس پیٹھ اَکِس پٕمپوٗشہٕ سٕنٛدی پأٹھۍ، مأری موٚنٛد نگر

یک رنگ تہٕ بیٚیہ یتھ تہٕ سنٛدرن ہُنٛد پے چھُ۔ مہجوٗرنس کلامس منٛز چھےٚ لفظٕت کم گوٗمت۔ تتھ چھُ مُدریر تہٕ شیٖرینی تہٕ تیٚتھ چھُ عام پأٹھۍ لوٚتُر تہٕ ژھوچہٕ بحر ؤرتاوان۔ مگر امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہِ زِ تسنٛدی اعلا شار ہیکن اکیٚہے سبتھرس پیٚٹھ پرٕنہٕ یتھ۔ مہجوٗرس چھُ اکھ سِلسِلس منٛز پنٕنہٕ آپہٕ حافظِ شیرازس نِشہِ غأبی تلمذ تہٕ تمیٚ نِش چھُ سادگی منٛز پُرکأری ہُنٛد سُہ فن تہٕ گرُت ہیٚچھمُت یُس پانہٕ حأفظس نِشہِ عالمی درجُک ادب پأدٕ کران چھُ۔ ییٚنہٕ کانٛہہ یہِ کلمہٕ کُفر مےٚ کُن منسوٗب کرِ زِ بہٕ کیا چھُس حأفظس تہٕ مہجوٗرس کُنےٚ گیٚڈ کران۔ مگر یہِ وٚنٛتھ وننہٕ بہٕ ہیٚکیا اکھ کتھ یہِ زِ مہجوٗرنین نومن شارن منٛز چھےٚ تشبیہہ استعارٕ بنان یا پیکر تہٕ۔ مانے چھِ پرانہٕ کُجہِ ہِنٛدی پأٹھۍ تہٕ بہٕ تہٕ نیٖران تہٕ پوشان۔ شارس چھُ اکھ عجیب تہٕ مأرِ منٛز برجستگی یوان۔ اتھ منٛز چھےٚ نوٚرکو وِہی اکھ زٕژُر زال ووُنان تہٕ بصری پیکر تصویرن ہِنٛدی رنگار رنگ رنگار خانہٕ آباد کران۔

بوزُم ہا بُلبُل اوس وَنان پوشہِ تھرے تَل
گُلنارٕ ژھٕچھک یارٕ سنٛدِ انہارٕ اُتی روز

---

پوشہِ ٹوٗری خاموش پورِ سامانے ژھوپہٕ چھےٚ رو پہٕ ہنٛز پانے بوز
کتھ سیٚتی بوے گُل گو پریشانے بُلبُل سُنٛد افسانے بوز

---

یورِ دپیٚو مس پنٕنہِ حُسنُک اکھ نوٚموٗنہٕ ہاوتم
صُبحدم ییٚلہِ مالہٕ پھوجہِ ڈیٖتنم جوابا گول مول

واشِن ییٚلہِ کوٚڈ تٕمۍ زُلفہِ پیچانٕن
گاشِس رٕوُد ژٕوُر دُردانٕن مَنٛز
مُشِک دار واو ژاو مَنٛز گُلِستانٕن
جاے تٕمۍ رُٹ پٔرِستانٕن مَنٛز

---

وَدنہٕ سیٖتۍ تاثیٖر گژھہٕ ہے یوٚد تمِس سنگیٖن دِلس
راتھ دوہہٕ پٔننۍ اُچھو کہٕ خوٗنہِ باران ہارِ ہا! -

---

دِلن چاک جامَن، رَنگ ہراوٕن، اُسُن مَشکھ
یِم چاٗنۍ سِتَم باغٕکین پوشَن اگَر وَنے
دوٚیتھم ژسے پُتَرے آنہٕ کیاہ چھُے ژسے تمَنا
خُمارِ ہٕتیو وارِ میٚنۍ کُن کَرَ نَظَر وَنے

---

واوُ صبحُک شُلہِ اوس پیاران
تٕنبٕلیوُمُت کُس تام ژھاران
خَشہِ پوشو کَرِس جاپہٕ جاپے
پاپہٕ بُڈِ میشانہٕ یاون رلیے

---

ژٕلہِ لارِ وُچھمُکھ حال وَنہٕ ہئے وارِ وُچھہٕ ہئے رُوے
گَلہِ زٕیوٚ منے گیٚیَم اوٚشِس ووٚتھُم دَدرایہٕ وَنے کیا

مہجوٗر چھُ بُنیاٗدی طور کاشرِ زنانہٕ ہندِین تِمَن جذباتَن زبو دِوان۔ یِمو حَمہٕ خوتوٗنہٕ تہٕ اری نہٕ مالِہ ہندِین موٗخصر وَژنَن منٛز پننہٕ ژینہٕ وٕنی دِژمِژ اُس۔ اَتھ منٛز چھِہ زنانہٕ ہندِین ایحتیاطَن، شرم وحَیا، حجاب ونِقاب تہٕ ترٛہرتَن ہنٛز اَکھ ترٛٹھ لہرِ زہٕ واریا ظاٗہر گژھتھ تہٕ چھےٚ کَتھ اِشارَن نِے منٛز روزان۔ اَکِہ زوال آمادِ ہ۔ جبر پَسند تہٕ زَرزرے ہتی سَماجُک سوٗرے زور اوس اُمی سےٚ اَتھہٕ رَژھ پیٛٹھ چلان۔ مگر مہجوٗرَن چھُ پننہٕ فنی ضَبط تہٕ سنٛبالہٕ ستی اَتھ دَم گژھن واجنہٕ کیفیژ حُسن تہٕ حُزن دوشوٕے عطا کرٕمتی ع

دوٗرِ ایوان وُچھمنےٚ دِلبرَ بروٚنٹھ یِکنَس چھُم نہٕ وار
ژوٗرِ ژوٗرے وارِ وُچھہن کیٛشا قدم ٹھہراوِ نا

---

وَتہٕ چھانہٕ وُچھِہا وارِ نظرَن راٗچھ چھم کم تام
بوٗزِم ووٗن کرنَم راٗچھ دِلہٕ چھےٚ رایہٕ وَنےٚ کیاہ

---

مگر یہ چھےٚ یِکَسگرَن پیٛٹھ سوٗرِ غِلاف۔ اَنٛدرِم تیٚہہ چھےٚ تِتھےٚ کنٛز وُہان۔ یہ لولہٕ اوٚگن چھُ جمکہٕ ترٛاوان تہٕ یہ غِلاف ژٹان۔ مہجوٗر چھُنہٕ نٛنبر وٚنہٕ نک شاٗیر۔ تَس چھُ بیانَس منٛز ٹھہراو، ضَبط تہٕ سوٗکوٗن آسان۔ سُہ چھُنہٕ کرٛیکہٕ ناٗدک تہٕ رسوٗل میرنٕ پاٗٹھۍ ترٛزراونک شاٗیر۔ سُہ چھُنہٕ وَنان "بُتھِ پیٛٹھہٕ تُل ژٕ نِقاب تُلکھ نےٚ ویٚہہ یُہ کھیٚنےٚ۔" مگر تیٚسندِین کانٛہہ کَدٕ متین لفظَن تہٕ اِشارَن منٛز چھُ لطیف تہٕ نفیس جنسی جذبہٕ بار بار وُزملَن ہندی پاٗٹھۍ گاہ ترٛاوان تہٕ بوزَن واٗلِس جلسہٕ وہسراوان ع

چھَس زُلیخا وَتہٕ پیٛٹھ لاٗگِتھ ماے
شاہ یوٗسف یِیہِ نا یاوَن رلے

بنیہ لٹہٕ اکہٕ گرٕتھ بلہٕ ژارو ہو
نۆبہارو میانہٕ لوکہٕ چارو ہو

---

واتہٕ عشقنہٕ دینہٕ مۆجُب حُسنہٕ کِس مالس زکواة
مَس بُری بُری کھاسی چھس ڈپہٕ توس داما چاوِنا

---

شوقہٕ چانہٕ پانس کۆرُم پاراو مَدنو اَدِ نو ہیٚوتھتھَم ناو
زابہٕ گاٚم ماٚنزِ نَم تہٕ مہریٚنہٕ تون
بہٕ نو ذرہٕ مَدنو دۄرہٕ پر چون

---

پہہم ناحالِ دِل باوے، گچھ کھٕ تہٕ وتھرٲوے پَنُن زُو پیش کش تھاوے متے پانس شرٕلے بوٚبرو

---

داٚن پوشو جوشہٕ ییتھ وہٕ زلو و باغ
ورگہٕ زُمَس آو لولکُ نار میۆن

---

یہٕ کتھ چھے قابلِ غور زِ مہجورَس چھُ وہٕ زُل رَنگ تہٕ وہٕ زلہٕ جامہٕ سیٹھا پسند۔ تہٕ
تمی چھِ یِم تمہٕ تکرارٕ سان وَرتاوی یتھ زِ یِم چھِ اکہٕ جنسی تراپہٕ ہندی ترجمان تہٕ نشان بنان۔
پھَھنہٕ خالی کتھ چھی ناٚلی وہٕ زِل جامہٕ ژنے پانس
کترٕ آکھ نیٚہہ گٹہٕ خون ہیتھ اَٹہٕ بارِ گو لابو
مہجورنس آرٹس یُس چیز پوشہٕ ونی زِندگی تہٕ پائیداری دِوان چھُ، سُہ چھُ ٹریجڈی ہُند
سُہ اینحساس یُس تس پرٕتھ کاٚنسہٕ ذات تہٕ کاینات آگاہ شاعرٕ سندی پاٹھی پتہٕ پتہٕ
لاران چھُ۔ حُسن تہٕ حُزنُک یہ سنگم چھُ سُہ مدراوتھ پیش کران تہٕ اتھ منزٕ چھے سَرمستی

ہُنر اَکھ خوٗش رَنگ کیفیت مگر تیوٗت کرِتھ چھ اَکھ مَنز اَلمنأکی تہٕ غم انگیزی ہُنٛد
اَدٕش ووٕنی زَن دِگنہٕ دٕستھ اَکھ خاص ساز وایان۔ شَبنَم چھ اَوے تُہُنٛد اَکھ بڈٕ مَن پَسند
عَلامَتھ SYMBOL بَنان تہٕ کیاز یُتاہ شہٕ خوٗش یوٗن چھ آسان تیوٗتے چھ لوسہٕ وٗن تہٕ آسان۔
تاپہٕ ٹیکہٕ سیتی پیٹھے موختہٕ ناپیان چھس تیتھے چھس اَجلُک پأغام تہٕ واتان۔ ٹریجڈی ہُنٛد
یہِ سوٗن مگر لطیف تصوٗر چھ تصوٗفہٕ کہِ تمہِ فنأیی ہُنٛدِ تصوٗرٕ نِشہِ بلکل مختلِف لیٛس سانہِ
صوٗفیانہٕ شأیری کأشرِس مزازَس آپرووُمت اوس۔ صوفیانہٕ شأیری مَنز چھ یہِ عقیدٕ ن
ہُنرِ سِکہٕ بَنٛد تسبیح ہُنٛد آخری دانہٕ۔ مگر یتہِ چھ کاپِناتہٕ کرِ چلوٕ نہٕ تہٕ ہے بَنگہٕ کرٕ ہ نہٕ پأتھرٕ ک
اَکھ بے شونکھ تہٕ فِطری عمل۔ع

سوٕ نہٕ سُنٛد کھوس تے روپہٕ سُنٛز تھأل
کتھ کتھ چھی ییٚنبرٕ زألیے
پھوٕلہٕ وِنہٕ باغہٕ مَنٛز دٔرایکھ خأل
کَس ہاوٕ یاوٗن بألییے

---

پوٚشِس اوس جامَن تہہ کرناوان ناز تَنہٕ ناوان ناوان گوٚ
نأوِتھ میٚنٛزِ پیٹھ لرِ گوٚ تراوان دِل میٚون راوان راوان گوٚ

---

کوٕ ہہ تہٕ بال اُلرأوکر وٗن گزِہٕ نأوی دردٕ کہٕ آلوٗن
نالہٕ دِیاوان سٕے صدا جوٗیَن تہٕ آرَن آسہٕ ما

راوُن چھُ لبُن یام زونُم رام سُپنم دِل
اَد نار گوٗنڈُم خوف پؠٹھ لنکاپہ وَنے کیا

---

ہَردِک داوُن ڈولُم ہوش          کلُی گۓ کوٗستوٗر بَرگۓ پوش
پھولہٕ وُن ہار نوٗ بہار کوٗتے گوم          دِل قرار ٹوٹھ مدَنوار کوٗتے گوم

اَمہٕ عَلاوٕ یُس چیز مہجوٗرُنٛد خاص رَنگ تیار کران چھُ تہٕ تمہٕ لگہٕ سوٗرُوٕ عَلاوٕ رسول میرنہٕ اَنداز نشہٕ بیون تہٕ بِدوٗن کَڈان چھُ، سُہ چھُ تَمُنٛد گوٗنٛژہ تٕلی اَسُنک تہٕ ستم ظریفانہٕ خَنٛدٕ کرنُک پیرایہ۔ یہ چھُ اَکِس ذہن تہٕ بیدار حواس شاعرُنٛد اِحساسِ مزاح یُتھ چھُنہٕ سہل لفظَن مَنٛز بیان وَنہٕ۔ غزلک آلوچھُنہٕ ژھوکان یا تزہران مگر تِمی مَنٛز چھُ مہجوٗرُن زہر خَنٛدٕ۔ اَلماسہٕ کِہ پٔنٛتکہٕ پٔٹھی وُزمل کران تہٕ ساری سے وٕزِ جوٗدس وُزناوِتھ اَکھ عجیب سوٗرُوٕ پادٕ کران۔ یہ چھُ تیُتھُے ہیُو رَنگ یُس اَسہِ مرزا غالب سُنٛدِس کلامس مَنٛز تہٕ تِمَن شارَن مَنٛز چھُ نظرِ گژھان ؏

آئینہ دیکھ اپنا سا مُنہ لے کے رہ گئے
صاحب کو دِل نہ دینے پہ کتنا غرور تھا

---

مُجھ تک کب اُن کی بزم میں آتا تھا دورِ جام
ساقی نے کُچھ مِلا نہ دیا ہو شراب میں

مہجوٗرس تمِس کلامس مَنٛز چھُنے اَکھ عجیب نُدرت یوسہٕ تہٕ اَسہِ ساری سے کاشرِ

شاًیری مَنٛز تِمَس تام نظرِ گژھان چھِ۔ یِتھۍ شارٕ چھ واریا سیٚتھاہ بٔسیار پاسل۔ گوڈٕ چھُ باسان زِ کِتھ چھنہٕ تیٚژ صاف زِ یہِ ہیٚکہِ ہون نہٕ نَثرس مَنٛز تہٕ اَمہٕ کھوتہٕ سَہل پأٹھۍ پھِرتھ۔ مگر پتھٕ دوٚیُم خیال چھُ یوان شار چھُ عشقہٕ پیچانکی پأٹھۍ دَرکھوان تہٕ سأری سے ذیٚہنَس نال وَلان۔ شایَد ہیٚکو اَتھ سُہلِ ممتنع تہٕ وُنِتھ ؎

دوٚہس دَماہ ژٕ روزُم ، کِتھٕ تارٕ وارٕ بوزُم
دوٚہنم بہٕ بوزٕ کوتاہ گژاوَن شُمار آسیا

---

حکیم یَس ژٕ آسکھ تمِس دود کِرِکیا ۔۔۔ سہٕ بیمار زانھہٕ نو بَلان ٹاٹھہٕ یارو

---

آدِلِن ژھور پیالہٕ ہیتھ پھیران، نژان راتس دوہَس
دِیِت نہٕ آسَن وأل، دَریاوَن تمِس اَکھ قطرٕ آب

---

یورٕ دوٚہمَس سٕور کوٚرتھَم دِلبَروی وعدٕ چھا
تورٕ دوٚہنَم لولہٕ رَسنیو قولہٕ سے پتھٕ مرزٕ ہے

---

جَنگہٕ مَنٛز مَرنک ژھوٚہا، لولس انٛدر ہر دَم مَرُن
جَنگہٕ کھوتہٕ زیادٕ درٛوگ پیو عاشقَن یارانہٕ چون
پَتیُم شار پٔرِتھ چھُ رسول میرُن مشہور عاشقانہٕ شار یاد پیوان ؎

دَرجنگ کران کارِ خنجر دستِ رنگین چائی
ہَم پنجہ دَستاں چھُے نہٕ رُستُم وسام اَگاردٕ

مگر مہجوٗرَن شار چھُ اَتھ عاشقانہٕ لَیہِ مَنزٕ ستم ظریفی ہُند زُوک شراب ترٲوِتھ امُیک سورٕے ذٲیقہٕ بدلاوان۔ یہ کتھ چھےٚ ظاہر زِ اَتھ مرحلَس پیٹھ چھُ یہ خالِص اَدبی تہٕ داخلی نہجہٕ ہُند ایحساسِ ظرافت تہٕ وُٹھ کُرہ جار۔ مہجوٗرَس نِشہٕ چھےٚ سماجی تہٕ سیاسی ماحَولَس مَنزٕ طنزُک زہراب تہٕ تمسخرُک تیزاب پَتہٕ پَہن واریاہ تیکھان تہٕ تیزان مگر تمیُک شجرٕ نسب تہٕ چھُ الگ تہٕ کیفیت تہٕ۔ تتھ کُن یمَو پَتہٕ پَہن۔

مہجوٗرنِ بیاکھ اَہَم خصوٗصیت چھےٚ تٔمِ سُند موصوٗم لہجہٕ نہٕ سیٚود ساد اِظہار۔ اَتھ اَنداز َس مَنزٕ چھُ نہٕ زیادہ ووٚنتھ مگر اَتھ چھُ سُہ پشجار تہٕ لوٚبہٕ وُن مدبر زٕ طبیَتَس چھ عجیب فرحت تہٕ فراخی عطا سپدان۔ کمال چھُ زِ رندانہٕ تہٕ تم ستم ظریفانہٕ شارَن ہُند وَنَن وول چھُ ییتھی برجستہٕ تہٕ بےٚ شونکی شار تمہِ اندازٕ وَنان زَنتہٕ لَنجہِ پیٹھ ٹوٗر تھَنہٕ پیوان چھُ۔ یہ لہجہِ چھُ مہجوٗرَس اَمہِ کِنہٕ زیادٕے پَہن براہ یوان تہٕ کیٛازِ تمہِ سُند غالب لہجہِ چھُ نسوانی تہٕ بقولِ عبدالاحد آزاد تمی سُندین سارِوٕے کھوتہٕ خوبصورت شارَن ہنٛزِ چوٗنہٕ چھےٚ کلامِ مہجوٗرکین اکثر وَرقَن پیٹھ پٔرِو ترٲوان۔ ؎

وَنتھ لولہٕ گفتار ژےٚ تے عار اَنہٕ ہےٚ
ژٕ دپشتھ مےٚ زلو چھم کلان ٹاٹھ یارو

کامہٕ دِو گرِ سالِ ڈل بوٗزِم شبَس گرٕژھ تیل بل
درشُنَن آبَس اَندر پمپوش لاگِتھ پٔرار ہا

اَتھ موضوعس پیٹھ چھُ اکہِ طرح دارحیرتُک دامَن تہٕ واٹھ۔ یہِ حالَتھ چھُ قوٗدرتھ کین عجیب وہِن تہٕ رنگن پیٹھ۔ یہِ حالَتھ چھُ اِنسانی رِشتَن ہنٛدِس گھُری دار تہٕ کُنہِ حدَس تام بے ملنے زمہٕ زالس پیٹھ۔ یہِ حالَتھ چھُ تَتھ ساری سے تماشس پیٹھ یَتھ سماجی وٕٹھو تہٕ حدٕبندی یو عجیب بٹھٕ تروٗنمُت تہٕ روے سیاہ گوٚرمُت چھُ۔ یہِ چھُ کینٛژن بنیادی مفروضن چیلنج کران تہٕ کینٛژَن تِمَن جہتَن کُن ژینہٕ دٕنی دِوان۔ یِمَن کُن وُچھُن تہِ گوٗناہ ٹھہراونہٕ آمُت چھُ۔ مگر اَمِچ منطق چھنے پَرتھ شایہ کرتلہِ دارٕہش تیز تہٕ تُرِتھ گَژھہٕ وٕنی ع

دوٚن بارٕنین مَنٛز پھاس ترٛاوان مذہبک قونوٗن
دوٚن غائر زانَن میٖل کران اِقرارِ محبت
طوطس چھُ ہیٚچھناوان کتھ اُستاد میٖنہٕ سان
دُنہٕ مَنٛز ہیٚچھناوان چھُ کُس وَن ہارِ محبت

---

اَکی شکلہِ پھولہِ متر وُچھم ساسہٕ بدی پوٚش
زٕ اِنسان ہی نو زلان ٹاٹھہِ یارو

---

خالانٛہ حُسنک مارٕ موٚت بیٚلہِ باگراوان دزاد سیٚود ساد کَنین لال بَخشِن، پوٚش کنڈی زالن

مہجوٗر چھُ بہٕ حیثیتہِ شاعر موسیقار تہٕ تہٕ مُصوِر تہٕ۔ سُہ اوس گیوٗن بوزنک تہٕ سماعک سیٹھا عاشق۔ تَسنٛزِ ڈایری مَنٛز چھُ ہتہٕ بدی اِندراج یَتھ مَنٛز گُنٛزرَنہٕ آمُت زِ کتھ راتس بوٗزتمی کَمِس گیوَن والی سُند کلام کتِس کالس۔ شَبَن ہندی شَب چھہٕ تمی وُنیٚندر

یمہِ حفیظ جالندرین اُردوٗہس منٛز وَرتاوِتھ اَتھ اَکھ نوٗو لہجہِ دِیت۔ مہجوٗرن چھُ واریاہن باتَن سیتؠ پننہِ قلمہِ لیوکھمُت زیم کمہِ باتہٕ کس طرزس پیٹھ چھ لیکھنہٕ آمتؠ۔ واریاہن صوٗرتن منٛز چھِ تمۍ ہم قافیہِ لفظ تہٕ گوڈٕے تنٛدلہِ اِستاد کرِتھ تہٕ پتہٕ چھن باتس منٛز گنٛڈِتھ۔ یتھ کنۍ چھُ سُہ کاشرِ شاعری ہنٛدِس ہیتس (FORM) منٛز تہٕ نوٚو تجرُبہٕ کران یم پننہِ وقتہٕ کاشرِس مزاجس نکھہٕ آسنہٕ باوجوٗد اَمیُک ظرف وسیع کران تہٕ اَمہِ چہِ ہیتہٕ کس دامانس لاد تھوٚد مُتلِتھ اَتھ کُشادٕ کران چھُ۔ بیٚیہِ چھُ اَمہِ سیتؠ تُنٛد باتھ موٗسیقی نزدیک یوان تہٕ مقبوٗل گژھنک طرح رٹان۔ دِیان مہجور اوس گوڈٕ وُچھان زِ تَنٛد کانٛہہ گوڈُت (مطلع) کھسیا طبنجک نارِ، اَدٕ اوس باتھ پوٗرٕ کران۔ کینٛژن باتن ہنٛدِن طرزن مُتلق چھُ تمۍ پانہٕ اِشارٕ دِتؠمتؠ۔ مثلن

بالہٕ ژٕ وَنتے دِلبرَس

بطرزِ جس نے دیا ہے دردِ دِل

دِلآرامہِ دِل تٔنبلاوُن رَوا چھا

بطرزِ سُنا ہے قیامت کو دیدار ہوگا

اَز روزِ و سانے دِلبرٕ میانے

بطرزِ انکھیاں مِلا کے جیا بَرما کے

چلے نہیں جانا (فلم۔ رتن)

نیرٕ و نیرٕ و کاشرِ ژو ہاوَ پننی بہوٗدرِی

بطرزِ زندگی ہے پیار سے پیار میں نبھائے جا (فلم۔ سکندر)

کرِتھ گذاری منٛز تہٕ سماع بوزان روٗدمُت۔ سیدمُبارک شاہ فِطرتؔ چھُ وَنان زِ
احمد بٹہٕ واری سُند یہ کاشُر باتھ اوس کُنہِ تانٛی گیوَن والی پننہِ دِلنواز لیہِ منٛز گیوٗ دمُت
تہٕ شہرکین آنگنن منٛز اوس اُمیک گریز آسان ع

ہَنہٕ ہَنہٕ تَتہِ گام ینگار مَدٕ نو
زا جتھَس تہٕ آدے نا عار مَدٕ نو

مہجوٗرس آیہ یہ لے پسند تہٕ اَمی لیوٗکھ پنُن مشہوٗر غزل ع

روزٕ روزٕ بوزٕ میٲنی زار مَدٕ نو
دادِ چانہٕ گیہِ سو بیمار مَدٕ نو

تہٕ فِطرتؔ صابَن ژٕولُس ٹَسہٕ ع

بٹہٕ واری بیچاری کور عشقہٕ سودا
مہجوٗری ژوٗرِ نیوٗس مال مَدٕ نو

بہرحال یہ آیہ منٛزی کتھ۔ مہجوٗر چھُ آزادنہِ قولہٕ مُطابق یانہٕ وَنان زِ "پوشہٕ مَتہٕ جانانو"
وَژن لیوٗکھ تمۍ تمہٕ وِزِ یلہٕ سہٕ کینٛژن زنانن ہِنٛدِ ہٹہٕ حَبہٕ خوتوٗنہِ ہِنٛد ہم وَزن
تہٕ ہم شکل وَژن بوزِتھ مُت اَثر سُند۔ اَمہِ علاوٕ چھنہٕ یہ کتھ تہٕ کھٹِتھ زِ سہٕ اوس
پننہٕ واریا باتھ عام پسند طرزَن پیٹھ تھِتھٕ کِنہِ لیکھان یتھ کِنہِ اَزیک فلمی شاعِر
سازٕ پتہٕ الفاظ ادا کران چھ۔ تمۍ چھ یتھۍ باتھ کینٛژھا عام لُکہٕ سوٗر وَدن (FOLK-
(TUNES پیٹھ لیکھمتۍ کینہہ۔ فلمن ہِندٕ ین مقبوٗل باتن ہنٛزِ لیہِ پیٹھ تہٕ کینہہ تمَن طرزَن پیٹھ۔
یمَن سہٕ ہِندی بحر وَنان چھُ۔ ہِندی بحرَن نِشہٕ چھُ تمۍ سُند مُراد ہندوستٲنی گیتن ہنٛزٕ لے

مہجورنی نظم، بُلبُل لاگِتھ اُڑو لولہ باغَس چھاوان لُولک بہار چھُ اَکِس ہندی بابتہ کس طرزِس پیٹھ لیکھنہ آمژ ییٚمیُک اَکھ بَنٛد چھُ ع

پریم نگر میں گھر بناؤں گی چھوڑکے سب سنسار
پریم کے آنگن پریم کی چھت ہو، پریم کی ہو دیوار
پریم لکھا ہو، پریم پڑوسی، پریم میں پی کا نام

یہ موسیقی چھنہٕ صرف مہجورَن اَکھ خارجی کوشش بلکہ چھےٚ تَمی سٕندِس کلامَس منٛز۔ سُہ اَسہِ تَن لوکچَن بحرَن منٛز یا بجَن تہٕ زیٛچھَن بحرَن منٛز داخلی موسیقی تِتھےٚ کَنۍ پربٕڑان ییٚتھٕ کَنۍ رسول میر یا اقبال سٕندِس آہنگَس منٛز۔ یہ کیفیت چھےٚ خاص کرِتھ کلامہ کین وژنَن تہٕ غزلَن منٛز ٹھ۔ پَتہٕ ییلہ سُہ سیاسی تہٕ قومی نظمَن کُن لیوان چھُ۔ اَتھ موسیقی چھُ وار وار شُہہ زھوکان یُس موضوع بدلی ہُنٛد تقاضہ تہٕ اوس تہٕ اَمہِ کَتھہِ ہُنٛد تہٕ زِ مہجور سُنٛد اصل پانٛژیِب لاگِنہٕ بدلہ سرٕ ڈٕنٛٹھ خیالات نظم کران اوس۔ ییمَن تہٕ کیٹس سٕنٛز زَبانٛ منٛز (FELT THOUGHT) ہیٚکہ ہو ونِتھ۔ اَمہِ قسمچہِ شاعری ستی تہٕ کور مہجورَن کاشُر شاعری منٛز اَکھ نوٚ رنٛگ ہُرِہ مگر اَتھ چھنہٕ کانٛہہ شک زِ اَمِچ کیفیت چھےٚ الگ تہٕ بدٕلن۔

بہر حال مہجور سٕنٛد گوڈنکہِ رنٛگہِ کَتھ کران چھُ مانُن پیوان زِ کٔشیرِ تہٕ قومَس ہٕنٛز خوبصورتی عکس ترٛاوان۔ یہ چھُ کٔشیرِ ہٕنٛدِ پوشَن ہُنٛد۔ کاشرِ پچھشیَن تہٕ ہٕنٛزَن مۍچھَن بولیَن ہُنٛد دُنیا۔ سونتہٕ کالُک، ہسولہٕ، پوشہِ نول تہٕ بُلبُل سُنٛد دُنیا۔ مُتلق براہِ راست کَتھ نہٕ کَرنہٕ باوجود چھُ اَتھ اَنٛس منٛز کٔشیرِ ہُنٛد روٗح لیوان۔

خوشبوٗیک تہٕ شوخ رٔنگن ہُنٛد دُنیا۔ خوابن تہٕ گاشک دُنیا۔ مہجورنِس کلامُک یہٕ حِصہٕ روزِ ہے ہمیشہٕ ساوٕر وار، تازٕ تہٕ سرسبز۔

مہجور سُند یہٕ رٔنگ چھُ تمہِ سُند شناختی تہٕ سارِوے کھوتہٕ پوشہٕ وُن تہٕ لوٗبٕوُن رٔنگ۔ ہرگاہ صرف امہِ رٔنگہٕ کِس لفظیاتس اَکھ سرسری نظر ترٛاوو۔ تِمن شیٛن آوازن تہٕ آلوَن ہُنٛد خوٗبصورت، شبنم آساتہٕ خاب نُما دُنیا چھُ نظرن تَل وتلان۔ نوم کینٛہہ لفظ تہٕ ترکیبہٕ چھےٚ تَس نشہٕ باربار مکرّر سپدان ع

پُتہٕ مہٕ پیٛار۔ ڈٔبہٕ ڈالان۔ سورِ سامان۔ شامہٕ زٔھاپہٕ۔ روگہٕ روگہٕ۔ ناگہٕ سبزار۔ وُڈور گُل انار۔ یاوَن رائے۔ مَس کھاسی۔ یَستہٕ رٔیش۔ پرِستان۔ ہانٛژُل۔ پوشہٕ تھُر۔ گُلنار روہٕ دامانہٕ۔ چشمِ ناز۔ نیٛہہ گٹہٕ۔ زندِ رہُوت۔ چھینٛدرے ہُر۔ ہاوَس ناک۔ مُشک۔ باغہٕ بَبر۔ وِگنہٕ۔ ہیٛ وَن۔ وَن ہار۔ پوش۔ شبنم۔ کوٗستوٗر۔ قُمری۔ طوطہٕ۔ دیدٕر۔ گُل۔ ٹیٛکہٕ بٔٹی۔ وَرکیٛشُم۔ اَچھِ پوٗش۔ ینٛبرزَل۔ دَردِ باغ۔ مَدَن وار۔ اَچھِ دأر۔ زُوٗنہٕ ڈَب۔ پوشہٕ نوٗل۔ پوشہٕ ٹوٗر مَس چھوٗر۔ گاش۔ نور۔ وُزٕمل۔ مأنزِ نمٕ۔ جَہرِینہٕ توٗن۔ سونٛتہٕ واو۔ ہمپوش۔ آرٕ وَل۔ چوٗنہٕ دَرشَن دأر۔ زِتنہٕ۔ رٔنگہٕ وَل۔ سوٗنبل۔ کارِیٚتی۔ باغوان۔ اَچھِ رأژ بیتر۔

مہجورن کرٕ بیٛیہِ اَکہِ حِسابہٕ تہٕ کأشرِ اَدبکی سرحد وسیع تہٕ امٔیک مفہوم باگہٕ بوٚرُت۔ سُہ گوٚ یہٕ زِ تمہٕ اَدٕ بیٛیہِ کین زبانین ہنٛدین بٔڈین شأیرن تہٕ اوستادن ہُنٛد اَدا کٔری متی مضموٗن تہٕ شار پننہِ زبأنہِ منٛز۔ اَخذٕ استِفادٕ کِس اَتھ صورتس پیٹھ چھِ واریاہن ڈٕکَن درِیہٕ کھسان مگر یہٕ چھُ پزتھ بڈِس شأیرُس سُند تہٕ پزتھ ووتھو نہٕ زبأنی ہنٛزن شوٗبدار رٕوایتَن ہُنٛد اَکھ حِصہٕ۔ غالبس ہیُو شأیر چھُ ظہوری سُند یہٕ شار تقریبن اصل لفظ تھأوِتھ اردوٗہس منٛز بٔھران۔ ع

اُردوٗہس مَنٛز پھِران ع

بوئے گُل، نالۂ دِل دودِ چراغِ محفِل !

ہر کہ از بزم تو برخواست پریشان برخواست

---

بوئے گُل ، نالۂ دِل دودِ چراغِ محفل

جو تیری بزم سے نِکلا وہ پریشان برخواست

مہجوٗرنین واریاہن شارن مَنٛز چھیٚ یمہٕ آوازِ تہٕ پوٚت آوازِ وِزِ وِزِ گُنبدٕ کران. کُنہٕ وِزِ دوان زِ اَصل آگُر کتہِ چھُ. اَتھ چھِنہٕ کانٛہہ شک زِ مہجوٗرن چھُ تقریبن سارِنٕے جایِن بُڈٕ شار چھُ تیٚتھے نُطقہٕ نشہٕ تھٔنہٕ پیوٚمُت. کیٚنٛہہ مِثالہٕ وُچھو ع ملا رفیع مانٛجی؛

بر ایں محیطِ کرم گرچہ آشنا دارم !

دِلم چوٗں کاسۂ گرداب درکفم خالی است

مہجوٗر : آوٗلُن ژھوٚر پیالہٕ ہیتھ پھیران نژان راتس دوٚہس

دُیت نہٕ آیِن واٗلی ڈری یاوٗن تمِس اَکھ قطرِ آب

چکبست : عالمِ یاس میں دریا سے یہ کہتا ہے حباب

غیر سیراب ہیں، خالی میرا پیمانہ ہے

غالِب: لطافت بے کثافت جلوہ پیدا کر نہیں سکتی
چمن زَنگار ہے آئینۂ بادِ بہاری کا

مہجور: تیلہِ پوشہِ تھرِ پیٹھ بُلبُلو کرُ جان فِدائی
لو کچاریِلہِ گُذرو وُتمہ سوٗرس تہ تزلِن مَنز

خسرو: ہَمہ آہوانِ صحرا سرِ خود نہادہ بَر کَف!
بَہ اُمیدِ آں کہ روزے بہ شکار خواہی آمد

مہجور: لُیمہِ بُوزُم ژِ بالہِ داہنِ کمند ہیتھ چُھک شِکار ژھانڈان
ہٗ شوقہِ چانے شِکارِ اندرَ پِٹھُن یِہ سرَ ہیتھ ترَے ہا لا لو!

صفیؔ لکھنوی: لفظ ہم میں جس طرح ہ۔م ہیں شیر و شکر
چاہیئے ہندو مسلمان یونہی مِل جُل کر رہیں

مہجور: دوٗد چھُ مُسلِم ہیٚوند چھُ شکرَ صاف صاف
دوٗد تہ بیٚیہِ شکرَ رَلاڈِو پانہٕ واُنی

غالِب: چمن میں مجھ سے رُودادِ چمن کہتے نہ ڈر ہمدم!
گری ہے جس پہ کل بجلی وہ میرا آشیاں کیوں ہو

مہجور: تھرِ رَس تھرِ پیٹھ اوس میٚون اول
راتھ کیٚتُت نبہِ ترٹھِ انہِ گٹہِ زول

عرفی: عرفی اگر زِ گریہ میسر شود وصال
صد سال مے تواں بہ تمنا گریستن

مہجور:　　وۆدہٕ سِتھِن یوٚد اَثر گژھہ ہتےٚ تمس سنگین دِلس
راتھ وۆدہٕ پیٚنہٕ اُچھو کھو تۄنٕ باران ہارِ ہا!

نامعلوم:　　رسیلنے آپ ہیں تو کوئی بھی گلہ یاد نہیں
ورنہ ہمیں کچھ آپ سے کہنا ضرور تھا

مہجور:　　ژٕلہٕ لارِ وُچھِتھ حال وٕنہٕ ہے وارِ وُچھہٕ ہے رٕدے
گلہٕ زٕلو منےٚ گیہٕم اوٚش وۆتھم وۆدرا پہٕ وٕنے کیا

اقبال:　　یہ فیضانِ نظر تھا یا کہ مکتب کی کرامت تھی!
سکھائے کس نے اسماعیل کو آدابِ فرزندی

مہجورن چھ اَتھ بیاکھ وسیع تر تہٕ خوبصورت تر اظہار دیتمُت:
طوطس چھُ ہیچھناوان کتھ اُستاد میٹھنہٕ سان
وٕنہٕ مٔنز چھُ ہیچھناوان کُس وَن ہارِ محبت

پہٕ تفصیل چھ آزادن تہٕ بیٚیہٕ کینژَو اَدیبو تہٕ دیتمُت تہٕ اَتھ مٔنز ہیکہٕ واریاہ ہُرہٕ کرنہٕ یِتھ۔ اَکھتہٕ یِمَن شارَن مٔنز پُرُد اَثر ژھایہٕ ہُلس ہیٚو چھُ مگر آواز چھنےٚ گُنبذ کران تِمَن ہُنْد تفصیل بنہٕ اَمہٕ کھوتہٕ زیادہٕ۔ یِمَن شارَن ہیکہٕ نہٕ شاید کانٔسہٕ شاعرٕ سُنْد اکھ شار مقابلس مٔنز تھاونہٕ یِتھ۔ مگر یِمَن موٗلی کَن دِتھ چھُ باسان زِ یِم چھِ بیٚیہٕ کُنہٕ آگرِ وۄٹھتھ۔ مثلن نوٚمن شارَن پیٹھ کُس ہیکہٕ نہٕ وٕنِتھ زِ یِمَن مٔنز چھُ علامہ اِقبال سُنْد اَثر

کُس کَران ژُھک پوشہِ پۆزا کورکُن لاُجنہٕ نِماز
بَشدِگی کَرٕ پانٕز پانَس کعبہٕ ژےٚ بُت خانہٕ ژےٚ

---

اَکھ بۆچھا کَرِ نفسہِ باپَتھ ژۄر تَس بَخشنَ نہٕ زانہہ
ہارِ خَرچِتھ مارِناوان ساسہٕ بَدۍ لکھ ڈیارٕ وول
(سکندر اور بحری قزاق۔ اقبالؔ)

اَڈٕ وَتہِ یۆد تراوِتھ مےٚ ژلَن میٚانۍ آدن بَلَج
سَتی سَتی اَندَس تام مےٚ نِشہِ پژارِ محبت
راہِ محبت میں ہے کون کسی کا رفیق
ساتھ میرے رہ گئی ایک میری آرزو
(اقبالؔ)

نَظَر شہہ پانٕز ہنٛز چھِنہٕ لَسٕ تٕھن پیٹھ چھُس تھزٕر وارا
پَنُن رۄزی چھُہ ژھاران پانہٕ بالن سنگرَن مَنٛز
اَتھ جوٚشس مَنٛز چھُہ کُنہٕ جایہِ مِہجوٗرس کھوٚر تہٕ ڈلان تہٕ سُہ چھُہ اِقبالؔ ہنٛز خودی ہُنٛد
نُتھ ناہموار عکس تہٕ تُلان ع
خُدی ہنٛز توپ لاگِتھ بے خُدی ہُنٛد قلہٕ پاوٕن چھُم
یا اقبالؔ سُنٛدِس یتھس شارَس ع
جس کھیت سے دہقاں کو میسر نہ ہو روزی اُس کھیت کے ہر خوشۂ گندم کو جلا دو

یُتھ ترجمہٕ کران چھ

اُمیرس عاشن تہٕ شادی غریبن خانہٕ برباُدی
یتھس مغرور آسن واُلی سُند خانے مٹاوُن چھُم

بہر کیف۔ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ آواز بہگرُ گژھنہٕ باوجود چھُ یہ کاشُر شاعری ہُند کیف تہٕ
کُل مایہٕ بڈراوان۔

**وطنی تہٕ سیاسی شاعری:** مہجورنہٕ کلامُک واریا تہٕ تمیٚ سندین پتمین وریٚن
ہُند لگ بگ سوُرُے حصہٕ چھُ یتھہ شاعری پیٹھ مشتمل۔ یہ حصہٕ چھُ تسُنز مُشک آدر تہٕ
شبنمی غزلہٕ کس رنگس نِشہٕ واریا دور تہٕ بدوٗن۔ توٚے چھُ تسُند گوڈنیک رنگ زیادٕ
پہن کلام مہجورس مَنٛز سوٚمبرنہٕ آمُت تہٕ دوٚیُم پیام مہجورس مَنٛز۔ دوٚیمہٕ قسمہٕ چہ شاعری
چھُ اکھ واضح "پیامی" رنگ۔ یہ رنگ ہرگاہ گوڈنکہٕ رنگچ ہش دِلنواز کیفیت چھِنہٕ
تھاوان مگر مہجور اوس تیتھہ عہد ساز شاعر زِ تمہٕ چھُ دوٚیُم رنگ تہٕ کاشرِ ادبُک اکھ
شاندار حصہٕ بنوومُت۔ اَمی رنگہٕ چھُ کاشُر ادب توٚہن دَشاین مَنٛز داش تہٕ وٕہراو
کڈان تہٕ پتہٕ چھُ یہ ہے عبدالاحد آزاد تہٕ ترقی پسند دورکین شاعرن ہنٛز بشارتھ
بنان۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ یہ رنگ تمہٕ آیہٕ کاشرِ ادبکہٕ کینہہ تنقو وسیع تہٕ بلند تقاضہٕ پوٗرٕ کران۔
یِم اَتھ بہرحال پننہٕ حسابہٕ ہرہمیشہٕ کاشرس ادبس مَنٛز تواریخی تہٕ لسانی سیتھرس
پیٹھ اَہم بناوان۔

مہجور چھُ اکثر یتھین باتن نظم عنوان دِوان۔ یِمن ہنٛز بحر چھِنے عام طور کاشرِن

لکہٕ وژنَن نِشہٕ ڈلِتھ تہٕ مُرَوجہِ فارسی اُردوٗ بحرن مَنٛز۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ یِمَن مَنٛز بیان تہٕ موضوٗعُک تَسَلسُل تہٕ موٗجوٗد۔ کاشرِ شایِری مَنٛز چھِنہٕ مُسلسَل نَظمہٕ نُنہٕ رێشتُس سٟندِ پتہٕ بیٹھے موٗجوٗد۔ جدید کاشرِ نَظمہٕ ہرگاہ آگُر آسہِ ژھارُن۔ اَسی ہیکو مقبوٗل کرالہٕ وٲرِنِس "گریسی ناس" نِش تہٕ وٲتِتھ۔ یہ چھُ مثنوی ہِندِس فارَس مَنٛز لیکھنہٕ آمُت مگر چھُ کیفیتَن اَکھ نَظم۔ اَتھ مَنٛز چھِنہٕ سماجی تَنقید تہٕ طنز دوشوٗے موٗجوٗد تہٕ بَیانُک تَسلسُل تہٕ۔ وہاب پَرین تہٕ لیکھ واریا نَظم یِمَن مَنٛز پَننہِ دورٕکین سماجی تہٕ سِیاسی حالاتَن پیٹھ تبصرٕ چھُ تہٕ یِمَن مَنٛز کُنہِ کُنہِ شایہ کاشر آسنُک واضح قوٗمی شوعوٗر تہٕ موٗجوٗد چھُ۔ یِژھ رِوایَتھ اُس سانہِ لکہٕ شایِری مَنٛز لڈی شاہ چِہ شکلِ مَنٛز موٗجوٗد۔ یِتھ مَنٛز سماجی تہٕ سِیاسی واقاتَن تہٕ حالاتَن ہُنٛد بَرجستہٕ تہٕ دِلچسپ اندازَس مَنٛز ذِکر چھُ۔ مزاحچ چاشنی تہٕ چھِنہٕ تہٕ قوٗمی شوعوٗر چھِنہٕ زِژ تہٕ چھِنہٕ۔ مہجوٗرنی کاشرِ شایِری چھِنہٕ سانہٕ قوٗمی تحریکہِ لَرِ لوٗرِ پَرتھان تہٕ پکان۔ یوٗت یوٗت کشیرِ مَنٛز قوٗمی تحریکہِ ہِنٛز رێہہ شولان گیٔ، مہجوٗرنِس کلامَس مَنٛز تہٕ ہیوٗتُن شبنم ژھوکُن تہٕ اَکہِ بدلہٕ قِسمُک آلَو پرٕ ہتھُن۔ اَکس بَجہِ قوٗمی تحریکہِ چھُنہٕ سِیاسی نعرَن تہٕ اُصوٗلَن ہِنٛدُسے یوت ضوٗرٕت آسان۔ اَتھ چھُ کینٛژن جمالیاتی قدرَن تہٕ تہذیبی ژھایَن گرایَن ہِنٛز موحتاجی تہٕ آسان تہٕ یہ ضوٗرٕتھ کُر مہجوٗرَن پوٗرٕ تہٕ اَوے ہرگاہ تَس کێنٛہہ لوکھ کشیرِ ہُنٛد قوٗمی شایِر وَنان چھِ۔ تِم چھِ واریاہس حَدَس تام صحی۔

مہجوٗرنہِ قوٗمی شایِری ہُنٛد دسلاب کَنہِ بیٹھ چھُ گژھان۔ اَتھ ہیکَو نہٕ کانٛہہ سیٛود رِکھ دِتھ۔ سُہ اوس بُنیادی طور کشیرِ ہِنٛدِ توٲریخُک طالِب عِلم تہٕ اَمی مُطالعَن دانہِ نوو سُہ شایِری ہِنٛزِ ناگہِ لیَہِ نِش تہٕ۔ تَس اوس اَولہِ پیٹھے کشیرِ ہِنٛدِ حُسنُک، جمالُک، جلالُک

اَکھ اینحساس تہٕ شوٗعوٗر۔ اَمێنک اَکھ پَے چھُ تِہندِس ابتدٲیی کلامس مَنٛز کشیرِ ہِنٛزَن مٲرٕ مَنٛزَن جاین، وَن چھێپَن، نَرَن، دٔریاوَن، باغَن تہٕ ناگہ رادَن ہُنٛد ذِکر۔ تَس اوس پَننہِ حَسین وطنٕچہِ خوٗبصوٗرتی ہُنٛد زَبَردَس اینحساس تہٕ سُہ اوس وَنان ع

سُے نَجُدٕ وَن چھُم کوہِ طوٗر

چنانچہِ تِہندِس گوڈنکہِ ہیٚے غَزلس مَنٛز چھُ یِتھ ہیوٗ شار ع

چھُس وَدَن نوزُک بدن رووُم مُدَن ژوٚل سَرحدن
پٔرنگ چھایادٔرنگ چھا یا بٔرنگ چھا کُٹہٕ ہار چھا

اَمہِ پَتہٕ شالہِ مار، نِشاط، نَسیم، کایہ وَن، اَہربَل، ژنبہٕ آر، ہنارسر، مارسَر توسہٕ مٲدان۔ ویرناگ، اچھہِ بَل، اَشہِ تار تہٕ ہَتہٕ بُدی بێیہِ مقامات یوان تِتھی یِم اَز تہِ ووہ پَرن کیٛا کٲشرِ ہِنٛدِ خٲطرٕ نامانوٗس چھ۔ واقعہ چھُ یہِ زِ مہجوٗر ہِنٛدیو یِتھیو نٮ۪بو سِتی ہیکَو أسی اَز تہٕ کشیرِ ہُنٛد اَکھ سیٹھَے جاٗرتھ ناک تہٕ شاندار ٹوٗرِس گایڈ مُرتَب کٔرِتھ۔ تہٕ تِمہٕ جایہٕ دٔریاف کٔرِتھ یِہنٛد حُسن عالمس حٲران کرِ۔ مہجوٗرنہِ یِتھہِ کلامُک بێیش رُوچھ جادٕ بَہَن رسول میرنی یِتھی کینہہ غزَل مگر مہجوٗرَن بُتھ وسعت تہٕ رنگاریٚنگی اَتھ عطا کٔرِ سُہ بنیوو یِتہٕ پانہٕ اَکھ اَلگ انداز۔ تمیٚ موکلوو کوشرُ اَدَب کوہِ قاف، بےستون تہٕ یِتھَے پَردیو علامتو نِشہٕ تہٕ کٲشرِ نظارَن تہٕ کوہَن بالَن نِشہٕ رَن، سٲنِس اَدبس مَنٛز تِمہٕ آیہِ جاے یِم بَنے یہِ سانہِ اَدبی یادِ وٚنترِ کی حِصہٕ۔ غٲلب سُنٛد مشہوٗر مِصرٕ چھُ ع

بے ستون آئینہٕ خوابِ گرانِ شیریں

مہجوٗر چھُ چھانز کِس سنگین مگر غٲر معروف کوہَس یِتھَے صِفت عطاکران ع

فِرِ یاد کٔرِ کرِ چھانزالہِ روٗدُم          یارَس ما گو کانٛہہ گمُ وار

غوٗصہ گوس توسہٕ مٲدانہٕ مَنٛز روٗدُم          کمیٚ روشہِ تووُم پوشہِ موٚت یار

یِم چھِ تِہٕنٛزِ پَنہٕ واجنہٕ قومی شاعری ہٕنٛدی پوشہِ رٔنگہِ اِشتہار. بقولِ مہجوٗرؔ ع

واوسوٚنتَک پوشہِ دٕٚتھرن باغہٕ کیٚن چھکران ژٕرہ پٲرٕ

کامہِ دِوِ یِیہِ شامہٕ یِتی سُلہِ باگراوان اِشتہار

مہجوٗرَن اوس کٲشُر بٔرٛونٛہہ اُردوٗ پاٹھی لیکھُن ہیٚوتمُت تہٕ تِتھی مَنٛز چھُ تٔمِسٕنٛد قومی

شُعوٗر بیدار یِوان بوزنہٕ. تِہٕنٛز اَکھ اُردوٗ نظم "خطاب بہ مُسلمِ کشمیر" چھےٚ کٲشرِ تٲریخِ کیٚو

محاکاتو سٟتی بٔرِتھ. کیٚنٛہہ شار چھِ یِم ع

ترے اسلاف وہ تھے جن کے علم و فضل کے آگے

ادب سے جھکتے تھے دانشورانِ ہند و ایرانی

شہنشاہِ معظّم شاہ زین العابدین بڈشاہ

کیا اکبر نے جس سے کسبِ آئین جہاں بانی

تجھے بھی یاد ہے اب تک سُخن سنجانِ عالم کو

غنیؔ کی خوش بیانی اور صرفیؔ کی سخندانی

وہ شہنشاہِ باتقویٰ وہ فخرِ تاجِ چغتائی[لہ]

وہ جس کی زندگی کا شغل تھا دین کی نگہبانی

تیرے پیارے وطن کو قبۂ اسلام کہتا تھا

گواہی کے لئے موجود ہیں احکامِ سلطانی

لہ: اورنگ زیب عالمگیر

پٮ۪ٹھ محاکات چھ پتہٕ ' ووہلوٗہا باغوانو نوٚبہارُک شان پیدا کر' ناوِچہ نظمہِ منٛز بیٚیہِ ہِن
وُسعت لبان تہٕ کاڈ کڈان ۔ یہٕ ساری نظم چھنے اکہِ شدید قوٗمی ایٚحساسُک نتیجہٕ تہٕ
اِقبالہٕ نہٕ آہنگٕکی یوت کیٚاز تٔہندِ ین خیالاتن ہُند تہٕ چھُ اتھ پیٹھ اثر مثلن امٹِک
مشہوٗر شار ع

اگر وُزناوِہن لٔبتی گُلن ہنز ترااٗو زیر و بم
بُنٛنیُل کر، واوکر گگرایہ کر طوٗفان پیدا کر

چھُ اقبال سٕندِ یٔمہِ شارِ نِشہِ ماخوذ ع

آ تجھ کو بتاتا ہوں تقدیرِ اُمم کیا ہے
شمشیر و سناں اول طاؤس و رباب آخر

"باغہٕ نشاطکے گُلو" ڈیٚنتھ اوس تمٔی آمرٕ تہٕ ووہٕ پٮ۪ٹھ امیجری ہُند دورختم کوٚرمُت تہٕ لوکن
وُوہلوٗہا باغوانو منٛز کوٚر مہجوٗرن تٔہندِ یوٗت کاٹھ عظمت باوِتھ تٔہندِس قوٗمی
ایٚحساسس نِشہٕ نٔبر کوٚشش کلہٕن، غنی، صرفی، للتادت، حبٲزٕ بٹ، مبارک خان
بیٚترِ ہوٚہ شخصیتن ہندٕ ین کارنامن ہُند ذِکر اوس اکہِ قوٗمی نظریک ETHOS تامیر
تہٕ ہرگا تُہند مزاز اوس بُنیادی طور روٗمانی تہٕ سہٕ اوس رمزن منٛزے کتھ کرنک
روادار ۔ چنانچہِ وطنی شاعری متعلق تہٕ اوس گوڈنیتھ تُہند رٕوی یہ ع

بہٕ وطنک لوٗلہٕ مس چمہٕ ہا مگر مزٕدار آسُن گوژھ

مہجوٗرن ییتھ کلام چھنہٕ تسُندِس "گلشن وطن چھُ سونے" تامے محدوٗد ۔ یہ چھُ حب وطنُس

پیٹھ کأشرِ زبأنی ہُنٛد گوڈنٛیک ہاوُن باوُن لایق کارنامہٕ یُس اَز تہٕ شایَد پننہٕ نٔوی پنٕک سارِوٕے کھوٕتہٕ زبَر بأتھ چھُ۔ یتھ موحصر منظر نِگأری تہٕ جاندار چھےٚ زِ تِمُنٛک جواب ہیٚوک نہٕ ییٚتہٕ کأنٛسہٕ شأیرن لیٚکھِت۔ ژھوچہٕ بحرِ مُنٛز کشیٖرِ ہُنٛد سیٹھاہ دِلفریب تہٕ دِلکش، دِلنواز بیان تہٕ اَمہِ چین بیہترِین مُقامن ہُنٛز نِشاندہی۔ حالانکہ چھُ زِ یتھ ہیٚو نغمہٕ یتھ نغمہٕ گی تہٕ موسیقی پٔریڈان چھےٚ، چھُنہٕ وُنٛیک تام مُناسِب سازن ہُنٛد وَرِدن پتہٕ اُوتھ ہیٚوکمُت ع

| | |
|---|---|
| بوٚمبرٕ یٚنبرزلَن یتھ | بُلبُل کران گُلَن گتھ |
| گُلشَن وطَن چھُ سونٕے | کأشُر چھُ مست مَس چیتھ |
| باغاہ چھُ نُنٛد بونٕے | مہجورِ دیس سونٕے |
| گُلشَن وطَن چھُ سونٕے | اَتھ لول گژھِ برونٕے |

مہجور اوس اَکھ باشعور تہٕ خود آگاہ تہٕ نظر باز کأشُر تہٕ تمِ سُنٛد یہٕ شعور چھُ تسنٛزِ شأیری مُنٛز جایہِ جایہِ پزرلان تہٕ ژھیپہٕ ژھور کران۔ بظاہر چھُ یہٕ شارغزلُک باسان ع

میٚتہٕ یأد کرے یہٕ واریا یوٗسف تہٕ دِلآرام!
کیٚنہہ اَند مزارن روٗدی کیٚنہہ شروٗپی رازِ بلن مُنٛز

واقہ چھُ یہ زِ یہ چھُ کأشرِ تأریخچہ کین دون بجَن ہستیین کُن اشارہ کران۔ یوٗسف گو یوٗسف شاہ چک یُس یتہٕ بسوک بہارہ کس اندمزارس شروٗپ تہٕ دِلآرام اَکھ کأشُر پنڈت یُس واریا نامور سپُد۔ مہجورس چھُ کشیٖرِ ہُنٛد ماضی تیوٗت سُنٛتھ گومُت زِ کنہٕ دیوارِ یانٕے تِم کھنڈرِمَن کأشرِ پننہِ بےعلمی کِنی پانڈولرِ وَنان آسی چھےٚ کشیٖرِ ہُنٛدِ

عظمتُک اَنہٕ بنان چھُ

بۆ تہٕ ییٚتھے اوسس بہٕ اوسس وَقتہٕ اکہٕ با اختیار
وِن گواہی میانہٕ کُنہٕ ہم پرأنی کتہٕ دیوار میانی

مہجورنس ییٚتھس کلاس منٛز چھنے لے تھدٕ تھک تہٕ وٕسنک انداز تحریک تہٕ تأریخکین پرتون سٟتی ہیٚوٚر بون گژھان ییٚلہٕ تحریکہٕ ہند سوٚدر اوس گژھان تہٕ اکی ملرٕ آسمانن ژھٕٹھ کڈان۔ تمہٕ وِزِ اوس سُہ لیکھان چھُ

شُبیا شیشس لَدُن پرَس پنٕنِس زانہہ وِزِ یا غارس
دِلک نوٚو بانہٕ یمٕنے خانہٕ پانے آژھتاوُن چھُم!
کٔشیرِ مُشرٕقس بیدار کرِ وُزناوِ وَقتس پیٹھ
پہٕ آلو کأشرین ہندین کنن منٛز واتناوُن چھُم!

مگر ییٚتھے تحریکہٕ گال اوس گژھان تہٕ تَس اُسی قوٗمی شوعورس ٹھرٕ لگان سُہ اوس طنزیہ اندازس منٛز وَنان چھُ

بۆ چھُس دوہ دِکھو تہٕ دوہ ہر کمزور سپنان
یہ چھُم اَمہٕ چانہٕ لولچ میٚہربأنی

مہجور اوس اکھ زِکر دار کأشُر تہٕ شاید چھُنہٕ تمی سُند ہیٚو جوشُل تہٕ قوم پرست کأشُر وُنہٕ تہٕ سأرِس اَدبس منٛز کانہہ۔ سُہ اوس کٔشیرِ ہند تمدُنی وجوٗد تہٕ اَمیُک شناخت رٔچھنہٕ خأطرٕ سپنہٕ ہیٚر تہٕ وِزِ وِزِ ژرینہٕ وِنی دِوان چھُ

دوٚہہ تارِ ژھوٚہہ مار ساز و سامانس
بُتھ چھے کأم طوٗفانس سٟتی

لکھ بَن چانِس دیوان خانس
پے بوزلے تھاوٗ زمانس سیتی

---

والہٕ واٗشن چانہٕ بایِتھ والہٕ بٔری زاٗوِلکٔرکھ

پوشہِ تھٔر اٗندٕ اٗندٕ ہیوٚے ژٕ سے زال تٔے سبزار چھُے

پوشہِ تھٔر پیٹھ اٗلی ۂن چھے والہٕ نٔے اَتھ زالہٕ نٔے

کاٗلی تراوٗن باغ آسی وَن ژٕ سے کیاِ انکار چھُے

مہجورنہٕ قومی شاعری ہٕنٛد بیا کھ رنٛگ چھُہ تمہٕ سٕنٛز طنزیہ تہٕ مزاحیہ شاعری۔ یہ چھہ مہجورنہٕ بٔرم پھُٹنُک تہٕ بیزاری ہٕنٛز پٲداوار۔ آزادی پتہٕ پتہٕ ییلہِ عوامی راج قایم گو۔ شاعر رٕوٚد بٔڈ توقع تہٕ بڑا اٲژسان انتظار کران زِ ہتَندِن لولہٕ خابَن ییہِ وہ فی تا بیمرِک رنٛگ بَرنہٕ مگر ییلہِ اَتھ مقابل تمہٕ اَمہِ آزادی ہٕنٛد بُتھ وُچھ یوسہٕ بقولِ اقبالؔ یٖمہِ آیہٕ بٔروٚنٛٹھ کُن آیہٕ ع

حاکمیت کا بُتِ سنگین دِل و آیئنہ رُو

تمہٕ سٕنٛد شاعرانہٕ خاب گو چکہٕ چوٗر تہٕ سہ دراو طنزُک نشتر ہیتھ اَتھ ترٛٲسی دِنہٕ۔ یہ اوس نہٕ مہجورن اصل مزاز مگر تمہٕ سٕنٛز فنی کراماتھ چھٕنے یہ زِ اَتھ مَنٛز تہٕ کوٚر تمہٕ اَکہٕ قسمُک خاص کمال حاصل۔ کاشرِ چہِ سماجی تہٕ طنزیہ شاعری ہٕنٛز یوسہٕ کانٛہہ سوٚمبرن زانٛہہ تہٕ پکہٕ وُٹہٕ کرنہٕ ییہِ۔ تمہِ مَنٛز ہیکَن نہٕ "گُلِ لالہ" تہٕ "آزادی" ہِشہِ نظمہٕ زانٛہہ اَلگ تھاونہٕ یِتھ ع

تَتہِ چھا کنٹرول انتظام گول مول تَتہِ چھا چور بازار
تَتہِ چھا رایہ رایہِ کھئن چین بأگران تَتہِ چھا یتھی خانہٕ دار

---

یہِ آزأدی چھےٚ ترٛاوان مَغرِبَس کُنُ رَحمتُک باران
کَران سائنس زمینس پیٹھ ژٔھرے گگرائے آزأدی
یہ آزأدی چھےٚ سو رنج حوٗر پھیریا خانہٕ پتہٕ خانےٚ
فَقَط کینٹرَن گَرَن اَندَر چھ ماران گرٛایہِ آزأدی

مہجوٗرَن دِیُت کأشرِس مَنٛزِ نظمَس گوڈنچہ لٹہِ اَکھ سانچہ، قألِب تہٕ شِکل۔ تِمَس برٛونٛہہ ہَرگاہ اَسہِ یِژھہ ہِش کانہہ صِنف اُس تہٕ سوٗ اُس بےٚ شِکل AMORPHOUS مہجوٗرَن لینچھ "گرٛیسی کوٗر" ہِش نظم۔ یہِ سہٕ زَن موضوٗکہِ نَدرَ تہٕ کِنہٕ نہٕ صٔحی مَگَر وَرتاو، تشبیہہ، استعارہ تہٕ بَنٛدِش چھہ خوٗ بوٗ کِنہٕ اَکھ بے نَظیٖر فَن پارٕ چھُہ۔ اَتھ مَنٛز چھہ زَن تہٕ کٔشیٖر مُجَسَم گَرٛژ۔ تہٕ نتھی چھہ شأیر قصٔیدہٕ پرٛان تہٕ چھُہ تمہِ سٕنٛزِ وطنی شأیِری ہُنٛد اَکھ انہار تہٕ اَکھ رُوٗرکانہٕ تمہِ سٕنٛزِ کینہہ نَظمہٕ مثلَن "تبرِ چھوکھ" یا "بُلبُل سُنٛد ژھوگ" چھُہ محض قأفیہٕ بَنٛدی تہٕ مَنظوٗم بَیان یِتھہ مَنٛز تَس گِتھ گوجہِ چھےٚ گرٛھان۔ مگَر اَتھی مَنٛز چھُہ سُہ "کأشرِ زنان" "زوٗن" تہٕ "سَنگرمالَن پیوٗ پِرٛاگاش" ہِشہِ نظمہٕ تہٕ لیکھان یمَن مَنٛز چھُہ وطنی اِفتخارُک ایٖحساس تہٕ تہٕ خوٗش اُمیدی ہُنٛد شَفَق تہٕ یمَن مَنٛز چھہ یتھی محاکات پُروَر تہٕ حسین بَند تہٕ موجوٗد ع

دوٗہہ اَکھ ژٔند ہار گرٛیسی گرِ زایس
بختَن بَنأوس پادشاہ بائے

تَتھٕ شاہی مَنٛز تہٕ کھوٗژِس خوٗدالیس
یاوَن رالیس چھِنہٕ میشانٛزِ ماے

یَنٛزٕ رے بوٗزِو تہٕ "کاشُر زنانہٕ" نادِ چھہٕ اَتھ نَظمہِ مَنٛز چھُ کاشرِ زنانہِ ہُنٛد سوٗرُے حُزٕن سوٗرُے حُسن تہٕ سوٗرُے سوز و ساماز جَمع گومُت۔ یِژھہٕ نَظمہٕ روزَن سانہِ شاعری مَنٛز مہجوٗرنے کَتھِ کرزِ بَلَن ہنٛدی پاٹھی ہمیشہِ زِندان تہٕ مہجوٗر روزِ جدید شاعرانہٕ دوٗرُک رہبر بَنِتھ موجوٗد۔ یَنٛہٕ تبصُرس مَنٛز چھُ فَقَط تَسٕنٛدِ سلامہٕ کِین کیٚنٛژَن پہلوٗوَن کُن اشارٕ کرنہٕ آمُت۔

کلامِ مہجوٗر اوس وُنیُک تام تقریباً ناپید تہٕ نایاب۔ ووٚنی ییٚلہِ تَسٕنٛد سوٗرُے کلام اَکِس جِلدَس مَنٛز سانین فاضِل نقادَن برٛونٛہہ کُنہٕ ییٚیہِ۔ ووٚمید چھےٚ زِ تَسٕنٛدِ کلامُک صحیح تجزیہ تہٕ تَسٕنٛدِ مقامُک صحیح تعیُن کرنَس مَنٛز سپدِ واریاہ آسٲنی تہٕ ییٚلہِ کیٚنٛژِ ڈٕہری اَسی تمی سٕنٛز صدی تقریبات مَناوٕ تمہِ وِزِ آسہِ مہجوٗری یاتھ لٹریچر واریاہ ہُر ژومُت تہٕ پھبیوٗمُت۔
اَخرس پیٹھ چھُ مہجوٗر سٕنٛد یہِ مقطع ییٚمہِ تبرُک اَنٛد بَنان۔ یَتھ مَقطس مَنٛز یوسہٕ شاعرانہٕ کَھوٗٹ تمی پانَس مُتلق استیمال کرِمُژ چھےٚ۔ تمہِ حِسابہٕ چھُ سُہ سانٛس نَوِس اَدبی مزازَس سیٚٹھا نَکھہٕ باسان یہِ زَن پننہِ کلامہٕ کِرِ مجموٗعی تاثیر حِسابہٕ سُہ یقینَن چھُ ؎

واوٕ اَسناوان گُلَن، مہجوٗر وُزناوان دِلَن !
یِم زِ اَمہِ نشہِ بے خبر کیا گو گونہہ کیا گو ثواب

محمّد یوسف ٹینگ

# راش

۱. وَنتہٕ ہَسے وَنِسی بے ووفائی شیوٕ دِلدار چھا

۲. دُردانہٕ موہِم دوٗر دوٗر

۳. پوشِہ مَتہٕ جانانو

۴. جلوٕ ہاوِتھ تنٔبلاوِتھ دوٗر تراوِتھ ژٔلہو

۵. سوزِ دِل میٚون بوزِ وَن ہاری یےلو

۶. لگہ یو بال پارِ پاری یے

۷. تمنا چانہٕ دیداروٕک منے چھم ینٔبرزلے بوٚمبرو

۸. نوٗبہارو میانہٕ لوٕ کچارو ہو

۹. روزو روزو بوزو میٚانٕی زارٕ مدٕنو

۱۰. سوزِ دِل بوز دُر دانٕی یے

۱۱. شیرین کلام ییہٕ کرٕ

۱۲. اَتی روزو مدٕنوارو قدمَن ہلگے پارٕی

۱۳. اَتی روز کھٕتا بوز مدٕنوار اَتی روز

۱۴. دوٗرِ روٗزِتھ ژوٗرِ کٕی نیٚومیٚون دِل

۱۵. باغِ نِشاطٕکے گُلو

۱۶. دِلارامہٕ دِل تنٔبلاوُن رَوا چھا

۱۷. کیا سَنا ییہٕ ناسٕہ دِلبر روے زیبا ہاوِنا

۱۸. کرٕ بُلبُلو دیدارِ گُل

۱۹. ہاوَس ناکن لاٗجی لَس داوَس

۲۰. گژہِسی کوٗری نازنین سوٚنٔدری یے

۲۱. جاے تمٕی رُٹ گلستانَن منٔز

۲۲. پوشَن مالہٕ کرٕناوان چھس

۲۳. نیرِ ہاسِنیاس لاگِتھ یارِ سُندِ پےژھارِ ہا

۲۴۔ بُلبُلہٕ سُنٛد اَفسانے بوز

۲۵۔ وٕہلو لالہٕ رویو دِلکی داغ ہاوٕے

۲۶۔ دِلدارِ دَما روز بٔ عشقِنی سَفرٕ وَنے

۲۷۔ مارٕ مَتہِ آوارٕ کرٕتھَس چارٕ میٛونےٚ کرٕی زہے

۲۸۔ کَلالہٕ ترٛاوِتھ ژٕ سالہٕ یِکھنا

۲۹۔ پایہٕ بَڈٕ میٛشانہٕ  یاوٕن رایے

۳۰۔ ذَرٕ ذَرٕ تھووٕنَم ذَرٕ کوتا ذَرٕ مئے شُنتھ گوَ

۳۱۔ وَنیسی وَنتہٕ دَردٕ باغَس آمُت بُہار آسیا

۳۲۔ وُچھ مئے کُنٕ یارٕ لگَے یارٕ ژٕنے پٲری پٲری

۳۳۔ بُلبُل لاگِتھ اَژٕ لولہٕ باغَس چھادان لولکُ بہار

۳۴۔ نَنٛدٕ بانہٕ دِلبَرٕ میٛشانہٕ، وُچھتھَس مایہ وَنے کیٛا

۳۵۔ پھولہٕ ہیم ژٕ بُتٕرے پیٛارِ کَتھ رَنٛگ وارِ گولابو

۳۶۔ کَسے ہاوِ یاوٕن بالیٛے

۳۷۔ یٛنبرزَل لاجَس داوَس، گُہٕس حارانٕ بٔ کَس وَنہٕ کیٛا

۳۸۔ کَمی روشہٕ نوٕدُم پوشہٕ موت یار

۳۹۔ لالہٕ میٛون مَنٛزٕ شالہٕ مارَن سِتی یارَن آسہٕ ما

۴۰۔ سَنٛگرٕ مالَن ییو پٕژاگاش

۴۱۔ بُلبُل چھُہ بَران چاو ژٕنٛتھٕر دژاو بہار آو

۴۲۔ شاد سَپُدُم دِل مئے بوٗزُم سالہٕ ییہٕ اَز بالہٕ یار

۴۳۔ اَز روز سانے، دِلبَرٕ میٛشانے

۴۴۔ ہاگلو توٗہہِ ماساٹ وُچھوَن یار میٛون

۴۵۔ بُلبُلا آکھا صوٗرتھ بَدلاوِتھ

۴۶۔ دِل زولتھَم مئے نارٕے دِلدارٕ وارٕ وارٕے

۴۷۔ صبح چھُم، باغ چھُم، مستانہٕ دِل چھُم، نازٕ یاوُن چھُم

۴۸۔ دِل قرار ژوٹھ نٕد نوار کوٗتےٚ گوم

۴۹۔ دِل تَنبلاوان جلوٕ ہاوان آکھا بہارو

۵۰۔ دوٕلو کرِیو لولہٕ مَتہٕ لاے مدنو

۵۱۔ خوش رنگ، خوش بو، پوشہٕ ڈن گلزارِ محبت

۵۲۔ نوٗر وزملیے وارٕ ہاو پان

۵۳۔ لَلہٕ وُذی منے چھم چانٛز لولہٕ چھوکھ، موکھ ہاوتو مارٕ مَتیو

۵۴۔ بٔہ نو ذرٕ مدنو دوٗرٕ برٕ چون

۵۵۔ مَنہِ منٛز گنٔے یِم مارے چانٛی ہاے مدانو

۵۶۔ مارٕ مَتہِ وارٕ وَتہِ لاگ میون پان

۵۷۔ ساتھا ژٕ کھورٕ ٹھہراو، دِلدارٕ دَرشن ہاو

۵۸۔ سر تراوس پادن تَل

۵۹۔ کوٗوو چھک منٛے وَعدس ڈلان ٹاٹھہِ یارو

۶۰۔ دِل میون راوان گو

۶۱۔ ساقیا آباد روٗزِن تا اَبد مےخانہٕ چون

۶۲۔ لَلہٕ ناوٗن، ژھایہٕ تھاوٗن، زانٛہہ تہٕ کرٕ تراوٗن یہ لول

۶۳۔ جانانہٕ ژنے کرتہٕ جان جان سامانہٕ بناوِم

۶۴۔ ناوس بٔہ لگہٕ سے پارٕ کر پارٕ دِیے

۶۵۔ ہا ٹاٹھہِ یارو بوز منے کلہٕ پیٹھٕ تبرٕ گیم

۶۶۔ پے بوزلے تھاو زمانس ستی

۶۷۔ جانانہٕ بٔہ دیوانہٕ کورس حُسنِ کمالن

۶۸۔ ژٕنے پتھ دِلدارٕ بنٛزِ راوم جوانی

۶۹۔ پوشن کراو کرچھاو گُلزار

۷۰۔ لولہٕ ژوٗرو میون دِل ژٕے جان ژٕے جانانہٕ ژٕے

۷۱۔ تَنبلاوان، پوشہِ نوٗلن بُلبُلن گلزار میٛانی

۷۲۔ کوٗنگہٕ پوشہِ حُسنکہٕ جوشہِ ڈالتھ . . .

۷۳۔ بَن ژٕ جوہرٕ رنگِ دِلبرٕ پادٕ کرٕ پانس انٛدر

وَنتۂ ہے وَنیسر بے وفائی شیو یے دِلدار چھا

نازنین مہ جُبین قتلۂ غارتھ کار چھا

جَستۂ تُوین نَستۂ خَنجر بَستۂ گودَر خستۂ جان

تیغ بازَس رَزمِ سازَس ترکتازس عار چھا

دِلبرِن لب شکرَن مَہ پیکرَن غارتھ گرَن

دُور لوئین خُور تیر اژ و رتھونس وار چھا

اے کمان گرَ بَر جگر لوُیتھ زبر تیرِ دُوپَر

تیر آتش بار زہرِ مار سُمل الفار چھا

چِھس اویزان تا بداماں زہر ژا پان متھۂ سان

زُلفہِ سُنبُل مرگہِ بُلبُل مار چھا کلمار چھا

سِینۂ سوزن عاشقن دِل شیہلن یا متھ وُچھن

یم دوپِستان یا ئسیتان دار و یے بیمار چھا

ژَھل کرٕتھ ژۄل ژۄر ہانٛزَل ٲنٛز دِمَس ٲپرَ دیے محل

بَڈٕ ڈٕلہٕ چھا تیل بَل چھا باغہٕ شالامار چھا

چھَس ودن زٲلِتھ بدَن رۄوم مدَن ژۄل سرحدَن

یُژَنگ چھا یا ڈرنگ چھا یا بُرنگ چھا کُٹہٕ ہار چھا

زاگ ہیتھ بَرتَل غزٕلؔ وقتَن برس اَلہٕ اَلہٕ کران

ژۄر چھا مخمور چھا مہجور خوش گفتار چھا

---

مہجور صابنہٕ اَتھہٕ یاداشت:

تٲریخ: ۱۹۱۵ ء

صفاپور (ٹمبل)

لہ غزٕل وقت - گجر کا وقت (ہندی)

## ۲

لوٚلہِ منز بہٕ کرے گوٚرگوٚر

دُرِدانہٕ موٚہیم دوٚر دوٚر

ییایہ چانہ حُسنُک شوٚہرٕپیوٚ بُوزتھ یہ دِل دیوانہ گو

لاران بہٕ آسے درحوٚضوٚر

دُرِدانہٕ موٚہیم دوٚر دوٚر

اکہِ نظرِ عاشق مارٕ گو بے چارٕ زَن آسمانہٕ پیوٚ

لولہٕ نارٕ ی بدنس کوٚرُسہ سوٚر

دُرِدانہٕ موٚہیم دوٚر دوٚر

اتھ ماہ رویس ٹھٕرِ متھاو کیاہ نیرِہیتہٕ اکہِ روے ہاو
ہاو عاشقن نورِ ظہور
دُردانہٕ موہہم دوٗر دوٗر
شیرین پایا بدول جمال نہٕ نوٗرہٕ ہیٚڑ چی موختہ مال
پیرِتھ چھنے ذرا ہٕ شسو رگہ حوٗر
دُردانہٕ موہہم دوٗر دوٗر
پوٗت زوٗنہٕ ذرا یکھ یارِبل چُنٛخ کمنٛد ہیتھ دربغل
فتنہٕ اکہِ بنٛد گولوبہٕ زوٗر
دُردانہٕ موٗہہم دوٗر دوٗر
پیتھ ون گژھتھ نا گے ہبس ہی تھرِ تل پادن پہمسے
سُے بُجہٕ دن چھم کوہِ طور
دُردانہٕ موٗہہم دوٗر دوٗر

مہجورؔ چانی یژھ بَران    نازَن خٕریدآری کَران

آدَن باجہٕ کرواڑ پور

دُرداہٕ موہیم دُوٗر دوٗز

---

مہجورؔ صابنہٕ اَتھٕ یادداشت = اُری گوم

سنہٕ ۱۹۱۹

۳

ژوُلھا روشے روشے

پوشے متہِ جانانو

اتی آتی روز تو یارو کوَت ژوُکھ جودوگارو

گوڈ کر میوُ نے چارو

پوشے متہِ جانانو

وُچھکھا دوُرے دوُرے سَن گوم سوریچہ حورے

چھس ودان ژوُرے ژوُرے

پوشے متہِ جانانو

بال پیٹھ بال چھس پاران اشہِ کنہِ خون چھس ہاران

یَارس مَار مٹہِ کھاران

پوشے متہِ جانانو

عُشقَن کٔرسہ بدنامو      کٔژکھ گیہٕ شہرہ تہٕ گامو
پترٕ نینہٕ چھسم دِوان پامو
پوشہ مترٕ جانانو

چھس ودان ٹٔتی مے پیارے      مارٕ مٔتی دِل کور مُم تارے
طوطِ مے روٗوم ہارے
پوشہ مترٕ جانانو

ولہٕ وٕنِسی گرٕ تھ وے کامے      یاٗری ہے کرٕ نس تھامے
گاٗجہِ نَس تہٕ لاٗجِنَس پامے
پوشہ مترٕ جانانو

ولہٕ وٕنِسی گرٕ تھ وَے وَن تلے      تَس کمٕی بٕری تم کن تے
کرسنا بٕنِیہِ ڈیشِن تے
پوشہ مترٕ جانانو

یکھنا حالِ دل باؤے    دَوِدمُت سینۂ ہا ہاؤے
تَیلہ یکھا یَیلہ بوراوَے
پوشے متہِ جانانو

کسونِشہ شیپچھ بوتھاوَے    کسوَاتھ سوزَے گزاوَے
روشہِ بیتۂ پوشش وتھراوے
پوشے متہِ جانانو

اسہ وہٖ ہا خوش باشے    لاَجبھس کتھوٗ والہٖ واشے
وَآنجہ کرِ تھم قاشے
پوشے متہِ جانانو

ژُوَلہمارو گے رو گے    سنٗی یاس لاگے جوٗ گے
مٓارِس ہا بہ چا نہٖ ہو گے
پوشے متہِ جانانو

بالہٖ بیٹھ لاسیَے نادو    پَتھ پھیر ہا شاہزادو
موژَل گوڈ پال وادو
پوشے متہِ جانانو

لیکھی لیکھی گرزاو ہا سوزے　　　ہا بہ نویم بہانہ بوزے
دعواگیر ہا روزے
پوشے متہ جانانو

اجہ راژ بہ گرِ ڈرایس　　　وَنہٕ وٕنہٕ ناگی رایَس
لانٛز زالہِ وَ لنے آیَس
پوشے متہِ جانانو

وتہ پیٹھ ژولہم ترٛزاوِتھ　　　جِگرس آمہٕ تاو تھاوِتھ
یِم ڈاڈی کسۄ ہینکہٕ باوِتھ
پوشے متہِ جانانو

اجہِ ژاژ بوگرے ڈرایَس　　　ونہٕ وٕنہٕ ناگ رایَس
لانٛز زالہِ وَ لنے آیَس
پوشے مَتہِ جانا نو

اٰسس نینٛدرے ہرٛے　　　واٰژس چانہِ خندٕ مرٛشے
لول چانہِ راو ہم راژٕرے
پوشے متہِ جانانو

شہُروس یار — (۱۹۲۷ء)

ژړ بوږله، هم پانس          بېهتو ډېرِ ډالانس
نگه یو سورِ سامانس
پوښے منتهِ جانانو

میحوړ ډنز دِوان یارس          بے وفا باټزی گارس
ډېڼ توس کوټ کال پرارس
پوښے متهِ جانانو

## ۴

جلوٕ ہآو کتھ دۄر ترٲو کتھ تٕنبلاوِ کتھ ژۄلہمو

عارٕ رسہِ تے یارٕ بگہٕ لوٗ خارٕ تھآوِ ستھ ژۄلہمو

ژاکھ میانِس لولہٕ باغس ڈٔراکھ تارا جاکرِتھ

ہوش نیوٗ تھم روشہِ روشے پوٗش چھآو کتھ ژۄلہمو

قولہٕ رِستیوٗ وولہٕ وُچھین چآنی کۄرنَم ہول ے

ستہٕ وٕرٕ شے لولہٕ وآنِج کتہٕ رآوِ کتھ ژۄلہمو

ساہٕ آسس وعدٕ ہیتھ مے اُلفتک سودا کۄرم

رآضی تھآوِ کتھ بازی کھیآوِ کتھ گاٹہٕ پآوِ کتھ ژۄلہمو

مانہٕ زٕنی آسہس توَے بُو نکہٕ یا من لآ جیتھس

مشٕ چھآوِ کتھ اندٕ ژآوِ کتھ پامہٕ تھآوِ کتھ ژۄلہمو

کینہٕ زٕ ڈٕتھم سینہٕ زٕ ڈٕتھم روے کھوٗ ڈٕتھم ہانٛژلو

چھٕنڈرآوِ کتھ تشنہٕ تھآوِ کتھ پیتہٕ ناوِ کتھ ژۄلہمو

کامہٕ دیو ونامہٕ سوٗزِتھ پامہٕ لیچھ تھم تَتھ اندر

ہاے پنہٕ نے دستہٕ موتُن پیالہٕ چاآوِتھ ژٕ ڈلہمو

ہیہ تھُر زَن برہٕ کرٕتھَس لولہٕ نارٕ زاجِتھَس

سوسہٕ ناآوِتھ اَندٕ مزارَس واتہٕ ناآوِتھ ژٕ ڈلہمو

دوٗر پیٛومُت ژوٗرِ زَن ہیچوٗرتس یارس وُنان

ٹاکھِ یارآ دنگٕ شرٕیہ مشرآوِتھ ژٕ ڈلہمو

---

سنہ ۱۹۳۱ء — ہشیٔ وور

# ۵

طوطہٕ وۄلمت چاںٛز آاری ییہ

سوزِ دِل میۆن بوز ون ہآری ییہ

جامہٕ ودہ زلی کامہٕ دلوٗ لآگِتھ دٔراو　　شامہٕ ژھایلے روگہِ روگہِ باعنس ژراو

پوشہِ چمَن مُشک گو جآری ییہ

سوزِ دِل میۆن بوز ون ہآری ییہ

ژِھس اویزان ترآوی ہتی زلفہٕ کٕی زال　　گوٗلاب تھرِ وۄلمت سُنبلو نال

ہآری کِتی آئی کالہ شہ ہآری ییہ

سوزِ دِل میۆن بوزہٕ وَن ہآری ییہ

تَس یارس قدمَن وَندٕنا لال　　مس کھآسی ژِھس برٕی ہتی مالا مال

خَتمہٕ برٕی برٕی چشمہِ خمآری ییہ

سوزِ دِل میۆن بوزہٕ وَن ہاری ییہ

ژٕٹارے وُچھِنٕ کھہٕ نس بو　　گیر کۆر تھس میہ شکار و ہو

تیر لآی تھم بمہٕ چآری چآری ییہ

سوزِ دِل میۆن بوزِ ون ہآری ییہ

اَکھٕ نازک زن ژِھس پوشہ دستہ کتھٕ بوزٕ مس مُدرِ تہٕ آہستہٕ

دأدی لدٕ نے بَلہٕ بیمآری یے

سوزِ دِل میٚون بوزِ وَن ہأری یے

جلوٕ ہأوتھ دوٗرِ ژھُکھ تمبہٕ لاوان نکھٕ وأتِتھ روَیس پردٕ تھاوان

ٹھُرِ گے تھاو ترٛاو شہرٕ دأری یے

سوزِ دل میٚون بوزٕ وَن ہأری یے

دارٕ ژھُتھ مارٕ متِ یِتہٕ ساتھا دِتہٕ درشُن ہِتہِ اکہِ کرتہٕ باتھا

تھُکہٕ روو تَھس کوٕ ٹرأری ٹرأری یے

سوزِ دِل میٚون بوزِ ون ہأری یے

خان پأرے ازولہٕ سانہ سأل یے نان، بادام، گِردٕ تہٕ شِرمأل یے

بیٚنیہ تھاوَے برٕ مأری مأری یے

سوزِ دِل میون بوزِ ون ہأری یے

کاہٕ نکھِنا گرٛاوٕ تس بے عارس کیا سا خبر اہ ہیٚنے زہے بیمارس

ییٚژ ہٕ کتھ راد شمن دأری یے

سوزِ دِل میٚون بوزِ وَن ہأری یے

وَنہِ مہجوٗرٕ حُسنِک افسانے        زانہِ سُے لیٚسَ وَنہٕ ییٚہِ جانانے

مانہِ اتھ کیا بوزن ہَندٕ وآری یے

سوزِ دل میٚون بوزِ ون ہآری یے

---

مگر ۱۹۸۶ ب

.... ۱۹۲۹؁ ۶ — ہنٛدوور

## ۶

مآرئی مند چھم چآئی لولہ بیمآری
لگہ یو بال پآری پآری سیے
نآگی راسے ثروٌ لے ناگہ سبزآری لارس پتہ آری آری سیے
ہی مال وٌ بے حسئے تہنشداآری
لگہ یو بال پآری پآری سیے
سمبہ بالہِ لوسم گمہ گوم جآری یارس پتہ لآری لآری سیے
روزِ نا ساتھا بوز میآئی زآری
لگہ یو بال پآری پآری سیے
رمزسان غمزِ تیر میر شپکآری سینس دِ قی نم دآری دآری سیے
کیاسنا چھس میشآئی کپناوآری
لگہ یو بال پآری پآری سیے

تَشِد تہٕ نابدٲلہٕ سٕتہ پٲری    تھاوس چنٛدٕ بٔری بٲری سیٚے

پیٚنا بہٕ کرُس بشنٛدٕ بردٲری

نگہٕ یوٚ بال پٲری پٲری سیٚے

تلرے ہٕنٛدی پٲٹھی پھیرس ژٕرہ پٲری    ویٚورٕسے اَوٚنٛمے ژھٲری ژھٲری سیٚے

سالہٕ ییٚتہٕ لوکرسے پیالہٕ بردٲری

نگہٕ یوٚ بال پٲری پٲری سیٚے

لولہٕ چانہٕ راتس کرمے بیدٲری    لوٚسس کوٚنگ ژٲری ژٲری سیٚے

زوٚنہٕ ییٚرِ وُچھنے میشٲنۍ گُلکٲری

نگہٕ یوٚ بال پٲری پٲری سیٚے

مہجوٗر کوٚت کال کرِ انتظٲری    ییٚژ کال گوٚس ژٕرٲری ژٕرٲری سیٚے

بے عار لوٗگُس تمُی مدنوٲری

نگہٕ یوٚ بال پٲری پٲری سیٚے

---

ماگھ سنہٕ ۱۹۲۹ب، ھنٛدوور

ے

تمنّا چانہِ دیدارک منے چھُم یمبرزلے بوٚمبرد
پھوٚ جبس یا متھ لجٔس وُچھنے گجٔس چانے کلے بوٚمبرد

یہِ قد چون زَن چھُ پوشے کُل پھُلَے برجستہٕ چھَس بلکُل
وُچھتھ سنبُل تہٕ رنگین گُل یہ دِل ما تمبہلے بوٚمبرد

وُچھکھ دوٗرے منّے مستوٗرے دِلک ترٛیہٕ ہے تھوٗدم ژوٗرے
ژنّے لوٚ یتھ تیر زَن حوٗرے یہِ چھوکھ نوزانہٕ بَلے بوٚمبرد

کھنڈتھ رُوٗ دکھ مدَن وارَے بدن سے زو لتھم نارَے
وَدَن چھس چانہِ امارَے یہِ دل کرشیہلے بوٚمبرد

ژیارن سٕتی ژھوہ ماران بہٕ تنہا خونِ دل ہاران
دوہس کوٚت نیر چھَس تھاراں دوہل ژھانڈتھ روتلے بوٚمبرد

ژنے کس سٕتی گئی سازِش دوٚیم چھاٚ بیا کھ کانہہ میّنے ہِش
ژمیانے رنگہٕ پانَس نِش روٚٹکھ کمہِ مسوے بوٚمبرد

یِہمَنا حالِ دِل باوَے گژھِ کُھٹِ توسہٕ وَتھراوَے

پٔنُن زوٗ پیش کش تھاوَے مٔنٛے پانَس شرٛژلے بوٚمبرو

یہٕ پَرمَس یارکُمۍ چوٗوکھ ژٕغآرن ستی مِلہٕ نوٗوکھ

کرِتھ تعویزٕ بٔرمُہٕ روٗوکھ کمَیُوآرٕ ولے بوٚمبرو

کران مہجوٗر حُسنَس گتھ ونان یارس پتو اکھ کتھ

یہٕ دِل دیوانہٕ گوژینے یَتھ بٔنِیس ستی نورلے بوٚمبرو

---

ژِتھر ۱۹۸۲ ؁ ء ،ب۔ ہندؤور

۸

# لوکہ چار

باٗزی گرٗی تھےٛ ژوٗلکھا باٗزی گارٕہو
نوٗبہارو میشانہٕ لوکہٕ چارٕہو

میٗون یاوٗن کھسہٕ ون ہارِ شراوٗن جلوٕ ہاوٗن تہٕ عالم تنبہٕ لاوٗن
بوشِس پوشَن رٕوٗد دٕہ تارٕہو
نوٗبہارو میشانہٕ لوکہٕ چارٕہو

میٗون لوکہٕ چارٕ وَنہٕ کے اوس دیودار لبہٕ دُری یاچھاوان تازٕ سبزار
متوٗژتھ سَم ہاتَبر دارٕہو
نوٗبہارو میشانہٕ لوکہٕ چارٕہو

میٗون لوکہٕ چار جوشدار کاٗیژ نار شولہٕ ماران خوٗنخار زورٕ اوار
جوشس سوریوم ژھینتہٕ گوم نارٕہو
نوٗبہارو میشانہٕ لوکہٕ چارٕہو

میٔون لوٚکہٕ چارخاباہ اوس مزدار        کھیوٚم افسوس یامتہ گوس بیدار

تی بہٕ وچھہا بیٚنیہ دُبار وہو

نوبہار میشانہٕ لوٚکہٕ چار وہو

میٔون لوٚکہٕ چار باغک جاناوار        پوشہٕ لنجہٕ پیٹھ بولان خوش گفتار

تیٚر مو لاے میرٕ شپکار وہو

نوبہار میشانہٕ لوٚکہٕ چار وہو

میٔون لوٚکہٕ چار شولہٕ وٚن اوس گلزار        سلہٕ پھلی متیٚ آسی تتہ گُلہٕ انار

داوٕ ہردِ بہٕ گوس لۄرہٕ پار وہو

نوبہار میشانہٕ لوٚکہٕ چار وہو

میٔون لوٚکہٕ چار ژلہٕ وٚن آبٕ ژنیٚ آر        گو نیرتھ پھیرتھ ژین چھُہ دشوار

کوہہٕ راون دۄدیہ سبزار وہو

نوبہار میشانہٕ لوٚکہٕ چار وہو

چھس زُلیخا وتہٕ پیٹھ لاگتھ مارے        شاہ یوسف ییہٕ نا یاد ن رارے

بیٚنیہ اکہٕ لٹہٕ گرزھہٕ ملہٕ ژار وہو

نوبہار میشانہٕ لوٚکہٕ چار وہو

مهجورس یاد چه وآدنګ یار        مونت یاڈن رودس ټوټه لوکه چار

متو ژلستم آدنکه یار وهو

نوبهار ومیشانه لوکه چاروهو

پوه ۱۹۸۸ شنزب. هشنږوور

## ۹

رۄزُ رۄزُ بوز میٲنی زارَ مَدنو

لوِ چانہِ چھسیا بیمار مَدنو

کاژِ زوٗن گأجھتھس سفرس لاگأجھتھس

ژھور مکھ گامہِ شہار مدنو

یارِ دود کرِنوٚسٹھ پیٚوم شرُد یانِ ضایہِ گوم

ژے پتہِ رووُم لوکہِ چار مدنو

باغچِ یُمبرزَل وأن پوشس تہِ مسوَل

یادن کرے نِشار مدنو

اشارِ ھاوان دِل کتہِ راوان

بُمہِ چانہِ نازِ تلوار مدنو

ژِے میٛون غمخار[2] ژِے میٛون ستمگار[1]

ژِے چھوکھ تہِ ژِے ہا بلغار مدنو

---

قاتل ۱ دردِل ۲

۱ ۲ یم لفظ چھ اکس قلمی مسودس منز تعۄ گژھان

خوٗن گوم جاٗری اوٗش ہاٗری ہاٗری
پَھلہِ پھَلہِ گوم موٗختہٕ ہاَرمدَنو

نظرے چانہٕ ستی بیمار بَلےٚ کیتہٕ
میانہٕ وزِ لوگُتھ بےٚ عار مدَنو

چٔشمہٕ چانہٕ مَس کھٲسی ڈلیشتھ گےٚ دوٗسی
بنَگٲلی جودوٗگار مدَنو

ونہٕ ہے مہجوٗر داستانِ دِل ضروٗر
ونہٕ نَس چھُے نہٕ تَس دارمدَنو

---

کتک، سنہ ۱۹۸۹ ب ، آری گوم

۱۰

ہول مے کۆرنم لولن چھائی — سوزِ دِل بوز دُرداٰنۍ ہے

لٹہٕ اکِہ روے ہاو کرمیٚہربانی

سوزِ دِل بوز دُرداٰنۍ ہے

سونہٕ سنٛز تالہٕ رز کیا چھ شوٗبانی — دۄرن پۄر نگرانۍ ہے

رشکہٕ پان رزِ کھور عشقہٕ پیچانی

سوزِ دِل بوز دُرداٰنۍ ہے

زُلفَن ژھایہِ یم دۄر تا بانی — ستہٕ رێشۍ گتہٕ مارانۍ ہے

اوبرہٕ تلہٕ کرٛزہٕ ثریا زن ہٕژ ترا وانی

سوزِ دِل بوز دُر داٰنۍ ہے

حوسنکہ شہرچ چھکھے مہرانی — نازنین گلِ خندانۍ ہے

پیٚہرِ تھ ذرا یکھ منزہ پرستانی

سوزِ دِل بوز دُرداٰنۍ ہے

---

ع۱ ثُریا

بوزِتھ کتھ چانہِ دِل چھ تمبلاوٕنی ہوش چھےٚ ڈنجہٕ روزآنی یے
کمہٕ کمہٕ گاٹلی اَتھ مُورآنی!
سوزِ دِل بوز دُر دآنی یے

سنبُل مستس شانہٕ کرآنی روے چھکھ زھایہٕ تھاوآنی یے
گرٕ مَنزٕ گاشس ہاوِتھ پھیر زِندگانی
سوزِ دِل بوز دُر دآنی یے

ڈیشتھ چشمہٕ چانہِ بزم چھ لارآنی یمبرزل چھِ مَنزٕ چھآنی یے
رمزٕ سان غمزٕ تیر چھکھے لایآنی
سوزِ دِل بوز دُر دآنی یے

اچھ منے لوسم وتہٕ وچھآنی ییٚژ کال گوم پرارآنی یے
اشہِ کنہ چھس بو خون ہارآنی
سوزِ دِل بوز دُر درآنی یے

کاوس اَتھ چھس شینچھ سوزآنی آلو چھےٚ بوزآنی یے
داوس لوگُس انہٕ لآنی.
سوزِ دِل بوز دُر درآنی یے

دُور بہٕ یارٕ سندِ دِل چھُہ راداٰنی   لولہٕ نارٕ سینہٕ زالاٰنی ییے
ونہٕ کَس بالہٕ یار چھُم روشآمی
سوزِ دِل بوز دُر دآئنی ییے

مہجُور لولہٕ ستیٚ آو لار آئنی   دیدار ہاو پد مآئنی ییے
شوقہٕ چانہٕ جان کیا چھُے سرونہٕ وآئنی
سوزِ دِل بوز دُر دآئنی ییے

---

...... سنہ ۱۹۳۳ ع آری گوم

ماگھ سنہ ۱۹۸۹ ب

## ١١

وٚنیو یے سہٕ میون دِلبر  شیرین کلام ییہٕ کرَ

یس کُن وچھِتھ ژلان شر  سُے گُل اندام ییہٕ کرَ

ییہٕ نا سُہٕ یار میوٗنے  ژلِہے مٔنۍ زُونہ گرٛونے

وندس قبیلہٕ کرٛونے  روزس غولام ییہٕ کرَ

کتہٕ لوٗگ قرار یارس  کریہٕ سُہٕ یتھ شہارس

روزس بہٕ انتظارس  سوزس سلام ییہٕ کر

بٔرم دِتھ ژولُم سُہٕ ہانٛژل  کرنس بَرٕ ینبرزل

کتہٕ بیوٗٹھ کٔمۍ کٔڈِس کلَ  کتہٕ چھُس مقام ییہٕ کر

وُنۍ چھُس دِوان ژرٕ پأری  ییہٕ نا سناییہ پأری

قدمن نگس بہٕ پأری  سُہٕ چھُہ دورِ گام ییہٕ کر

شامَن اینوم سایَے کوزمتس متے دل حوالَے
پھیرِ تھ ژُسہ دزاو کالَے بتیہ لول آم ییہٕ کر
گوباثرے سیٔتے یاوُن ژُ ترزدو جلوٕ ھاوُن
ترٲو یاژُسہ میون گرِیَن تھاوِیا سیٔتے پام ییہ کر
پزاران چمن چھ گُل ہیتھ کریِہٕ ژُسہ لالہ مس چیتھ
ینبرزلَن اتھَن کیتھ بُری بُری چھ جام ییہ کر
زِ ڈِنم بہانہ تےٚ ہتھ پوت زوٗنہِ گوم نیرتھ
ہووُن نہٕ روے پھیرتھ نیٛونم ارام ییہٕ کرَ
مہجور چاٲنی آلَو
بوزی سنگرَو تہٕ بالَو
چانِہ فراقہٕ نالَو
گرِتھ نا ژُسہ رام یِیہٕ کرَ

پوہ ۱۹۸۹ سنہ ب
آری گوم

## ۱۲

أتی روزو مدن واروقت من ہاںگے پاری
ٹھُراوقتدم یاروکن تھو بہ دسنے زاری

بیدرو جفاکاروبے عار ستمگارو
پتھ پھیر دِلازاروموکرڑِ دِلازاری

کوّت نیر سیاہ سرچھیں لے پے یے ہبرچھیں
اندری ہیتھ بوشرچھیس لوپ چھم بیماری

دِلدارو چھم آوی باوس مےٌ پینز دادی
تتہٕ چھےٌ مےٌ دِلس شادی غم غوصٕہ ظلم ساری

درسینہ زخم گرٕی کرٕ مےٌ شرےٌ شرے
تس کونہ دِلس نرٕی لیَس یتھ مےٌ تجم جناری

بٔرِم دُیت مٔنے سِیہ خانَن مَس چھےٚ بٔری بٔری پیالَن
کیاوٕنۍ اُچھ روانَن گٔردٕ تَن متہٕ خونخٲری

یٚلِہ جلوٕ نیٚن ہوون ژٕلِہ ون سِشکار پوون
زَن سرو چھ تَر ژٕوون عُمرٕ ہاوٕن ہا تیر دٲری

چھُم جیر لِوان پانس لارَے پیتہٕ جانانس
ژھارن پیر تھ دُکانس ییٚرس منز بازٲری

مَہجوٗر ذرا بس کر پرٕکُس یہ عشقُن دفتر
تھَو شوق دِلَس اندر لوٗس چھِنےٚ خریدٲری

---

(ییمہِ غزلُک اصل مسوٚدٕ چھُہ رُودمُت لہٰذا ہیوٚک نہٕ تأریخ تہٕ مقام معلوٗم سپدِتھ۔ مگر ییہ چھُہ کلامِ مَہجوٗرٕ ۲ــ
منزٕ اُتھی ترتیبس منز دَرٕج)

## ۱۳

أتی روز وکتھ ابوزو مدن وارٕ اٰتی روز

دِلدار سنٕے چھم خارٕ وچھتھ وارٕ اٰتی روز
مو روش سٕنٕے مو روش بہ تو ژالہٕ جُدٲیی

کر جان فِدا پان پنہٕ نے مارٕ اٰتی روز
گُفتار چونے پٔیے چھ دِوان آبہ حیاتُک

دَنٛد قند کھلی تے وُٹھ ژٕ شکر پارٕ اٰتی روز
بُمہٕ ناز کمان نستہٕ خنجر نیزٕ اُچھ سروال

سامانٕ شوبان جان چھُے شبہٕ دارٕ اٰتی روز
بوزم ہا بُلبُل اوس وَنان پوشہٕ تھرے تل

گُلنارٕ ژٕ چھک یارٕ سٕندٕ انہارٕ اٰتی روز

تاراج کٔرتھ مُلکِ دِلس گوکھ روٲنی

کرٕوٹھیانہٕ لسہٕ نُک چارٕ بہٕ کوٚت لارٕ اٲتی روز

کشہِ سان لٲیتھ نیز منے گئے ریزٕ جگرس

بے عارٕ کیٛنا وارٕ دِلہٕ زارٕ اٲتی روز

لاگتھ ژٕ پانْس جامہٕ چھتی شامہٕ پتی دٕراکھ

لوٚت ترٛاو قدم کوٚت ژٕ رکھمہٕ پارٕ اٲتی روز

وتہٕ چانہِ دَوان پکے ہیوان وٕسہٕ وٕسہٕ پیوٚن اپنیس

گرِبال دٕرایس ژٕنے پتے گرِتارٕ اٲتی روز

ہٕژ تیر لٲیتھ ژٕورِ وٕچھتھ دٕورِ تمٲشا!

تیرن ہا چانِن سینہٕ پٕتن دارٕ اٲتی روز

اسمانہٕ پٕپیس تھامہِ گٕنیس پامہٕ رٕوزِہ ہم جالے

وتہِ پٕٹھ ہا ژٕ ہیٛنم موخِتہٕ ہارس تارٕ اٲتی روز

رٕوشٕتہِ ہا رٕوٕدک آفتابوٕ رہایہٕ برس تل

وٕزمل ہا دٕزِہس وارٕ بوبکہٕ نارٕ اٲتی روز

بہارٕ پیٚنیَس مارٕ گئیس نارٕ دٕزِم تن

زاہ نوٚشرٕ نے ووٚنتھم کیا گرٕژھی بہارٕ ائی روز

اتھ دردٕ صوٗرٕشہ پرٕدٕ تُلِتھ گوٚشہ رٕوسل میہ

مہجورٕ لاگتھ آو بنیہ دُبارٕ ائی روز

---

سنہ ۱۹۳۲ء — اَرِگوم

دٲر رٲوزِتھ ژورِکمٕی نیٚوٚ میون دِل

یوٚری بٔنیہ اٮ۪ی تون میون نٔندبون دل

والہِ و اشے زَن چُھ لوٚگمٕت بُلبلا

زُلفہِ کِس زٲلس اندر روٗچھِ تون دِل[1]

عاشقو دوٚپ دِل چھ لعلِ بے بہا

حُسنہٕ بازارس اندر موٚلہِ دون دِل

روےِ مُصحف زُلفہِ کافر روٗبرو

ونہٕ وٕنیِس ییٚ کور کٕن لاگون دِل

دوٚپ منے یارس میون دِل کرتہٕ قبول

تور دوٚپنم لولہٕ ہوٚت چھُنہٕ چون دِل

یارٕ دادے دِل چُھ ژٕریان دمبدم

لولہٕ کِس سینس اَندر لٕلہِ وون دِل

---

[1] اصل مسودس منز چھےٚ شارن منز ییٚہے ترتیب مگر چھاپٕی نسخن منز چھ بدل۔

شیشہِ دِلہٕ کُے یَس رٔچھِن تۄگ سُے چھُ شاہ

سُے چھُ کاٰمِل جامِ جم ہُمیُٔ زٕوُن دِل

رِند سِنٛکھ زندٕگی حاصل ہٕز

ہوشہِ کے نِوخوٗنہٕ بَرتَن پڑٕون دِل

خوٗش تھوٗن ہیجُوٗرِ دِل وسواس تٲو

خوٗش چھُ دُنیا خوٗش اگر تھاوون دِل

---

سنہ ۱۹۲۲ء آرِگوم۔

باغِ نِشاطہ کے گُلو    ناز کران کران دلو

خَنشہ کرَان کرَان دلو

موخته ہَران ہَران دلو

ژاکھ ژہ یام دَر چَمَن    بوسہ کَری ژرنے کوہمَن

شوق چھُ یمبر زَلَن

کھاسی برَان برَان دلو

سیرِ ڈلگہ ژہ وُچھ بہار    باغہِ نِشاط و شالمار

چُشمہ ژہ تھاوِے تیار

تارہ ترَان ترَان دلو

سَنگ دِلا ستمگرا    رحم ژرنے چھُے نہ اَکھ ذرا

زایہِ گَئیس بہ سوہ ندرا

مارے برَان برَان دلو

باوٕ کٔمِس بہٕ یِم سِتم                 مارٕ مَتیٚو ژٕ بوزتَم

ہولہٕ گٔژِھس بہ دَمبَدم

لول ہرٲن ہرٲن ولو

گوکھ ژٕ موٚت اچھِ پوشہٕ پنے                 جاے ژٕتھ ژسنے گوشہٕ پنے

روٗنہٕ ژسنز پوشہٕ پنے

چوٗنہٕ جران جران ولو

یارٕ گوٚژھکھ نہٕ دوٗرٕ نے                 گوٚژھنہٕ لدتھ یہ بوٗرٕ نے

سوز یہ مہجوٗرٕ سٕنے

روز پران پران ولو

---

ریڈیو کشمیر: ۶ جون ۱۹۳۲

## ۱۶

دِلآرامہ دِل تمبہِ لاوُن رَواچھا
گُل اندامہ گُل ژھایہِ تھاوُن رَواچھا

گُمتی عالمکی دِل چھہ دوُرَن اویزان
گُلَن دِتھ جہان اُلہٕ راوُن رَواچھا

گوٚژھم دَردِلا حالِ دِل باوہٕ تَس
بیدرَدن یَنِن حال باوُن رَواچھا

گژھن عارٕ بیتھ ستی مٲلَن تہٕ سٲلَن
کرُن باشبرے میٖون یاوُن رَواچھا

بنازو ادا زُلفِ شبرنگ ہاوِتھ
یہِ موصوم دِل ژوٗرٕ نیاوُن رَواچھا

یِمس لولہٕ شمشیرِ کوٚر پارہٕ پارے
سُہ دِل چاک بَر خاک تراوُن رَواچھا

چھُہ مہجوٗر مشتاق اَتھ ماہ رویس
سُہ ترٲوِتھ بِنیٚن جلوٕ ہاوُن رَواچھا

۱۹۳۳ء وترڈڈالہٕ بل

## ۱۷

کیا سنا یہ نا اُسہ دلبر رویہ زیبا ہاوِنا
سینہ زو دلم لولِہ نارن کیپنہ میوسنے تراوِنا

روشہ روسشے باغ وِسہ ناگل وُچھن حُسنک بہار
سونبلن کرِنا پریشان بلبلن مُژراوِنا

زاروہ ہس عار آنہ ہس یاریہ نا برکرم
ماسے برنار حسم کرِنا بخشہ ناگُزراوِنا

دوُرِ یوان وُچھ سنے دِلبر بڑو ٹھکپن چھمنہ وار
ڑوُرِ ڑوُرسے وارِ وُچھِہن کیشا قدم ٹھہراوِنا

لالہ ییہ نا سالہ رٹہن نالہ ونہ ہس حالِ دل
بوزِ ناکرِ چار میثونے سوزِ دل شینہلاوِنا

مار موت میثون نِندر ہوت مژر او یا متھ چشم ناز
فِتنہ گرڈھِ بیدار تامتھ عالمس وُزناوِنا

واتہِ عشقنہِ دینہٕ موٗجُب حُسنہٕ کس ماکَس زکاتھ
مسہٕ بُری بُری کھاسی چھس ڈیٚپ توس داماہ چاوِنا

یوٚدنظر کرِ پوشہٕ باغس گل کرن نار وٕنہِ تار
چاک جامن داوِنا برخاک پوشن ساوِنا

کامہ دِلہٕ ساماںہٕ پیتہٕ یسر تتھ نیر باناز و ادا
ہوش ڈلہٕ نا عقلس نشہ نا عاشقن دِل راوِنا

روبرو بیہِ نا سُہ ساتھا حال باوس ٹوٹھ
تراوِنا میوٗنے ملائے پڑانہِ کنتھ مُشراوِنا

ماہ رُویس چھوٚنہِ اندی اندی زونہِ تارکھ گنتھ کران
چھس کنن دُردانہِ شوبان دورِ پھُلی الہٕ راوِنا

لولہٕ تمی سند باغ شوٗرُم تھاوی مس بُری بُری چمن
ناز پرور بازِیہ نا ہی تہٕ مسوَل چھاوِنا

دادی اُندرِ باوَس بو پارِ چھم گامتی دِلس
کینہٕ ژلہٕ ہس پانہٕ وُچھِنا سینہ میون مُژراوِنا

سوزِ از مہجوٗر یارَس نامہٕ لیکھتھ خونہٕ ستی
تھاوِنا کَن واتہِ دادس لولہٕ ثیاے اُنزراوِنا

---

آزی گوم
سنہ ۱۹۳۴ء

## ۱۸

رَنگہٕ رَنگہٕ پھُلی مِتی وارِ گُل        کرٛو بُلبُلو دیدارِ گُل

رَنگہٕ وارِ لوٗگ دَربارِ گُل

سُنبُل یٚمبرزل تے گوٚلاب        ڈٲن پوش شوٗبان بٲحِساب

کیاہ خوش شُما طوٗ بارِ گُل

کرٛو بُلبُلو دیدارِ گُل

نَرگس چھُہ عاشق بُل ہوَس        کیٛنژھہ دوہ بہارُک شوق تَس

یہ چھُہ یارِ گُل تا کارِ گُل

کرٛو بُلبُلو دیدارِ گُل

حُسنس زوالُک چھُنہٕ ڈَر        پٔرتھ رَنگہٕ دِلبر جلوٕ گر

ثابتھ کرٲن تکرارِ گُل

کرٛو بُلبُلو دیدارِ گُل

مُشتاق بُلبُل اَتھ گُلَس        گُل پانہٕ ژھاران بُلبُلَس

تَس گارِ گُل یُس ژھارِ گُل

کرٕ بُلبُلو دیدارِ گُل

سُلہِ باغ وٚس وُچھ ہوشہِ سان        پآراو کُس پوشَن کرآن

پھٔلی مٔتی چھہِ ۂتمے پیشارِ گُل

کرٕ بُلبُلو دیدارِ گُل

پوشن چھُکھ کمُی سُنٛد انتظار        کَس کِتی چَمن سپدان تیار

تھٔرِ پیٹھ چھہِ گامٔتی تارِ گُل

کرٕ بُلبُلو دیدارِ گُل

یَس آسہِ بیمارٕ غُنچہٕ        تَس شوبہِ شربتھ شبنمہٕ

بلہِ دَر چمن بیمارِ گُل

کرٕ بُلبُلو دیدارِ گُل

بادِ صبا وٚردی کرآن        پٔرتھ جایہِ وصفِ گُل پران

گرمی چھنٕے در بازارِ گُل!

کرٕ بُلبُلو دیدارِ گُل

یِس آسہ لۄلک سوزو ساز    تَس آسہِ درٕدک اِمتیاز

سۆے ژارِ اَکھ کوٚنگہ وارِ گُل

کرٕو بُلبُلو دیدارِ گُل

ہیجوٚرٕ درشعر وسوخَن    گلگوٚن سیَن گُلچین مہٕ ین

اِدٕ چھُکھ ژٕ داوا    دارِ گُل

کرٕو بُلبُلو دیدارِ گُل

سنہ ۱۹۳۴ء    آری گوم

## ۱۹

ہاوس ناگن لآجنس داوس — وندِ سے کلہٕ ناوس

اُتی اُتی روز توزٕ ے کتھٕ بوزتو — بالہِ چھُم چون ہاوس

ییہِ نانآگی راسے درشُن دِیہ نا — ہی مال حال باوس

زآجنس لولہٕ نارٕ زُون زن گآجنس — لآجنس بال داوس

تُس کامہِ دِیوس جامہ پآراوس — مُشکہٕ ستی تن ناوس

یوٚ دیِہ بالہٕ یارٕ بہٕ کرس زُو نِثار — دوٚ دمُت سینہٕ ہاوس

یار موٚت رُوٹھم کتھ جایہِ ہیوٚٹھم — کآلی ما بال راوس

نظرے روزس لِیکھی لِیکھی سوزس — پآغام اَتھِ کاوس

نُمی کامہ دِیون زآجنم لولہٕ تَن — دوہ ہہٕ اکہٕ یاد پاوس

مہجوٗرٕ یارس ستی کر وعدٕہٕ پوٗر
مولاگ بُل ہاوس

---

تُروس یار، ۱۹۲۸ء

## ۲۰

پوشہ دنہ باغچ پوشہ گوندری یے گڑپسی کوری نازنین سونڈری یے

سو رپگہی مآدی فتاہفچ پڑی یے

گڑپسی کوری نازنین سونڈری یے

آزادونہ چی پوشے ٹھری یے مشکہ ستی ٹوری کمی بُری یے

ستھ زنگ بخش کمی زنگری یے

گڑپسی کوری نازنین سونڈری یے

سیئو دساڑ جامہ چھی شامہ سوندری یے نہ زِ پچھے گوٹہ نے زڑی یے

کاڑزونہ چھی کالہ اڈبرکی ٹھری یے

گڑپسی کوری نازنین سونڈری یے

نیرن پھیران چھکھے شاہ پڑی یے گوشن کر ہوا خوری یے

پوش دیور ہیتھ وسہ تلری یے

گڑپسی کوری نازنین سونڈری یے

یاہو پران نیرِ کوتری یے    باغن پھیرِ رنگہ ژری یے

ناگہ سبزارپچ باغہ بری یے

گرِیسی کوری نازنین سوندری یے

ونہ وان ذرایکھ پیٹھ تھزری یے    وِگینو شاباش کری یے

ژینگہ سازوایان چھکھے دیذری یے

گرِیسی کوری نازنین سوندری یے

ژینے تہ خوجہ باین چھابرائری یے    ژینے گلن ستی دِلبری یے

خوجہ بایہ ترٛو پرِتھ دارِ تہ بری یے

گرِیسی کوری نازنین سوندری یے

روشہ روشہ ذرایکھ باغہ اندری یے    پوشوکن ژینے ما بری یے

بلبل کری تھکھ کلی تے زری یے

گرِیسی کوری نازنین سوندری یے

گہنہ کنہ پوشِ چھی تنہ جری جری یے    گری ہتی کمی زرگری یے

پاری اگی زاتھ کاریگری یے

گرِیسی کوری نازنین سوندری یے

روسیں چانس ماہ پیکڑی یے    آبہ ورنگ چھنہ بازآری یے

موسیں ماچھے پھلی لچ تڑی یے

گڑیسی کوری نازنین سونڈری یے

حیہ ہکہ آبہ پچھے چشمہ بڑی بڑی یے    غنار تچ پچھے دِلاوڑی یے

شرمہ چانہ حوروتاریف کڑی یے

گڑیسی کوری نازنین سونڈری یے

دجہ ہیٹھ وچھکھ تھو دلدتھ نری یے    لولو کران۔ لوہری یے

نرِ مالو سے ژور کڑی کڑی یے

گڑیسی کوری نازنین سونڈری یے

گمہ ہتر شوبان بمہ دنجڑی یے    چھ کران غنار تھ گڑی یے

حس سینے راوی مس ہلری یے

گڑیسی کوری نازنین سونڈری یے

بل ہوس سے لاگ گل پیگڑی یے    آلژھ ییتھ نہ آوری یے

چکہ چاوینہ نے ینے راوری یے

گڑیسی کوری نازنین سونڈری یے

کتھ چانہٕ چھنہ سرسری یے　　　　مہجوٗر ہاتھ چانٮ۪ کیاچھ مۆدٕرۍ یے

بوزو نۍ بوزن آنہٕ اَنٛدرۍ یے

گرسیٚ کوٗرۍ نازنیٖن سوٛنٛدرۍ یے

## ۲۱

وٚنِسی سیے کٔیا ملالہٕ رٛوٹ جانانن          جاسے تمٔی رٕٹ پٔرِستانن مَنٛز
دِلہٕ سٕتٕے حال کیا باوِ غاٚر زانن
جاسے تمٔی رٕٹ پٔرِستانن مَنٛز

یاٚر دَراوچھیپہٕ پوشہٕ مآدانن          ساتھا بیوٗٹھ ارغوانن مَنٛز
پوشٕ نوٗرنگ رٛوٹ آنن نانن
جاسے تمٔی رٕٹ پٔرِستانن مَنٛز

عاشقو دِل دِتی لولہٕ دُکانَن          بوٗلِ لٔج حُسنہٕ کارخانن مَنٛز
ہارٕ ہیٚتی کاہ کاہ نارٕ پِستانن
جاسے تمٔی رٕٹ پٔرِستانن مَنٛز

سوندرامرِ گٔرٕ سازو سامانن          سٔنٛز کران آسٕس روبہٕ جانن مَنٛز
یاوِنکہٕ مدِ وآج عٔشقہٕ طوفانَن
جاسے تمٔی رٕٹ پٔرِستانن مَنٛز

واشس بیلیہ کوڈ تمی زلفہ چیپانن گاشس رۏ د ژورِ دُردانن منٛز
مُشک داروازِ اد منٛز گلِستانن
جاے تمی رُٹ پرِستانن منٛز

روے نازمو یہ کہن تل سایہ بانن پادشاہ دِدٕ ن پاسبانن منٛز
اَجہِ رأژ گاہ ترٛ ود ماہِ تا یانن
جاے تمی رُٹ پرِستانن منٛز

پھیرِس خنگلن کوہ بیابانن حأران گیس وآرانن منٛز
کیاکیا یتِرووینِمی میشأنی پانن
جاے تمی رُٹ پرِستانن منٛز

پوشکُ مرتبہ کُنڈی کیشا زانن دانا زن چھُ نادانن منٛز
آکی سے زاے کیا اَکھ اکس مانن
جاے تمی رُٹ پرِستانن منٛز

یارِ دادِ وآژس نِشہِ متانن دَشہ منے گیجم استانن منٛز
نیہہ گٹہِ ژھورُم پیرستانن
جاے تمی رُٹ پرِستانن منٛز

دِل میون تھاَوی تون مَنٛز پھۄلدانن    یہ پلیٖو سُنبلستانن مَنٛز

اٚمی کرٕ بنٛدٕ گی غوٗنچہٕ دہانن

جاے تٕمی رٕٹ پرٕستانن مَنٛز

میرٕ شنٛد پٔرٕ دن مَس یۆدٕ نوٗن بانَن    تی کُنٛن ترٛٲوٕ موہے حسانن مَنٛز

مہجوٗر بٲگراو پھِرِ ژٕ پے مانن

جاے تٕمی رٕٹ پرٕستانن مَنٛز

---

سنہ ۱۹۲۵ء    آری گوم

## ۲۲

لالہٕ پیٖہ سالہ چھَس پیٚالہٕ برٕناوان پوشن مالہٕ کرٕناوان چھَس
شالہٕ مٲر گوشن چھَس وتھراوان
پوشن مالہٕ کرٕناوان چھَس
دۄرٕ یارٕ سند چھم ودٕناوان ٹُکہٕ ٹُکہٕ آب زَن ترٛاوان چھس
ٹُکہٕ پامہٕ بدنَس زٕدکرٕناوان
پوشن مالہٕ کرٕناوان چھَس
تھزرٕ پیٹھٕ چھس نظر ترٛاوان باغس کُن وُچھتھ راوان چھس
روشہٕ روشہٕ نیران وُچھ منٛے پوشہٕ کاروانؔ[1]
پوشن مالہٕ کرٕناوان چھَس
گاہ چھُم سوٚرگس سٲر کرٕناوان حوٗرن دۄرٕ کن بہٕ ہاوان چھَس
گاہ چھُم خاکس ستی مِلہٕ ناوان
پوشن مالہٕ کرٕناوان چھَس

---

ع[1] یہ چھُہ قافیہٕ بندی منٛز اکھ ؤربہٕ تدم ۔

دَمہٕ دَمہٕ غمہٕ کِّے پیالہ چھُم چاوان        تمہٕ ہنہٕ یاد کرٕ بہٕ تھاوان چھس
مٲری مٲری بنیہٕ چھُم زِندٕ کرٕ ناوان
پوشَن مالہٕ کرٕ ناوان چھس

بوٗزم ژہری وسہٕ یِزی پوش چھاوان        کابہٕ وَن ژھایہٕ پان تھاوان چھس
وِگنِن سٕتی چھس ہُری ونہٕ ناوان
پوشَن مالہٕ کرٕ ناوان چھس

یارٕ سٕنز کتھِ چھس وارٕ یاد تھاوان        دہ ن وُٹھن زانہٕ تہٕ کرٕ باوان چھس
گل ونہٕ بُلبُلس بوزِ کیا باغوان
پوشَن مالہٕ کرٕ ناوان چھس

پوشہٕ مال روشہٕ چھس پان پٲراوان        مشکہٕ سٕتی ہی تن ناوان چھس
اوش نے مانم ساز چھُم راوان
پوشَن مالہٕ کرٕ ناوان چھس

لولہٕ بازارٕ چھس لال موٗلہٕ ناوان        وانہٕ وانہٕ پانہٕ پرکھاوان چھس
رُم چھنے اتھ لالس موٗل چھینہٕ پاوان
پوشَن مالہٕ کرٕ ناوان چھس

یارٕ سُند بارٕ مۆت سارِ ژھُم نہٕ تھاوان    یارس لَرِ پان ساوان چھَس

کامہٕ دیو یار ژھُچھنہٕ جامہٕ مُژراوان

پوشَن مالہٕ کرَ ناوان چھَس

روشُن یارٕ سُند چھم ولنہٕ راوان    اَنٛدری دودلہٕ ناوان چھَس

مہجوٗر سٕندی آیہٕ پٔٹھی نالہٕ ژھم ڈیاوان

پوشَن مالہٕ کرَ ناوان چھَس

---

سنہ ۱۹۳۵ء    وترڈ ڈالہ بل

نیرٕہا سٕنی یاس آئ لاگتھ یارٕ سُنٛد پے ژھارٕ ہا
پھیرٕ ہا گامَن تہٕ شہَرَن بال تس پتہٕ لارٕ ہا

یارٕ سٕندِس پوشہِ باغَس روشہِ وسہٕ ہا لولہٕ سان
پوشہِ وِنٕی اکھ پوشہِ ڈٲلیا دوہ ن اُچھَن مَنٛز کھارٕ ہا

یوٚدسٕہ دِلبَر مرشہِ تژٲوتھ سیوٚد منٛے کُن کرِہے نظر
ژٕز اونَس زَن ہی بہٕ پھولہ ہا یاونَس ژھوہ مارٕ ہا

کامہٕ دلیوٕ کرِ سٲلِ ڈل بوٗزم شُبش گژھِ تیل بِل
دَرشنَس آبَس اندر پمپوش لاگتھ پژارٕ ہا

پوشہ پھوٚلہٕ متیٚ وارِ کٕنیژن رنٛگ کٕنیژن رنٛگ و بوٗ
روزٕ دُن ٲیس گُل چھہ باغس سٕے گُلو منٛز ژارٕ ہا

بے خبَر پاٹھٕی آم خبَر بے لولہٕ تب چھُم کیاونَس
اکھ دما ٹھہراوٕ کرِہے دلہٕ ذرا سنٛدارٕ ہا

سوز بوزِ نہ پانہ بییہ ہے بوزِ ہے مشیاف و بداکھ

شوقہ سان دِلہ کس ربابس تارِ لوٚہچہ چارِ ہا

ودنہ ہستی تاثیر گژھِ ہے یوٚد تمس سنگین دِلس

راتھ دوہ پنہٕ نہوا چھوکھ خوٗن باراں ہارِ ہا

لولہ سوہ غنٔن کیا سنادِن تورِ مہجورس جواب

روزِ ہا بہ تہٕ اِنتظارس بوزِ ہا کنٔ دارِ ہا

---

آری گوم ۶ سنہ ۱۹۳۵

## ۲۴

سُلہِ گژھہ بیدار گُل بوستانے — بُلبُلہٕ سٕندی افسانے بوز

گاش آو مژراو چشمہِ مستانے

بُلبُلہ سٕندی افسانے بوز

کوٚستوٗری لولان کمہِ انمانے — وَن ہارِ چھےٚ ژٕنے ونہٕ وانے بوز

نیندرے ہتہِ میانہِ متہِ جانانے

بُلبُلہٕ سٕندی افسانے بوز

یمبرزلہِ برٛی برٛی تھاوی پیمانے — بومبرو سانہِ میٚہمانے روز[1]

دیدن منز چھسے جاے شیرانے

بُلبُلہ سٕندی افسانے بوز

پوشہِ لوٗری خاموش پوٗرِ سامانے — ژھوپہٕ چھےٚ روپہٕ سنز پانے بوز

کتھ ستی لوےِ گُل گو پریشانے

بُلبُلہ سٕندی افسانے بوز

---

[1] ابن مہجورٕ سٕندِ ونہٕ کِنز ادس مہجور صابن اتھ جایہِ روز لفظ بدل بوز لیو کھمت۔۔ تہٕ تی چھ وترکنہٕ کلمہٕ قافیہ بندی ہیٚوند تقاضہ تہٕ

باغِکی جانور ساز وایا نے　　پرٕ دٕ منٛزی دردٕکی ترانے بوز
امہِ لیہ عاشق کٔرِی دیوانے
بُلبُلہِ سنٛدی افسانے بوز

صُبحکہِ واو وچھُکھ ژٕتھدِشانے　　رازِ گُل کرمنٛے نِش بیانے بوز
پوشن اسہٕ ناوی تھکھ کمہِ بہانے
بُلبُلہِ سنٛدی افسانے بوز

یارس قدمن وَنٛدِ زٕو تہٕ جانے　　چھےٚ وَنان رَوہ نہٕ داما نے بوز
پاک روز تس نِش وَاتکھ پانے
بُلبُلہِ سنٛدی افسانے بوز

مہجوٗر رازِ گُل چھُکھ ژٕ زھارانے　　اَتی روز گُلہٕ کے دہانے بوز
پأغام ہیتھ آو سہ تی چھس نِشانے
بُلبُلہِ سنٛدی افسانے بوز

---

۱۹۳۵ء ۔ آری گوم

## ۲۵

ولو لالہٕ رویو دِلک داغ باوَے

ولو سالہٕ مَس پیالہٕ برٕ برٕ بہٕ نٕھاوَے

ولو وعدٕ کٔرٕ کٔرٕ کٔرِتھ بے وفأیی

مۆکھٕٹہ آدنُک سرّیہٕ ووہل کنیا یاد پاوَے

ولو ٹوٗٹھٕ زُو چھم وٕندَسے ژُسے ژٔنے پاوَن

یِتھے پأٹھی لولا پَنُن آگراوَے

ولو لولہٕ زخمَن منٕے چھُم خوٗن جاری

رٔٹِتھ نالہٕ متہِ خوٗن مٹہِ کھارٕناوَے

کھُٹِتھ پان تھوُوتھ ژٔٹِتھ پَرٕدٕ نیرَے

بَرس تل پنُن پان مٲرتھ بہٕ تٔراوَے

ژٔنے رُوس آرولہٕ وود گُزارم کنڈن پیٹھ

دٔزِس ہَرٕد بروٗنٛہہ دَردٕکے امہٕ تاوَے

وُنِتھ زانہٕ کَس چھآئی لوٗلَن کوٗرُم کیٚا

یِتَم تھاوتَم کَن پَنٕنۍ دأد ۍ باوَے

گُلومیٚانہٕ اَشہٕ وانہٕ کٔرۍ جامہٕ ژٕنگیٖن

ژَنگھ جامہٕ کمہٕ وانہٕ یوٚدوَے بہٕ راوَے

ولوچھُنہٕ مہجوٗرا تھہٕ لولہٕ والین

لیٚکھتھ دردٕ سوزٕکۍ غزل سوزٕناوَے

---

سنہٕ ۱۹۳۶ء ٭ وترٕڈڈالہٕ بل

## ۲۶

دِلدارٕ روزٕ بہٕ عۄشقٕنۍ سَفر وَنے

نۍ یا ئُٹھۍ وَنے صاف وَنے سَربسَر وَنے

دَلہٕ بوز وَنے کیا مےٚ کوٚرُم ژاٚنۍ فراقَن

رو دادِ زخم دِل وَنے دردِ جگر وَنے

یمہٕ ہا بہٕ ژٕ سےٚ نِش پانہٕ پننۍ دادی باوہٕ ہے

کَروارِیم کَرُچھِتھ احوال کَر وَنے

دِن چاکھ جامَن رَنگ ہراون اُسن مُشکھ

یِم ژاٚنۍ سِتَم باغٕ کین پوشن اگر وَنے

نِشہِ نازنینن کیا زِ رواگِریہ و زاری

بُلبُل چھُ ونان شبنمَس ساتھا ٹھہر وَنے

نٕتہٕ وُچھ مےٚ اکۍ سٕے سٔجدٕ کران ہنٛدی تہٕ مُسلمان

امہٕ کھوتہٕ بہٕ کٔنیا لولہٕ کے شہرٕچ خبر وَنے

دوٚپ تَھم ژیٚنے پٔتۍ مے آنہٕ ون کٔنیا چھُے تہٕ تمنا

خُمارٕ ہیٚتھ وارٕ مےٚ کُن کَر نظَر وَنے

کَر چارٕ وٕلی وٕلی مارٕ مٔتیٚو مٔیانہ جوٚنونکُ

مےٚ تہٕ چھُے نٕہ پانَس تانٛی بہٕ مادوٕنی نبر وَنے

مہجوٗر وَنان رایہٕ چانے ژھایہٕ تھٲوتھ پان

دِلدارٕ چوٗنے چھم ہَوس بَس موختصر وَنے

---

آری گوم ۱۹۳۶ء

## ۲۷

مارٕ منتہٕ آوارٕ کٔرتھَس چارٕ مینْونے کٔری زِ ہے
روشہِ یزِ ہے اُفتک مَس لولہٕ کھاسِن بُری زِ ہے

خستہٕ دل مینْون بَستہٕ گومُت لولہٕ کِس باغَس اندرَ
کیا تماشاوچھنہِ یزِ ہے اکھ دمارا وٕری زِ ہے

لولہٕ مسکین آسے برتَل چھی مَنگان خاراتِ حُسن
کٔری زِ ہے کتھٕ تارٕ شیرین تے شکَر باگٕری زِ ہے

چانہِ دَرشنہٕ اَتھ نِشاطَس لُٔج پُھلَے پھوٚج شالہٕ مار
پوشہ مَتہِ بیٚنیہ تٔر کِزِ ہے ڈَل سَرِ سبز آورٕ دِ زِ ہے

لال حُشمَن ہِندی کلَس پیٹھ ڈٲلی ہیتھ آیوس بو
کٔرُزِ ہے منتظرٕ پانس چھُنہِ دوٗرن جری زِ ہے

یورٕ وٚون مَس سوٗرکوٚرتھَم دِلبرٕ ولی وعدٕ چھا
توٗرٕ دوٚپنَم لولہٕ رسِتیو قولہٕ سے پتھ مٔری زِ ہے

ژۄر دِل ہیتھ گوکھ زولُتھ خانٕہ دِل سر بَسر

عارٕ رستے لولٕہ ژۄر ورحمہٕ سانٕے پھیٚرِ دٕزِ ہے

لولٕہ سازَس تازٕ لیِہ ہیتھ آے مہجورٕ فٕ غزل

کیاوَنان کَس کُن وَنان ژٕ ترٕ وُچھ زِہے زاہ پٕرٕ دٕزِہے

دترٕ ڈرالٕہ بل * ۱۹۳۶ء

---

مہجور صابس اوس علم تواریخس سیتۍ شوق آسنہٕ کِنۍ کاندر ژھراونک تِتھے عادتھ یتھ کانسہٕ (ANTIQUARIAN) بنٕزتھ میتھ آسان پھِھے چنانچہ تہندین اکثر باتن ہندۍ اصل مسودٕ چھہٕ موجود مگر کلیات کین نومن غزلن تام چھِنہٕ کانہہ مسودٕ موجود تہٕ کیازِ یم چھہ تہنز شاعری ہندیس بلکل گوڈنکس زمانس سیتۍ تولق تھاوان۔ یم چھہ کلام مہجورکین گوڈنکین ترٕ دن حِصن منز درج۔

## ۲۸

مَلالہٕ ترٲوِتھ ژٕ سالہٕ یکھنا بہٕ پیالہٕ مسہٕ کی بَرٕے ہالالو

خَیالہٕ چانے منے دِل چھُ توشن بہٕ بالہٕ پوشن کرٕے ہالالو

نیسمہٕ بوزٕ مُ ژٕ بالہٕ دامنی کمنٛد ہیتھ چھُکھ شکار ژھاران

بہٕ شوقہٕ چانے شِکار اَندرٕ پیٛنُن یہٕ سر ہیتھ ترٕے ہالالو

چھِ جَل تہٕ کوستوٗری سوزٕ میانے فراقہٕ چانۍ وُکت سازوایان

یہٕ زیر و بم کُس ژٕ نے بوزٕ ناوی بہٕ بال یوٗد ومرٕے ہالالو

بہٕ شرٛاوچ ہی چھوٚجس وَنَن منز وُچھان روزٕ س بہٕ نیبہٕ چانے

وُچھیتھ نہٕ ہاٹرک بہار میونے وۄ نۍ واوِ ہردِ نہٕ ہرٕے ہالالو

ژٕ ژھایہٕ رۄ دُک بہٕ ضایع کرتھس رۄ ٹِتھ ملالہٕ وۄنے ژٕ نے کمی کیا

بہٕ ییٛرٕ ژٕ نے پتھ کران گدٲیی بہٕ نوٚجُد آیی زرٕے ہالالو

منے چوٚ نہٕ سوٚمبراوِ خۄ نہٕ دلِ پچے رچھان روزٕ سن آتی راتس

تھوٚ ہم ستنا لتھ نشانہٕ باپتھ تمے ژٕ نے نالس جرٕے ہالالو

بہٕ نیرٕ نٕذ پاٹھی باوِ نوٗکن کَنٛدی امارَن مےٚ زأج ہَن ہَن
نہ کھوژٕ پامَن کتھن وۄلامَن نہ کاَنٛتہٕ شترَس ڈرے ہالا لو

گمٕشٕ بنبرٕ زل فِراق چھاوِتھ دُبار آیس بہٕ لولہٕ چانے
وَندے اَچھن ہُند بہٕ گاش پادَن دُبارٕ لولاہ برے ہالالو

ونان چھُ مہجورٕ رٕ روشہٕ یکھنا دماہ بیہٕ کھنا کتھا کرکھ نا
بہٕ پانہٕ شاہانہٕ سازوایے تَرانہٕ نوی نوی پرے ہالالو

---

پلوہ ۱۹۹۳ سنہ ب آری گوم۔
۱۹۳۶ سنہ ء

## ۲۹

ژھایہِ رؤدہم کُرتھس ضایے پایہَ بڈِمیانہِ یاوَن رالیے

بال کریو لولہ متہ لایے

پایہَ بڈِمیشانہِ یاوَن رایے

واوُصبحکُ سُلہِ اوس لاران تبنٔلیوُمُت کُس تام ژھاران

خَنَد پوشوٗ کُرِس جایہ جایے

پایہَ بڈِمیشانہِ یاون رایے

آیہِ دردِکی چھ مَنٛز فُرقانَس دردِ ستی چھیے شوٗب اِنسانَس

سوے کتھا چھےَ منٛز گیتا یے

پایہ بڈِمیشانہِ یاون رایے

بےپے گوکھ نیرِتھ پانَس بال تڑآو تھس مَنٛز نادانس

ہی تن کوو کُرتھم ہایے

پایہ بڈِمیشانہِ یاون رایے

ملہٕ پورِ چھےٚ تس ہی مالے واو عشقن ملہٕ ما والے

ژھایہِ ژھالے آس ناگراے

پایہِ بڈٕ میشانہِ یاون راے

زالی وانکنَ تلَ کنہٕ وآلی تھدِ شانکی یم حانہٕ مآلی

ٹلہٕ ناوان چھکھ بنگالٕ دایے

پایہِ بڈٕ میشانہِ یاون رایے

چھِنہٕ تاریف سورَس تہ سازَس یُتھنہٕ مہجور لار کھ مجازس

ٹلہٕ راوی ییٚنہٕ ٹلہٕ مایے

پایہِ بڈٕ میشانہِ یاون رایے

---

آری گوم

۱۰ اگست ۱۹۳۶ء

ل اَکس مسودَس منز چھ مصرع یمہ آیہ ع

مایہ و جتھس تہ کرتھس ضایے....

۲ مسودس منز چھنے مصرح شکل یہ ع

زاگ زاگ تس آو ناگ رایے.....

۳ سانہِ خیالہ چھ لفظ "ٹلہٕ ناوان" اکھ مصرس منز گوب بہن باسان تہ لفظ "ٹلہٕ وان" چھ جاہ مُناسب

۴ لیکھتہِ کہ شارٕ برونہہ چھ مسودَس منزٕ یہ بند درج

بے پے گو کھ نیرِ کھ پانس بال ترٕ آو تھس منز آدانس

کیازِ کرتھم ہی تن ضایے پایہِ بڈٕ میشانہِ یاون رایے

۳۰

ذرٕ ذرٕ تھوونم ذرٕ کوٗتاہ ذر منٛے سۄنِتھ گو

کووزانہٕ لولُک نقشٕ دِلَس کر منٛے کھۄنِتھ گو

اۆش گۆم جأری یام ژٕ رٕتس پیٛوم سُہ جانان

بیٛوٗکھ ناوِ اندٔرپانہٕ منٛے سالاب اۄتِھ گو

بٔرم دِتھ منٛے نیٛونم صبرٕ تے آرام دِلُ جان

کَتھ جایہٕ تھووُن کیٛا سَنا کمہِ وانہٕ کِنۄتھ گو

یٔژ کال کھۄٹِتھ تھوٚو منٛے دِلُک حال لوٚکَن نِش

اَفسانہٕ وُنۍ دٔۍ ہوشس رُوٗوم راز نۄنِتھ گو

عاشق چھُ سُے یُس زِندگی گُزراونار سٕن مَنٛز

تِی ساتہٕ ساتے آم بۄنِتھ یِی منٛے وُنِتھ گو

یُس راجہِ چمنُک باجہِ وایان تَس چھ جاناوار
سُہ تہِ کیاہ زِ ژٔٹتھ جامہٕ پریشان چھٕنتھ گو

پامال کٔرِتھ ترٲوِنس کَس باوِہن حال
لوٚکہِ ذرسہٕ زَن موٚختہٕ مالے پَن منٛے ژھٔنتھ گو

کیاہ زانہِ صُبحُک واو بلبُل کیاہ چھُ نالان
سُلہ آو سُلے ذٔراو سُہ داما نہٕ دِنتھ گو

مہجور نہ چھُکھ رِند نہ مدہوش نہ ساقی
کتھ چانہ بوٗزِتھ عالما ستانہٕ ہٕنتھ گو

---

۵ اپریل سنہ ۱۹۳۷ء۔ ژنٛدرواڑ ۲ بجے راتھ، آری گوم

۲۲ ژھتر سنہ ۱۹۹۲ ب،

## ۳۱

ویسۍ وَنتہٕ ورۍ باغس آمت بہار آسیا
لولک بہار وُچھ نے ژٕرامت شہ یار آسیا

سُلہٕ پھیرِ واو گوشن وُرناوِ نیندر پوشن
اندیشہٕ چھُم خبر چھا بُلبُل تیار آسیا

پوٚہنیرتہٕ چھُنہ ریمژ مسول وَنان چھہِ واوس
دانانہٕ میثون یتھی چھوٚل تس زانہٕ قرار آسیا

باغس اندر وَنان چھس احوالِ دِل گولابس
کوٚزِ زانہٕ روبرو تس وَنہٕ نس منے وار آسیا

چمنس اندر ژٕ ٹھِتھ پَر ترٲوِتھ ژٕلہم سِتمگر
یِتھہٕ پائٹھی خستہٕ گومت کانہہ جانوار آسیا

لوگمُت تِمس چھُ پَرمَس کیاہ تام میثون دۄدن ہَس
نَتہٕ وَنتہٕ بے سبب تَس چشمن خمُار آسِہیا

دۄپ مس دماہ ژٕ روزِم کنتھ تارٕ دارٕ بو زِ م
دۄ ہیَم بٕہ بوزٕ کو تاہ گراون شُمار آسِہیا

کوستورٕ دۄدن یہِ کاوس چھُنہٕ شۄب ٹاوٹاوس
ظاہر ینیمس چھِ مستی تَس دل ہُشیار آسِہیا

مہجورٕ گلُ تہٕ بُلبُل زٕ ٹھکہ ژٕنے رۄیَہ بالکل
کیاہ اَتھ تہِ بانہٕ ژاران کانٛہہ لوٗخت کار آسِہیا

## ۳۲

وُچھ منٛے کُن وارٕ لگے یارٕ ژٕنٛے پآری پآری

چانٕہ امارٕ گیٔس مارٕ بہٕ پٔرآری پٔرآری

وارٕ ہٕندی پوش یِنٛبرٕزَل گُل تہٕ سُنٛبُلؔ مَسوَل

وارِ یَتھ وارِ لگان چھی ژٕنٛے پآری پآری

نار ہیتھ آو یہٕ گُل سوزِ جگرٕ ہیتھ بُلبُل

ژٕاے وَرباغ کرِتھ وارٕ تیآری سآری

بٕرٕم چھُ کُنیٔژرَن تہٕ چھِ کٔنہہ مسَ گٔتی کٔنہہ ہٕشیار

فِتنٕہ کٔری پآدا اُمی چشمِ خُمآری سآری

---

ل مُسودَس مَنٛز چھنٛے مِصرِعچ شکل یہ

وارِ ہٕندی پوشِ یِنٛبرزَل، گُل سوٗنبُل، مَسوَل

ٮٚہ اَصل مسودَس مَنٛز چھُ ع وارِ یتہٕ وارِ لگان چھی ژٕنٛے ژٕہ پآری پآری

کینہہ چھہ پابند نظر نالی چھہ کینہہ شرن ہالکل

بند کری مِتی چھہ اکی پوخت شکاری ساری

پوشہِ موت وات چمن وُچھنہِ چھُہ بُلبُل توشان

پوشن لاگتھ چھہ توے جامہ بہاری ساری

باغوانس[1] چھنے نظر پوشہِ تھرن پیٹھ یکسان

پُش وُچھم پوشن تلان[2] وار چھُہ زاری زاری

کاغذی پوشن بنیاے لوکھ چھہ تمہ نے لاران

از چھُہ بُلبُل تہِ کران شُکر گُزاری ساری

بولہ افسانہ چھُہ مہجور زبان کرشیرین

دردنے آسہِ کریا نالہ و زاری یاری

---

[1] اصل مصرع چھہ یتھہ کنی: یہ پوشہِ نوس چھنے نظر پوشہِ تھرن پیٹھ یکسان

[2] اصل مسودس منز چھُہ تلان بدلہ 'لوان'

۲ر دسمبر ۱۹۳۷ء بڑہس وار ۱۲ بجے شب وترڈ ڈالہ بل

## ۳۴

بُلبُل لاگتھ اَژُولولہ باغَس چھاوان لولُک بہار
لولہکی سبزار، لولہکی آبشار، لولہکی دوتھان مُوار

لولٕچ یِمبرزل، لولٕچ مسَول، لولہکی گُل تہٕ گُلزار
لولہکی گُل تہٕ گُلزار
لولہ سان باغوان چمَن پھیران لولَس کران طوٗمار
لولَس کران طوٗمار
بُلبُل لاگتھ اَژُولولہ باغَس چھاوان لولُک بہار

لولہ گلہٕن[1] پیٹھ لولہٕ سان بولان لوٚکۍ جاناوار
لوٚلۍ آواز لولکۍ پرواز لوٚلس پیٹھ کران نثار
لوٚلس پیٹھ کران نثار
بُلبُل آگتھ اَڑولولہ باغس چھاوان لولکۍ بہار

لوٚلۍ پوشہٕ تھر لولہٕ چہٕ زنگہٕ ژرِ لوٚکۍ وَنان اسرار
لوٚکۍ وَنان اسرار
لولکۍ واو ووت نشہٕ لولہٕ پوشن لوٚلس کران دِلوٚ ہار
لوٚلس کران دِلوٚ ہار
بُلبُل آگتھ اَڑولولہ باغس چھاوان لولکۍ بہار

لولہٕ بوٚ میوٚ راوس مَنز لولہٕ چمنن وایان لوٚلۍ تار
وایان لوٚلۍ تار
تس کُن نیبر زلہٕ وچھہٕ لولہٕ چشمو لوٚلن کُرسو بیمار
لوٚلن کُر سو بیمار
بُلبُل آگتھ اَڑولولہ باغس چھاوان لولکۍ بہار

---

[1] لولہٕ گلہٕنٕ بدلہٕ چھُ لولہٕ کہٕن گلہٕن۔ اصل مسودس منز۔

حُسنکہِ پرتو تیو لولہٕ جوشن پوشن ہوش تے قرار

پوشن ہوش تے قرار

لولکۍ شبنم روتراوِ صُبح دم شہلاوِ لولکۍ نار

شہلاوِ لولکۍ نار

بُلبُل لاگِتھ اژ و لولہٕ باغس چھاوان لولکۍ بہار

لول مہجورس لول بولہٕ ناوان لولکۍ کران گفتار

لولکۍ کران گفتار

لولے چھ سازس راز وَنہٕ ناوان لولے کران اِظہار

لولے کران اِظہار

بُلبُل لاگِتھ اژ لولہٕ باغس چھاوان لولکۍ بہار

---

۱۴؍دسمبر ۱۹۳۷ء بوم وار، ٹینکی کدل (سرینگر)

## ۳۴

ننٛد بانہٕ دِلبر میانہٕ وُچھس مایہ ونے کیٛا
ہی مال کرٕتھس ضائع ناگِرایہ ونے کیٛا

چھم آرٕ ولہٕ ہشدی یاپھی گاٶ تہٕ پارٕ بدٕنس
کوٚستوٗرٕ رُودُکھ دوٗرِ وَنَن ژھایہ ونے کیٛا

دٲنٛ ذٲنٛ زن رِشنہٕ آنٛ گجٕس چانہِ آمارَسے
تھہٕ پان لوٗیم لولہٕ چے گنٛگایہ ونے کیٛا

ژٕلہٕ لارِ وُچھکھ حال وَنہٕ ہے وارٕ وُچھہٕ ہیٚکے
گلہِ زیوٗ منٛے گیٚمَ اوٗش وُنٛ تھم ددرایہِ ونے کیٛا

راوُن چھُہ لبُن یام زونُم رام سٕنیٛم دِل
اَدٕ نار گوٚنڈُم خوفہٕ چے لنٛکایہ ونے کیٛا

زٲلتھ منٛے بدن گوکھ دوٗیتھ کالنہٕ مَہ ون حال
بے وایہ بےپروایہ یاوَن رایہ ونے کیٛا

وۄ تھ شور یامتھ واو حُسنس موج تُلتھ گو
اِظہارتی کۄر زُلفہِ پےٚ تھتھرایہ وَنے کیٛا

دِل میون گُل زَن عشقہِ واون کۄر یہِ پریشان
شہ پاز تھوو تھ بُلبُلَن ہمسایہ وَنے کیٛا

کمہِ میانہِ پیترینہ کَن ژنے بٔری میٲنی مُٹھے مارے
پٔرتھ ساتہٕ لۄپہ سکھ لوٚکہٕ ہنزے دایہِ وَنے کیٛا

مَسوَل بہٕ آیس ٹُکرِ جِگرِکی پیش کٔشی ہیتھ
بنیہِ کیٛا بہٕ اَنے چھُم یتے سَرایہ وَنے کیٛا

لۄزن[1] بہٕ وسی ڈستی تام پنیس یام ژٕ دۄر لیوٚکھ
پوٚت ژھایہِ وُچھمکھ دۄرِ آیم گرایہِ وَنے کیٛا

وَتہ چانہِ وُچھہِ ہا وارٕ نظرن رٲچھ چھیم کَم تام
بۄزم ووٕن[2] کرنم رٲچھ دِلہ پےٚ رایہِ وَنے کیٛا

گُل رویہِ منٛے رۄٹھک تہٕ کمَن گو کھ مہربان
ناچیز کنڈن بیٹھ ژنے ترٛووتھ سایہ وَنے کیٛا

مہجور کمہِ تانی حالہٕ ونان یالہِ یارس کن
جانانہٕ عالی شانہٕ چھکھ تھدِ پایہ وَنے کیٛا

---

[1] مصرچ ابتدٲیی شکل اوسہٕ قلمزد کٔرِتھ اَمہِ چھنے چھنے ییٚمیہ آیہ: ع ڈسی ڈسی بہٕ لوہ ہندی باٹھی پنیس یام ژٕ دۄر لیوٚکھ
[2] ووٕنی نامنے روزن رٲچھ دِلہ پےٚ رایہ وَنے کیٛا۔
۸ ستمبر ۱۹۳۸ء ۱۱ بجے شب، برٛیس وارٕ بوزگرٕ آری گوم

# ۳۵

پھولہم ژٕ ئتی مے پیارِ کیتھ زنگہٕ وارِ گوٗ لالو

گلِ زالہٕ لجُس دِل ہا کوٚر تھم تارِ گوٗ لالو

کمہِ لولہٕ ڈٕرالیس شولہٕ ماران کارٕ تیچ زوٗن

یاون ہا کوٚر تھم ضایہ خم ژام کارِ گوٗ لالو

مَس کھاٗسی ہیٚیے مایہِ چانے آیہِ یمُبرزَل

بیمار چشمو چھےوچھان تلٕی ٹارِ گوٗ لالو

امارٕ چانے پھِری منٚے وَرق لولہٕ کِتاب

بُری بُری منٚے تھاوِم سینہٕ چے الماریِ گوٗ لالو

ہی جنگلس مَنٛز تھامہِ گیٔس کونہٕ ژا آہم

ارمان تھوٗ وُتھ یارِ دٔنہٕ[1] چے یارِ گوٗ لالو

چھنہٕ خالٕ کتھ چھی نالِ ووہ زلی جامہ ژٕٚنے پالس

کتہِ آکھ نٚیہ گٔیہِ خوٗن ہیتھ اٹہٕ یارِ گوٗ لالو

---

[1] یاردن - شوپنیس نزدیک اکھ نار موند دن یمیتہٕ رلوایتہٕ موٗجوٗب ہی مالہٕ ہیشو زمٔنزل چھ -

کَمہٕ پوشہٕ مدن شوقہٕ چانے ناز کراں آے

اچھ پوشس آلاگی لاگی آیہ کَمہٕ اچھ دارِ گوہ لابو

پُش زانہٕ پوشن قدرٕ پوٚدوے رنگ تہٕ گتٕے چھکھ

کوٚہ نگہٕ پوش کرشمہٕ پوش نیوٚن نیوٚن ژارِ گوہ لابو

بُلبُل چھُہ بران چاوٕ حُسنس واو چھُہ مشکس

مہجورٕ ژنے نِش بنیہ تہ کیٚژھا[1] ژہارِ گوہ لابو

---

۲۸ مارچ ۱۹۳۹ء، ۱۰ بجے شب، بوم دار ہٹ نسکی کنڈل اسرینگر ا

[1] کیٚژھا، بدلہٕ "کیا ہتام"

## ۳۶

بالہ یارٕ نیرِتھ گوم بآلی بالی کیٚہے ہاوٕ یاون بآلی ییے

کرٕ کیٛا بالہ پان کوٚر نم وُبآلی

کیٚہے ہاوٕ یاون بآلی ییے

سوٚنہٕ شُند کھوس تے روہ پنٕزٕ تھآلی کیتھے کِتی چھی ثمبٕرزآلی ییے

پھولہ وَنہٕ باغہِ منٛز ڈرایکھ خآلی

کیٚہے ہاوٕ یاون بآلی ییے

یاونٕکہِ نبہ چی نارٕ وُوز مآلی سورٕ گچھ نورٕ مشآلی ییے

ہوشس کرٛاوش چھےٚ ہردم خیآلی

کیٚہے ہاوٕ یاون بآلی ییے

رآئی ناگ رٛایس سوزان ڈآلی اصلس واتے ہی مآلی ییے

شکھ پھولس گو پاتآلی

کیٚہے ہاوٕ یاون بآلی ییے

سٔنی یآسی ژھایہِ نیر گوپآلی    لوٚکٕچ لاگ کنہِ وآلی ییے

ہرمو کھ وُچھِہن پھیر پاںژآلی

کیٚسے ہاوِ یاوُن بآلی ییے

ہردِکہِ تاپہ پھوٚلی لوٚشس آکالی    آمتی چھِ یِم بلے سآلی ییے

سآتن پیٹھ ریوان واتن وآلی

کیٚسے ہاوِ یاوُن بآلی ییے

چمنکی پوٚشس کُڈ نارن زآلی    وُچھِنے نیرِ پوٚشِر مآلی ییے

حُسنس لول کرتاثیر کآلی

کیٚسے ہاوِ یاوُن بآلی ییے

باغس میشآنس گل پھوٚلوِہ زآلی    چھاوِنہِ آسے شوقہِ وآلی ییے

کآشرین پوٚشن بُلبُل بنگآلی

کیٚسے ہاوِ یاوُن بآلی ییے

دوہ تارِ پوٚشن ہآوہم جیآلی    تھُراںہِم وآلی وآلی ییے

یاوُن سوریوم جامہِ گآم کزآلی

کیٚسے ہاوِ یاوُن بآلی ییے

زونہ ڈبہ میشانہ پیری کتی جو آلی    گھونا بوزم فتو آلی سیے

تڑاو تھ آلی ژجہ اڈی رتہ کا آلی

کہسے ہاو یاون باآلی سیے

مہجور موں لی جامہ لاگ نا آلی    مَن تھاو تمہ نشہ خنا آلی سیے

گولاب رو ے تے سینہ گلا آلی

کہسے ہاو یاون باآلی سیے

---

۱۶ اکتوبر سنہ ۱۹۳۸ء، ۶ بجے صبح آتھوار، آری گوم

# ۳۷

# یٔمبرزَل

یٔمبرزَل لٲجنس داوَس گٔیس حیٲران بہٕ کَس وَنہٕ کیٛا
دَپان چھس صُبحہٕ کِس واوَس بہارس شبنَمس وَنہٕ کیٛا

بہارن سوزنس شینٛچھ ہیتھ دوان مُنٛزِل ژُٹِھ آیس
بہارس چھُم نہٕ ییٚتہٕ روزُن بہٕ ہارس شرٛاوَنس وَنہٕ کیٛا

یوان یِم نازنین میٖہمان پیٚرِ ژھان چھِم پوشہ موٚت ییٚتہٕ کر
بنفشس بانٛلِس تہٕ ٹیٚکہٕ بٹہٕ نٕے سنٛبلس وَنہٕ کیٛا

پریشان دِل بہٕ چھس بُلبُل دپان چھِم وَن خبر تہٕ پٕرژ
بہانا کانٛہہ تمِس وَنہٕ ہا مگر پینہٕ نِس دِلس وَنہٕ کیٛا

سپُن بیدار گُلشن ہُتی مہٕ پیٛارے واو گونیرِتھ
یِتھس سٕنٛز ژُور پنٛدرِس اتھ چمن وُزناوَنس وَنہٕ کیٛا

---

۱۶، اپریل سنہ ۱۹۲۹ء ــــ وترڈ

لہ اصل مسوَدس منٛز مصرعٕ ژٹتھ دوہ زچہٕ میلہٕ منٛز یٔمہ آیہ سِنالہٕ آمت ع
گرٛک سرایہِ لوٹادتھ یہ گرٕ وزناونس وَنہٕ کیٛا

مٔنے کٔنہٕ اُچھ گاشس اوس بوٚمبرٕسہٕ کمیٚ شٕترَن مٔنے نِش راوُر
بہٕ تَس پٕژاران سٕہ کیاژھاران غمَس مَنٛز مدہمس وٕنہٕ کیاہ
چھُ صُبحس بُتھ چھٕلتھ پوشن ژلان شبنم چمَن تراوتھ
تِمس دَردَس تہٕ لوٚکس کُن وِچھتھ اتھ راوٕنس وٕنہٕ کیاہ [1]
بہٕ چھُس ہے بُشنگہٕ گامژ مسند چھاامژ اَند کُن پیمژ
اچھو پٕنہٕ نوٚو چھٕچم کیاہ کیاہ، گرژھتھ تتھ منزِلس وٕنہٕ کیاہ
مٔنے ستی مہجوٗرٕ آو گلزار وِچھِنے، تِچھا ہشر مٔنے تہٕ تَس
بہٕ پانے وٕنی دِوان پانس سٕہ سامانس بہٕ تَس وٕنہٕ کیاہ [2]

---

[1] یہٕ مصرع ژٕٹھ چھِ یمہٕ آیہٕ زَبراوٕنہٕ آمٕت ع
چمَن اتھہٕ تراوٕنس، اتھ یاوٕنس مَنٛز راوٕنس وٕنہٕ کیاہ

[2] : کلام کِس حِصَس مَنٛز چھُ بُتس عنوان دِنہٕ آمُت۔ تہٕ شارن مَنٛز تہٕ چھُ اکھ تسلسُل۔ اَمہٕ کِنہٕ چھُ یہٕ مہجوٗرنہِ نظم نِگاری ہُنٛد دَس تُلان ۔۔۔ (مٕ)

# ۳۸

بٲلۍ یِیے حِس تہٕ ہوش ہیہٕ رُوٗدُم      کمٔی روشہِ نوٗدُم پوشہِ موٚت یار

کمٔی نٔشہِ رُوٗدُم کمٔی ورغٕہ لوٗدُم

کمٔی روشہِ نوٗدُم پوشہِ موٚت یار

بُلبُل لولہٕ افسانہٕ ہیٚچھِ نوٗدُم      وٕنہٕ وٕنہٕ میشانہٕ گٔے گُل بیدار

منٕہ گُے کوٚستوٗر بے خبر تھوٗدُم

کمٔی روشہِ نوٗدُم پوشہِ موٚت یار

اَسہٕ وٕنہٕ پوشہٕ کھَرِ حالِ دل بوٗدُم      پوشوٕ جامہٕ ژٔٹ گوٚنڈ نکھ نار

اَشہِ وانہِ پنہٕ نے بییہٕ شیٚہلوٗدُم

کمٔی روشہِ نوٗدُم پوشہِ موٚت یار

جلوٕ دِتھ سوٗرے باغ تبٕنہٕ لوٗدُم      مُشکہٕ چھَس کافَر زٔنگہٕ دینٛدار

زٔنگہٕ ستی سنگدِل دوٗر ولہٕسہٕ رُوٗدُم

کمٔی روشہِ نوٗدُم پوشہِ موٚت یار

پوشہِ نوٗل پوشہِ وارِ منز ییٖہہ نوٗدم ہوشہ سان کوٗر تمیٚ حال اظہار

پوشہِ ؤتھرَن پیٖٹھ تیٖ لیکھہ نوٗدم

کمیٚ روشہِ نوٗدم پوشہِ موٚنت یار

اَسمانی رٔنگہ ستیٚ جامہ رٔنگہ نوٗدم بدلان رٔنگ گےٚ بے شمار

اصلی پننہ تیٚ رٔنگ راوٕرِ روٗدم

لاٚنی بچھہ پترے ساتھ وُچھہِ نوٗدم کرسنا منٚے تہٕ تَس گرٛٹھہِ ملہٕ تزار

بُل گوٚ جوٚ تَس حساب روٗدم

کمیٚ روشہِ نوٗدم پوشہِ موٚنت یار

فری یاد کرٕی کرٕی چھ انتظار روٗدم یارَس ناگوم کانٛہہ گمَ وار

غوٚصہ گوٚس توٚسہٕ نادانہٕ منزٕ روٗدم

کمیٚ روشہِ نوٗدم پوشہِ موٚنت یار

لوٚہوت پوشہِ ٹوٚرٕ نیندرِ وُزٕ نوٗدم زوٚنم ییٚتہٕ روز نیکہ چھُس نہٕ اطوار

لولہٕ مس چوٚدم وِیوٚر ہیٚتھ ترٛوٗدم

کمیٚ روشہِ نوٗدم پوشہِ موٚنت یار

شوقہٕ سان یہ نیٖن پان یارٕ آدم تنہِ میشانہٕ آسی یوان مشکی دار

تمیٚ بدن وارَن من پرکھوٗدم

کمیٚ روشہِ نوٗدم پوشہِ موٚنت یار

میہٕ ژور لوٗکٕٕمر ترانہٕ وَنہٕ نوٗدُم ہول ژٕلہٕ راوان لوٗلہٕ گفتار
اَمی ستہٕ تی رووُمت دل سنبلوٗم
کمٕی روشہٕ نوٗدُم پوٗرشہٕ موٚت یار

۱؎ وُترڈٕ نہٕ شہٕ اکھ تھوٚد بال
وُترڈٕ ۱۱ مارچ ۱۹۳۹ء ۷ بجے شام، بٹہٕ وار

# ٣٩

لالہٕ میٖون مَنٛزِ شالماٗرن سٟتی یارَن آسہٕ ما

جَلوٕ ہاوان سبزٕزارَن آبشارَن آسہٕ ما

وٕنیٖژھہٕ ناوِ کتھ حال وٕنہٕ ہا چھُم دِلَس اَندر ہراس

ہِنتہٕ گوٚر زاگان ہِتن نو کتَن اِشارَن آسہٕ ما

پوٚختہٕ کارَن موٚختہٕ پوٚ کھرے بیٚٹھو چھُم زوٚٹمت قرار

موٚختہٕ ہارَن تارٕ تاران موٚختہٕ ہارَن آسہٕ ما

کوہ تہٕ بال اَلہٕ راوٕ وَن گرٛزہٕ ناوی دردٕکی آلوَن

نالہٕ دوان ستے صداجوٗین تہٕ آرَن آسہِ ما

پوشہِ باغَن لُج پھُلے سرسبزٕ گوسورٕ جہان

میانہٕ باغُک گُل تہٕ پھولہٕ نووٕ مُت بہارَن آسہِ ما

ہنٛدرہٕ پاٗدِ کتھ گومتے ترٛاوِ کتھ آسہِ ہیران یاٗلی باٗلی

زوٗنہٕ ہنٛدی پاٗٹھی چھوٚنہٕ پرزلاوان تارَن آسہٕ ما

بازرن ژھاجوم سیٹھہ ہَن بینیہ پرژھوم سوداگرن
اَلفتک سوداگٔن ہارن تہٕ ڈیارن آسہٕ ما

مَس وَلَن یِنبرزلَن پینہٕ نین دِلَن مَنٛز اِضطراب
پوشہٕ موٚت پوشَن گنٛدان مَنٛز لالہٕ زارن آسہٕ ما

لولہٕ ہوٚت مہجوٗر سٕنٛد دِل اَلفتک زاؤیل خیال
مال ہیتھ گرزو لٔٹ اَمی لولہٕ تارن آسہٕ ما

ڈُترڈ ۱۴ اگست ۱۹۳۹ء ژٔندروار ۸½ بجے شام

# ۴۰

سَنگرمالَن پیٚو پٔژاگاش گٔژِ ژٕلہِ[1] گاش یِیہِ[2] گاہ تژوولالن

سنگرمالَن کوٚہَن تہٕ بالن

سنگرمالَن پیٚو پٔژاگاش

بُلبُلہٕ ژٕرأو غم کڈٕ پٔھن واش باغکی رینزل وارِہِن گالن

یٔیتہٕ یورچوٗنے مذہب پالَن

سنگرمالَن پیٚو پٔژاگاش

سوٗنتھِ ییہِ دہ ہیہٕ اکہِ ٹلہٕ پرٕ خاش ہرٕ دِک طوٗفان پوشہِ تھرِ ژالَن

سے پھولہ تن دِیہِ ٹیس جنٛجالَن

سَنگرمالَن پیٚو پٔژاگاش

---

[1] ژُجر [2] آد

یِم کُلۍ حد کھوٚ تہٕ زیادٕ شاخ کھائن ‌ ‌ ‌ تِمہٕ نے چھُ باغوان ہیوان تراش

دَمہٕ دَمہٕ رٲچھی کرَ پنہٕ نین خیالَن

سَنگرمالَن پیوٚ پراگاش

گُلالہٕ لولہٕ چھےٚ مشالہِ زالَن ‌ ‌ ‌ تَمہٕ نوٗر روشن گژھہِ آکاش

یَنبرزَل شبنمک مَس پھِرِیالین

سَنگرمالَن پیوٚ پراگاش

گُلِ آفتابن موٗ ہیر کَرِ تھالَن ‌ ‌ ‌ لولہٕ کرِ اَسمانہٕ ہیتھ آو راش

اسبندزوٗس اُمی گُلِ لالَن

سَنگرمالَن پیوٚ پراگاش

مانہٕ ژار مہجورِ سنزَن مِثالَن ‌ ‌ ‌ نُنی رَرتھ ونہٕ ہے سرِ گژھہِ فاش[ل]

دانا بوزَن تہٕ نادان ٹالَن

سَنگرمالَن پیوٚ پراگاش

---

۱۷ جلے ۱۹۴۰ سنہٕ چھانہ پورٕ رام باغ — ۱۱ بجے دوہ ۵، بودھ وار

[ل] نوم زہَند چھ اصل مسودِ نشہٕ نقل کرَنے رُدی ہتی۔

صُبحکۍ وادن چَمنکۍ دٕرائَن

جاناوارن کوٚر شاباش

یِم چھ اَکھ اَکۍ سۭے زاگان چائَن

سَنگرمالَن پیوٚ پٕراگاش

بوٗنہٕ پیٹھ گاٗنٛٹہٕ ہُنٛد اول یٚلیہ وائَن

بُلبُلَس پاٚدٕ گژھہٕ بچہٕ ژٕنٛج آش

پوشہٕ نوٗل ہوشہٕ ینٛ دم سینٛائَن

سَنگرمالَن پیوٚ پٕراگاش

## ۱۴

بُلبُل چھُ برَان چاوِرِ تھر ذراو بہاو آو

توشان چھُ سُنٛتنک واو کُمتانیٚ چھُ آو آو

وَہرآوی پوشہٕ چھُتہٕ دَفتر لولہٕ چمنن مَنٛز

یَر پوشہٕ ورقن کیٛا چھُ لیکھتھ حُسن کتھ پوٚناو

اِشارٕ پاٹھی سُلہٕ اوس وَنان واو کاوس کُن

یَنیتہٕ چھے نہٕ کتھَن باوَ وُنن تراو ہوٚنرَ ہاو

تھَدپایہ اِنسان کو نہٕ بیٚہان سیتی ناکارن

مَنٛز باگ کنڈبن گُل چھُ تَس کتھ پاٹھی قرار آو

پوشیدٕ تھوٚوی ذراو پھُٹتھ میٛون اُندرم حال

یتھ پاٹھی پوشس سینہٕ ژٹتھ مشکہ نبر ذراو

پھِر پھِرِ سٕے وُچھو وارٕ متیٚ مَنٛزبرٕ آٹھ پوشن کُن

خاموش گُل آسی بُلبُلَو دوٚپ نیٛتہٕ مہ وُزناو

گُل ہرد ہران سونتہٕ بنیٚہ دُبارٕ کران دور

مُرٕ مُرٕ چھِنے پھیران زندگی وسواس مرٕنک تراو

یوٚد سورٕ شراوُن واو ہردنہٕ پوشن تراون رو

ہرٕدس تہٕ چھَینہٕ نیٚتہٕ پایدآری وارٕ ژہ تتھس تھاو

مہجورٕ کأشرِ کأنسہٕ زٕ زونکھ نہٕ وَنِستام

یِم زانہٕ نےٚ تمُ وَنہٕ چھِنے بوز کانہہ کانہہ زاو

---

برٕس وار ۔ ۱۴ ہار ۱۹۹۷ سنہ ب

۴ ۔ بجے دوھ ۔ وَرمُل

## ۹۲

شاد سَپنُم دِل مۍ بوزِم سالہٕ ییہِ ازبالہٕ یار

مارِ موٚت خمارِ ہوٚت سُۍ میون دِلبر دِل قرار

باغوان شیران چمَن پھیران تھرِ نٕ اُنٛدۍ اَنٛدۍ وَنان

تس فِدا بُلبُل تہٕ گُل قآصِد چھُ یِیمۍ سُنٛد نوبہار

داوسوٚنتک پوشہٕ وُتھرن باغہٕ کین چھُکران ژرہ پور

کامہٕ دِلوِیہِ شامہٕ تیٚژ شُلہٕ باگرآوِ کھاِ اشتہار

سُنبلَن ہنٛز یاوگی. یٔمبرزلن ہنٛز تازٕ گی[1]

بُلبُلَن ہنٛدۍ مِٹھۍ آلو تس مدن وارس نِثار

روزِ باغس وارِ سبزۍ رآچھ چھس سٔیوٚد سادٕ گی

واوِ ہردِ نہٕ زرِ د گژھی گژھی پین تِتھر سرمایہِ دار

یُت کال اَسِم پھلے سآری مۍ کُن مُشتاق آسی

میو پوشن ڈرام یامتھ تام کوٚر ہَس سَنگسار

---

[1] چھپے متس کلاس منز چھ پنیتم لفظ "نازکی"

واو صبحک بوٗے خوش شبنم تہٕ بُلبُل نغمہٕ خان

گل چھہ پاغمبرِ بہارُک ستی چھس یم ژور یار

گُل چھُہ تَمیک بَند بُلبُل کَرِ چھُہ زانہہ مانان تَمے

لاگ بُلبُل یاسِپن گُل چھُے ژٕنے پانس یِختیار

چانہٕ کتھہٕ مہجورِ چاوان عاؔرِفن آبِ حیاتھ

مانہٕ ہوت درویشِس کاںٔل آسہٕ یکھ نے حلقہٕ دار

۲۵۔ پھاگُن۔ ۱۹۹۶ سنہ ب

برٛس وار، ۱۱½ شب۔ سرینگر

## ۴۳

از روزُ سَانے　　دِلبرٕ مِیانے

بوزُنٛ شُنْدَ بانے　　دِلبرٕ مِیانے

خانٔ پآر آدِم　　کھآسی برنآدِم

ہاوسہٕ چانے　　دِلبرٕ مِیانے

روئیے نازٕ ہووُتھ　　دِل تمبہٕ لووُتھ

لآل مِرچانے　　دِلبرٕ مِیانے

پوشٕ جامہٕ ہاوان　　بُلبُلُن باوان

لولگ مانے　　دِلبرٕ مِیانے

ساتھاژٕ روز تو　　دِلہٕ زار بوز تو

شِلہٕ پدمانے　　دِلبرٕ مِیانے

بُلبُلہٕ سُند عذاب　　لولگ اضطراب

گُل کیشازانے　　دِلبرٕ مِیانے

لولہ ہوٚت میٖون پان یوٚد گرژھہِ پژرانان
لول ما پژرانے دِلبرٕ مِیانے

شبنمن موٗخت ہار ویرٕ چانہ کوٚرتیار
کمہ شوٗژشانے دِلبرٕ مِیانے

دورٕ ہر ژَرالُن نارٕ پان گالُن
چھُم ڈٕیکہ لانے دِلبرٕ مِیانے

کُس سازو سامان پژران پژران
لول ما پژرانے دِلبرٕ مِیانے

ستی ہیتھ مہجوٗر منے تہٕ کوٚر وعدٕ پوٗر
ڈژ ایس کژانے دلبرٕ مِیانے

---

۲۵، فروری ۱۹۴۰ء آتھ وار۔ شیٚہ بجے شام

## ۴۴

ہا گلو تۆ ہہِ ماسہ وُچھوَن یار میٲنی
بُلبُلو تۆ ہِی ژھأری تون دِلدار میٲنی

وُنی دِوان پوشن پٔژر ژھوم یمبرزلَن
آو ماتو ہہِ کُنٕسے جودٕ گار میٲنی

دأن پوشو جوشہِ یتھ وو ٔزلاوی باغ
ورگہٕ زَنٕمس آو لولٕک نار میٲنی

روشہِ پأٹھی یتہٕ پوشہِ بانگہِ ہتھ کٔرِتھ
چانہٕ ینہٕ پھولہِ دِلبرو گُلزار میٲنی

ژۄرِ للہٕ وم لولہٕ زرتَس ما خبر
ژھایہ ژھایہ ضایہِ گو اآر میٲنی

ہی پوشِکی پأٹھی گزآرم زندگی
نَنٕہ آوِ چِہ گوَنہ گۆب زانہٕ بار میٲنی

آش رُوزِم یار داتم از پگاہ
یِی کران سوران آ دلو کہِ چار میثون

اَفتُک سودا کُنمُ غم مُلی ہیو تمُ
اَتھ طُرِہقَس پیٹھ چلیثو بایارمیثو ن

خستہ دِل مہجوؔر سر سینتھِ ونان
تس مدَن وارَس نَسہ آ و عار میثو ن

# بُلبُلہِ سٕنٛد ژھوگ

بُلبُلا صۆرتھ آکھ بدلاوِتھ ژٕ کتیٛو ژھوگ راوِ راوِتھ آکھ

زال کٔمی لوگے حال گرٛتھ باوِتھ ژٕ کتیٛو ژھوگ راوِ راوِتھ آکھ

کَتھ شایہِ بیوٗ ٹھک پوشہ تھر ترٛاوِتھ کانٛسہ نا بہ کارِ سٕنٛد گرٕ مارٛاکھ

پوش مَنٛدٕ چھاوِتھ کنٛڈی ما چھاوِتھ ژٕ کتیٛو ژھوگ راوِ راوِتھ آکھ

کمہِ ہانٛز رٕوٹھہِ نیوٗکھ لُٹاوِتھ ژٕنے وُچھتھ واکھِ آیم شرٛاکھ

پھرکھ ترٛاو حال باو دَم سٕنٛلاوِتھ ژٕ کتیٛو ژھوگ راوِ راوِتھ آکھ

شوٗبدار گونٛد کٔمی نیوٗنے وہلاوِتھ لولک تاج کَتہِ ترٛاوِتھ آکھ

کمہِ ژھلہِ باغہٕ منٛز نیوٗکھ برمہٕ راوِتھ ژٕ کتیٛو ژھوگ راوِ راوِتھ آکھ

ذاتھ پَرکھاوِتھ ژھوگ تھپہِ نیاوِتھ ناگٕ رایہِ سٕنٛدی باگھی زوٗشتھ دٕراکھ

ذاتژ ہنٛدی باژ بیہِ نٔنے منہٕ ناوِتھ ژٕ کتیٛو ژھوگ راوِ راوِتھ آکھ

نازنین ژھا گلہ سوز بوز ناوِتھ پوش داوِ ناوِتھ جامَن چاکھ

گُلِ بادام رام رام پرٕ ناوِتھ ژٕ کتیٛو ژھوگ راوِ راوِتھ آکھ

ژنگہ ژُر نیران پان پأرآوِتھ
یاوِ گی نِشہ رؤد بُلبُل پاکھ

مَردی چھنے زردی تراووہ تھرآوِتھ
ژکتیُو ژھوگ راوِ رآوِتھ آکھ

ہأری مؤنڈ ژھوگ یؤ ڈیئو ہے کتہ رآوِتھ
بول بوشس تہِ ماکوٗر ہے ٹھاکھ

دِلہ کے روداد وَن ژوہ ژھناوتھ
ژکتیُو ژھوگ راوِ رآوِتھ آکھ

خاصہ لوکھ لوہکی شلوکھ ہیچھنآوتھ
لول بأ گراونہ باپتھ زاکھ

تورآکھ کینہ نِشہ سینہ صاف تھأوِتھ
ژکتیُو ژھوگ راوِ رآوتھ آکھ

باغہ کِہ شبنمہ تن دِلہ نآوتھ
سوٗرمہ کَنہِ لاگ پوشہ چمنِچ خاک

صُبحکہِ زنگہِ نیر جامہ زنگہ نآوِتھ
ژکتیُو ژھوگ راوِ رآوِتھ آکھ

ژنیتہ مہجُورس وارہ آزمآوتھ
وِزِ وِزِ سمکھان چھِ ہوی گرٛاکھ
توٗہہ دوٗن چھُنہ کانہہ ہکان ژٹرنآوِتھ
ژکتیُو ژھوگ راوِ رآوِتھ آکھ

## ۸۶

دِل زو لتھم منٛے نارے دِلدارٕ وارٕ وارے
کۆرتھم منٛے پارٕ پارے بلے عارٕ وارٕ وارے

راتھا منٛے نِش برکھنا ساتھاژٕ راوٕ رکھنا
ڈیکہٕ مژٕرِتھ کرکھنا، کتھہٕ تارٕ وارٕ وارے

نیٛہہٕ گٹہِ آکھ نیرِتھ شاہانہ جامہٕ پیرِتھ
شامہٕ ژھایہِ گوکھ پھیرِتھ گُلزارٕ وارٕ وارے

پوشہِ ٹوٗری مشکہٕ بٔری تھکھ رسہٕ پأٹھی گُنڈ مژٕ تھکھ
اَسہٕ وِنہِ دہانہ گٔری تھکھ آوارٕ وارٕ وارے

پڑارس پوہ ہس تہٕ مأگس چمنس اندر ئہٕ پڑارس
دلوہٕ گل پھولَن منٛے باغس دُبارٕ وارٕ وارے

مس دامہٕ چأوِتھ حس ہوش راوٕ رآوتھ
کتھ کُن ژوٗکھ منٛے ترأوِتھ لوکہ چارٕ وارٕ وارے

جانانہٕ بہٕ وندے جان چھی جان جان سامان

ژَلوِ چانہٕ جان سپنان ناکارٕ وارٕ وارے

یوٚد یارٕ خابس اَندر روزِ کھیوان برابر

ادٕ چانہٕ دوٗرٕرِک زرسندارٕ وارٕ وارے

مہجوٗرٕ چھے دوائس دِلہٕ کِس غمس عذابس

اَتھ لولہٕ کِس رباس گنڈ تارٕ وارٕ وارے

## ۷۴

صُبح چھُم باغ چھُم مستانہٕ دِل چھم تازٕ یاوُن چھُم
بہارس دَاد ہیُون چھُم شوقہٕ سان گُلزار چھاوُن چھُم

دِلُک گُلزار پھوٚلمُت چھُم مَنے پوشہ نال وُولمُت چھُم
نہٕ کانٛہہ گُل سِنبہٕ لاوُن چھُم نہٕ بُلبُل تنبہٕ لاوُن چھُم

پٔریاشیش لَدُن پُرمَس نَنِین وَس زانٛہہ دٔریاغارَس
دِلُک نوٚو بانہٕ پینہٕ نے خانہٕ یَانے آژھہٕ ناوُن چھُم

اتھو ستی چھُس بناوان پوش گٔرِھان بُلبُل وچھتھ ہوٗش
چھُ کیا مُشکِل بناوُن گُل تِگان بُلبُل بناوُن چھُم

غریبن بُلبُلن ہِنٛدِ خوٗنہٕ ستی گُل جامہٕ رٔنگہٕ ناوان
گُلَن نوٚو رنگ دِنہٕ باپتھ نوٚوے روٗمنگہٕ ناوُن چھُم

گُلَن بُلبُل چھُ پتہٕ لاران، بوٚمتِر بمبٔرزلَن ژھاران
دٔنان لٔتش پوشہ نوٗلن کُن یہ دوٚن ہُنٛد فتنہٕ ساوُن چھُم

چھُہ بسیار بازرَن اندر فریٖب مال ظُلمُک زر

نہ سودا ہیوٗن چُکاوُن چھُم پنُن مَن آزماوُن چھُم

نہ چھُم کینہ زیرکی ہاوُن نہ چھُم ناماوری پاوُن

رفیقَن دَردِلَن پنُن دِلُک اوحال باوُن چھُم

موافِق وقت چھُم ہمتھ تہ چھُم ساما نہ حاضِر چھُم

پنُن وتھ پر زنگ چلاوِتھ دُشمنَن اَسمان ہاوُن چھُم

چھِنے ہو چھِ مَٹر پوشہ تھر باغس کَمی آیس گُمٹر ناگس

کھُن چھُم اوبر لاگِتھ آسمان باران تراوُن چھُم

دُکھ پوش پوشہ وُنی زٲرتھ تِتھی بُلبُل اَنکھ زھارِتھ

نوو باغباناوُن چھُم نوو وَنی یالباوُن چھُم

چھِنے ہستی پوشہ وِنی مستی خرابی بے خُدی پستی

خُدی ہِنز توپھ لاگِتھ بے خُدی ہُند قلعہ پاوُن چھُم

امیرَس عَیش تے شادی غریبس خانہ بربادی

تِتھِس مغرور آسن والی سُندناوے مِٹاوُن چھُم

مشیدَن مندرَن گرجن دَھرم سالَن تہ اَستانَن

یمن ییتِن گرَن اژنُک گنِے دروازہ تھاوُن چھُم

کٔشیرِ مشرقس بیدار کرِ وزِناوِ وقتس پیٹھ
یہِ آلو کاشرِن ہندِ ن کٔنن منز واتناوُن چھُم

چھ مہجورٕ مس پھِران کھاسِن یہِ لولُک مَس چھ سارِنٕ چِھن
دپان پنٕہٕ نِن تہٕ بیٚیہ یَر دِن لۆ ہے مس آگرٕ راوُن چھُم

---

۱۲، اسوج ۱۹۹۷ سنہ ب
جمعہ ۱۱ بجے شب ۔ آری گوم ۔

۔ یمہ نظمہِ کینہہ شار چھ کلام مہجورٕ منز چھپے متی تہٕ کینہہ پیام مہجورٕ منز چھپے متی ۔ اسہِ باسیو مناسب زِ یہ گژھِ اکسے جایہِ سونبراونہٕ یِنۍ ۔ (ٹینگ)

۴۸

وِیسی یے آدنک یار کوٗتے گوم دِل قرار ٹوٹھ مدن وار کوٗتے گوم
پوٚختہٕ کار یار موٚختہٕ ہار کوٗتے گوم
دِل قرار ٹوٹھ مدن وار کوٗتے گوم

تیز ٹِکی کیا حاصل آم منٛز یَس واتہٕ نَے سٕنٛم شام
چکہٕ چاو ر ووم لوکہٕ چار کوٗتے گوم
دِل قرار ٹوٹھ مدن وار کوٗتے گوم

ہَردِ کِ داون ڈولُم ہوش گُلی گَے کوستوٗری برٕ گَے پوش
پھولہٕ وُن ہار نوبہار کوٗتے گوم
دِل قرار ٹوٹھ وار کوٗتے گوم

تس پتہٕ لاران لوٗسِم پاد کھسہٕ وُن. یاوُن گوم برباد
سنگ دِل یار بے عار کوٗتے گوم
دِل قرار ٹوٹھ مدن وار کوٗتے گوم

شوقہ منگہ نوُم پۄرُم مس!  جان پان بخشُم کلہ واس

بے حساب مس چیتھ خمار کوٗتے گوم

دِل قرار ژُھٹہ دن وار کوٗتے گوم

ازتام ییتھ پیٹھ اوُسم بقرار  از کوٗرم پانے تتھ اِنکار

اتھ جایہ وآتِتھ گاڑہ جار کوٗتے گوم

دِل قرار ژُھٹہ دن وار کوٗتے گوم

تراوِ ییلہ مہجوٗر باغ چھاوُن  اد وَنہٕ آر ول مس ولہ کُن

رازدار ناز بر دار کوٗتے گوم

دِل قرار ژُھٹہ دن وار کوٗتے گوم

---

بوم وار، ۱۱ بجے شب۔
۲۵ بھادُون ۱۹۹۸ سنہ ب
بُگر۔

دِل تنبہ لاوان جلوٕ ہاوان آکھا بہارو
مُشراوِہ مِژِکنتھٕ یاد پاوان آکھا بہارو
بیٚنیہِ نیٚندر ہتئن وُزٕ ناوان آکھ یَرٕسکی یٲٹھی
بیٚنیہِ زندگی ہندِ راز پاوان آکھا بہارو
بیٚنیہِ ٲری مشدین یاد پاوان چھکھ زموٕ ہیٚنج چال
بیٚنیہِ روشہ متئن منہ ناوان آکھا بہارو
بیٚنیہِ مۆدی متئن زندگی ہندی جامہ ولان آکھ
بیٚنیہِ دآدی لدن سنبہ لاوان آکھا بہارو
بیٚنیہِ درَدِ نیین ناگہ ہِلئن چاوٗ بران ژاکھ
بیٚنیہِ نندرِ ہتئن چھندراوان آکھا بہارو
گُل چاک جامَن داوٕ ناوِتھ یاوٕ ناوِتھ حال
دِل بُلبُلن ہندی تنبہ لاوان آکھا بہارو

بخشتھ ژٔنے آرن آبشارن دردٕ سوزک ساز
افسانہٕ لوٚکچ وَنہٕ ناوان آکھا بہارو
بیمار گاٹمژ گردِ کھیشا ٹمژ آس یمبر زل
مس کھاسی تس کِتی باگراوان آکھا بہارو
ونٛکھن چھُ چونے راج ژٔنے کُن گل چھ تارانِ باج
قونٛون پنہ نے مانہِ راوان آکھا بہارو
ہےٚ ینگہِ کمتین آیہ زبان چانہِ درشنہٕ ستی
ٹوٚرن تہٕ دِلن پھوہ لہ راوان آکھا بہارو
کمہِ نازٕ کمہِ اندازٕ ژٕہ مہرازٕ بنتھ آکھ
مشالہ لوٚچہ زالہ ناوان آکھا بہارو
چھِی رٔنگ پانس ستی واراہ پانہٕ چھکھ بےرنگ
رٔنگہ رٔنگہ چمن رٔنگہِ ناوان آکھا بہارو
غارن مشیدن مندرن منٛز ووت پرتو چون
شیخن تہٕ سادن مژراوان آکھا بہارو
ینہ چانہِ مہجورس تہٕ دلک باغ پھولتھ آو
یم پوشس یژ کال پوشہ ناوان آکھا بہارو

## ۵۰

شۄرگاہ جبھس کرُمیون پاے مدنو          ولو کرُ یو لو لہ متہ لاے مدنو

دہ ن دیدن مَنز کرے جاے مدنو

ولو کرُ یو لو لہ متہ لاے مدنو

لولہ نار چہ رِیہہ چھم زأ ہتر تال          ہیتہ چانے گلہ ماسوہ ندر مال

اہ مشہ نے سأری نیاے مدنو

ولو کرُ یو لو لہ متہ لاے مدنو

غوصہ کیا گوے رسہ رسہ ہیوت تھم ذُر          چأنی ذُورِ رَن یدنس کوٗرنم سوُر

کھتہ لجیوژ نے دِلس گراے مدنو

ولو کرُ یو لو لہ متہ لاے مدنو

پوشہ باغس دوہ تار ماریوم زھوہ          پوش بَر گأم بارس سَینم پوہ

سأری ارمان مینتہ نوذراے مدنو

ولو کرُ یو لو لہ متہ لاے مدنو

میٛون بالہٕ پان کھسہٕ وُن یاوُن میٛون
تتہٕ لاون اَدہٕ مٔشراوُن چون

کونار وُزہٕ دانہٕ میانٮ۪ نارے مَدنو
ولو کہٕر یو لوہٕ متہٕ لارے مَدنو

چشمہٕ بد دوٗر آسی نا حُسنک بوش
تھٔرأکی ہٕ چھ چھٔلی متی ساسہٕ بدی لوٗش

رُمہٕ رٔیشہٕ نے لوٚگ یوآرے مَدنو
ولو کہٕر یو لوہٕ متہٕ لارے مَدنو

یئنہٕ رٔوشتھ ووٚ پرن نِتہٕ گوٗ ہم
تنہٕ وٕنہٕسہٕ تے سوٚندرہٕ گیلان چھَم

لوٗکہ پامن تھاوٕ تھم جارے مَدنو
ولو کہٕر یو لوہٕ متہٕ لارے مَدنو

چون خطہٕ خال شوٗبہٕ وُن چال تیٚ ڈھال
حوٗرہٕ سورہٕ گیہٕ وُچھ وُچھ گیہٕ بے حال

سورُے عالَم لوٗچاوٕ زِھلارے مَدنو
ولو کہٕر یو لوہٕ متہٕ لارے مَدنو

دادِ چانے راتھ دوہ چھُس ریوان
زار وٕنٛ وٕنی عار پا چھُسے زٔنے ریوان

کَہٕ لوگُتھ بے پروارے مَدنو
ولو کہٕر یو لوہٕ متہٕ لارے مَدنو

---

ۓ اُکس مُنوِدس منز چھِ سیٹھ۔

کتھ وُنی وُنی دٲنجہِ کرٕی تھم آلی  رَمزٕ تیر وسینس ژٕ ٹھم زاآلی

زٕہر بٕرٕی بٕرٕی تیر مولاے مدنو

ولو کٔرٕ لولہٕ متہٕ لاے مَدنو

گوژھ نہٕ مہجوٗر بِلکُل مُشراوُن  چھُنہٕ دوستو آدَن راوٕراوُن

تَس چھُنے چاآئی زراے تے ترٲے مَدنو

ولو کٔرٕ لولہٕ متہٕ لاے مدنو[1]

---

[1] اَتھ چھُ بوہ نہٕ کنہٕ مہجوٗر صاٲبنہ اتھٕ یہ نوٹ درٕج

"یکم ہار ۹۸ سمہ بکرمی کو بمقام وترڈ مقام دودُر پر طبیعت مُتاثر ہوئی۔ ۲ ہار ۹۸ سمہ بکرمی کو غزل شروع ہو کر، ۷ ہار ۹۸ سمہ بکرمی کو ختم ہوئی۔

ابنِ مہجوٗر سُندٕ وَنُن چھُ زِ مرحوم عبدالاحد آزادس اوس یہ باتھ سیٹھا پسند تہٕ سُہ اوس دنان یہ غزل بوٗزِتھ آسہٕ رٔدُس میرِس قبرِ نِنھ نِنھ ژامٕژ"

ابن مہجوٗرن وَنُن چھُ زِ آزاد صاٲبس آسہٕ مہجوٗر صاٲبنہٕ تِمہٕ غزلہٕ چاوٕے۔ یہَن ٹارِ کھسان یَن ہُندٕ اکھ بندٕ ژورَن مِصرَن ہُند آسان چھُ۔

# ۱۵

خوش رنگ خوشبو پوشہِ وُن گلزارِ مُحبّت
بے ساز بے آواز وزان تارِ مُحبّت
زیُون سیتی باجو راج تھو وکھ تاج کلس پیٹھ
مےٚ تہٕ تالہِ پیٹھ ہیوت آدنکہِ دہٕ بَہ بارِ مُحبّت
پوشن چھِ ژٕ ٹان لوب۔ کنڈِن تارِ زالان کرُود
ینیتہٕ زندٕ روزان سےٚ چھِ نیس بارِ مُحبّت
غرضس تہٕ لوس گو کنہٕ دہٕ دمیوٗل آیس سیتی
کُس آسہِ سَیس غرضہ نِشہ بیوٗن ژار مُحبّت
یپارِ بوٗسہٕ تارِ گاہٕ ژواو وٕچھیتھ ناو
طوٗفانہٕ منزی اتھ ناوِ اپور تارِ مُحبّت
یُس کارِ نہٕ زانہہ گاٹہٕ سیتی اَندِ واتہٕ واراہ کال
اکہِ نظرِ سیتی سےٚ کار کرِ ژلہ لارِ مُحبّت

---

لہ بوڈ ِسر۔ ٹہ گاٹہ۔ یعنی گاٹہ جار۔

طوطس چھ ہیچھ ناوان کتھ وۄستاد میٚنتہٕ سان

ونہٕ منز ہیچھ ناوان چھ کس ون ہارِ محبت

دۄن بارہ نین منز پھاس تراوان نذہبک قوٗلوٗن

دۄن غارزانن میٚل کران گفتارِ محبت

پٔرزٕ لوولولن سور عالم پننہٕ پرٕ توٚستی

وزملہٕ ہندِ کھوتہٕ تیز چھے رفتارِ محبت

آو لولہٕ شیچھ ہیتھ واو صبحک تراو چمین منز

کوٚرپوشہٕ لنجو بوٚن ہمتھ اِقرارِ محبت

اَڈٕ وتہٕ لیوٚد تراوتھ منے ژلن میٚیانی آدن باج

ستی ستی اندس تام منے نشہٕ پرارِ محبت

گُل موٗلہٕ ناوان پان تھرِ پیٹھ دِل چھ پرِدس تل

گُل ژھارِ بلبل لولہٕ ہوٚت دِل ژھارِ محبت

تہٕ پادشاہن تاج پنن بخش فقیرس

بڈ کھوتہٕ واراہ بوٚڈ دۄچھم دربارِ محبت

مہجورِ موتس کیا چھ کھوژن موت چھ معراج

لۄ آفتابس لارِ تھوٚد تس کھارِ محبت

---

۲۸، ساون ۲۰۰۰ء وترڈ ڈالہٕ بل۔

۵۲

# وُزمَل

نازتنہٕ یم ووہٕ ژلہِ جامہٕ کمہٕ وُلیے    نوٗرٕ وزمُلی یہ پوٗرٕ ہاو پان

نوٗرٕ وُزمُلی یہ پوٗرٕ نازُ لییے

نوٗرٕ وزمُلی یہ پوٗرٕ ہاو پان

جلوا ہو وُتھ بیٹھ اَہرٕ گُلیے    شہرٕ تے گامہٕ گو شوریکھان

پرٕمیہٕ رٔس آگران وٕژھ کھٔےکھٕنہٕ بلییے

نوٗرٕ وُزمُلی یہ پوٗرٕ ہاو پان

زُلفکی پاٹھی چھی تہ پیچ ہٕلی ہٕلیے    کارِ پتٕ شوٗبان یارِ پیچان

سوٗ نہ ہارٕی متس وانکہٕ ڈٕلی ڈٕلییے

نوٗرٕ وزمُلی یہ پوٗرٕ ہاو پان

شامہٕ ژھایہِ اوٚبرٕ دارٕ جامہ ڈُلی ڈُلییے    وآریوٗ یتھ چھکھ پھیرِ تھ گرژھان

بنیہٕ چھکھ مائیٚن گرژھان ژٔلی ژٔلییے

نوٗرٕ وزمُلی یہ پوٗرٕ ہاو پان

درشن ہووُتھ پردَے تُلۍ یِیے      نَظرٕ اکِہ وُچھتھَن سورے جہان
پان ژھایہِ تھووُتھ بییہ وُلۍ وُلۍ یِیے
نورٕ وُزملۍ یِیے پورٕ ہاو پان
زنہٕ مُک سرٕ وۄنے کُمۍ گاٹِلۍ یِیے      ساوٕنِن کیٚت چھُنہٕ یہ سمسار جان
تۍ وُچھتھ ییتھ ہیوتُھ کمیٚبرٕ زُلۍ یِیے
نورٕ وُزملۍ یِیے پورٕ ہاو پان
جان نَے یہ عالَم زونُتھ زنگہٕ وُلۍ یِیے      پھیری پھیری کیاز چھکھ یورٕ کُن وُچھان
درسہٕ کُس لوٚب چھے کران مسولۍ یِیے
نورٕ وُزملۍ یِیے پورٕ ہاو پان
ہیرِ لوبہٕ نہٕ آگِتھ جامہ ووہ زُلۍ یِیے      اَتھ کیا چھُہ مانے یہِ کمیٚک نِشان
ناحق خوٚن مادرٕ ایکھ وُلۍ وُلۍ یِیے
نورٕ وُزملۍ یِیے پورٕ ہاو پان
انہٕ گٹہِ یِم مسافر وَترٕ ڈُلۍ یِیے      مَنزٕ مَنزٕ چھکھ تمن ژٕ وُتھ ہاوان
چانہِ مشالہٕ ہند گاش چھُنہٕ موٚلۍ یِیے
نورٕ وُزملۍ یِیے پورٕ ہاو پان

تھَرزَے پیٹھہٕ چِی نار مشعٲلی یےٚ گاش ہیتھ کُس چھِہَن ژیرِی ژھاران

ژھۄپہٕ ژھارِ ماچھکھ گنڈران ہاوٕلی یےٚ

نوٗرٕ وُزملی یےٚ پوٗرٕ ہاو پان

بأزی مہجوٗر تَس کرٕ ے ازٕلی یےٚ سیتی بأج رحمہٕ تَس آے غارزان

سوٗرٕ پھلی گنٛزرکھ تسند دوٗرٕ پھلی یےٚ

نوٗرٕ وُزملی یےٚ پوٗرٕ ہاو پان

۴۵

لۄ وٕنِ منّے چھِم چاَنۍ لولہٕ چھوکھ موکھ ہاوتو مارٕ متیٛو

رِینہٕ چانہِ ژلنَم غَم تہٕ دوکھ روٗخ ہاو تو مارٕ متیو

دِل میٛون گوڈٕ برمہٕ رود تھَن پتہٕ کیٛازِ دادس لوگتھَن

وعدٕ آدٕنکی لوکٕ سوخَن یاد پاو تو مارٕ متیٛو

ڈرایہِ سازٕ مَنٛزٕ آوازِ ناز لۄز تِھ ہَتھر پیٚیے عشقہٕ باز

بے جان امہِ سَازُک یہِ رازنُٕ ہِ راو تو مارٕ متیّو

چون رَنٛگ ورُٕپ چون خطٕ وخال ڈلشیٛتھ ژلان غم تے ملاَل

ظُلمکی تہٕ ستمن ہِنٛدی خیال مُشراو تو مارٕ متیٛو

ییلہِ مَس چھِ چاوان عاشقن پرٕ تہٕ پاں ہیُٕوے بَاسان کتِس

ژٕ تہِ پننہِ اَتھہٕ سُنے لولہٕ مَس منّے تہِ چاو تو مارٕ متیٛو

دِل میٛون لولہٕ نارس اَنٛدر ییٚژ صاف گوژ آئتھ کھوجرَ

وۄنی لولہٕ بازارس اَنٛدر موٗلہ ناوٕ تو مارٕ متیٛو

ژھکھ زِندگی بخشان کمَن ییتہٕ تازٕ کرتَن میؤن مَن

بے ہِس گوٚمُت شونگمُت چمَن وُزناوتو مارٕ متیٚو

ییٚلہٕ عقلہٕ کوٚر لوٚس جواب وٚوتھ شور عالم گو خرابَ

وُزناوِ دِمیتہٕ فِتنُک یہِ خابَ بیٚنیہ ساوتو مارٕ متیو

پوشہٕ نولہٕ سِندین آلوٚن گُل پانہٕ گُلی ژھاکھ آلہٕ دن

مہجوٗر سنز کتھٕ کیا لوٚن یَر کھاوتو مارٕ متیٚو

---

بوٚ نہٕ کنہٕ چھُ یہ نوٹ مہجوٗر صٲبنِس دستخطس مَنز۔

بروزن نعت شریف

از عارضِ تابان تو رُود مَہِ تاب۔ اے نازنین

۲۵۔پوہ ۲۰۰۰ ب آتھوار ۶ بجے شام

عری گوم

## ۵۴

روشہِ روشہِ چھُکھ ژلان پاے کرمیوٚن    بہٕ نو زرہٕ مدنو دوٗرہٕ پچھون
پٲری پٲری لگہٕ یو وٚندیو کرُون    بہٕ نو زرہٕ مدنو دوٗرہٕ چھون
آلہٕ ون میشانین چھُنہٕ تأثیر    چانہِ مِلہٕ ژارُک کیشا چھُہ تدبیر
وٚنتو کتھہٕ پٲٹھی سینکھ میون
بہٕ نو زرہٕ مدنو دوٗرہٕ چھون
شوقہ چانہ پانس کریوم پٲراو    مدنو اڈٕنو ہیوت تھم ناو
ضایہ گام ٲنزِ نم تہٕ مہربہِ تون
بہٕ نو زرہٕ مدنو دوٗرہٕ چھون
حسن دمہٕ دمہٕ رنگ بدلاوان    لول پرتھ رنگہٕ تس پرزناوان
پوش آے نوٗی نوٗی تہٕ بُلبُل چھ پرٛون
بہٕ نو زرہٕ مدنو دوٗرہٕ چھون

رٗودُم نہٕ پانس پیٛٹھ یختیار          تس پتہ دل گوم یُس چھُ بے عار

زوراوار پیوم ازلے لون

بہٕ نو زرٕ مسد نو دوٗرٕ پر چون

آدنک یار گوم تھاوِتھ آمہ تاو          کیا منٛے پھوٚلراوِم سونتک واو

دل چھا پوشہ ٹوٗرا سہٕ ناوون

بہٕ نو زرٕ مسد نو دوٗرٕ پر چون

دل ہٕ مہجوٗر تے چشم مخموٗر          نکھ نکھٕ آستھ چھ واراہ دوٗر

چشمو وچھ دلن دِلبرزون

بہٕ نو زرٕ مسد نو دوٗرٕ پر چون

---

مرٛحوٗم بھونکٕ خواجہ سیف الدین گنائی ین یِم پتہٕ کشیرٕ لوٗپبلکی ڈی آئی جی بنے یہ اوس اکھ غزل مہجور صابس نِشہ شیرٕ ژٲر باپتھ سوزمُت ۔ یہ غزل سنبوٗل مہجوٗر صابن تمہِ انمانہٕ زاکھ نوٗوُے تہٕ مٲری موٗند غزل پیٛر تھیٛو و ۔ اتھ غزلس پتہٕ کنہِ چھ مہجوٗر صابن یہ نوٹ ووہ زجہِ میلہِ منٛز درج ۔ (ٹ)

" اس غزل کے مطلع کا مصرع ثانی سال گزشتہ میں سیف الدین صاحب مخموٗر انسپکٹر بڈگام کو بطور مصرع طرح بغرض طبع آزمائی دیا گیا ۔ اُنہوں نے غزل لکھ کر پیش کی جو کہ درستی کے لئے زیرِ کار تھی ۔ وقتاً فوقتاً درستی ہوتی رہی ۔ آخر میں بیساکھ ۱۹۹۹ سنہ بک کو بہمہ وجود مکمل ہوئی ، جسم وہ ہے ۔ البتہ قطع و برید سے رنگ و روپ میں تبدیلی واقع ہوئی ہے ، جو قابلِ لحاظ ضرور ہے ۔

مہجور کاشمیری

خواجہ سیف الدینن اصل غزل چھ۔

فراقہ چانہ نوٗگُم زٕوٗ بہٕ گرٛون
بہٕ نو زرٕ مدنو دوٗرٕ بہٕ چون

بہٕ آسٕس بے کس و بے دست    فقط آسم مےٚ اکھ ہمتھ
ژٕ چھُکھ دِلدار دِلبر میون
بہٕ نو زرمدنو دوٗرٕ بہٕ چون

مےٚ چھا خبر کرٕم یآری    تیو لاکن ژٕ تجسُم خآری
مےٚ گژھہِ دہ نٕ یار آخر سون
بہٕ نو زرٕ مدنو دوٗرٕ بہٕ چون

بہٕ ییتھ کوہن ونن جنگلن    ژٕ آسی رات دہ پرزن
نبفش پلے پرژھان چھس چون
بہٕ نو زرٕ مدنو دوٗرٕ بہٕ چون

بہٕ آسٕس پاک وپاکیزہ    کرٕس عشقن بہٕ گرویدٕ ا
مےٚ ترٛوٗم تھوٗد قبیلہٕ کرون
بہٕ نو زرٕ مدنو دوٗرٕ بہٕ چون

مٔنے پھولمت چھم یہ ٹولک باغ ۂژ نے چھاوکھ منٔے روزہم داغ.

گجس مایہ بہ کاژ زون

بہ نو زر مسدنو دوٗر ہرچون

وٗدان رپوان بہ چھس آسان ذرا اکھ عار پچھے نا ایوان

ونان مخمور درد و ۂ دون

بہٕ نو رزٕ مسدنو دورہٕ رچون[1]

---

[1] غزل بملاحظۂ درستی دوست صاحب کے پاس پیش ہووے۔ سیف الدین مخمورؔ

## ۵۵

منہِ مَنزٕ گنٔے یم راے چاَنی ہاے مدٕ نو
چھُم تنٛیہِ لادان گرٛاے چاَنی ہاے ہدٕ نو
ہالولہٕ ژٕورو دولہِ وُچھِہَن چاَنی نیونم ہوش
میٚتہِ لو مشی زانٛہہ ماے چاَنی ہاے ہدٕ نو
پنہٕ نین ژٕ تے کتھو وکتھ وعدٕ ہیوٚ ڈھکٕ زٕ یاد پٕریٚن مَنٛز
وَن تو چھِ کو کُن ترٛاے چاَنی ہاے ہدٕ نو
کیٚنہہ بیٚٹھی گوشن کیٚنہہ ژھنڈان بالن ہٕتہٕ پانٛژالن
بٕ مرادان چھکھ ژھاے چاَنی ہاے ہدٕ نو
ترٛاوٕ شہٕر بتی نیر بس ووہٕ ژٕ متہٕ گامُن مَنٛز
مِترن مَنزٕ ے شٔوبہ جاے چاَنی ہاے ہدٕ نو

سُلہ گژایہ ماران ژھایہ یائٹھی ووت واد لوشن نِش

لوس یہ چھُ وگرا ے چاَنی ہاے ہۍ نو

تس کیاہ اثر کرِ شہتر گیلُن رمزِ لوکن ہِنٛدی

یس آسہِ لَلہ ڈۍ ذِکرا ے چاَنی ہاے ہۍ نو

مہجوٗر لوزان بسُے تین مَنٛز چانہ حُسنک شور

مَنٛز جنگلن ہوہ ہرا ے چاَنی ہاے ہۍ نو

لہ (۱) مترگوم (۲) یارن بنٛدر گام

# ٥٦

آیِنَ چھےِ میون زُوتے جان    مارِمتہِ وارِ وتہِ لاگ میٚون پٲن

سوکھہِ موکھہِ وآنِج چھَم مئے راوان

مارِمتہِ وارِ وتہِ لاگ میٚون پان

کالُک نار تےَ صُبحک سوٗر    شاہِ مُچ گٹہ نہیہ دراوک نوٗر

وچھ وچھ پوشہ ٹوٗری گے پریشان

مارِمتہِ وارِ وتہِ لاگ میون پان

تھزِ رس تھرِ پیٹھہ اوس میون اول    راتھ کُیٔت انہِ گٹہِ نبہ ترٛٹہ زول

وُچھہ باغوانن زولا جان

مارِمتہِ وارِ وتہِ لاگ میون پان

لولہ نار پانَس گوٚنڈ نم ہیٚرِ بون    امہ نار سِترِ تلہِ سُپنم سون

ولسہ کیازِ آسم دۄہ سراوان

مارمتہ وارو تہ لاگ میون پان

یس یہٕ آسہ پنہٕ نے من بیدار تس گیٖت چھ ہُوٗے پوٗہ تے ہار
بے ہوش منوش چھا پوش چھا وان
مارمتہٕ وارہ وتہِ لاگ میون پان

گل دپان حُسنس منز چھم کمال مشکھ تے رنگ چھُم زُلف تے خال
منے وچھتھ دزٕوٗن دِل چھ شیہلان
مارمتہٕ وارہ وتہِ لاگ میون پان

اتھ گُلس یٖژ کال چھُنہٕ ٹھہراو پتہ چھُس طوفان، ورزُن واو
خاکس ستی چھُس مِلہٕ ناوان
مارمتہٕ وارہ وتہِ لاگ میون پان

بلبلن دوپ گُلس حسن چھے پوٗر کیا ونے زلو چھے نہ سے چھے قوصوٗر
بے زبان ییتیہ چھنہٕ زندہ روزان
مارمتہٕ وارہ وتہِ لاگ میون پان

بوٗلن تہ نالن بنیہ دورہ دور گاہے نغمہٕ تے گاہے شور
اتھ دپان زندگی وارتھو ڈیان
مارمتہٕ وارہ وتہِ لاگ میون پان

گل یوان صُبحس گژھان شامس          بلُبل چھ پژاران انجامس

بلُبل چھُ خانہ دار گُل چھ مێہمان

ماژ متہ وارٕ وتہ لاگ میون پان

مہجوٗر ژٕ تہ بنَ سٕونتک واو          روشہ روشہ باغس کنُ قدم تژاو

ژٕ تہ گژھ نێندر رہتی وُزٕ نا وان

ماژ متہ وارٕ وتہ لاگ میون پان

## ۵۰

ساتھاڑ کھوژھراو دلدارٕ درشن ہاو
رَسہ رَسہ قدم تراو دلدارٕ درشن ہاو

کینہ تراو نیرِہ شرٕ سیٚدٕ تہٕ نظراکرٕ
سینہ بلہٕ ژلہٕ آمہٕ تاوٹاٹھہ یارٕ درشن ہاو

تیر جانٕ تیرٕ اوِم چھوکھ ماکانٕ ہاوم
تمے ساتھ ژتیس پادبلغارٕ درشن ہاو

چھکہ حسنہ کنٕ زردارزردارازکی خونخار
بے رحم آدم کھادبے عارٕ درشن ہاو

آمت چھہ ڈل برجوش پھولیمتی چھیٚس ہوش
زیٹھ یارٕ رَٹے ناوگیہ کارٕ درشن ہاو

لول ہیتھ یہٕ ژھاران یارسامان چھیم نہٕ درکار
تسبیح تہٕ کھورَن کھراوکیا ژھارٕ درشن ہاو

موگرٕ ژٕ خامَن یتھ زٕتہٕ ہَن ژٕ موٗ مار گتھ

شمعَس ژٕ لول آ باگراو پوٗختہٕ کارٕ دٕرشُن ہاو

وُتھی شال شہرَن ژٕ راے رٕٹ یہٕ ہوٗ پتھ ون چلے

ژٕ تہٕ نیرٕ نیری لوٗش چھاو اشہٕ تارٕ درشن ہاو

مہجوٗر چھےٕ گوٗ نہٕ ماتھ یتھ تہٕ چھس نال کا ہٕ ساتھ

لوٗس کرانٕ تلہٕ ترٕاو گرٕ تارٕ دَرشُن ہاو

---

۲۸-پوہ - بودھ وار - ۹½ بجے شب - آری گوم

[1] نوم ترنے بند چھنہٕ وُنیک تام چھاپ سپدی متی ر سہ

برکہٕ آم لوکچار
چشن کنوٗ تمہ خمار
وُزٕ ناو سوٗ تٕنگ واو
بہار درشن ہاو

موٗخت تے فوٗط بازار
بیوٗن بیوٗن چھکھ خریدار
پوٗختہٕ کار موٗختہٕ ہینہٕ ژٕراو
بہار درشن ہاو

وارسے ہینہٕ نے پوٗشس[1]
لچھہ بدی لاگس پوٗش
کراچھ پوٗشن کرٕاو
گلزار درشن ہاو

[1] پوٗش بہ معنی ذات - سنبھال

## ۵۸

بالہٖ یارس گاش وندٕ ناوس
سرترٛاوس پادن تل

وٕزھِ وٲنجہ حالِ دِل باوس
سرترٛاوس پادن تل

گرٛاوٕ کرٕ ہا سوٚنتہٕ کِس واوس
پیٚنہٕ چانہٕ پھوٚلہ ہوٚکھہ متی ڈل

چارٕ کرٛی زٕ ہے میٖانس آمہٕ تاوس
سرترٛاوس پادن تل

لولہٕ نارٕ کس دزوٕ نس الاوس
کھسہٕ عاشق تہٕ درِ تس مل

اِدٕ روزہ س نہٕ باقٕے ہاوس
سرترٛاوس پادن تل

ییر ترٛاونس منز ڈری یاوس
وٛیٖرٕ گنڈٕ تل کوٚرنم ژھَل
بٔنٛد کٔرتھ گوم لأجنس چھاوس
سَر ترٛاوس پادَن تل

سأل متی ہے ڈونگہِ پأراوس
مأل وُچھنے نمن اَچھ وَل
بولہِ مَس کھأسی ئبری ئبری تھاوس
سَر ترٛاوس پادن تل

یوٚسی مرگہِ ہندی سَبزار ہاوس
ووتھراوس فرشِ مخمل
نیلہِ ناگچہِ گلہ بولہِ ناوس
سَر ترٛاوس پادَن تل

پأن ژاد راہ چیٚشمہِ اتھہِ ترٛاوس
مشہِ راوس نشاط اہر بل
بٔنیہِ کیاہ چھُم تی تھکہ ناوس
سَر ترٛاوس پادن تل

---

ل چھرٕ بلہِ تلہِ وٚنیتھ ہیٚنٛد گنڈ۔ وپرِ چھ انگریزی پأٹھی گنڈ ہے وَنان۔

ہکرِ[1] یاپجے لبرِ ذری یاوس
سنگرُوٗنی[2] نتہٕ ناگے بل

پلیٹھ تھزرِس نظراہ تراوس
سرتراوس پادن تل

سینٛدِ بُٹھی بُٹھی نے وایہٕ ناوَس
ناولاگس[3] مانَس بل

وَعدِ آدنگُ تتہٕ یاد پاوس
سرتراوس پادَن تل

یار ژوڈِرِ ناگہٕ ہواَوس
روشہٕ پأٹھی مابیوٗٹھ ہا ژل
گوشِ[4] ژڈی نم بہٕ لوگنَس داوس
سَرتراوس پادن تل

۱ :۔ پکھر لوپرنِشہ ون آرِ۔
۲ :۔ پکھر لوٗپری طرفَس اکھ خوٗبصوٗرت جنگلی گام۔
۳ :۔ پچھیٛمِتس کلامس منز چھُ یہ مِصرع ییٚمہٕ آیہِ" ناوژانسَ مانَس بل"۔
۴ :۔ گوشِ چھ کأشرِ پأٹھی "نظارس" ونان۔

آرِ گامِہ[1] کس آرِ ہواوَس
ہیٚژورِہ نین بوہ نین تَل

یِیہِ دِلبر ہی یَہ وہ تھراوس
سر تراوَس پادَن تَل

---

[1] آرِگامِہ کِس قیامَس منز آسہِ ہیچوٗرن یِمہِ بونہِ لاجمٕژ۔ یِم چھِ آرِ بٔٹھس پیٹھ وہ ذٕ بجِہ گمٕژ۔ یِمَن چھِ لُکھ وُنہِ "ہیچوٗرنہِ بونہِ" وَنان۔

## ۵۹

کو وُچھاکھ مٔنے ترأو تِھ ژلان ٹاٹھِ یارو

گو وُچھکھ ژ وعدٔ سٕس ڈلان ٹاٹھِ یارو

وٕنتھ لولہ گُفتار ژٕ نے ترِ عارانٕہ ہے

ژٕ یہٕ ڈلیشتھ مٔنے زٕ لو چھم کلان ٹاٹھِ یارو

گژھم وارِ ہن ہن مٔنے امارِ چھا سٕنے

مگر لول نو چون گلان ٹاٹھِ یارو

وٕنکھ ماژِ میٔ آہِ درد کی غُبارن

توٗ سٕے گُمہٕ چھُے بتھ چھلان ٹاٹھِ یارو

حکیم لٕس ژِ آسکھ تٔس موت کرکیا

سٕہ بیمار زانِہہ نو بلان ٹاٹھِ یارو

چھِ شہمار گیسوٗ ولتھ نال دوٗرٕنے

یِم آسن دوہ دٕس منز پلان ٹاٹھِ یارو

اَکی شکلِہ پھۆلۍ مِتۍ وُچھِم ساسہٕ بَڈۍ لۆپش
زٕ اِنسان ہٕہی نور رَلان ٹاٹھِہ یارو

چھ کرنٕ ند بآنۍ کانسہ سیٚنۆ د روے ہاوان
توے آبہٕ مَنٕز زٕون الان ٹاٹھِہ یارو

چھُ مہجَور یۆڈ وے وُچھان نازنیٖن
تمُسٕ نو چھہٕ دِل تنبہ لان ٹاٹھِہ یارو

## ۶۰

آدنہٕ چھےٚ کیتھٕ یاد پاوان پاوان    دِل میٚون راوان راوان گو

ولہ سوٚ خنن کنٛ تھاوان تھاوان

دِل میٚون راوان راوان گو

نو نو راوان پژون مشراوان    پوشس تی باوان باوان گو

سنگ دِل باغوان رنگ گنزراوان

دِل میٚون راوان راوان گوٚ

رووِتھ تارِکن تہٕ زُونہ وزناوان    پوشن ساوان ساوان گوٚ

ہیٚراوِن حُسنٕچ پھُلیا ہاوان

دِل میٚون راوان راوان گوٚ

سُلہِ ذراو باغہٕ منٛز شبنمُک کاروان          دارِ اوٗشس ترٛاوان ترٛاوان گو

پوشہِ وتھرَن پتوکنیا زِوزِ ناوان

دِل میٚون راوان راوان گوٚ

پوش اوس جامن تٕہ کرِناوان          نازِ تَنہِ ناوان ناوان گوٚ

ناوتھ میثرِ پیٹھ لَر گو ترٛاوان

دِل مینٛون راوان راوان گوٚ

سونتہٕ ذراو بُلبُل لول پرکھاوان          گلزار چھاوان چھاوان گوٚ

ہر دُک واو چھُس حبہٕ ولسہٕ اوان

دِل مینٛون راوان راوان گوٚ

مہجوٗر لولہٕ مَس آو باگراوان          سارِنے چاوان چاوان گوٚ

یِی تو ردیت مس تی چھُ ورتاوان

دِل میون راوان روان گوٚ

---

۱۱ بجے شب۔ جمعہ ــ ۷ ارہجادون ۲۰۰۱؁ ــ آری گوم۔

شبنمس باغہ منز کُس چھ ژُلہِ راون          اوٗش کیٛازہِ ترٛاوان ترٛاوان گو

پوشہِ وتھرن اوس گوٚب نیٚندرِ پاوان

دِل میون راوان روان گوٚ

آدم زاد آدنیاسے انزراوان          گاٹہٕ جار ہاوان ہاوان گو

پانے چھُ نین پان مارِ ناوان

دِل میٚون راوان راوان گوٚ

(ریٖم بند چھنہٕ ونیگ تانی چھاپ سپدیٖمتی۔)

ساقیا آباد رُوزِن تا ابد مے خانہٕ چون
آفتابکی یا ٹھی ترِ زلِن دَم بدم پیمانہٕ چون

تیلہِ لَبکھہٕ نزدیکھ پوشِن جاے گلزارس اندر
نیٚنہ گنٛڈیٚلیہ پوشہ تھرِ تَل روٗٹ کنڈ یُودانٛچون

چانہٕ ہمہٕ محرابِ مسجد روے چون شکِ صنم
دون اچھن تَل جلوٕ گر چھم کعبہ تے بتخانہٕ چون

شامہِ زنعایے واو گرایے پوشہٕ وٚتھرا پیوٚتھر
پان زِندَے زالہٕ نک ووٗت پونپرس پروانہٕ چون

یم زِ یوٚد باہم رلَن اد کوہ الَن سنگر ڈلن
دردِ ہتی یم مینیاد آلوسازتے سامانہٕ چون

سروکِجہ بیٛھہ اول او سم ترٛیٹہ لولہٕ چہ کوٚر فنا
خانہٕ میون برباد گو آباد اُسن خانہٕ چون

ے پوشہ بنجہ بیٛٹھ

جنٛگہ مَنٛز مرنکٕ ژیوٚہُنیا لوٗسَ اندر ہر دَم مرُن

جنٛگہ کھوتے زیادٕ ذرٕ دگ پیوٚ عاشقَن یارٕ نٕہ چھوٗن!

ژاأر چھِنہٕ پنہٕ نن تہٕ پَردٕ بن دینٛدارن کافرَن

لولہٕ والین سارِنٕے کیٛنُت ووٚتھ چھُ دسترخانٕہ چھوٗن،

تازٕ غزلاآو ہیتھ مہجوٗرکَن داآریتھ[1] ژٕ بوز

نوٗکتہٕ زاآوِلی بوزٕ ناوان گاٹہٕ لین دیوانٕہ چھوٗن

---

[1] تھاأدِتھ

## ٦٢

للہٕ ناون ژھایہ تھاون زانہہ تہٕ کرتراون یہ بول

پوشہٕ کھوتہٕ چھُم زیادٕ آوُنُل جانہٕ کھوتےٚ یژموٕ لول

شالہٕ مارِ ہنز پوشہٕ تھَرِ پیٹھ لولہٕ نےٚ ٹھہراوُن

وَرنہٕ وآرانس اندراوس گنٹٚڈی زنڈس تَل میٚون اول

پھوٚج بہارس مَنز یمبرزل کاژِ کہٕ پھُوٚل کوٚنگہٕ پوشس

ونتہٕ ووٚہ ژیٚکیاراوٕ رووہ ہرٚدن تہٕ سوٚنتن کیاسہ ستٔنبوٚل

لالہٕ گوپاس کریا زاہ مال و دولتھ تولہٕ بار

ژٕ تہٕ سستی بھامایہ ہندی پاٹھی لال ژُراو تہٕ لول تول

کالہٕ وونمس پَنٕنہٕ حُسنک اکھ نوٚمونہٕ ہاوتم!

سُبحَدم ینٚلیہ مالہٕ پھوجہٕ دُیٹھ نم جوابا گوٚل موٚل

میانہٕ کُنہٕ کنتھہِ چھےٚ نہٕ باوَر رحمہٕ نشہٕ چھُک بےنیاز

صاف وٚونمے ماف کٔری زنم چھُکھ ژٕ دِلہٕ کِنز پُلسہٕ ووٚل

اَکھ بوٚچھ اکھ نفسہٕ بایتھ[1] ژوٗر تَس بخشن نہٕ زانہہ

ہاٚر خسرٕ چیتھ مارٕناوان ساسہٕ بدٚی نکھ دٚیارٕ وول

میانہِ کتھ ورگس کھسن لگہِ زنگ میانن آوَن

عاٚرتس[2] غاٚرتھ ییٚن بنیہِ زندٕ روزٕن زندٕ[3] کول

ژوٗرِ گرِتھ مہجوٗر دانکہ پاٹھی للہٕ وَن لولہٕ نار

سے بیس شیٚہلاوِ دِل ییٚمی یاین اُندری نارٕ زول؟

---

[1] ابن مہجوٗر بسندٕ یادداشہٕ کنہٕ چھ یہ اشارٕ مرحوم خواجہ سیف الدین سابقہ ڈی آئی جی پولیس کُن یُس مہجوٗر صابن قریبی دوس اوس

[2] خون

[3] اشارٕ چھ مولانا شمس الدّین حیرت کاملی مرحوم تہٕ ماسٹر زِندٕ کول آجہنہ نیس کُن۔ حیرت صاب اوٚس کاشرِس کُن کمہِ ییٚہن رغبتھ کران۔

بودھ وار، ۸ بجے صبح - ۱۴ ربیاکھ ساتنہ ۲۰ ز

آرزگوم

## ٦٣

جانانہ ژٕ نے کٔتی جان جان سامانہ بنأوم

ہیہ پوشہٕ وتھرٕن آیلسین پیمانہ بنأوم

اِشارٕ پاٹھی یوٗد ذرا کوٗر تھ اِنکار یا اقرار

لولہٕ چانہٕ یمہٕ نے دوٚن شین[1] افسانہ بنأوِم

باہبہ مِیانہٕ جوٗشکھ آسمان کھوٚت رُود بُنتھ آو

یِم قطرٕ سماں گئے تمن دردانہٕ بنأوم

از چھس بہ تمَن شٕنہٕ یہَن گلزار بناوان

اَز تام یِمَن پننہِ اَتھہٕ وآرانہٕ بنأوم

آیوس زٕ نمَس باغ چھاوٕنہٕ وَہم غأیِب گوم[2]

پننہٕ نے خیالکی پاپنہٕ سے زولانہٕ بنأوم

بُوزُم چھُ ساقی بأگراوان پننہِ وطنک مَس

تمہٕ شوقہٕ نوٗی کھأسی نوٗی بانہٕ بنأوِم

---

[1] کتھن

[2] آزاد اوسُس باغ چھاوان وہم غریب گوم

دأرِ تھ ہَم چھُنہٕ کینہہ تہٕ میلان دأنہٕ پھیرتھ گے[1]

دُراس چھوٗلدِ تھ جامن منٛے زٕھوڈ داماہ بناوم

اِنصاف واوِ کی پاٹھی وٕسنز اوسس وُنِس تام

لوگُم کنَن منٛز بازرَن دُکانہٕ بناوِم

کیٚنہہ خام طمع رام کرِم کھنڈٕ پھلو سِتی

ہأوِتھ خوٚداکینہہ ساد دِل دیوانہٕ بناوِم

یارن تہٕ بایَن ہنٛز ژٕھ چھُس ساتھ گزراوان

دینداراٚ اَستھ پنٕنہٕ گرِبت خانہٕ بناوم[2]

مہجورٕ مس چون حسہ چھُ پھران مست وہد ہوشن

اَمہِ چانہٕ مسک جابجا مے خانہٕ بناوِم[3]

---

[1] گوڈنکی ترٛیے شارچھ کلامِ مہجور حصہ (۱۰) ہس منٛز چھپے متی۔ باقے شار چھ پیامِ مہجورٕ حصہ (۴) رس منٛز درج مضمون تہٕ اظہار کِنہ زِنگہ موٗجب زونٛ آرسہٕ مناسِب زِسوٗرے باتھ گرتھ پایَس منٛزے درج سپدِن۔ اصٕل مسودس منٛز چھُ اندتھ مقطع ایٚمہِ آیہِ لیکھتھ۔

مہجورہ ازچھکھ مُسی تیا ہاوان زِ شوخسن منٛز

یم بوز ناوِم راوی تم مستانہ بناوِم

[2] مہجور نہ اتھ چھُ اکِس شایہ درج ـ "۲۰۰۱ بکرمی کے بعد لکھاگیا"۔

# ۶۴

داوس بہ لاجس بالہ یاری سیے

ناوس بہ نگہ سَے پٲری پٲری سیے

تھاوس بہ پیالہ بُری بآری سیے

ناوس بہ نگہ سے پٲری پٲری سیے

فندہ بازن واجنس مدہ لاجنس زن زالہ گل

کرَ بہ ڈیشن حال باوس وارہ باوس زخم دِل

پاوس ژہ تَس سوہ یار مآری سیے

ناوس بہ نگہ سے پٲری پٲری سیے

مارِ مُتی پسندہ حُسنہ نشہ اوس گل تہ بُلبُل بے خبر

واش زُلفن یام کوڈتھی مُشکِ اَدفر گو نہ بر

داوس تہ آیہ اَنہ وآری سیے

ناوس بہ نگہ سے پٲری پاری سیے

میون کریہ یسالہ چشمن منز کرس بٹہنگ مقام
شوبہٕ درشن دارِ پیٹھ شاہانہ تمی سُند انتظام
ہاوس پنٕنی خانہٕ داری ییہے
ناوس بہٕ لگہٕ سے پاری پاری ییہے
باٗلی ونتس نیرِ سالس پھیراز میانہن وتن
تیٖلہ ییاییلہ آسہِ خاکس تہٕ ستی ریشمٕ ہیشی آٗنتن
راوس بہٕ ژھارکم کیاری ییہے
ناوس بہٕ لگہٕ سے پاری پاری ییہے
ونہٕ منزٕ یارس دِلک روداد کیا نیر ہم مُدا
پانہٕ گرژھہٕ تس یار سُند گرِ شامہٕ تتیٖ لاگتھ گدا
باوس بہٕ رازِ دِل ساری ییہے
ناوس بہٕ لگہٕ سے پاری پاری ییہے
کٔلی گرژھن کوستوری شراونہٕ بدلہ گُلزارک ہوا
لولہٕ سازس تار ادِ کُس چار مہجورس سِوا
کاوس ژہٕ ونتے ون ہاری ییہے
ناوس بہٕ لگہٕ سے پاری پاری ییہے

## ۶۵

# تبرِ چھوکھ

ہاٹاٹھِ یار وبوز کلہٕ پٔنیٹھی منٛے تبر گیٚم
کِتھٕ پاٹھی گیٚم کر گئیم ادٕ کر خبر گیٚم

مشتاق اوس سُنگُلن شمشاد قدس کُن
اَتھی مَنٛز منٛے ہرنن رُوسی کچَن ہنز نظر گیٚم

کنٕنہٕ ڈرایہِ کیٛاری آیہِ وچھُم کو نہٕ سہ رفتار
زخماہ منٛے تھاوِتھ للہٕ وُن ترٲوتھ تھَپھر گیٚم

کشہِ سان لاران آیہِ تبرِ تیرِ قضا زَن
گیٚہ تبرِ کرَتل ٹُوپہٕ کلَس پیٛٹھ سِپر گیٚم
ادٕ کھشہِ ترٲوِتھ گوم سٲوتھِ فرش خاکس پیٛٹھ
چھوکھ آم سنیٛہ وُن تالہِ پیٛٹھی خونٕچ لہَر گیٚم

بے ہوٗدٕ آسیٛہ مَن شاخ کڈٕ مِتی مِثیٲنی دِماغن
آیہِ باچھہِ تبراتیز تھٔلتھ سر بسَر گیٚم

دۄپ نم منے چانہٕ یارٕنگ اوسم نہ کاںٛہہ خیال
بے اختیارٕ اگنیژ کہٕ ہیٛرِ تھہٕ تَبر گیٚم

اکِہ اتھہٕ لوٗین ضرب تے بێیہ اتھ گرم ژٲچھ
اَتھ پێٹھی ٲری یارٕ سنٛز ہاوِتھہٕ ہُنَر گیٚم

مہجوٗر چھوہ کہٕ لَد بُلبُلا نالاں کُلین تَل
ژٕتہِ وُچھِتھ ووٗنی بالو لیوٗشس کاںٛہہ کسَر گیٚم

---

[۱] گیٚنژ :- اچانک - اتفاقن

[۲] نوٚم ترٛنے شار چھِنہٕ اصلہٕ منٛز نقل کرنہٕ آمتۍ

پوشید تھاویوم زخم خوٗن تھوٚنہٕ کھٹتھ راز
تماشہ گیر آیہِ وُچھنہٕ بیلہ اڈکرِ کھہٕ نبر گیٚنتیٚم
ترٛپان اوسُس رٲتۍ راتس خوٗن جاری اوس
سہ ڈاکٹرن چاکھ، بیٚکھے کار گر گیٚنیٚم
للہ وان اوس زخم، پٮ۪ٹھہٕ آم بیاکھ مُشکل
آدکار نبکل کار پێٹھہٕ، پتہ نار وبشرَ گیٚئیم

◦ کار نبکل؛ کاشرِ آ پاٹھی پننہِ پوکھہ

## شانِ نزول —— (۲ ماہ زیٹھ سنہ ۲۰۰۱ء)

مہجوٗر صاب آسی لرِ خاطرٕ وٕنس منٛز پکر کڈٕ نادان۔ ناگاہ ژٕجِ اکس تبَردارس اَتھہٕ منٛز مکٕژ ہیٛرِ تھہٕ یوسہٕ مہجوٗر صابس کلس پِتی کِنہٕ آیہِ۔ زخم اوس شدید۔ خوٗن گوو سخت جاری تہٕ شہرٕ پێٹھہٕ پیوو ڈاکٹر منگہٕ نادن۔ مہجوٗر صاب رُدی تقریبن ڈوڈ ژس رتس بیمار تہٕ کھونٛدس پێٹھہٕ کھوٗنٛد۔ اُتھی جایہِ دراو تمن پننہِ پوکھر۔ یہ نظم چھ اُمی پریشان زمانچ یادگار۔

# ٦٦

ساقیا ٕمژراو برژ مینخانس  پلے بوز کے تھاوزمانس سٕتی

کھے کاس شیش تہ بیہ پیمانیں  پلے بوزلے تھاوزمانس سٕتی

مس کنن تروو کھ پرٹھ دکانس  کھوس لوگ پژرتھ مستانس سٕتی

رٕد کیا باتے ساقی وانس  پلے بوزلے تھاوزمانس سٕتی

کیا سنا حاصل آو ڈیڈی وانس  وٕیر تمٕی تھوو پروانس سٕتی

صبحس کرکیا اتھ شمعدانس  پلے بوزلے تھاوزمانس سٕتی

گتھ کران اوس عشقہٕ آستانس  تہِ گیٕم زان شیطانس سٕتی

دوٚپ نم سجدِ نسہ کرٕی زانسانس  پلے بوزلے تھاوزمانس سٕتی

کس گراِتھ روٚٹ عشقہ پیچانس  ہمسایس چھ رٹان پانس سٕتی

پانہ پھولہ زک دیہ بیہ سندس جانس
پلے بوزلے تھاوزمانس سٕتی

موٗمانیہ واوسس نِشہِ سلیمانس ریٖنے کرد ب پہلوانس سۭتۍ

وَنتہِ زر دارس تس نادانس

پے بوزِ لے تھاوِ زانس سۭتۍ

آزآدی پیچ سارسے جہانَس روزِ کُس عہد و پیمانَس سۭتۍ

محکوم کیٚہ کیشا دین وایمانس

پے بوزِ لے تھاوَ زانَس سۭتۍ

عاشق کیٚہ کیشاہ لولہ ارمانس کوٗت کال روزِ یارانس سۭتۍ

دوہ ژ زینہ عاپح راے جانانس

پَے بوزِ لے تھاوَ زانس سۭتۍ

دوہ تارِ ژھوہ مارسازو ساماس بتہِ پَھچھے کأم طوفانس سۭتۍ

ژکھ بنَ چانِس اتھ دیوان خانس

پے بوزِ لے تھاوِ زانس سۭتۍ

بُلبُلَن وقتہٕ اکہ وَنیو وباغوانس کیاہِشرٕ چھُے گلستانس ستی

گرٕتھ پیٚر قبضہٕ کَرٕ کنہٕ وآرانس پے بوزٕ لے تھاوٕ زمانس ستی

مہجور پھُٹیرٕ دوِان لولہٕ افسانس

موٚت گوٚمت پنہٕ نِس ترانس ستی

یمہٕ کنتھ کرو ہیٚن کاٗنسہٕ غارزانس

پے بوزٕ لے تھاوٕ زمانس ستی

---

لہ یہ آتھ چھُ کلام نمبر ۱۱ہس منٛزٕ تہٕ درج مگر اسہٕ باسیوو زٕ سوٚرے ۂتھ گرٕتھ پیایہٕ منٛز مناسب۔ لوٚم نٕ شار چھ وُنیک تانٛ چھاپ سپدنے رۆدی متی۔

یہ مزٕوٗر کیا کرِ پنیو کنتھ دانس خۄ جہ رٕ دٕ ژیر تام وانس ستی

دا پنہٕ ناانصاف ناانسانِ پے بوزٕ لے تھاوٕ زمانس ستی

۹، سادن ۲۰۰۰ء ر (ب) ترسِ وار، سرینگر۔

# ٦٧

جانانہٕ بہٕ دیوانہ کورُس حُسنِ کمالَن

وأرانہٕ پتہٕ وأرانہٕ پھرِوُس چأنی جمالَن

چھُھنہٕ ناتوانن کانٛہہ تہِ واتان دادوفریادَس

کَن کونہٕ تھاوان بُلبُلَس گُلِ آلہٕ وَن نالَن

بے تاب مَسالاگ وقتَس ہیٹھ چھُھ پھولان باغ

چِھنہٕ پوشس پرٛاران چمنہٕ کیٚن سالَن تہ سوالَن

نیہہَ گیہِ ڈگوس بیدارکَرَن کتٔی چہِ بوٗلُن گوم

زونُم منّے وٛندہٕ سوریوو پرتَوتروٛ وسونٛتھ کالَن

چِھنہ عأشہ متِن سیتِہ رلان دأدی لدٕ غمگین

مَنٛز پوشہِ چمنَن جاے توَے رُٹنہٕ گُلالَن

ژرے وَنتہٕ بلبلین اَتھہٕ رۄٹ کیتھہٕ پاٹھی کرن تم

پیٛنہٕ ہنوا کھوٗ ستی یمہٕ پٔنٛن پان سنبالن

پُستی منٛز کھار پان بستی لاگ تھز رس بیٛتھ

گوڈٕ آفتابک گاہ چھُہ پیوان شنگرن بالن

گو صاف تاثیرتھ عالمس منٛز ظُلم چھُ لامذہب

تُل بارِ پنٛڈ تھ کلمہٕ پران نوٗر جمالن

کتِہ آو صُبحک وادِ نیہِ گتہِ کیاز باغس ژاو

رو شہِ رو شہِ لِکان تُکھ چھکان پوٗشہ مالن

رۄدُم اچھو نِشہِ دوٗرسے یُس مُلکِ منٛے ہو تمت اوس

دۄن مَس پیالَن لوکہٕ کین دۄن مولہ لین لالن

خارا تھ حُسنک مارِ موٗت ییلہ باگراوان ذراد

سیٛود ساد کنٛن لال نخشتن پوشہٕ گنڈی زالن[1]

[1] یہ باتھ چھ کلام مہجور حصہ نمبر دٕہس منٛز تہ شامل۔ البتہٕ زیر حوالہ تہ امہ برونٛہہ ژشار چھنہٕ پیام چہ نظمِ منٛز باقی صف )

مہجوٗر ییٚلہ آزاد گژھتھ نیر باغس کُن

پوشہِ نوٗل واین باجہِ زالن پوشہِ مشالین

---

(بقیہ حاشیہ صفحہ ) شاملِ۔ یہ آیہِ موضوع تہٕ رنگہ کہ مناسبتہٕ کِنۍ پیام سۭتۍ مَنٛز درج کرنہٕ

۲۱- پھاگن ۲۰۰۱ آتھوار ۱۰ بجے شب ۲۰ آری گوم

## ۶۸

ژٕنے یَتھ دِلدارٕ بنٕزرٲدم جوٲنی
مےٚ دوٗرم سینہٕ بوٚندوقن تہٕ توپھن
خبَر چھا دُشمنو کیا کیا ووٚنے میثون
یمِے آسی میٲنی دُشمن چھٲنی بدَخواہ
ژٕ میا نین بدخہن ستی جورِ باران
رِشتٕری نالان مِترٕی سارٕی پریشان
ژٕ تتس پاوآدٕنی تِم وعدٕ سارٕی
یہٕ چھُس دوہہ کھوتہٕ دوہہ سیدان پامال
ژٕ تتس پاوناپسندِ یم کار آسی
رُٹکھ یم تیرِ مژگان قتلہٕ نشہٕ یتھ
زٕمینک راج ییٚنہٕ روٚٹ کامہٕ دیون

فناژٕ یئے یَتھ کرٕم مےٚ زندگٲنی
ژٕنے مارٕ وزٕ ژٕ تتس میٲنی جانفشٲنی
دِلَس منٕز پٲدٕ کرٕہے بدگُمٲنی
بنیمتیٔ ازِ تمے چھٲنی یارِ جٲنی
یہٕ چھُس للہ وان وُنہٕ تِم زخم ژٲنی
شوٗبیا یژھ لولٕ شہرس حُکمرٲنی
تِم آسیا وعدٕ کٕنہٕ آس قصہٕ خٲنی
یہٕ چھَم امہٕ چانہٕ لوٚلچ میٚہربانی
تِمے کار چھُکھ ژٕ کرِ ناداں عیاٚنی
چھِ یِم ہاوال غریبن پہلوٲنی
وُچھن زتہٕ نوتہٕ ہیٚوت تتہٕ آسمٲنی

مُقابلہٕ اکھ اُکس ٹھُہرَن تہِ کوٚت تام
یہ طاقتھ چھُون تےَ مشیأنی ناتوآنی

دَنے کیا کَم چھِہ جابِر کَم چھِہ کمزور
چھِہ یِم "مظلوم" تِمےَ ظاٰلم چھِہ جاٰنی

بیان کرِ کیٛا لیکھتھ کیٛا تھاوِ مہجوٗر
سِتم چاٰنی یاد چِھہم ساٰری زباٰنی

لہ یہ شار چھُہ وُنیک تام نشایع سَپُدمُت

دُچھان لوٗکَن بجُھان یِم زُلفِ شِہمار
یِمَن تھوٗمُت چھِہ نے حوٚسپنٛخ پاسباٰنی

۲۱ ۲۱، ژیٹھر ۲۰۰۶ء ب۔ ژنڈ ردار۔ ۸ بجے شام۔ ٹینگرکدل

۶۹

# آزادی

بُلبُلا آزاد گرِ ھنَس چاوبر   پوشن کرٛاو کرِ چھاؤ گلزار

پنجرس سلام کرِ نیرامہ نِشہِ نیبر

پوشن کرٛاو کرِ چھاؤ گلزار

بولان اوسکھ پنجرس اندر   کھوٗژی کھوٗژی اوسکھ کران گفتار

حالِ دِل صاف وَن ووہ ن کو ہند چھیے ژٕنےڈر

پوشن کرٛاو کرِ چھاؤ گلزار

پنجرس منز خوراکھ اوسے ژٕنے میسر   پھیر سبزارن ووہ ن پھل دانہِ ژھاے

آزاد روزِتھ کم کھیون چھ بیہتر

پوشن کرٛاو کرِ چھاؤ گلزار

آلوس چانس اوس دَردک اثر   مشتاق تتھ اسی کھلہِ جانہِ دار

آواز اوسے بشدہِ گی ہنٛد پھہپھر

پوشن کرٛاو کرِ چھاؤ گلزار

وۄنۍ کوٚت کالا روزکھ وُٹھتھ پَر    کڈ پکھن واشس نیرو وُچھ سمسار
آزاد چھُشو کر گُلَن کُن نظر!
پوشن کراو کر چھاو گُلزار

چمنکہِ روداد نِشہِ چھُکھ بے خبر    نوٚی نوٚی پوشس آے بے شُمار
پرانہِ کتھہٕ مشراو نوٚی نوٚی ترانہٕ پَر
پوشن کراو کر چھاو گُلزار

مہجور مُشراو بندگی ہنٛد کمر    ییتہِ یور ووٚنۍ چھُکھ ژٕ خود مختار
دِل چھُے حاکمِ زٕلو چھَس نوکر
پوشن کراو کر چھاو گُلزار

لولہ ژٔو رومیون دِل ژٕے جان ژٕے جانانہٕ ژٕے

راہزن ژٕے رہنما ژٕے راحتک سامانہٕ ژٕے

مارٔی مَنٛدِ کتہِ آکھ ہیوٕ کانٛہہ چھُے نہٕ سمسارس اندر

یا کھوتک پاتالہِ اندر یا وۄتھک اسمانہٕ ژٕے

دِہی کٔر تھِ بٔیون بٔیون ژٕے ہو وتھہ پان برمہ رُوو تھ جہان

اۄبر ژٕی دٔری یا تہِ ژٕے ہٲنگنی تہٕ ژٕے دُر دانہٕ ژٕے

چھکھ بنٲئن ہنٛدی عآب گنزران چھے نہٕ پانس کُن نظر

جان چھکھ گاٹُل بکن کیٛت پننہِ وزِ دُردانہٕ ژٕے

کَس کرٲن چھکھ پوشہِ پۄزا کور کُن لا جتھ نماز

بنٛدگی کرٕ پانٔی پانس کعبہٕ ژٕے بُت خانہٕ ژٕے

کیاز چھکھ موحتاج کلہٕ والس تہٕ پیالس کُن وچھان

مَس تہٕ ژٕے ساقی تہٕ ژٕے پیمانہٕ ژٕے مے خانہٕ ژٕے

لاگٕ پانَس پانہٕ گتہٕ رٔنٛزٕ سوزٕ پٕنہٕ نے زال پان
نار چھُکھ ژٕے نوٗر چھُکھ ژٕے شمع ژٕے پروانہٕ ژٕے

غم تہٕ شادی نیکھ تے بَد یچھ تہٕ رُت سوٗرے خیال
اضطرابُک داستان ژٕے راحتُک افسانہٕ ژٕے

ہیتہٕ گرٕ مہجوٗر کوٚ بدنام کوٚر تھٕ حناخواہ
ہاژٕ کیٚا اِلزام کیٚا ننٕہٕ وانہٕ ہاژٕل پانہٕ ژٕے

۱۷

# نالۂ کشمیر

تبنہٕ لاوان پوشہِ نوٗلن بُلبُلن گُلزار میٲنۍ
سنبہٕ لاوان رٲوی ہتی دِلِ آبشار سبزار میٲنۍ
عالمکی بیمار گرٕ میون آسے واپس گئے بُلتھِ
ژلیشہِ ہتی پیمتِ وتن پیٹھ زُود دِوان بیمار میٲنۍ
بہٕ تہِ بیٖٹھے اوسُس نہٕ اوسُس وقتہٕ اکہ بااِختیار
دِن گواہی میشانہِ کنہِ یم ژرآئی کَنہِ دیوار میٲنۍ
باغہٕ منز میٖژ تُل ذرا آہستہٕ بوٗن کُن کرٕ نظر
سیتھٕ اَتھ میٖژِ چھی رَلیمتٕ اڈٕ پھوٚلی گُلزار میٲنۍ
میانہِ بجنک میانہِ گرٕ لوٚد آسہِ ہے کانہہ اِنتظام
پھیرٕ ہن ماوٕندٕ راژن دربدر بے کار میٲنۍ

---

[۱] جنتس منز سیٹھ حاصِل کرنہٕ باپتھ دِن نیاز
میٖژِ منز پیمتۍ رَلیتھ اڈٕ پھلی گُلنار میٲنۍ (ابتدائی صورت)

کیٛا وَنے وُری لَیس جکِھتھ زِنیتھ یہ رٕودُس فاقہٕ مَس

بیازرو[2] وانہوتہٕ سو نرو غآب کرٕی انبار میشاُنؔ

چھُس منگان یارب اُمیرن زیادٕ دولتھ کر عطا

اَتھ بدَل کانٛچھان تباہی میٲنؔ دُنیادار میشآنؔ

میٲنؔ نِنتھٕ نٔنی بجپہٕ رٕوزی واتہٕ تاوان پٔرتھ اکس

اتھٕ داران چھِی غریبن راتھ دوہ زر دار میشآنؔ

یاد تھوٚیمِ میشآنؔ مُفلِس فاقہٕ ہَپریلہٕ تھوٚد دوہتھن

دَولتِکی آنکھ بَنٕ اُخر یِیہٕ نادار میشآنؔ

جنتس مَنز جاے حاصِل کرنہٕ باپتھ دِل نیازؔ[1]

ہمہٕ کرَ ناوان چھِہ سو رگس پایہٕ بڈٕی دیندار میشآنؔ

سون تہٕ روپھ ہتھ ڈراس بازرتور ڈرہم چاپے ناس

سیر سَینمِ وارٕ پرٕ دارِکی چھِہ یِم بازار میشآنؔ

میانہِ لسہٕ نک چارٕ کرٕہن چھکھنہٕ فُرصتھ کیلٲ کرن

گرتنا زَس کُن چھِہ تُگی متیٚ ونکھنس ابرار میشآنؔ

---

[1] جنتس مَنز سیٹھ حاصِل کرنہٕ باپتھ دِن نیاز [2] بیازر — سوٗد بیاج ہینہٕ والی۔

آے دوہ نزدیکھ جَلدٕ ے نیرِ گٕژھ پھیرِ نور[1]
زٕو نہٕ ہٕنٛدی پأٹھی ڈٕرنیٛٹھ ینِ ووٕنی دٕورِ کوہ تٕے غار میٛأنؠ
دَرٕدٕ ستی مہجُورٕ لوٕ یہ دَونہِ کاہنہ خیالا زیادٕ نوٗن[2]
یُتھ نہٕ زانہہ اتھ پیٹھ گرٛٹھن اوزٕرٕ دوٗٹھٕنٛکی یار میٛأنؠ

---

[1] ناو وطُنک زِندٕ تھوہن چھکھہ نہٕ فُرصتھ کیا کرَن
[2] دردکنی مہجور یٕوٚد دنہِ کانہہ خیالا زیادٕ لوٗن

۲۹، کارتکھ، ژٕندٕروار ۲۰۰۱ سنہ ب، ۸ بجے شام، اُرئ گوم

# ۷۲

کوٗنگہٕ پوشہِ حُسنکہٕ جوشہِ ڈٲلِتھ ہوشہِ مَدَن وار

چھُکھ روشہِ بہتھ یاوٕنہٕ کے جوشہِ ژَھٹان نار

گُل دور گرٲتھ دٕرارے شیرِتھ جارے ژٕ سٕنے تھٲوٕ ہے

رُٗدی ژھایہِ تارکھ آفتابَن لوگ سیٚلہِ دربار

سارِنٕ گُلَن پتہٕ آکھ سارِنٕ ہُنٛد ژٕ افسر دٕراکھ

کمہ پوشہِ مَدَن آے کران چھیہِ ژٕ سٕنے نمسکار

ہا کوٗنگہٕ پوشو کونہٕ وچھان چھُکھ ژٕ تَسُند حال

یمی لٕلہٕ نوٗکھ پھوٕلہٕ نوٗکھ لوگ سٕنے غمخار

رۄدِی ژٔرِٛی أندٕ أندٕ رٲچھ کمَن تاپہٕ کرٲین منٛز

پُشن تیتۆر گپُن واتہٕ ناوی یُتھ نہٕ ژٔرِٛی آزار

تسَ ہام ہیمٕ آوٕ سیمٕ لُبہٕ آمٕ ژٔم

زینہٕ ساتہٕ پیٹھ اَزتام رۄدے یُس ژٔرِٛی خدمتگار

دوکھٕ ستی بُتھ چھُس زرٕد گۆمُت گرد ہیمٕ چھَس

یَہہ پاٹھی دِیہ زِہس پننہِ رُویک اَکھ ذرا وۄزِجار

ینہٕ کھٕ ژٕ کھسِتھ موٹرَن اسمانی جہازَن

رۄزِرے نہٕ آدن لرٕ ژھِ کۆرِتھَن لوکچار کیار

مہجورٕ سُلہِ کو وا آکھ ذرا ژٕ پرٕدی یزٕ ہے یور

دلیو ژٔرِٛی تہِ یہنے کۆنگہ پوشکی پاٹھی خرٕیدار

---

یتھ باتس چھ مہجور صابنہ اتھ لیکھت (اصل مسودس پیٹھ)

"چوہان صابنہ فرمایشہ پیٹھ خاص کۆنگ پوشہ خاطر۔"

چوہان صابس نشہ چھُ مراد شری شودان سنگھ چوہان یم کشمیر کلچرل فرنٹ کِس زمانس منز کٲشرِ منزٕ اسی تہٕ ترقی پسند تحریکس اسی سگ دوان

شودان سنگھ چوہان چھ ہندی زبٲنی ہندی ادیب

# ۴۳

بَن ژٕ جوٚہر زنگ دِلبَر یادٕ کر پانَس اَنٛدَر
پَرٕ دِسارٕی دٔور کَر پانَس تہٕ جانانَس اَنٛدَر

ییٚر اَنہِ گٹہٕ نِشہٕ نبٚر آگُر ژٕ حُسنک سِر کَر
کوٚت کالا بَشٕد روزکھ زُلفِ پیچانَس اَنٛدَر

گُل بنٔتھ دوٚہ تارٕ تھٕر پیٹھٕ خوش یُون نظارٕہ ہاو
کنٛڈ بنٔتھ یِژ کال بِنہٕ روزکھ گُلستانَس اَنٛدَر

پَرٕ ژھیوٚن اوس رٔودٕ قطرا مو کھتہٕ پھوٚل کتھ یاٹھ گوس
تھزٕ پیٹھٕ بے وایہِ دوٚہ ٹھٔمی لاٚے طوٗفانَس اَنٛدَر

ماٚنہِ ہا بہٕ تہٕ چون عِرفان زانہٕ ہا بہٕ تہٕ چون گیان
یَنہِ چینہٕ با پتھ نَین خوٗن کونہٕ چھے بانَس اَنٛدَر

مێثرِ تَل بہیہ واَج مَنز نێتہٕ پرگنڈ تھ کھسہِ آسمان

یِم زِ طاقتھ قوٗدرتن تھوٗمتۍ چھہِ اِنسانَس اَنٛدرَ

اَز چھہِ تَس مانان گاٹُل سے چھہ زیرک پوٗختہٕ کار

موٗختہٕ ہاوتھ فوٹہٕ یس وَرتاوِ یارانَس اَنٛدرَ

مذہبَن ہنٛدۍ زور گئے کم ہان ماَنۍ ہنٛد دور آو

سمیہ پھیر گوٗزاوُ سائنٛس دین وایمانَس اَنٛدرَ

یاد تھو مہجورِ سےٚ بنہِ دُنیاہس مَنٛز باکمال

زنٛدگی گُزراوُیس شوقَس تہٕ ارمانَس اَنٛدرَ [٢]

---

[١] یہ بأتھ اوس کلام مہجور (١١) حِصَس منز درج۔ مگر اسہ باسیاوۍ یہ پیاس مَنٛز درج کرن زیادٕ موزون

[٢] یہ شار چھہ اتھ اصلہ مَنٛز روز تھ گومُت ع

اکھ گُلاہ پھوٗل تازٕ باغس ساسہٕ بدۍ بُلبُل سَمیٲیِ

ضایہِ گوٚ شمع گلالک دورِ وٲرانَس اَنٛدرَ

٣ پوہ ١٠٠٢ ب آتھوار آٹھ بجے صبح ، وترڈ ڈالہ بل

# ژاٮش

۱۔ گُلشن وطَن چُھ سونُے

۲۔ ووہلو ہا باغوانو نَو بہارُک شان پیدا کَر

۳۔ جان بن جان بَن جانانہٕ بَن

۴۔ بُلبُلا موٚت گوکھ پوشَن، روبرو گُلزار چُھے

۵۔ نیٛاے ترٛاوِو ملے تھٲوِو پانہٕ وٲنی

۶۔ بے عارٕ کمی ہِندِ خارٕ بٕتوٗ ٹُھک آرٕ وَلن مَنز

۷۔ باغوانا، میہَربانا۔ بوز میٛون داستان

۸۔ جانانہٕ عالیشانہٕ میٛہربانہٕ بٕنکھ نا

۹۔ نوٚوُے گُل تے نوٚوُے بُلبُل، نوٚوُے گُلزار آسُن گوٚژھ

۱۰۔ کاژٕ زوٗنی بوز میٛانی زاری یے

۱۱۔ تھاوتوکَن ہامَتہِ لالو، لوٗلُک وَنے اَفسانا

۱۲۔ یادٕ کَر یِنہٕ نے باغچ زان

۱۳۔ لالو لالو ہا گُلِ لالو، حالِ دِل کَرٕو اِظہار

۱۴۔ وَزنہٕ لوٚگ بٕنیہِ زِندگی ہُنٛد ساز میٛون

۱۵۔ ناقہٕ پھِر شونگِتھ متی موزوٗرو ترٛاو غفلتھ گژھ ہُشیار

۱۶۔ واو صُبحکۍ یوٗد ژٕ واتکھ مُلکِ امریکس اندر

۱۷۔ ساقیا بے تاب کوٗر تھس، چاوتم شوقک شراب

۱۸۔ پوشہِ نوٗلو ہوشہِ سان روز وَنہٕ دٕراو بیٛنہٕ سوٗنتھ آو

۱۹۔ نوٗوُے شورا چھُ وُذ کین باغہٕ کین جاناوَرن اندر

۲۰۔ ثنا سآری پَرو سانین گرن مَنز ژایہ آزادی

۲۱۔ مآری مُنزی سآذ اَلہٕ بآذیے

۲۲۔ دَوان گژھہ ٹِکان گژھ

۲۳۔ یاوَن رالَس چھَپنہٕ مینآذی مامے

۲۴۔ اُسی وُچھو یُٹر کآلی آزآدی

۲۵۔ نیرِوٗ نیرِوٗ کآشرِ یو

۲۶۔ شیٖر دانیُن خاب

۲۷۔ قایدِ اعظم شیرِ کشمیر

ا

بُلبل وناَن چھُ پوشن گُلشَن وَطن چھُ سونے
سونے وطن چھُ گلشن
گُلشن وَطن چھُ سونے

سُنبُل ونان نَفَشس رُوزِتھ ژُ ژھایہِ چھکھ کُس
وَن تژاو باغس کُن وس
گُلشن وَطن چھُ وسونے

اُندی اُندی سفید سنگرَ دیوارِ سنگ مرمَر
منز باگ سبز گوہَر
گُلشن وطن چھُ سونے

منزباگ کوہسارن رُٹ جاے نوبہارن
پھُلی لالہ شالہ مارن
گُلشن وطن چھُ سونے

ناگن کوہلن تہٕ آرن　　جوین تہٕ آبشارن

دیُت سوز نوبہارن

گُلشن وَطن چھُ سونے

باغن کوہن تہٕ بالن　　نارن وَنن تہٕ نالن!

کُم رنگ گُل چھِ کھالن

گُلشن وطن چھُ سونے

وِرکیمی تہٕ ٹیکہ بٹہٕ نے　　سلہٕ آسے جاے رٹہٕ نے

لگی ٹوٗری جامہٕ ژٹہٕ نے

گُلشن وطن چھُ سونے

منز جنگلن یہٕ اچھہٕ پوش　　تہا بہتھ چھُ خاموش

درشن دِوان نِوان ہوش

گُلشن وَطن چھُ سونے

لُجمژ پھلے چھہ پوشن　　باغن وَنن تہٕ گوشن

بُلبُل وُچھتھ چھُ توشن

گُلشن وطن چھُ سونے

وُچھ یارِ وَن ژندن کُل ہی مالِہ نہٕ شُد سہ مُنزُل
ڈیشتھ پھوٚلی دُلک گُل
گُلشَن وطن چھُ سونٕے

ہرگاہ وُچھکھ ژٕ برگاہ پیٹھ سنگرن چھُ سو رگاہ
لاگ لیُوسہٕ خیمہٕ خرگاہ
گُلشَن وَطن چھُ سونٕے

دوٚدِ پیٚتھر پادشاہ تار اَشہٕ تار اکھ دریا پٔزرار
گُل ڈیشہِ ہکھ ژٕ بے خار
گُلشَن وطن چھُ سونٕے

سوکھ ناگ توسہ مادان تتہٕ وُچھمنے یا نہٕ نگوان
نگتَن چھُ جَلوہٕ داوان
گُلشَن وَطن چھُ سونٕے

گُلمرگہٕ آلہٕ پیٚتھرے نیلہٕ ناگ گو گجہ پیٚتھرے
مخمل بہار دِتھرے
گُلشَن وَطن چھُ سونٕے

وُچھ لولوکٕ ژٕ مآدان سبز سبزٕ کوہ بیابان
موہتٕ چھِ زِندٕ سپدان
گُلشن وَطن چھُ سونٕے

شیند وانہِ چھِل ژٕ تن من مانس بلس دِ اُدِ تن
ہر موہ کھُسہ پانہ وُچھ رہن
گُلشن وطن چھُ سونٕے

بُلبل کران گلن گتھ بوٚمبُر ہیٚشر زلن پیتھ
کآشرِ چھِ مست مسن چِھتھ
گُلشن وطن چھُ سونٕے

مہجور دیش سونٕے باغاہ چھُ نشہ بونٕے
اتھ لول گوٚژھہ برونٕے
گُلشن وَطن چھُ سونٕے

---

[1] ملک

[2] یہ بند چھِنہ ۱۹۳۹ اُکس چھاپس منز درج

یتھ سانہِ رنگہ وارے پھُلی پوشہ وار وارے
خوشبوٗ تہِ شنہ ژہ پاری گُلشن وطن چھُ سونٕے

گُپہ کارِشہ نِشین وُچھ　　اَندی اَندی سہ گُل زٔمین وُچھ
اِشہ بُرِ وُچھتھ نِگین وُچھ
گُلشن وَطن چھُ سوٗنے

کَرَسیرِ ڈل بَرِتھ یِژھ　　دَرِیاے گُل وُچھان گژھ
یِم پوش دِلِ رِچھان گژھ
گُلشن وَطن چھُ سوٗنے

اَسہ وِنِ زٔمین چھِ پانَسَر　　گژھ وُچھ تِہ گو نگہ وُ ڈٔر
تتہِ دل بَلی ژَلی شَر
گُلشن وَطن چھُ سوٗنے

ویرِناگ ڈوٗرِ اچھہ وَل　　بولان چھِ طوطہ تَے جَل
سے سوز بوز جَل جَل
گُلشن وَطن چھُ سوٗنے

گژھہ اہربَل ژَلی شَر　　وُچھ قو در تُک سہ منظر
آبس بنان چھُ گوہَر
گُلشن وَطن چھُ سوٗنے

## ٢

ولو ہا باغوانو نو بہارک شان پیدا کر[1]

پھولن گُل گتھ کرن بُلبُل تتھی سامانہٕ پیدا کر

چمن وٲران رِوان شبنم ژٕٹھ جامہٕ پریشان گُل

گُلن تے بُلبُلن اندر دُبارِ جان پیدا کر

موٚتھو گُلزارس اندر سوے گُلن کرِ سوٚنے خرٲبی چھے

یوان سُنبل چھِ پے در پے گُلِ خنٛدان پیدا کر

مُحبت پنٕنہ وطنک پوٗر آسُن شوبہِ انسانس

ژٕ یی مان مُنزٕ لس وٲتکھ یے تھٕے اِیمان پیدا کر

کری کُس بُلبُلا آزاد پنجرس منٛز ژٕ نالان چھُکھ

ژٕ پنٕنہ نے دستہٕ پنٕنہٕ مُشکلن آسان پیدا کر

حکومت مال و دولتھ ناز و نعمت بییہ شہنشاہی

یہ سورے پچھے ژییے نِشہ پانس ژامہ چی زان پیدا کر

چھ باغس جانور بولان مگر آواز چھاکھ ہیون ہیون

یہندس آلوس یارب اثر یکسان پیدا کر

اگر وزناوِہن بستی گُلن ہنز تراو زیر و بم

بنیل کرواو کر گگرایہ کر طوفان پیدا کر

دوٚبار عالمس منز کاشرن ہندناوگرڈھ روشن

ژِ للتادت تہ تازی بٹ مُبارک خان پیدا کر[1]

بہو درشیر دِل گنزراوتے بییہ کابلی ترکی

ژِ رحمان میر ہیوہ کانژاہ دویم کپتان پیدا کر

---

[1] اتھ مصرعس چھنے امہ برونہہ بییہ زٕ شکلہ آسمژ ع

ا:۔ ژ یوسف شاہ نیہ سید مبارک خان پأدا کر

ب:۔ ژ تازی بٹ نیہ سید مبارک خان پأدا کر

یَکَن فـرمانِ شاہی از تہٕ بیٚیہِ چانٛہن اشارن پیٹھ

ژِ یتھ پیٚٹھ نِس زمانَس منٛز دوٚیم زیٚہ بھـان پیدا کر

بیٚیَن مُلکَن اندر راٛژ گاٛہہٕ جارُک سِکہ ییہـہ ناوکھ

ژٕ یتھ مُلکَس اندر نَـنٛدٕ رام ہیوٚہ دیوان پیدا کر

کرَن سرخـم ژٕ نٛے کُن اہلِ ادب ایران و شیرازٕ کی

غنی ہیوٚہ بیشـاکھ کاٛنٛہہ جادو بیان النسان پیدا کر

زٕمینَس شاعرِی ہندِس گرتھ مہجوٗرٕ گُل پیدا[1]

وون اَتھ رنٛگین باغَس بُلبُلِ نالان پیدا کر

---

[1] للتادت پرانہٕ زمانک (۷۲۵ ء ۷۶۳ء) اکھ مشہوٗر کاشُر پادشاہ یمۍ ہندستان، افغانستان، ترکستان تہٕ بیٚیہِ تبّت فتح کوٚر۔ [2] تاٛزی بٹ اکھ مشہور کاشُر جرنال یمۍ ۱۸۴۸ء منٛز پنجاب کِس گورنرس تاتار خانس سیالکوٹہٕ نِشہٕ شکس دیٚت۔ تہٕ پنجاب کوٚرن کٔشیرِ باتھتھ [3] سیّد مبارک خان بیہقی۔ مشہور کاشُر جرنال یمۍ کٔشیر آزاد تھونہٕ خاطرٕ اکبر جلال الدین نِنٛہ فوجن دیٚت واراہ پھِر شکس۔ [4] جنرل عبدالرحمان میر ساکنہٕ بارہ مولہٕ کٔشیر۔ اکھ کاشُر یُس والنٹیر بھرتی سپدِتھ ترکی گو۔ تتہٕ سپد فوجس منٛز بھرتی۔ جنگ منٛز لڑایہ اندر ہاٛوِن سیٹھا بہادری۔ یمہِ کِنہٕ پتہٕ ترکی یو بنوو فوٗجی جرنال۔ لڑاے ختم سپدِتھ سوز ترکی یو پننہٕ طرفہٕ کابل سفیر بنٲوِتھ۔ دیٚت ہس بے خطاب۔ ۱۹۲۵ء منٛز گو ترکس منٛز یمہِ عالمہٕ [5] زیٚہ بھان۔ اکھ کاشُر بٹہٕ یمۍ غزنی موہ کھ پنُن مُلک ترٛاو۔ پننہِ لیاقتہٕ کِنہٕ دلہٕ ہندس پادشاہ محمد شاہ سند بنیوو وزیر۔ [6] مہجوٗر [7] نند رام ٹکو۔ یُس افغان وقتس منٛز کابل گو و تہٕ تتہٕ سپدیوٗت مقبول زِ پننہٕ ناوک ضرب کوٚرن جاری یتھ پیٚٹھ مصرع لیکھت اوس سہ سیم از معبود و ضرب از نند رام۔ غنی کاشمیری۔ مشہور کاشُر فارسی شاعر یُس سمکھنہٕ مرزا صائب کٔشیرِ آو (ٹینگ)

## ۳

خاک دانہ دانہ بن دُرد انہ بَن　　　　جان بَن جان بَن جانا نہ بَن

جان بَن جان بَن جان پانہ بَن

جان بَن جان بَن جانانہ بَن

جان بَن جان چھے پنہ تے پان　　　　جان چھکھ تہ جان چھے سورُے جہان

ساری خوش تھوُکھ صاحب خانہ بَن

جان بَن جان بَن جانانہ بَن

یک رنگ سپد تھ یادِ کرمالے　　　　لولہ کس چمنس منز رکھ جالے

لاکس منز باگ لولک نشانہ بَن

جان بَن جان بَن جانانہ بَن

جوشس سیتی تھوہوشک خیال　　　　ہوش رُوس جوش پنہ رادن محال

جوشک سازوالے ہوشک ترانہ بَن

جان بَن جان بَن جانانہ بَن

حسنک سرمایہ حاصل کر    کامہ دیوتھا دِی جامَن اندر

نیستی سان پکھ رہ بہ دامانہ بَن

جان بَن جان بَن جانانہ بَن

باغَس آسان گُل تہ بنیہ خار    باغوان دہ شہ وِی نُہنڈ غم خار

دِے تُرا وانِسا نہ امی انسانہ بَن

جان بَن جان بَن جانانہ بَن

مہجور لُولک ساز تھو تیار    وٗندِ ترِلہ شین گلہ بنیہ یِیہ بہار

گُل کھوہ لَن پانے تہ ذرا بہانہ بَن

جان بَن جان بَن جانانہ بَن

# ۴

بُلبُلا موٗت گوٚکھ پوشَن روبروٗ گلزار چھے

چھُکھ دِوان ژھوہ راتھ تے دوہ چھُلیہِ ہنٛد اَمار چھے

باغٕکین رٔنگین گُلَن ہنٛدِ شوقہٕ وایان چھُکھ سوٗرُد

سوز چھے نوروز چھے لوکہٕ چار زلہٕ وٗن نار چھے

شبنمکی یاٹھی واتہِ شِشکی یاٹھی گژھِ ڈیشِس نہٕ کانٛہہ

ہوشہِ سان کَر پوشہِ پوزا پوشہ موٗت اوتار چھے

ژیری آو گو جلا والیس چون مارٕ وُد سُس خیال

گژھ کَران لیس پتھ مَران چھُکھ بے وفاسے یار چھے

ویوٗر پوٗشس کم تُلان چھاوان چھ کم باغک بہار

بے خبر امہِ رازٕ نشہٕ چھکھ شور و شر بسیار چھے

پوٗشہٕ مدنس جامہٕ نوزُک مشکہٕ سیتیٕ ناوِتھ بدن

بر ہوا چھکھ عشقہٕ مسکین یار دُزیادار چھے

والہٕ واشن چانہٕ باپتھ والہٕ بٔری زاوِلی کرٕ کھ

پوٗشہٕ تھر اُندی اُندی ہووے مازال تے سبزار چھے

پوٗشہٕ تھر پیٹھ آلی ہن چھے والہٕ نے اتھ زالہٕ نے

کاٗلی تراوُن باغ آسی وَن ژٕ نے کیاہ انکار چھے

چھکھ گُلن وُچھی وُچھی ژٕ توشان چھُے نہٕ انجامچ خبر

حاصلس امہِ باغہٕ کس پزاران سوداگار چھے

پَرژٕ نے آسی چھے نہٕ زر اتھہٕ چھوٗن ژٕ کیاہ سوداگرکھ

کرژٕ کینہہ سرمایہ پاداو چھ یہ گُل زردار چھے

یُس شہلِ کُل آسہِ بخشان رٕمہٕ ریٚشنےٚ آے تَس

شیٚہلہِ رَستین مکھ چھِ دیوان تتھ گواہ دیوٗدار چھُے

موت تےٚ بٔنیہ زندٕگی گُلشن چھُ ہاوان سٕتی سٕتی

کرٕژ باغس کُن نظر گوٗلاب چھُے گُلنار چھُے

کرٕ قُمری سٕندی پایٹھی ژٕ تہٕ کُفرس تہٕ اسلامس کُنےٚ

بَر زبان حق سِرّٕہ ہوٗ ہوٗ نالی تَس زُنار چھُے

چھُکھ نہٕ ژٕ ربے باغَس اندر تنہا کُلین کھُسی کھُسی رِوان

سٕتی چھُے مہجوٗر نالان تَس تہِ سُے آزار چھُے

# ۵

نِیاے ترٛاوِو ماے تھاوِو پانہٕ وٲنۍ

پوٚز موٚحبتھ باگہٕ راوِو پانہٕ وٲنۍ

صاف تھاوِو سینہٕ مُشراوِو فساد

کینہٕ ترٛاوِو دادی باوِو پانہٕ وٲنۍ

وقت مُشکل ہِمتھ و سَمتھ کرِو

اَکھ اَکِس اَتھہٕ شیٚہلاوِو پانہٕ وٲنۍ

ذاتھ بُتراتھ کاشرِ ہِنز چھُوکُنی

خاہ مخواہ دۄر برمہٕ پاوِو پانہٕ وٲنۍ

دوٚدھ چھُہ مُسلم ہیٚوند چھُہ شکر صاف صاف

دوٚدھ تہٕ بیٚیہٕ شکر رلاوِو پانہٕ وٲنۍ

ہیٚنٛدی رٹِن نم کھۄروایَن اہلِ دیٖن

ناوِ یٚیمہٕ ہِلکھ چلاوِو پانہٕ وٲنۍ

کوڑبُس یَتھ زو فِداقُد گوچہ وآری

ازَ تے کتھ یاد پآوِد پانہ وآئ

ژچھ سرج کاکن مسلمان گیَسر گرشُز

دِل تھے پاکھٹی مِلہ نآوِد پانہ وآئ

سانہ وطنگ کُس چُھ دشمن کُس چُھ دوست

جہل تزآوِ تھ گَنُسزآوِد پانہ وآئ

غآر نو قصان کرِ نہ تہت دِس عزِتَس

یُتھ نہ تہی عزت ہرآوِد پانہ وآئ

گھر تنازس غآر شو بنیاکت خدا

نیاے وَطنکی اُنشرآوِد پانہ وآئ

اَکھ اکس پیٹھ یتھنہ زانہہ گآ کچھو بدی

یُتھ نہ سآ زانہہ راہ رآوِد پانہ وآئ

یوَد تھوِ وا اَتھہ واس تو ہی پوشونہ کانہہ

ژھین کرِ تھ ینہ پوشہ نآوِد پانہ وآئ

پانہ وآئ نینہ اَکھ اکس دشمن بنوِ

فِتنہ ینہ زانہہ وُز نآوِد پانہ وآئ

کُس دپان چھُو باگرآدِ وکلی تہ پوشس
بُلبُلو گلزار چھا آدِ و پانہٕ وآنی

بآے سُندبآیس شوٗبیاہ تھاون لال
گنڈ دِلن ہنِدی مزرآدِ و پانہٕ وآنی

ہیٚچھِ نآ ولیوکھ رت ہَکھن نادان بآے
اَکھ اُکس ہمتھ بڑھادِ و پانہٕ وآنی

یم غریب آسن تمن اَتھ رَوٹ کرُو
بآے بآے چھوزرہ رآدِ و پانہٕ وآنی

رملہٕ ترارک ڈیت یہ مہجوٗرن سبق
یاد تھآدِ و بوزِ نآدِ و پانہٕ وآنی

## ٦

بے عار کٔمی سٕندِ خار بیٚوٗٹھک آرٕولَن مَنٛز

ہی تھٕر ہٕنٛدی یاٗٹھی جاے رُٹھتم آرٕ بلَن مَنٛز

پابندِ چمَن گُل چھُ توٗے کُنٛڈی چھِ تمٕس لاٗری

آزاد بُلبُل باشہِ کرَان پوشہِ ڈٕلَن مَنٛز

اَکھ دِل ہُشیار جاٗہلَن مَنٛز روزِ کتھٕ یاٗٹھی خوش

کیا شیشہٕ اوٗسَن وارٕ روزٕنیا آرٕ پلَن مَنٛز

پَیٛہ نٕن چھُ ارمان غاٗر تے بیگانہٕ چھَاوان باغ

مَن خوش چھِ تھاوان تَن چھہ ناوال ہندٕ زلَن مَنٛز

مٕنے تہٕ یاٗد کرٕ یاٗے واریاہ یوٗسُف تہٕ دِلارام

کیٚنٛہہ اَندٕ مزارَن روٗدی کیٚنٛہہ شرٕ دِپی رازٕ بلَن مَنٛز

یُس پان گاٹیتھ لاگہِ نے کرِ سُے چھ پوٗرٕ انسان

تَس کیا چھُ شرفہ ہردِیس پھلٕ ژھارِ کھلَن منز

اِنسان چیوان ترٕ لیشہ کنہِ اِنسانہٕ سُنٕد سُے خوٗن

انسانٕ نیتھ کُنہِ روٗز نا انسان کلَن منز

میانٕ نالہ بوزتھ بُلبُلو وٕن پوشہ نولن کَن

یہ چھ تان سینا سازِ وایان گور بلن منز

مہجوٗر سٕنز کتھ بوزِ لبکھ معرفتک پے

پوز گیان یا عرفان چھُنہ گورن تہ ملن منز

---

۲۹ر بادر ۱۹۹۸ سنہ ب بڈوار ۸½ بجے رات

۱؎ یم شار چھنہٕ شائع سپدی متی۔

اُکی بدشگوٗنَن نوبہارک ساز کور برباد — زَن کاوٕ لوٗٹا اوس ژامُت ژوٗرِ ملَن منز

ییتمہِ زُنمہٕ ہیچھہ یَن زیرکی بیٚیہٕ زُنمہٕ وَرتاون — چھُنہٕ اُزی کہِ سمہیک عُلم اُزکین ژاٹہٕ ملَن منز

تیٚلہِ پوشہِ ثمرٕ پیٚیٹھ بلبُلو گرٕ جان فدٲیی — لوکچارِ بیٚلہِ گُذروو تمٕ سوٗرس تہٕ ترٕلَن منز

# ۷

باغوانا' مہربانہٕ' بوز میٚون نے داستان
چھس یہٕ بُلبُل باغہ کےٚ جاناورو منٛز ناتوان

باغ یَنہٕ گو یاد تہٕ دوٚتُم منٛے یَتھ باغس اندر
آسے گُل یہٕ تہٕ آس تِمنے سٟتی توشان یَژھ بران

مٟیانہٕ باپتھ پوش پوشن کیٚتھ یہٕ گومُت یاد چھس
گُل تہٕ بُلبُل اچھِ نو کتھ وچھتہٕ پرانین ہنٛدی بیان

بوز یَتھ باغس اَندر کیاہ کیا منے وُچھ یَنہٕ ہنو اَچھو
عیش و عشرت کم مگر غم زیادٕ سختی جان جان

سونٛتھ یٟلہٕ آو باغ پھوٚلِ وۄل آجا حُسنک گُلشنو
نَوبہار چہٕ سازٕ گرٕ یار آو مہر یٟنی شوق سان

فوجہٕ فوجے آے بُلبُل آسی تس اَنٛدی اَنٛدی گیوان
ساز وایان کیاہ زیر مضراب زَن آسکھ زبان

شوقہٕ مس چینہٕ آسی گامتی گُل تہٕ مست بُلبُل تہٕ مت

ژاپہٕ باغس منز جماتھ اسی ہتھ تیر و کمان

تیر باران بُلبُلن پیٹھ کورُ تمو سنگین دِلو

خوٗنہٕ سیتی گوٚ باغ رنگین تیتی آر کھ لے زبان

روٗدی کینہہ زندٕ ژن دوٗسن تل ژھایہ کینہہ ژٕلی تیٚژھ ونن

چھس یہ تمہٕ وِے منز اکھ تمہٕ کاروانک اکھ نشان

خوٗن آرتھ جانہٕ ور آرتھ کورکھ وآران باغ

بُلبُلن ہندی آلِ ز آیکھ پوش پٕژ آیکھ موٗلہ سان

باغ نیلہٕ برباد گو اُدٕ دراے تم ظالم شکارؠ

ساف گھرو آیکھ تہٕ کھ آیکھ پننہٕ ملکی تہٕ دی مکان

دٕدؠ متس وآران گمتس پوشہٕ باغس کینژہ کالہٕ

وار وار لے آے گُل بُلبُل تہٕ گو کانہہ کانہہ سمان

پھیر نیلہٕ باغس ہنا سبزی گلو ہیوٚت بیٚیہ اسن

واقہٕ ہالو آنتہ رسی باغس وُچھم بیٚیہ دہہ ودہ تھان

پش گوٚ ٹِل ہالو تہٕ تیر انداز بیٚیہ شہلاب ڈوٚکھ

کیا دنے کوتاہ ونے تیٚھی وُچھم واراہ طوفان

مو مختصر باوَے اَز یک رۄداد یتھ کُن تھاوکَن
جانہٕ وارَن وات دادس باغوان چھکھ باگہِ وان

پرٕ کتھ بہارس یوت یوان آسی غار مُلکی جانہٕ وَر
نغمہٕ ہاوِ کتھ پوش چھاوِ کتھ ہرد برونٹہٕ والس گرٕ ہان

بے ضرریم سالہٕ ہتی ییلہِ آسے تیلہِ پرٕمکھ منے ماے
لوزٕ کرِ مکھ کھاسی برٕی مکھ لول رۄدس باگران

یتھ زمانس منزٕ یمن سالاہنن بدلیا یہِ راے
آوِ راوِ کھ باغ ووہ نی چھکھ میون ییتہِ آسن کھران

دل میون نہ ہنا وِ نکی سامانہٕ چھکھ کری ہتی تیار
اَز چھہِ پرٕ ھی رخصتھ کران ییتہِ خانہٕ دارن خاسان

بولہِ نوٕ نوٕ ساز نوٕ ی سامانہٕ نوٕی ہاوان آسے
مست گوٕ یے خود ستین نوٕ راگ لوزِ کتھ باغوان

بول بوشن تازٕ جوشن نیو منوشن حس تہٕ ہوش
رۄز کرا دِ باغوانس بلبلن ہنز پاری زان !

ووہ نی ہیچھا یہِ نوٕ بولہِ مییتہٕ یتھ تازٕ نمیس کُن وچھتھ
شکلہِ تے، ناوس بہٕ کرٕ کیا چھُم نہٕ اکھ پیٹھ کینہٕ چلان

پوشہِ وارے میانہِ اَندر وآئی واپِل پیش تہٕ برآری
گُل اگر بییہِ ین تہٕ بُلبل ڈیشتھ ہک پاسے نے گلان

ژاے پیش لوٗت پاٹھی باغس نیایہِ پھل چھوکُرکھ وآرِ
اُسی ژُوان رُودی پانہٕ وآز تم پوش ژٕری ژٕری ڈگے نوان

ہیٚر وارِ ژیل بڑ ور لوبہٕ زاگان ییتھ میٲنِس زٕوس
پوشہِ لبجن ژھایہِ تھُوی کوٗت کال بُچھ راویان

کاسہ کُز چھہ ہٕرِ ہکر سونبر آوِ کتھ بناوان چھُس بٕہ اول
چھکھ نہٕ سہ تہٕ زٕر پرونہٕ لوِان چھیم تتھ تہٕ نہٕ ناوکھ ژھنان

رآیلن بونین تھزن بیٚٹھ آلی ہیٚرِ کِھی جسان جان
چھُس بٕہ تتہٕ پینہٕ نے ہٕزر ہیتھ اَندر رٕوز کتھ منٛد چھیان

چھُس چھینین چھارن دِہ کن تل ژٕ وٕر گنزراوان ساتھ
باغوان خاموش رُوز کتھ میآلی بربادی وچھان

آواز مہجور بُلبل زن مینے کیاہ تامت وٕنان
کانٛہہ جواب آہ سوزِ لوٗد دِے بوزِ یمیہ کتھ باغوان

# ۸

جانانہٕ عالی شانہٕ میہربان بنکھنا

گُل رویہِ سُنبُل مویہِ گُلِ خندان بنکھنا

چھےِ کیا ژسےٚ کُنی خط و خاکس یال وگو پاکس

ژٕ تہِ کامہٕ دِیو یا یُوسُف کنعان بنکھنا

پُژھی لازِ یتھ کو و بازِ پاٹھی بتیہِ ساتھ گُزراوکھ

گوٚیہِ یُس نہٕ باژن کیا تُہٕنتھےٚ میہمان بنکھنا

ہیم ناک صوٗرتھ دوٗرِ ہاوتھ لوٗکھ لرزاوِتھ

چُھکھ شیرِ قالین شیرنیشان بنکھنا

تھزراژ آسِتھ کیازِ بنکھ خانخاہ کاشُر

تُرکی بُخاری کابلی افغان بنکھنا

تھوٚد رشتہٕ ہاوٕتھ کتہٕ بناوِتھ دیار خرچاوِتھ

سیّد قریشی مولوی یا حسان بنکھنا

وانس اندر چھی پانہٕ بڑی بڑی فتنہٕ فسادٕ کی

پانے زٕ پنہٕ ہنن ٹنڈٕ پابن ٹھان بنکھنا

دُشمن گراوِتھ شور پاوِتھ زور پرکھاوِتھ

وٕقتک پہلوان رُستمِ دوران بنکھنا

مہجور سوٗرے کینہٕ زٕ بنکھہ پنہٕ کوشش ستی

یِم چیز ترٲوِتھ یک طرف انسان بنکھنا

---

۳۰ زیٹھ ۱۹۹۹ سنہ ب۔ سری نگر۔ ۱۲ بجے راتھ

لہ یہِ شار چھ روز تھ گوٚمُت

دنیچہ تہٕ دھرمچہ پوٚتھ وُچھی وُچھی نو کتہٕ تھاوی تھاوی یاد

واعظ حسان تفسیر دان یا وِدوان بنکھنا

۹

# نوٗودُنیا

نوٗوُے گُل تے نوٗوُے بُلبُل نوٗوُے گلزار آسُن گوٗژھ
نوٗوُے مَس تے نوٗوُے ساقی نوٗوُے پیمانہٕ آسُن گوٗژھ

نوٚے بُتہٕ راتھ نوٗوا سمان نوٗوُے رَوتے نوٗوے پرتو
نوٗوُے صُبحا نوٗوُے شاما نوٗوُے سَمسار آسُن گوٗژھ

نوٚین وانن نوٗوے ہیون دیُن نوٚین بانن نوٗوُے سودا
نوٚین واٲنن نوٗوُے باپار نوٗوُے ویوہار آسُن گوٗژھ

دُنیُک تامتھ ترٲن آسے پٕرٲنۍ سارۍ پرانہٕ وِسے تار و
ووٚن اتھ سوٚدرس ترن والین نوٗوُے کانہہ تار آسُن گوٗژھ

سیٹھا پرانیو رسم حُکمرٲنی ییتھ جہانس منز
نوٗوُے قونوٗن نوٗوُے دفتر نوٗوُے دربار آسُن گوٗژھ

کتٲبی مذہبک مِلہٕ ژار زیوٗہُند قول گو پرانان !
دِلن اَندر نوٗوُے لولاہ نوٗوُے سمہ ژار¹ آسُن گوٗژھ

¹ اِتحاد ـ باگہ ژھ

وۄن کوتاکال کمزوَرن کرَن پامال زورا وار ! ! !
یمَن کمزور انسانن تہٕ دِل ہُشیار آسُن گۆژھ
وۄہَس زُو جان ژٕرِتھ شامَس اُڈہٕے ژٕرُوٹھ چھُم دِوان تالکھ
کمَس راضی بہٕ سُہ تہٕ میانس غمَس تَن دارا آسُن گۆژھ
غرٕبن کیٚت چھُ یکَ انار وصَد بیمار مُشکلہٕ سان
دپان زَر دار اکھ بیمار ہَتھ انار آسُن گۆژھ
یہٕ کرہا کانسہِ ہِندِس قولہٕ سے پَتھ زُو پنُن قوربان
اتھ عہد و پیمانس دِلک بیقرار آسُن گۆژھ
اگر ذِمہٕ دار میانی زٕ لو چھنے میانین سارِنٕے سوخنن
خیالَن دِلہٕ چھن راین تہٕ کانہہ ذِمہٕ دار آسُن گۆژھ
ونَس منٛز روزٕ ہا تنہا دِلک حال رائیلن وَنہٕ ہا
بہارُک زور آرُک شور اژٕرُون ہار آسُن گۆژھ
چوان پَرمَس لگان چھُم رَس سۄٹھا چھُس لوگ مُدرَیرَس
یہٕ وِلنگ لولہٕ مَس چھمہٕ ہا مگر مزٕ دار آسُن گۆژھ

وُچھتھ مہجورَ نوِرَس کُن نوٚوٕ رَنٛگا ہیوان ہاوُن
نوٚسَس سَیمَس نوِسَس دورَس نووٕ گُفتار آسُن گوٚژھ

---

نوم زبشار چھ مہجورَ صابنہٕ اتھہٕ لیکھمتس مسودس مَنٛز فاضل

بہٕ کَرہٕ ہا ٹھوکرَن پوٗزا بہٕ کرہٕ ہا برٛہمنن سیوا
منےٚ پانَس ناَل وَطنُک پوشہِ دُن زُنار آسُن گوٚژھ
دیان بُلبُل بہٕ وَنہٕ ہا قصہٕ لولُک سارے رٲتَس
مگر چَمنَس اندر تَمہِ وقتہٕ کانٛہہ بیدار آسُن گوٚژھ

۱۰

# زٕون

نازنین سوندری راز کماری          کاژ زونٕ بوز میانٕ زاری ییے
آی روز ساتھاہ لگے پاری پاری
کاژ زونٕ بوز میانٕ زاری ییے
قودرتن بخشی شیرچ تاجدآری          نوٚت پیٚکھ بیٚچ اچھے داری ییے
سوندرن چھیے شوبان خوش رفتاری
کاژ زونٕ بوز میانٕ زاری ییے
بستی ین بالن ونن ون ہاری          نظر ستی گاستھ وجاری ییے
سِنٛزِ یاہن ہاوتھ ڈُزٕ یاداری
کاژ زونٕ بوز میائٕ زاری ییے
کتہ چون مالین کتہ خانہ داری          کس ستی چھیے ژے دوسداری ییے
پاد مالوسی یار ژھآری ژھآری
کاژ زونٕ بوز میانٕ زاری ییے

مئیانٛی پاٹھی کیاز چھےٚ ژٕنے تہٕ بے قرآری        ژٕ تہٕ مازٕ آجسکِہ لولہٕ نآری ییے

تَمے داغ ماپچھی سینس لآری

کاژٕ زُوٗنی بوزمیشآنی زآری ییے

تارٕکَن چھکھ کرَان "گرِداواری"        مَنٛزٕ ماپچھے ژٕیٚنے "حلقہٕ دآری" ییے

رٚیتہٕ گرِ ٹھان پُوٗرچانی کارگزآری

کاژٕ زُوٗنی بوزمیشآنی زآری ییے

زوٗنہٕ کچھہِ تاباں آسکھ بیپآری        گٹہٕ کچھہِ روزٕکھ کیپآری ییے

نوٗر آباگراوان چھکھ ژوہ پآری

کاژٕ زُوٗنی بوزمیشآنی زآری ییے

بُڈی چھینہٕ لوکٹن کرَان غم خآری        تارٕکَن کیاکُرتھ ژیٚنے یآری ییے

ازلے تِھو آسی تِتھی چھ بچآری

کاژٕ زُوٗنی بوزمیشآنی زآری ییے

بُتہٕ راژ سِتی چھپے پرآنی راز دآری        پرآنی سآنی زانہٕ ہکھ ژٕسآری ییے

تِم آسی موکل تہٕ اُسی چھ سرکآری

کاژٕ زُوٗنی بوزمیشآنی زآری ییے

دھرم تے مذہب ایمانِ داری پتھ کالہ اوس ییتہ جاری ییے

تتھ بدل از چھے ییتہ زورا دآری

کاڑ زوٗنی بوزمیانی زآری ییے

زٹھو ساٗنی وقتکی پوٗچھ تہٕ شکآری مطلیٖ چھکھ کمانداری ییے

کمزور دِلن پیٹھ کران چانداری

کاڑ زوٗنی بوزمیانی زآری ییے

یاد ییے آسی ساٗنی گاٹہٕ جآری وقتہٕ کر مُلک دآری ییے

از وچھان آسکھ ساٗنی نابکاری

کاڑ زوٗنی بوزمیانی زاری ییے

وُچھِ تھکھ ژینٕے کَم کَم بالہ ہزآری اَندَ ما وآڑکھ صوٗبہ دآری ییے

ہسہ تین کھٗستھ آسی گیے ننہ دآری

کاڑ زوٗنی بوزمیانی زآری ییے

اَسے ژینٕے حُسنچ سرمایہ دآری اتھ ما چھے ژینٕے پایدآری ییے

کالکہ آسن پگاہ نا دآری

کاڑ زوٗنی بوزمیانی زآری ییے

مہجور کرَ ہی ناز بر د آر ی         وقیتح تس چھ لاچارٕ ی یے
وہ نی چھُ آزاد سٕ چانٕ ذمہٕ دآری
کاژ زٕ نی بوز میانٕ زآری یئے[1]

---

۱۱ر اسوج ۱۹۹۹ بکرمی - ۱۴ر رمضان ۱۳۶۱ ھ

نصف شب - وترڈ ڈالہ بل

[1] یہ بند چھنہ چھاپس منز تظر گژھان

مشہور چھ چانٕ شب بیدآری         تی آیہ مانان سآری یے
شب بیدارن چھ تور پح بآری
کاژ رٕ ون بوز میانٕ زآری یے

## ۱۱

# نوٗکشیر

تھاو توکنَ ہامتہ لالو
لولکہ ونے افسانا
ژھاران شہرن گاران گامن صُبحن تہ شامن سارِنے مقامن
پھیوٗرُس زن مستانا
تھاو توکنَ ہامتہ لالو
لولکہ ونے افسانا
لاریوس پیرن جوٗگی مستانن رِندَن فقیرن تسبیح وانن
تروٗومہ نہ کانہہ استانا
تھاو توکن ہامتہ لالو
لولکہ ونے افسانا

تھزسئ اکس پیپھڑ لَرِ پان ترودُم          سوودُم تن تہ من بیدار تھودُم

بُوزُم اکھ نوِ وُے ترانا

تھاو توکن ہامتہ لالو

لولکے ونے افسانا

صُبحکُ واوا وس باغس کُن وُنان          پگہِ یِج خبر بوز یا دِعِلم پینی زان

آدی گیُم کنہ وانا

تھاو توکن ہامتہ لالو

لولکُے ونے افسانا

شنیِ یاہ چائی نشہ روزن شنیِ یا          شنیِ یا ہن اندر لَبہِ نوِ دُرْیا

گلشن بنہ وآراتا

تھاو توکن ہامتہ لالو

لولکُے ونے افسانا

بُلبُلس حاصل بنہ تاجدآری          وارِلی روزنس تآبیا سآری

شاہ پآزا آسِس ڈیڈی وانا

تھاو توکن ہامتہ لالو

لولکُے ونے اَفسانا

گُل موٕلہٕ ناوِن پانے پانَس　　بُلبُل فیس ہِن پنہٕ نِس ترانَس

جلدٕے آسہِ تِیٚتھ زمانا

تھاوتوکَن ہامتہ لالولُک وَنے افسانا

کُنڈی کرَن باغچ چوٚکیدآری　　نیٚزٕ ہیتھ روزن استادٕ سآری

پوشِن ہیتھ نہ ژٕرِ نادانا

تھاوتوکَن ہامتہِ لالولُک وَنے افسانا

گانٹھ واتہٕ ناوِ نہٕ زُوزآژ آزار　　مازِ نہٕ مازَس بنہٕ پرہیزگار

ژھآرِتھ کھیٚنیہ پھل دانا

تھاوتوکَن ہامتہِ لالولُک وَنے افسانا

اَرکھلِس ییوٚنڈ بنہِ دیوٚدارکُ　　ویرٕ ہیچہٕ آسے دِن ژٕندَن دارکُ

سآری سپے بنہِ یکسانا

تھاوتوکَن ہامتہِ لالولُک وَنے افسانا

ژھاران اوسس پگہ ہک روداد باغ میئون کر گرشہ ظلمہ نشہ آزاد

بوژہ ہا ترژھ زنہ دا نا

تھاوتوکن ہامتہ لالو

لولکـــ و سنے افسانا

شور اوسس جایہ جایہ اوترکہ کارٗ کتہ آو کوٗنت ووت دورسمارک

پگہ ہکـــ نہ کاہنہ داستانا

تھاوتوکن ہامتہ لالو

لولکـــ و سنے افسانا

دہ ہ گوآوازوٗنہ ترو و پرتو سآری ہیے عالمس نوٗرک گاہ پیوٚ

تارکو لوگـــ دُکا نا

تھاوتوکن ہامتہ لالو

لولکـــ و سنے افسانا

شمع پزاران اوسس پرواَنس مشغول کاراوسس منزوآرنس

زُتہ ہنن ہُنـد کار وانا

تھاوتوکن ہامتہ لالو

لولکـــ و سنے افسانا

وقتہٕ اکہ لال زٕہن چانٕہن بالَن    سوٗن بنہٕ چانٕہن سنگرمالَن

موٗختو وَسہِ بارا تا

تھاوتوکَن ہامتہِ لالولولُک وَنے افسانا

ڈلہٕ مَنٛز ڈُنٛگل کھالَن جواہر    وو لرکہٕ سۆد رٕنشہِ موختہٕ گژھہِ ظاہر

ژھارنہٕ ییہِ اَکھ جہانا

تھاوتوکَن ہامتہِ لالولولُک وَنے افسانا

تارٕسہِ مارٕسہِ بنہٕ امرتسر    توسہٕ مادان بَنہٕ صوٗرت بندر

کونگہ وٹن نگہٕ کارخانا

تھاوتوکَن ہامتہِ لالولولُک وَنے افسانا

لَدِ رازداَنی[1] جان پوٚختہٕ عالی شان    کرَنہٕ تتھ نارفان پوشس نہٕ طوفان

تتھ نیرِ کاری گرچھانا

تھاوتوکَن ہامتہِ لالولولُک وَنے افسانا

لوٚکٕ بٔڈی تہٕ کمزور بنیہِ زورادر    روزِ نہٕ کانٛہہ گژھن سارٕی برابر

آدمی بنہِ انسانا

تھاوتوکَن ہامتہِ لالولولُک وَنے افسانا

---

[1] رازدانی — بڈشاہن باگہ پور محل یُس لکہِ ہیندس اوس تہٕ نارگنہٕ سنتی دوٗد ۔

ہُتھی یار کھولن مذہب دارَن   یئیتہ یورِینہٕ تمہ اَکھ اُکِس مارن

مذہب روزِ اَکھ نِشانا

تھاوتوکن ہامتہٕ لالولولُک وٕنے افسانا

کمہٕ تانٲ خیالہٕ چھُکھ مندرکن پکاری   کَرزمیندآری فصل ووُڑو پآری

یِتہٕ چھے جان بُت خانا

تھاوتوکن ہامتہٕ لالولولُک وٕنے افسانا

مہجوُرِ ڈُچھ نُک یوُ دچھے ہاوَس   نو کتہٕ بوزِتمی سنٛدی پوختہ چھِے خیال تَس

کارٕ وکنہٕ چھُ دیوانا

تھاوتوکن ہامتہٕ لالولولُک وٕنے افسانا

۱۲

# پنَن باَغ

ہامنوشہِ پوشَن کنیا چھکھ وُچھان
یاَدِ کرَ پنہٕ نے باغٕچ زاَن

ژرے چھکھ باغ تے ژری ہا باغوان
یاَدِ کرَ پنہٕ نے باغٕچ زاَن

سرِ کر پنہٕ نُے پان چھے باغ
دِل چھے ناگ تے فموار دِماغ

چشمہٕ چھے پوش تے بُلبُل زبان
یاَدِ کرَ پنہٕ نے باغٕچ زان

باغس چاَنِس پھوج ژنگہٕ دل
ژِ تہِ رَٹھ سُے ژنگ لیُس بہٕ رٹہِ مَل

پوخۍتہٕ ژنگہٕ جامہٕ گرٹھ ژنگہٕ نادان
یاَدِ کرَ پنہٕ نے باغٕچ زاَن

باغس چاَنِس پھوٚجی ینبٚرزل

یِنہٕ وول کُس چھُ تس دیدن تل

بوٚن کُن وُچھان چھُس ژٕدن کُن دھیان

یاد کرِ پنہٕ نے باغچ زان

باغَس چاَنِس پھوٚج مسوَل

مَس والہِ مستانہٕ مس چلیتھ مرٕڈل

وِلہِ وِلہِ مسَ چیوان چھس گرٕڈھہ چھان

یاد کرَ پنہٕ نے باغچ زاَن

باغَس چاَنِس گُل آفتاب

بتہٕ راَتژ دُیت یہِ آسمانَس جواب

لول کرَ حاصِل شکلِ جانان

یاد کر پنہٕ نے باغچ زان

یِٚلیہِ کھسہ نو سمسارُک رَو

گوڈٕ یٚلیہِ چانے ڈٚیہ پرتوَ

اَدِ گرٹھہِ روشن باتِےجہان
پاۤدِ کرَ پنہِ نے باۓغ زاَن

تھز رس پیٹھ شوٗبان چوٗنے مکان
باس پیٹھ گلاُلہِ زن تابان

پاَدن تل ژنے چھےٚ ہندوستان
پاۤدِ کرَ پنہِ نے باۓغ زان

عالمکۍ نندہ باۤذ چھی ژنے موحتاج
دِلہ دِلہِ تاران ژیٚے کنٛ باج

شوقہٕ چانہِ دوٗر پیٹھہِ یوان لاران
پاۤد کرَ پنہِ نے باۓغ زاَن

وارِ وار وارِ لۍ گرژھن نابوٗد
بلبلٛ تہٕ کوٗستوٗری وایَن سروٗد

باغ کرَ سو رگس ستی مان مان
پاۤدِ کرپنہِ نے باۓغ زاَن

مہجور باغُک چھکھ ژٕ بُلبُل

ژنگہٕ ژنگہٕ پوشَن ژٕ ولیوِر اُتّل

آلہٕ روستے ژٕ چھکھ جان شوبان

یادِ کرِ پنٕہٕ نے بائیہ زان

---

۱۷، اسوج سنہ ۲۰۰۰ ب،

آتھوار، باہ بجے دوپہر۔ سری نگر۔

# ۱۳

# گُلالس کُن

لالو لالو ہا گُلِ لالو حالِ دِل کرو اظہار

داغ ہیتھ کیتو آکھ لالہٕ گو پالو تتہٕ چھا سأری داغدار

تتھ عالمس منٛز أس خاموشی غمہٕ نشہٕ اوس موکجار

داغکۍ اسباب تتہٕ آسی نایاب تتہٕ اوس سوکھ تہٕ قرار

نۆزک وألنجہٕ کٲی وأری واتن واتہٕ نووٕے ژٕرنے آزار

تتہٕ تتہٕ چھا ینیتہٕ چی ہُش بے راہی تتہٕ چھا نیتھے گٕڈٕ کار

---

ؔ اتھ نظمِ ہندس شانِ نزولس متعلق چھُ مہجور صأبن یہ نوٹ موجوٗد:۔

یہ نظم سال ۱۹۴۷ء کے موسم بہار میں ایک پہاڑی گاؤں کے باہر سر سبز اور لہلہاتے کھیت کے کنارے جہاں تا حدِ نگاہ تختۂ زمین لالہ زار نظر آتا تھا۔ گُلِ لالہ کی الم انگیز صورت اور ملک کے سیاسی خلفشار کی مماثلت

تہٕ چھا نیٖبہٕ زَل تہٕ چھا مسوٗل تہٕ چھا گُل تہٕ گُلزار

تہٕ چھا بُلبُلس پوشن ہُنز کل تہٕ چھا ژلہٕ وُن بہار

تہٕ چھا انسان مار نہٕ باپتھ اِنسان گران ہُتھی یار

تہٕ چھا زنانَن موصوٗم بچَن پیٹھ اِنسان کرَان بمبار

تہٕ چھا گورَبل تہٕ چھا آورنی تہٕ چھا اَکی ٹھیکہٕ دار

تہٕ چھا ملہٕ کھاہ تہٕ چھا نور باغ تہٕ چھا دانا مزار

تہٕ چھا کنٹرول اِنتظام گوٗل موٗل تہٕ چھا چوربازار

تہٕ چھا رایہٕ رایہٕ کھین چلین باگران تہٕ چھا تیٖمی خانہ دار

تہٕ چھا مسکین مورتد تہٕ بے دین - دین دار دُنیادار

تہٕ چھا بے زر تہٕ بے زبان نادان - گاٹُل یہٕ سرمایہٕ دار

---

کو ملحوظ خاطر رکھتے ہوئے لکھی گئی ہے۔ بمصلحت وقت کے تحت سالِ گزشتہ میں شایع نہ ہوئی۔ آج میں اس نظم کو بغرضِ اشاعت قومی کلچرل محاذ کو پیش کرتا ہوں'

قومی کلچرل محاذ آس کاشرین ادیبن تہٕ فن کارن ہُنز سو جماتھ یوسہ قبآلی حملہٕ دوران منظم کرنہٕ آیہ تہٕ یمہ کین بانی کارن

تتہٕ چھا زٔمیندار کاشکار نالگار تتہٕ چھا ہُڈی جٕیکدار

تتہٕ چھا آلرٕ ھبن زنگہٕ زنگہٕ نیامُشکرٕ لبن لگان بتہٕ مار

تتہٕ چھا نادار مُجرم گونہگار بے خطا چھا یہٕ زر دار

تتہٕ تہٕ چھا کمزور بے پڑھ تہٕ ا پہٕ زیور پڑی زیوٕ زوراوار

تتہٕ چھا تٔسی تھوان پنجرس اندر پوٗزیس آسہٕ گُفتار

تتہٕ تہٕ چھا زپوٗز ہیٹھی بتہٕ سازندر دورٕ وان موٹرکار

تتہٕ تہٕ چھا ملزِمس وُقتک یتہٕ انِصاف یار یٲے تہٕ کران خار

تتہٕ تہٕ چھا غداکِس لاگہٕ لِوان بے گوناہ تٔسندی رٔشتہٕ دار

---

مَنز مہجور صٲب، صادق صاحب، پردیسی صٲب بیترِ شامل آسی

۲؎ مِصرعچ ابتدٲیی شکل چھنے یتیمہٕ آیہٕ آسمٕژ ۔

نوزک بدنس کمی سیاہ کارن واتہٕ نودے ژسنے آزار

۱- ح: سری نگر کی بڈی قبرستان

ب: سری نگرچی آدرنگر - صفاکدلہٕ لبن

تتہٕ چھا ظالم شخص منز بٲہٕ[1] مظلومہٕ سُند طرفدار

تتہٕ تتہٕ چھا وقتکی زٕ ژرک تتہٕ گاٹُلی ظالمس ونان دِلدار

تتہٕ تتہٕ چھا گونہ ماتھ ہُچس ونان راتھ اژکھلس ونان یودار

تتہٕ تتہٕ چھا مہجور نہا بہتھ کو کرن چھکان موختہٕ ہار[2]

---

۲۱ ژٕ بتھر — ۲۰۰۴ بکرمی۔ بوم وار۔ ہترٕ گوم

[1] اصلس منز چھے مصرع صورتھ یمہٕ آیہ

تتہٕ چھا ظالمی مولود مُت ژٕ شخص مظلومہٕ سُند طرفدار

[2] یہ نظم آیہٕ ۱۹۴۷ہٕ کس سونتس منز شور و کرنہٕ ییلہٕ وُنہٕ مہاراجہ سُند راجی اوس۔ مگر یہ سپز مکمل ۱۹۴۹ ییلہٕ آزادی پتہٕ مسلہٕ سنے متری اٮ۪س۔ امی وِزِ سپز یہ شایع تہٕ۔ (ٹینگ)

اکِس جایہ چھُہ کھین چین بدلہٕ "نون تیل" درج۔

یہ شار چھُنہٕ ونیک تانی شایع گومُت۔ عو تتہٕ تتہٕ چھا جنگہ وِزِ یارس ٹوٹھ یار ترٲوِتھ ژلان یکبار

تتہٕ تتہٕ چھا نفسنہٕ دادٕ وعدٕ پھُٹراوان تتہٕ تتہٕ چھا احمد یار

احمد یار — احمد یار خان یُس مرزا افضل بیگ نہٕ استعفیٰ پتہٕ نیشنل کانفرنسچ ووگ ژٕ تتھ رام چندر کاک نہٕ وزارتہٕ منز شامل گو۔ احمد یار صاب اٮ۪سی تحریکِ حریتِ کشمیرکی اکھ مشہور لیڈر۔ یم اٮ۪سی مظفرآباد کی۔ ۱۹۳۴ہٕ منز آیہٕ یم جموں و کشمیر مسلم کانفرنسکی صدر ژارنہٕ یمہٕ وِزِ شیخ محمد عبداللہ صاب امکی جنرل سیکریٹری اٮ۪س۔ پتہٕ روٗدی احمد یار صاب پرجا سبھایہ منز نیشنل کانفرنس گرٕیکی لیڈر ییلہٕ ۱۹۴۵ہٕ منز مرزا افضل بیگن پنڈت رام چندر کاک سنز وزارت منز استعفیٰ دِیُت احمد یار صابن کرٕ بنہٕ جماعژ نشہ الگ گژھتھ تہنز جایہ پُر۔ یتھ پتھ یم تحریکہٕ منز بدون کڈنہٕ آے۔ پتہٕ کور یمو پاکستان ہجرت۔

# ۱۴

وزنہٕ لۆگ بٔنیہ زندٕگی ہُـنْـد ساز میٛون

ساز میٛون اظہـار کرِ وٕ ہ نٕ راز میٛون

باغِ میٛونے گُل تہٕ میٛون سُنْبل تہٕ میٛون

بولہٕ وُن بُلبُل چھُ خوشْس آواز میٛون

پنٛجرٕ منٛز نیر تھٕ وُچھن یا متھ ۂیو چھُـم

آسمانَـس پیٹھ تہٕ گو پرواز میٛون

کمہٕ مذہبہٕ خون میٛون زۆنکھ ملال

سُرٛوگ کٔنہٕ ترٛوٗو کھ وتن پیٹھ ماز میٛون

ختم گژھہِ چنٛگیز خانٛی شور و شر

روزِ قائیم تا ابد شیٖراز میٛون

راتہٕ موٗ غلس زٕ روٕ کس چمنس اندر
پنجہٕ دِتھ تس لنجہٕ کِڈ شہباز میٚون

آسہٕ یوٚد فولاد تن اسفندیار
تس اُچھو کٕنز مارِ تیر انداز میٚون

حملہٕ کرِ کیمراز ہیٚو دشمن اگر!
پتھ کوہن تس لار کرِ کمراز میٚون

دوٚپ یہٕ سازن یوزِ کُس میون سوز دلؔ[1]
کُس چھُ مہجور تس ورآے ہمراز میٚون

---

۲۶، پھاگن ژٕنڈٕ روار ــ ۱۱ بجے شب سِرگوم

[1] نوم ترٹنے شارچھ اصل سود نشہٕ نقل کرنہٕ وِزِ پیٚتھ ژٕ

بادشاہ محمود وقتن کوٚر غولام
غزنوک مارکھ سپن ایاؔز[2] میٚون

پٔرِی یہٕ ویٚنہٕ دٔن بند گو ساز و سرُود
آو وہ نی خٔبشس اندر سند راز میٚون

ژٕور بازار کس کپر نابود گو
ژٕرِ گرز ہستہ ژٕورِ ہیٚوٹھ. برُاز میٚون

[2] ریوایتن اوس ایاز کشیری الاصل

# ١٥

فاقہٕ پھٕر شونگہٕ مَتہٕ موٗزوٗرو ترا و غفلت گرٛدھ ہُشیار

ووٚتھ سپن اِستادِ ظُلمن چھکھ ژٕ کوٗرمُت نابکار

ووٚتھ غریبن مورمُت چھکھ ہوش کر سنبھال دم

ووٚتھ ووٚن کوتاہ کال روزکھ ظُلم و سختی ہنٛد شِکار

ووٚتھ نظر کر گاش آو کھوٚت انقلابُک آفتاب

چون دوٚدمُت باغ پھولہٕ پیغام ہیتھ آو نوبہار

ووٚتھ رِواجن عادتن ہنٛز پرٛانہٕ میٚہ زنجیر ژٹھ

نیر میدانس اَندر ڈٕر تراو ژٕ تہٕ بَن شاہسوار

ووٚنی چھُ انصافُک تہٕ پَزرُک زور ظلمُک دور گوٚو

پرٛون دُنیا گوٚو فناہ ووٚنی کرژٕ نوٚو دُنیا تیار

چھُے ژٕ نوٚو دُنیاہ بَساوُن کرژٕ سامانُک تلاش

اَتھ نوِس دورس اَندر سورُے چھُ چوٚنی کارُبار

وارِ کرٕی بے کار وقتن ییٚیہٕ یور بیدار روز
ختم گژھِ سرمایہِ دآری روزِ کتہ جاگیردار

زوٗژ ٹھتہٕ میحنتھ کرِتھ سو نہٕ ساعدی کرٕی تھاکھ یم اُمیر
وقتِ مشکل ہارِ منگ تکھ لوٗر ہیتھ کرِ نے ژٕ نے لار

ہا موٗزوٗر و گژ یتیو اکھ واس تھاوِ و تھوٗد دٕ تھو
حق پنٕن حاصِل کرِ و ترٛاوِ و کرٕن وہ نٕ زار پار

دُنیہِ ہِچ دولتھ چھِ تہنٛزے کُل تہنٛد تہنٛزے زمین
راج تہنٛدے تاج تہنٛدے باج دار گو تاجدار

یتھ نہٕ بوز کھ ذاتھ بتھ راتھ خاندان مِلّت تہٕ قوم
چھُو موٗزوٗرن ہنٛد گنٕے اکھ قوم سیدان شُمار

ستھ وٗری بر ونٛہہ وٗن یہِ مہجوٗرن تی گو پوٗرِ از
داوِ ہرِ دِ نہٕ زرِ دگژھی گژھی پیٚیے ہیتھ سرمایہ دار

## ١٦

واۄ صُبحکہ یوٗد ژٕ واتکھ مُلکہٕ امریکس اندر
لیکہٕ سکیس کونسلس منٛز حال سون وَن سر بسر

دورٕ مولاہ ادس اسہٕ پانے بنیوٚمُت خانہٕ دار
سانہٕ رتہٕ ستۍ گور چھان ینہٕ نین تہٕ اسۍ رُودۍ دربدر

ادس باپارِیاہ تِمس مُدٔس توے پوٚشُس نہٕ کانٛہہ
اَتہٕ تمۍ سٕنٛدِ ستۍ اسۍ ولہٕ ران کٕم کٕم شیر نر

ہیمتُک ہوٚل گوٚنڈُکہٕ تِم کاۄ آہنگر بنیاے
ڈیرٕ گُنڈٕ نوٗدکھ کوٚڈکھ ینیتہٕ قصہٕ کوٚرہس موٗ مختصر

یام ژٕول باپارۍ بب سون پست ہمت گو سٹھاہ
آے لاران سون گرٕ ہمسایہٕ لوٗگکھ شور وٗ شر

دِیُتٕ پُنُن ہیتھ راتھ کیُٚت ڈراو لوٚتہٕ پاٹھۍ دورٕ مول سون
اسۍ ژٕھنِن ہونین تہٕ ژٕول ترٛاوِن نہٕ اسہٕ کُن پوٚت نظر

بے کُنی ہنٛدی سأنٛ آلو بوٗزی بالو سنگرو
آسمانَن وۄد سۭٹھا گوٚ نیک انسانَن اثر

اَسہِ بچہ او نہٕ اَکھ جما کتھا آیہ لاران آسمانٛ
لتہٕ موہجہِ گیہِ اُسی سۭٹھا بلہٕ گرس سانٛس اندر

ہبراوس وَتہٕ کون گوم٘ت اَندرہِ موکلیوٚو کارٕ بار !
بب تہٕ ژۄل نب رۄد کھسہٕ نس سانٛی حالتھ گیہِ بتر

اَکھ چھُ پاکستان وَنان بیا کھاونان ہندوستان
اَسہِ سَعید فی الحال ڈاکتان یتھ ملکس زبر
بخشتن تَن اسہِ ترأدی تَن وہ ذتو کھ اَسہِ کیٛت تی چھُ جان
اُسی سنبالو گرہٕ ہنٛن یم ہنٛری تن سأری ہنٛبر

مُلکہٕ منٛزٕ گُڈی توکھ یم دانا اَسہِ کیٛت تی چھُ جان
اُسی کرَو پانے حوٚکو مَتھ دعوا تیوٚ تے ادس موٚختصر
دوہ کشی گیہِ وَقت لوگ تأریخ گرداَنی سپنٛز
اُسی چھِ دوہ لیٛ زانان توہہِ چھُوپنٛتس اَندر کھوچہِر
غأرتس سأنٛس کرِو تہی کوٚت کالا امتحان
اُسی مَرو غأرس کھورَن تل زانہہ تہٕ نوٚمہ راوَ دنہٕ سر

# ١٧

ساقیا بےتاب کوٚر تھس چاو تم شوقٕک شراب
تراو تم غمگین دِلس منٛز دردو سوزٕک اِضطراب

واوِ صبحک ژ او باغس ستیٖ پانٔس کیاہ اوٚتھن
بُلبلن کیٛتُھ عیش و راحت راتہٕ موٚغلن کیٛتھ عذاب

اوٚلُن ژھوٚر پیالہ، ہیتھ پھیران نٔران راتس دوہ ہس
ڈیٚت نہٕ آسن وآلۍ دریاون تمِس اکھ قطرٕ آب

منگہٕ نُک تے زارٕ پارک وقت گو نوٚو دور آو
یس مرٕ ھن منٛز زور آسن روزِ سےٚ ووٚنی کامیاب

ولولہ جوشاہ، حبٲباہ، اضطراباہ ہیتھا
پآدِ گرٕھ یا متھ دِلن اندر تہٕ سپٔد گو انقلاب

میون بُڈی بب مال و جان، ہیتھ ژرامہٕ پآنن کنہٕ آو[1]
مال ہوٚرم، جان چھیم باقی کڈان وچھہٕ تو حساب

[1] اشارٕ چھُ ۱۸۴۶ء کِس امرتسر معاہدس کُن یتھ موجوٗب انگریزو کشیرٕ ۷۵ لچھن روپین جمہٕ کِس گولاب سنگھس کٔنۍ (مرتب)

نخوِ پتھ کھہرن لجِٕکھ او زار ظلمکی تیز گےٚ

وقتہ وزِ مقراضِ ظلمچی ژٹہٕ غوہ لأمی ہنز طناب

یچھہ بڈِٕ لوکھ باغ چھاون گُل نوٚن، بُلبُل گیوٚن

کیاہ ہرچ کینژن پُشتہ ہنٛدِ خانہ یوٚد سپنن خراب

غرضہِ پنہٕ نے یم چھ آزادیہ مُلکچہ برخلاف

وقت ییلہِ ثابت کری کھہ پنہٕ ننہٕ شُرہن کیاہ دِن جواب

یک طرف روز ترٛاوتھ اے دُشمنِ گلزارِ قوم

چھُہم گُلن سگ واتہ ناوُن سانہِ کھلے پھیوٚر آب

داواسہ ناوان گُلن مہجوٗر وزہ ناوان دِلن

یم زِ امہ نِشہ بے خبر کیاہ گوٚ گوناہ کیاہ گوٚ ثواب

---

۲۶ بیاکھ ۲۰۰۵ ٹینکی کدل سرینگر

## ۱۸

پوشہِ نٔو لوہوشہِ سان روز وَنِد ڈراو بینیہِ سونتھ آو
زنگہِ زنگہِ پھٔلی پوش باغس نیر ژِہ تہِ گُلزار چھاو

پنجرس مَنز زاکھ اُکھی مَنز وانس گُزراوان آکھ
کھُل ففہِ ہس مَنز وچھِن ہیچھ واش کڈ واسواس تراو

آیہِ تن چھےَ پوشہِ تھرِ یتھ لبخہِ خوش چھےَ تھُنی بہِ لکھ
باغوانی غار آسی پس ژِ سنے ماروزی یہِ یاد

ژراونس زان قدر و قیمتھ یاونس تُل کانٔہہ مفاد
باےَ ورزِتھ لوٗکھ ازرِتھ اُلفتک مس ہاگراو

فاضل گوٗسے واتہِ لیس عامن تہ خاصن ورنہ کیا
کس نہ ژٔرژھ راوِلی تگن بنیتہِ باےَ بندے تےآشناو

دُشمن سنگین سزا دِین بدلہ ہیٚون چھےَ نہ کانٔہہ کمال
تیتھ سوٗ لوٗکھاکر ژِ تس یتھ لولہ سان ہنیہِ جون ناو

ڈرائے وارِل باغچہ منز جاناوَرن پھیر زندگی
تہٕ تہِ اگر وآرِ ژیل بٔنکھ بَس گو برابر آوجاو

چانہِ باغُک خار جگرس ینٛبرِ مین جاناوَرن
ژائے باغس مَنز دپان چھُکھ یِم کرَن میوٕ نے بچاو

دِگ سَتتی سنٛزِ زانہِ بُمہِ سِنی غآرزانن کیاہ خبر
تھُز گُلاہ دِکھ جانہٕ واراہ سَتتی چھس وارِل تہٕ کاو

زور سُہلا بِک چھُہ ووٗ لَرس خطرِ وجہ واٗدُک تہٕ چھُس
گھاٹ چھُے وُنہِ دوٗر واراہ واوٗ وچھی وچھی ژاونا و

ادس گُلزارس اَندر مُجوٗر دایاں لولہٕ ساز
اَزدپان بُلبل تہِ کیاہ گوٗ یہ بخرس مَنز کونہٕ ژاو

لہ نوم زٕشار چھِنہ وٕینوک تام شائع گامتِ

ہارِ ژرِ بٔبیل انو کھووتھ وائے تم ہتھ لولہٕ ساز
چانہِ مِلہٕ ژارک ہبر یآ غام نیر صُبحک یہ داو
آوِجن دژن پوشہ لنجن ہیٹھ تٕہ تھاوان ینجہِ چھکھ
واہِ روز کھ لنجہِ اکسی ہیٹھ ژٕ دہ شوے ینجہِ تھاو

نوٚوے شورا چھُ ونکین باغہٕ کین جانا ورن اندر

نوٚوے سوزا چھُ ظلمت پوشہٕ نوٚلو نچبرن اندر

سٹھاہ ٹکی پکی تہٕ تھکی کاروان چھِنہٕ منزلس واتان

خرابی فتنیٖ چھپایا چھُ حنامی رہبرن اندر

بہارس تلہٕ گرتھ ہیٚن دورانہٕ ہیٚن ولوٗر سومبرا ویتھ

فضا چھِنہٕ صاف تمہٕ کیٚس گیس کران پینہٕ ہیٚن کیٚہن اندر

ٹھپس منز زندگی ہندی زیادٕ دوہ یوٚد وے میٚنے گزرادم

چھُ باپتے قوت پرواز ونہٕ میٛشانہٕ پرن اندر

---

لہ اکہ چھپہٕ صورتہٕ تہٕ اصل مسودس منز۔ ع ٹھپس منز زندگی ہندی زیادٕ دوہ یوٚد وے میٚنے گزارادم

نظر شہ پاٹھ سنز چھنہ بستی ین بیٹھ چھس تھزر واراہ

پنن رٔوزی چھ ژھاران پانہ بالن سنگرن اندر

نہ آزی کہین عاشقن اندر تمنا سرفروشی ہند

نہ شانِ دلبری قایم چھ آزی کہین دلبرن اندر

دستہ لوٗن لوٗن گرزان یم آر گژھ وچھ یم چھ کتہ لوٗن

یہ شور و شر، یہ بدمستی وچھکھ کر آ گرن اندر

بڑہن ہندِ ہن گرن اندر چھ جانک ڈرتہ بالکل ذر

چھنے ہمتھ تے دلیری مفلسن ہندِ ہن گرن اندر

چھ اکثر پاک سیرتھ دور روزان ژھایہ لوکہ نش

توے لوٗب کُن چھ رٹہ تر جاے یم پوشوسرن اندر

ہہ کان چھنہ روف کرِ کھ وہ تاد میانہ سینہ کین چاکن

گمڈ کمزوری یاہ یادا چھنے شاید روف گرن اندر

اَتھ تھوٚ مہجوٗرَ قایم شانِ خوٗد داری زمانَس منٛز [1]

یوٚہے جوہَر از نایاب ساہنین شآیرَن اندَر

---

[1] اصل مسودَس منز 'باقی' 'قایم' بدلہٕ'

* نوم زٕشار چھنہٕ چھپے متیس کلامَس منز درج۔ ع

مشیدَن، خانقاہَن مَنز چھِ نقلی پوش کیاہ شوٗبان

چھِ اصلی پوش چمنکی جلوہٕ وان مندرَن اندَر

پہٕ آ گر ووٚنی شیرین، صاف نیران باگرین چھیماں

آہنگ تآثیر چھُنہٕ مدلان کوٚہلَن جوٗیَن وَرَن اندَر

۲۰

# آزادی

## بوقتِ تقسیمِ ہندوستان

ثناسٲری پٕرِ وسانن گرٕن منز ژآیہ آزادی

سٹھا یژ کاڈاسہٕ کٔن جلوٕ ہاوان آیہ آزادی

یہ آزادی گوڈٕ ٹی پلیہ دٕرایہ نٔنی ہندوستانس منز

لچھو پاٹھی آیہ انسانن لدان تٕلہ کرٲیہ آزادی

یہ آزادی چھہ ترٲوان مغربس کٔن رحمتک باران

کٔران سٲنس زمینس ہپٹھ ژھرٕ گگرایہ آزادی

غریبی مفلسی بے بوج ستی ہتھ خانہ وآرانی

امی ہٕتر ترایہ اسہٕ ہپٹھ آیہ ترٲوان سایہ آزادی

یے چیز اسہ غوہ لامَن آسی ظالم زور موہ لِ ہیاوان

کہنان تی بازرن آندر کرِ تھہ ملہِ تا یہ آزادی

ژنے کیا بوژ تھہ یہ آزادی یہ چھا کرِ متھہ کنن بازر

چھنے رُٹھمژ ہو ننن مشر آیہ لیپن جا یہ آزادی

یہ آزادی چھنے کو گراہ جَبال لشوہ شندی ٹھول کینہ ترلو [illegible]

تے کینہ ٹھول ہتہ لو دول لیتھہ مژ بنییہ تر آیہ آزادی

یہ آزادی چھہ سوہ کے حونژ پھیر یا جانہ پیتہ جا سے

فقط کینژن گرژن آندر چھہ ماران کر آیہ آزادی

یہ آزادی دیان سرمایہ داری چھنہ کنہ تھاوی

وڈوں پینہ نین لشہ چھہ سو مبلرون ہیوان سر آیہ آزادی

مکن پیٹھہ گیہ یہ آزادی سیٹھاہ گوب ہار پر تیھہ زن

چھنے کینژن خوش نصیبن پوشہ تلی ژنیے ڈایہ آزادی

لڈان ییلہٕ ہأل تے چکدار چھِ والان اکھ اکِس رتھ تم

تماشا چھکھ وُچھان لوٚتہٕ پأٹھی رُوزِتھ ژھایہِ آزادی

ٹکن ماتم گرن اندر بہتھ مہراز ہی جائے کِم

یِمو ژٹھ ژھٹے پانس ستی خلوتھ شایہِ آزادی

غریبن وارسی کرہن مگر چھینہٕ جائی من فرصتھ

تِموٚ لٹب موٹرن اندر دوان تھدِ پایہِ آزادی

گُمتی دم پھٹی چھِ ساری بے قراری چھکھ دِلن اندر

دیان ونہٕ ہو بنن او حال اَسہٕ ما لایہِ آزادی [1]

(نامکمل نظم)

---

[1] یہ طنزیہ نظم سپز پننہ وقتہٕ بڈٕ مشہور۔ مہجور صابنہ اَتھٕ چھ اصل مسودس منز نوٚم سٹھ شار تہِ یم تمہِ وقتہٕ مختلف وجوہکی شایع اَسی نہٕ کرنہٕ آمتی ــــ

لٔدِتھ مُجوزٕ وَنان آسی گرٛسی کیٛنہٕ شامس کھلَس اندر
ڈُوِتھ پھٔلی پھٔلی نیکھ اَسہِ پھوکھ تہٕ پھَش ہتھ دٔرایہ آزادی

ہیوان آسی ژٕرٲ ظٲلِم اَکھٕ کھارأسہِ زورٕ ہوٚٹ چیرِتھ
ژٕوہ واہ کھٲر دِتھ سینہٕ آزاد، گرٛسون ژٕرایہِ آزادی[1]

ستَن جایَن کرٛ ژھَن کرٕہَس تلٲشی تو ملہٕ موٚ چھہِ باَیتھ
پھُوتِن مَنزٲ تُلِتھ پٕژٕ ژھایہ آرم بایہِ آزادی

نِبر شیٚخ زانہِ کِتھٕ ہُنٛد مانہِ، تَس ژٕلی خانہٕ دارِن ہتھ
سُہ گوٚ فریادی، ہِتِ کِنہٕ لوٗکہٕ ہنٛدِ تس پیایہِ آزادی

رٕچھان کوٗتر، کوہ کرَ لیٖڈر، غریب لودی فاقہ گٔے ابتر
یوہے اِنصاف ہتھ ملکَس اندر آیایہِ آزادی

---

[1] مجوزٕ سٹمس کُن اِرشادٕ۔

بچھو دیوٚ دُ گرِ باپتھ پھل ترکھاہ کانہہ تھوٚزٕمنِیس تل

چھ آسی کھوژان خبر چھانیس رِ ما وُگرایہِ آزادی

یہ پولوگراونڈس منٛز ژایہِ تتہِ بیٹھی شالہٕ گوو پھہ اندر

توے شہرس اندر شامس گران وُنگہ رایہِ آزادی[1] ❊

---

[1] اصل مسودس منٛز چھُنہ تأریخ درٕج

❊ مطلب ریڈیو کشیر۔ یتھ تمہٕ وزِ پولوگراونڈس منٛز سٹوڈیو اوس۔

گژ یسی تس مایہ چانہِ دِل چھ لوٗ بٲنی کمہِ شوقہٕ چھے ژنٕنے للہٕ وٲنی یے

تالہِ پیٹھ ژنٕنے کرٕ جاے شیرٲنی

ہارٕ منٛزی سٲنی الہٕ بٲنی یے

یَتھ گرٕ س اندر چھکھ ژھُٹھرٲنی رُوزِ تِیٚ تہٕ فرٲوٲنی یے

ژنٕنے سوارو زُن بڈ ناداٲنی

ہارٕ منٛزی سٲنی الہٕ بٲنی یے

یمیہ وَتہِ رفتار چھکھ ژتراوٲنی تَتھ وَتہِ موختہٕ ہرانی یے

نیٚترٕ منٛز لال زَن کھُستی بدخشٲنی

ہارٕ منٛزی سٲنی الہٕ بٲنی یے

مہجوٗر وارٕ پاکھٹی گوڈٕ پیٹھ زٲنی ژنٕنے ستہ اوس آسٲنی یے

چانہِ اقبالہٕ چھِ تس چھنٕنے شادٲنی

ہارٕ منٛزی سٲنی الہٕ بٲنی یے

نوم بند چھنہ برونہہ شایع سپدی متھ

کم کم دلہٕ ویر ہندستانٕی — مددس آیہ اسمانی ییٚے

برقرار تھاوکھ چانی روانی — مارٕی منزی سانی الہ بانی ییٚے

شاہی مکانن پیٹھ لہرانی — کاژزون زن نانیانی ییٚے

تھزرس پیٹھ چھکھ گاہ تراوانی — مارٕی منزی سانی الہ بانی ییٚے

زرٕ زرٕ چانی چھے مہربانی — چانی چھکھ زندگانی ییٚے

یتھ سمارس ژرےٚ چھکھ بانی — مارٕی منزی سانی الہ بانی ییٚے

ژتےٚ پتھ زوفداکور شیر وانی — شوقہٕ چانہٕ اوس دورانی ییٚے

یاد تھوی زدہ ذِتسنز قوربانی — مارٕی منزی سانی الہ بانی ییٚے

تصویر چونے چھ قومچ نشانی — تی مون قومن سانی ییٚے

سینن پیٹھ چھی چاے شیرانی — مارٕی منزی سانی الہ بانی ییٚے

۲۲

# جنگی ترانہ

دوان گڑھ ڈلکان گڑھ بہودرو دوان گڑھ

مس چیوان چیوان گڑھ

بائتھ گہوان گہوان گڑھ

ژنیر پہلوان بن رستم داستان بن

شیر نیستان بن

ژھالہ نوان نوان گڑھ

تراو پھیرن سپاہ بن تل ژ رفل مشین گن

زندہ کرن پنسن وطن

ناو تھوان تھوان گڑھ

وطن چون بہشت زَن        خاراِمیک چھُ دُشمنَن
ژلار یمَن بدخسہن
خوَن چوَان چوَان گژھ

ژنے کیا چھ دُشمنہ سُنذ غم        روز بتیار دَمبدَم
ژگنڈ کمر تہٖ تُل علم
تیز رواں رواں گژھ

کشیر ہنز بہودری        تازٕ بٔنی سِپہ گری
شکستِ فوجِ اکبری
یاد ہیوان ہیوان گژھ

مہجوَرنی ترانہ پَر        شوق ہُری دَری جگرَ
ژتہٖ رَل فوجس اندر
بائتھ گیوان گیوان گژھ

## ۲۳

کرٕ کیاو ۄنیسی مے لانہٕ نِس ۄنیایس
یاوَن رایَس چھَنہٕ مێٲنی ماے
یاوَن رایَس بے پَروایَس
یاوَن رایَس چھَنہٕ مێٲنی ماے

پرٛژھنَے تہٕ گارنے زٕ نَمس آیَس
زہ ینہٕ میشانہٕ مێاہ نِن لجٕ دِلس گرٛاے
یور کور آیَس کتھ کرِٕ زایَس
یاوَن رایَس چھَنہٕ مێٲنی ماے

رَحمکہِ بارٕ مَتہٕ رَپ چھنے آیس
قوٚدرتن بخشم کھَسہٕ وُن آے
سَخِتیو ترٛاوِس صد موٗذرایَس
یاوَن رایَس چھَنہٕ مِیأنی ناے

در دِل موج پِہنٕز آسِم دایَس
دوٚہنَم ہیٚچھ رَٹُن بن وازٕ باے
کسبوَ تہٕ ہو نَزوِ نشہِ دوٗرٕ ژایَس
یاوَن رایَس چھَنہٕ مِیأنی ناے

رأچھ اوس مِیأنس حُسنہٕ سرایَس
شرمہِ ہُنٛد سایِبانہٕ صُبرک قلاے
ژوٗر روٗد دوٗراکھ سنگین قلایَس
یاون رایَس چھَنہٕ مِیأنی ناے
کس تام ووٚ پرس بخشنہٕ آیَس
مِیانیو مولوٗم کرٕنہٕ میٚشأنی راے

تی کوٗرُم منظوٗر تن دِژم نہٕ نیایس

یاوَن رایس چھنہٕ میثائی ناے

لکہٕ مُشیٖلہٕ منز بازری دِرایس

شاہِ ہمدانن وُچھ میثائی ژھاے

مردَس برونٹھ کُن پرٕ دِسان آیس

یاوَن رایس چھنہٕ میثائی ناے

دوہ ہیٚہ اکہِ ژٕنٛدٕ ہار گرٕ لیی گرزایس

بختن بناوِس پادشاہ باے

تیتھ شاہی منز تہٕ کھوٗژس خوٚدایس

یاوَن رایس چھنہٕ میثائی ناے

میٚے لاج شوٗب ییتھ فانی سرایس

اولیا تہٕ دِوتا مینٛے کیٚنز آے

تیٚلی لجٕ بتی یینہٕ تہٕ ٹھہرایس

یاوَن رایس چھنہٕ میثائی ناے

پوٚشہٕ تھرِ ہنٛدی پاٹھی وقتے پھو جایس

میٚے نِشہِ پوٚش ڈرائے گنٛڈی تہٕ منے زائے

گُل چھو ینے کُنڈی ہرُییے توَےَ مَنڈ چھپاِیں

یاَدن رالیَس چھَنہ میثاؔ ڈ نا ے

رنگہ رنگہ دو کھ تہ داؔدی ژ الان آیَس

لوس چھَس کران لو لہ مَتہ لاے

مہجوَر سِنڈی پاؔٹھی نا دالایَس

یاَدن رالیَس چھَنہ مثیاؔ ڈ نا ے

# ۲۴

بُلبُلا موٚت گوکھ پوشَن روبرو گُلزار چھُے

ژھکھ دِوان ژھوہ راتھ نے دوہ پھلیہٕ ہِنٛد امار چھُے

باغہٕ کین رٔنگین گُلَن ہِنٛدِ شوقہٕ ژھکھ وایان سوٚرُد

سوز چھُے نور وز چھے لوکہٕ چارز پہٕ وُن نار چھُے

شبنمکی آبٕ ٹھی واتہٕ مُشکہٕ کی آبٕ ٹھی گرٔشھ ڈِشِس نہٕ کانٛہہ

ہوشہٕ سَان کر پوشہٕ پوٗزا پوشہٕ موٚت اوتار چھُے

ژیٛرِ آو گو جلدوا پَس چون ماٗرُدُس خیال

گتھ کران یُس پتہٕ مران ژھکھ بے وفا سے یار چھُے

دیوٗر پوشَن کم تُلان چھاوان چھ کم باغُک بہار

بے خبر اَمہ رازہٕ نشہٕ ژھکھ شورو شَر بسیار چھُے

پوشہِ مَدنَس جامہِ نُوزُک مُشکہِ ستی ناوتھ بدَن

برہوا چھکھ عشقہِ مسکین یار دُنیادار چھُے

والہِ واشن چھانہِ باپتھ والہِ برزُ او دِگرکھ

پوشہِ تھرِ پیٹھ آلہِ ہن چھے والہِ نے اتھ زالہِ نے

کالہِ ترّاوُن باغ آسی وَن ژرِنے کیا اِنکار چھُے

چُھکھ گُلن وَچھ وُچھ ژِ تو شان چھےنہِ انجامُک خبر

حاصلس اَمہِ باغہِ کس پژاران سوداگار چھُے

پَر ژرِنے آسی چھےنہ زَر اتھ چھون ژِ کیا سوداگرکھ

کَرژِ کینہ سرمایہِ پادا وُچھ یہِ گُل زردار چھُے

یس شہلی کُل آسہِ بخشان رُمہِ ریشہ نے آیتس

شیہلہ رسہِ تین مِچ چھہ دیوان تتھ گواہ دیودار چھُے

موت تَے بیّیہ زندگی گُلشن چھُ ہاوان ۂستۍ ۂستی

کَرزٕ باغَس کُن نَظرگوہ لاب پھُٹے گُلنار پھٹے

کَرقمُری سٕندی پاٹھی زٕ تہٕ کُفرَس تہٕ اِسلامَس کُنُے

بَرزبان حق سَرِ ہو ہو ناؤنالی تَس زُنار پھُٹے

چھُکھ نہٕ زٕ سنے بَاغَس اندرتنہا کُلین کھُٔس کھُٔس ایوان

ۂستی پھُٹے مہجوٗر نالان تَس تہٕ سُے آزار پھُٹے

# ۲۵

## گرلیسی سند ترانہ

بابہ میانہ غم تراو مناو شادی          اُسی وُچھو یٹر کالی آزادی

آزادی پچھٹے سائی آبادی

اُسی وُچھو یٹر کالی آزادی

اُسی اُسی یہ زمین کمہ نادان          دہ وَے بارتا اُسی زٹان زوجان

ترَیشہ پے پے کران آبادی

اُسی وُچھو یٹر کالی آزادی

ہرداُسی پھلی پھلی نوان زوردار          ظالم تہ جابر بینیہ چک دار

کانسہ کرِ وُچھ سائی بربادی

اُسی وُچھو یٹر کالی آزادی

مۄ کلہِ وۄ ذُظلمک تہٕ لوٗٹُک دور    ڈُڈ دار تہٕ چیک دار گرتھن کمزور

خۄش خبر لوٗزاسہِ گیہٕ شادی

اُسہِ وُچھوٚ یژ کاٗلی آزادی

وۄ ذیہٕ کمہٕ ناوو تہٕ روزِ پانَس    نۄقصان واتہٕ پہٕ اکس دَانَس

واریُل گرتھہٕ آسُن سون ہادی

اُسہِ وُچھوٚ یژ کاٗلی آزادی

سۄ کیہِ سان زندگی گُزارۄو    جان جان مال بنیہٕ نوٚراوو

کانہہ تہٕ واتہٕ ناوِنہٕ آسہٕ دآدی

اُسہِ وُچھوٚ یژ کاٗلی آزادی

سُلہِ چھےٚ ژینہٕ وِ ذوان ہیجوٚر    جلدے گاش یِیہٕ گیہٕ ٹہٕ گرتھہٕ دوٗر

پوٚز ذوٚن وَنَن واٗلی وۄ تسادی

اُسہِ وُچھوٚ یژ کاٗلی آزادی

۲۶

# جنگی ترانہ

نیرٕو نیرٕو کاشریو  ہاو پنٕنی بوٚہو دُری

نیرٕو نیرٕو شُشدرو

ہاو پنٕنی بوٚہو دُری

دِلارو  بوٚہو درو

ہاو پنٕنی بوٚہو دری

بٔروُنٹھ ینے کوہ تہ بال  شیر بُنتھ کھارِ ژھال

کوہ تہِ کرٕکھ پایمال

یُتھ نہٕ ژینے کانٛہہ ہرج کرٕی

ہاو پنٕنی بوٚہو دُری

بۆرونٹھ ینے ژنے شیرِ نر حملہٕ کرِکھ ژٕ پین تہٕ پھر

لار ڈکھ تۄٹکھ جِگر

یتھ ہٕ کرن ستمگری

ہاو پننی لۆ ہو دُری

دُشمنہٕ سُند فوج آو ییٚر پنٔن وطن بچاو

کاشرِ ہِنٛدنا وتھاو

تراو پھیرن تہٕ کانگری

ہاو پننی لۆ ہو دُری

تیز تیز تُل قدم تھو ژٕ خیال دم بدم

ستی چھے پننی علم

ژھار اَرچ ژٕ برتری

ہاو پننی لۆ ہو دُری

## ۲۷

# پیغامِ شیروانی

۶ - ۷ نومبر کی درمیانی رات کو شہید شیروانی قبائیلیوں کی قید میں تھے۔ کہتے ہیں وہ رات بھر ٹہلتے رہے اور گنگناتے رہے۔ مندرجہ ذیل اشعار انہی جذبات کی ترجمانی کرتے ہیں۔ مہجورؔ

دوہ لو تارِ کو یوز میانِ آہ و زاری

دوہ لوٗ چھ ژٕ میانِ لیکٕنی بے قراری

یٕہ وَنہٕ ہانٕہن حال واحوال وَنہٕ کس

یٕہ قاوٕس اندر میانٕ شٕنگی میٖتی چھ ساری

تۄگس یوٗسفا وۄرِ بایَن اَکھس مَنٛز

میٚنۍ چھم رامہٕ ہوٗنٛز راچھ اَنٛدۍ اَنٛدۍ ژٕہ پارۍ

دوہ لو شیرِ کشمیرِ پادَن وَندے جان

ژٕ ریکھنا وچھکھ میانہٕ موٗرٕچ تیاری!

میٚنۍ یتہٕ نیلہٕ ژٕ واتکھ یتہٕ شہرس اَنٛدر

کری میانۍ ہنٛش کٕس ژٕ نے مہمان داری

وہ لو دوستو وطنہ کے نوجوانو

بۓ چھُس لوسہ وُن بوزمیٲنۍ ذِلہٕ زارۍ

ژٕ گنڈ ہمتھ ہوّل بچاوُن وطن چھُے

تمی ستی کھسہ رتھٕ میٲنۍ جان نثارۍ

سمِتھ آے پانژٕ ساٲلی گژدادمی کھاو

ژٕ ھنکھ بے گونا آنتہٕ رسی مارۍ مارۍ

وطن میون جنت جہنم بنوُ دُکھ

وطن میون گُلشن وۄن کرٕ ہس وُجارۍ

یہ گو بُلبُلن پیٹھ کرُن تیر بارٲں

یہ گیہ شیشہٕ خانس کرٕ دِ سنگبارۍ

ژٕ نے بے سلح آسہٕ نکھ مارہی کُس

یمن کھیلہٕ ناوان چھ چاٲنۍ نابکارۍ

ژٕ یوّ د شیرِ کشمیر سُند حُکم مانکھ

نہ روزۍ غریبی نہ بے روزگارۍ

ژٕنۍ کیاہ واو چھُے شیر یٚلہِ رٲچھ آسٕی[1]
نہ ماری ٲُزیری نہ پوشی ہزارٕی

[1] یہ نظم تہٕ چھَ "کاٹے جا کشمیر" کتابہِ منٛز گوڈٕنیتھ شایع گٲمٕژ۔ یتھ مُتعلِق بروٚنہٕ ونہٕ چھُ امُت محمدؐ مقبول شیروانی اوس نیشنل کانفرنسک اَکھ سرگرم کارکُن۔ یُس قبائیلو ژٕدداہ گولہِ لٲیتھ شہید کوٚر۔ تٕمۍ اوس ۱۹۴۴ ہٕس منٛز ورہٕ ملس منٛز مِسٹر محمدؐ علی جناحَس خِلاف مُظاہرہ کرنس منٛز تہٕ اہم حِصہٕ آدا کوٚرمُت۔

۲۸

# قائدِ اعظم شیرِ کشمیر

کٔمی سنا بدلو وسون تقدیر　　قایدِ اعظم شیرِ کشمیر
بنٲوِ گی مو کہ لے یہِ زندگی پھیر　　قایدِ اعظم شیرِ کشمیر

شۄبخمژ بٔستی کٔمی وُ زِ نآو　　آزاد گرٛزھِ پٕژ وَتھ کٔمی ہاو
کٔمی سٔنٛدی دۄ جوٗدَن زِنٛدٕ کٔرٕ کٔشیر　　قایدِ اعظم شیرِ کشمیر

ینٛلہِ دُچھ باغن سۄنٛتک واو　　ہۄکھی مِتٕین گُلن بیٚنیہِ بامُن آو
اَہنٛدٕ ہِن آلوَن چھُ سٕے تآثیر　　قایدِ اعظم شیرِ کشمیر

بٔڑرِ شہِن راہِ دآئٕ گرٛزھِ وآران　　تتہِ دوہ کھتہِ مرد اعآلی شان
اَتھ خابس نیٚنٛو وآز تآبیر　　قایدِ اعظم شیرِ کشمیر

گے ترنے ہتھ اکہ ہاکھ وٗری ازتام    اٗسی اسی پآر میو بنآوی ہتی غوٗلام
کمہ ژٗٹ غوٗلآمی ہنز زنجیر    قائدِ اعظم شیرِ کشمیر

وَن وآسی کوٗہی ژٗورکن گال    کمی سٗندِ اَہرٕ ستی گے پامال؟
اٗڈی ژٗلی اٗڈی گلی اٗڈی گے اسیر    قائدِ اعظم شیرِ کشمیر

کمی دِتی کاشرٕن بنیہ ہتھی یار    بُزدل کمی بنآوی زورآوار
نوکٗ شیر کمی سنا کٗر تامیر    قائدِ اعظم شیرِ کشمیر

کمی تلی تھوٗدیم پتھر پیٹھ ہتی
منز چھیمتی گمتی تہٕ گُزریمتی
یہ "ہتو" کمی بنوو وقتُک وزیر
قائدِ اعظم شیرِ کشمیر

ل یہ نظم چھ "گاسے جا کشمیر" کتابہ منز شایع گامٕژ یوس قومی کلچرل محاذ کشمیر کہ طرفہ اپریل ۱۹۴۸ء شایع کرنہ آے۔ یہ نظم آیہ محکمۂ اطلاعات کشمیر کہ طرفہ گراموفون ریکارڈ تہٕ بَرنہٕ تہٕ یہ اوس شہرٕ گام جلسن تہٕ اِجتماعن منز وایہ نہ یوان۔

۱

# مُناجات

صاحبو ستھ چھم منے چاٲنی وٮ۪تھ منے اپلِچ ہاوتم

کوُٹ کالاہ روزہٕ بے زان زاٲنی ہُند مس چاوتم

بوزتم فریاد و زاری سوزتم داد بن دوا

روزتم ہر دَم مہربان زانہہ تہٕ پرٕ مٔتہٕ پاوتم

کاہلی کم ہمتی وسواسہ نشہِ تھوتم منے دوٗر

دَل ولاہ جوشاہ تہٕ ارمانادِلس منٛز تراوتم

زانہہ مَتہٕ وٕنہٕ ناوتم افسانہ نِندرٕ پاوٕنی

موٗرد ہیٚمہٕ سیتی زِندٕ سپنن تِتھی وٕژن وٕنہٕ ناوتم

یِم سُخن پاداکرن خلقن اندر الفت تہٕ لول

دوٗرٕ تیٚمہٕ سیتی گرٛژھ نفرت تی وٕنُن ہیٚچھ ناوتم

پھوٚلہ لوٗدتھس پانہٕ اَژٕ وٕنہٕ زیٹھ واوچہ گرٛاہٕ سیتی

سوٗرٕ وٕنہٕ منٛجھ ہٕرتاپکہٕ زٕدرٕ مَتہٕ چھٹراوتم

شَبنمکۍ یآ کھٹۍ آفتابَس کۄت کال کرٕ اِنتظار
گوٚ ڈٔنجے انوارِ پوشن ستۍ سُلہِ وُزنٲوتَم

شَکلِ چھُس اِنسان مگر انسانٔیتہٕ نِشہِ بے خبر
ہیٚیاوتم مَتہٕ اِمتحان یٚیمیہ شکلِ مَتہٕ مَنٛدٕ چھاوتَم

دُور چھُس ہیوٚدُت نکوٗ نٕش چھُم توٗے مہجوٗرناو
تِم اگر دُورن مٔنۍ نِش ژٕ تہِ دۄر زانہہ مَتہٕ تراوتم

# ۲

آس بَرتَل کاس خوٲری بوز زاری یا رسولؐ
بَرتہٕ دل از نورِ عرفان کَرتہٕ یاری یا رسولؐ

چھکھ بلا شکھ مالکِ کون و مکان شاہِ شہان
چھے شوٗبان دوٚن عالمَن ہنز تاج داری یا رسولؐ

عاجزَن پیٹھ رحم کر چھُی رحمتُک دریاوٕ ناو
اسمِ پاکس چانِسی لوٚ پاری پاری یا رسولؐ

کٔرِی سیٹھاہ بَدکارَ اَسہِ کرزٕ ون کیاہ گو نیک و بد
پییہ زِ نخوت گے پریشان وآتٕھ خوٲری یا رسولؐ

سرزمین دل گومٕت پژمردٕ از جرم و خطا
رحمتُک باران اَسہِ پیٹھ تراو جاری یا رسولؐ

اَکھ نظر کَر رَچھ سانٕی گرٕ ژھَن غم غوصہٕ دوٗر
ڈیڈرِ تَل آمٕت چھِ با امید ساری یا رَسولؐ

چشم بادامو نظر کر سر تہ تل از خواب ناز
اکھ دماہ وچھ عاشقن ہنز بے قراری یارسولؐ

چانہ وتہ ہنز گرد پتھ گومت فدا جان عزیز
بہر اللہ کر قبول میانی جان نثاری یارسولؐ

دکہ زد مہجور آمت ڈیڈ تل بوزس صدا
فضلہ چانی چھس سٹھاہ امیدواری یارسولؐ

## ۳

آس لاران یاشہ کونینؐ اتھہ داران یاشہ کونینؐ

چُھس بوٗ تھاران یاشہ کونینؐ

خوٗن ہاران یاشہ کونینؐ

یام ہاو کھ منے جلوۂ انور دأدی لدِ دِل بلیم ژلیم اڈِشر

ہیتھ لیہ ہیے آرزو دِلس اَندر

چُھس بوٗ پژاران یاشہ کونینؐ

عاشقن رات دۄہ مدینس پیٚچ کل ناتوان کیٚہتہٕ دوان چھہ حضرت بِل

لوٚلہٕ چانہٕ پیٚیے ہیوان لوان تَرَل

چھی ژٕ نے ژھاران یاشہ کونینؐ

باغ اسلام وحدتُک گلشن اوس شولان خراب کوٗر ظُلمن

دد وَنَن بنیہ دو بارہ پوشہ پھولن

ترأو باران یاشہ کونینؐ

چانہٕ وتہٕ لارٕنک سیٹھاہ چھُم ٹھٔنڑ		اکھ چھوٗن واتہٕ کوٚت بوکیاہ کرٕ منڑ
چھُس فِراقس تہٕ اِشتیاقس مَنڑ
دوہ گزاران یا شہِ کونین ؐ

فوج ظٲلمٕ رٕٹتھ چھُہ تیر و کمان		ناو ہیتھ وٲتی چاٲنی بے سامان
چاٲنی یارٕی شفاعتُک فرمان
تَم چھِہ گاران یا شہِ کونین ؐ

اوٚ مہجور بر درِ سرکار		بوزِ تَس زار ہاوتَس دیدار
تَس دِلس منز چھُہ چانہٕ لولُک نار
شولہٕ ماران یا شہِ کونین ؐ

# ۴

کوترو واٹکھ ژ ییلہ بر روضۂ خیر الانام
پاس اللّٰہ ادبہ سان کر پیشِس میثون عرض وسلام

دم سنیھا ألتھ پیٹہ نہ لولگ رہم یا آلتھ صبح دم
ٹدر ریو احوالِ دِل میثون کر بیان بالاے بام

اُمتکِہ غمخوار بڈِ سرکار دِل آوار چھم
عالمکِہ سردار بخشن ہار غم کاسُم تمام

آرزو چھم چا نہ دیدار گ یہ دِل چھم بے قرار
بلبلا زن انتظار س نوبہار س صبح وشام

زو فِدا کر ہا وَ تَن چا نین مگر توت واتہ کر
دو رِ رِن بے تاب کورِس ہولہ تپ چھم لول آم

لا رہا یے تھار رہا وَ تہ گار ہا تی پیرار ہا
واتہ کوت بے زر تہ بے پر لولہ تر زانہ کرنے ڈرام

واتہ وادس کرنظر اَسہِ کُن تہِ وُچھ سون حالِ زار

کُفر آو بر جوشس اسلامس ہیوان از انتقام

اَسہِ بیٹھ یوٗد سایہ ترٲوکھ رحمتُک ہاوکھ ظہوٗر

کاسہِ گٹہٕ ظُلمچ جہانس چون اکھ ادنیٰ غلام

اَکھ تمنا ہیتھ دِلس مَنز آسہِ سان ہاوجوٗر آو

رحمژ بَس اکھ نظرا یاورِ ہر خاص و عام

## ۵

سونتھ آو صُبحک واو پوشن جلوہ واوان آو
سُلہٕ ژاو باغس نَنہٕ شُد رہِتھ ونہٕ ناوان آو

خاموش کھو نہٕ پیٹھ پوشہٕ تھرِ معصوم چمنک اوس
رسہٕ پانٹھی تمس حسہ پھیران اسہٕ ناوان آو

گُل آسی کری پتی ورِز وادن ہردہٕ پریشان
اکہٕ اکہٕ یمن رآوی مہتن سو نیہ راوان آو

آسی خون ہاران اکھ اکس ہم جنس جاناوار
لولک تہٕ دردک ساز وایان فتنہٕ ساوان آو

پھول باغِ عالم تازہٕ بہار آو جہانس
پیغام بقا آدمیس واتہٕ ناوان آو

ییلہٕ وقتہٕ وزِ ترود گُنڈِ کُلس پیٹھ سایہ بہارن
اُدہٕ پوشن بُنتھ بُلبُلن دل تنبہٕ لادان آو

ینیلہ نو بہارن جلو پنٌن ہو و چمن پھول
باغس اندر کرگانسہ اُکس مُشہ راوان آو

ابراوس بالن ثرھایہ زمین ترئیش منگان اس
کھوت ابر رحمت آسمان باران تراوان آو

یعنی سہ شہنشاہِ زمین سرورِ کونینؐ
وحدانیتک زِندگی ہُنْد راز باوان آو

ساقی بنتھ آو فخر عرب شاہدِ لولاک
مس پیانہ ثیارک مِلہٕ ترارک باگہ راوان آو

میخانہٕ تے پیمانہٕ گنے شیشہٕ گنے رود
شاہن تہٕ گداہن کتےٚ مس چاوِ ناوان آو

ینیتہ اوس گومت آدٕنکےٚ وعدٕ فراموش
بنیہ آدٕمیَن آدمیت یاد پاوان آو

ینمی زون مقصد کیاہ چھ ینمیہ باغک تہٕ بہارک
پنزی باپٹھی سے اکھ زِندگی ہُنْد باغ چھاوان آو

سے سون یاور ناو چھ یس شافعِ محشرؐ
مہجور ملہ ہے ناو تیٚ یاد تھاوان آو

(ج)

# پھاپھا کُٹنی

اکھ ناتمام مثنوی یُس نہ چھاپ گامُت چھ

تحریر سنہ ۱۹۱۱ء

# تعارُف

یہ مثنوٕی چھےٚ مہجورسٕنٛز کاشُر شاعری ہٕنٛد گوڈنیک نموٗنہٕ تہٕ تٕسنٛد کاشرٕ لیکھنٕچ اوٚلین مشق — یہ چھےٚ ۱۹۱۱ءیس مَنٛز شوٗرٕ کرنہٕ آمٕژ یلہٕ مہجور دٕنہٕ دہ بَرٕ زبانَن آویزٕ اوس تہٕ پننہٕ زبٲنۍ اوس تمہٕ وَقتہٕ کہ فاشنہٕ مُطابِق بٕچہٕ نظرٕ وُچھان اتھ مثنوٕی ہٕنٛدِس اَکِس شارَس مَنٛز چھےٚ تَسنٛز اَمہٕ سوٗچَن ترٲیہٕ ہُنٛز آےگرٲے تہٕ موجوٗد ؂

مٕتے مانُن حُکم یاراں پیوٚم ناچار

اگرچہ کاشرٕ زٕنتہٕ چھُس بٕہ بیزار

بانہٕ مہجوٗرَن چھُ ناتمام مثنوٕی ہٕنٛدِس دٕسی لابَس مَنٛز وَنمُت زِ یہ چھُ توٲریخ عربُک اکھ قصہٕ مگر بانہٕ تمۍ بانے مہجوٗرَن چھُ اُردو ترجمہ پیٹھ پھیرمُت ؂

یہ قصہٕ نثرِ اُردُو پٲٹھۍ دوٗنمُت

زِ تاریخِ عرب کمۍ نام اوٚنمُت

قصہٕ چھُ اَلِف لٲلہٕ ہٕنٛزَن حِکایتَن ہٕنٛز چالہٕ خلیفہ ہاروٗن رشید سٕنٛد وَقتہٕ اَکِس سیٹھاہ چالاکہٕ زنانہٕ ہٕنٛز مکٲری ہٕنٛدِ وارِیاہ وِیٛنہٕ تہٕ دَل بیان کَران ۔ زیرِ نظر قصہٕ چھُنہٕ اَلِف لٲلہٕ ہٕنٛدِس مُروَجہ نوٚسخَس مَنٛز مگر اَنہار چھُس اَمہٕ کِہن باقے قصَن ہُنٛدے

خوش قسمتی سان آو مٕتے سہٕ موخصَر کِتابچہٕ اَتھۍ یَتھ مَنٛز یہ قصہٕ دَرج چھُ اُردو پٲٹھۍ ۔ باسان چھُ زِ مہجوٗرَس تہٕ آسہِ ہے اَمی ایڈیشنُک کانٛہہ نقل برٛوٚنٛہہ کَنہِ روٗدمُت ۔ یہ چھُ ۳۲ ہَن صفن پیٹھ لیکھِتھ

اَتھِ چھُہ بڈٕ ناہموار تہٕ نزاکتہٕ نِشہِ محروٗم۔ سیاہ میلہِ سیتۍ تصویر چھِہ نہٕ گوڈنِکس صفس چھس یہِ عیار کتھ درج۔

## قصہٕ عجیب و غریب عورت ڈلہ

حسب فرمایش جے ایس سنت سِنگھ اینڈ سنز پبلشرز و تاجران کُتب چوک متی مسجد لیو بلڈنگ لاہور۔ مشہور عام پریس لاہور بیرون دروازہ شیرانوالہ زیر اہتمام پنڈت روگنا تھ داس مینجر چھپیا۔"

تارِیخ چھُس نہٕ گوڈٕ تہٕ نہٕ پتہٕ دِتھ مگر باسان چھُہ زِ یہِ آسہِ ہے یمہِ صدی ہنٛدس گوڈنیٚن سٕٹھن چھپے مژٕ۔

گوڈنیُک سوال چھُہ زِ کِتابہٕ ہنٛد ناو کیازِ چھُہ مہجورن "ڈلہ" بدلہٕ "پھاپھاکُٹنی" کھوٗنٛدمُت۔ اکھ وجہ ہیکہِ یہِ آسِتھ زِ کاشرس منٛز چھہِ یژھِ فند باز زنانِ کُٹنی وَنان تہٕ یہِ چھُہ عام فہم تہٕ لوٗکن ہنٛدِ زیوٗ پیٹھ دوٚیم کتھ چھےٚ زِ یژھے ہِش دٔلیل چھےٚ کُٹنر ہنٛدی سنسکرت شاعر دامودر گُپتن راز جیاپیڈن دٔفتہٕ لِیچھمژ یتھ "کُٹنی مہاتم" ناو چھُ تہٕ لوٚبہٕ انگریزی یاٹھی تہٕ چھےٚ ترجمہٕ گمژٕ۔ یہِ کِتاب (۷۸۵ - ۸۵۱) چھےٚ حارکتھ انگیز حدس تام کُٹنی مہاتم کین افسانن سیتۍ ہشر تھاوان۔ یہِ ہشر وٕز زادیچ مشق چھِہ بجاے خودٕ اکھ بوڈ موضوع تہٕ فلحال تراوون سٕہ الگ۔ یتھےٚ کٔنٛز چھِہ کھیمندرن تہٕ کنکالی ناو چھُ کِتابہِ منٛز زنانن ہنٛز مکاری وِتہٕ ژھناوِمژٕ۔ مہجورس آسہِ ہے امہِ ریوایژک ظوٗن تہٕ توٚے چھُ تمۍ یہِ تفیس وَگہٕ ڈلن دِیت مُت۔ مگر امہِ سیتۍ تہٕ چھےٚ معاملہٕ سارۍ ےٚ گیٚنہٕ نیران۔ اُردو کِتابہِ منٛز چھُہ پرِتھ شایہ مکارن ہنٛد ناو "ڈلہ" باو نہٕ آمُت۔ یہِ ہیکہِ نہٕ عیان وٕدٕ جوٚ ہا توٚ کنٛہ عربی ناو آسِتھ تہٕ باسان چھُہ زِ یہِ چھےٚ اُردو ترجمہٕ کارِ سٕنٛز بنِنٛ گنٛد باشہٕ۔ اسہِ چھُنہٕ ترجمہ کارٕ سٕنٛد ناو تہٕ مولوم۔ بہرکیف! مہجورن چھُہ ہرجایہ ٔیمہِ ہنٛد ناو شمرانہٕ لیوٚکھمُت یہِ ناو چھُہ عربی ناون تہٕ مزاجس نکھہٕ۔ ممکن چھُہ زِ مہجورس ما آسہِ ہے ڈلیلہٕ ہنٛدِ عربی یا فارسی اصلُک کانٛہ نیب۔ یمہِ پیٹھ تمۍ یہِ ناو ختیار کوٚرمُت چھُہ۔ مگر یہِ تہٕ ہیکہِ بنِتھ زِ یہِ آسہِ تسٕنٛد نینہٕ دمٕہ ٔگیٚ اختراع۔ مہجور اوس اکھ نوٚزک حواس فنکار، تس آسہِ ہے پےٚ زِ کاشرِ زبانہِ سیتۍ چھےٚ نہٕ "ڈلہ" ناوُک صوتی سرگم

رلان. توَے ما آسہٕ تمی شمرانہٕ ناو پانہٕ ناوِ کتھ عربی مزازچ تیٖہہ تہٕ کاشرِ مزازچ تیٖکھی دہ شوَے بجال تھادِ مرٛتہٕ مہجوٗرن سُند کاشرِ ناو سوندر ماں پلال کرنک تیا کتھ پہلوٗ چھُ یتہٕ زِ سہٕ چھُ نازنینہٕ سیٖوُد بے کاشرِ ناد سوندر مال تھاوان. گوڈٕ گوڈٕ چھُ باسان زِ یہ چھُ تسُند صفاتی ناو مگر وارِ وارِ چھُ یہ ناو ژ یتہٕ ژترس لاریتھ گژھان تہٕ پی ادس مہجوٗرن مُدعا تہٕ۔

یہٕ مثنوی چھےٚ مہجوٗرن دوٚن دوستن ہٕنزِ ہُند ناو حکیم احمد شاہ تہٕ عبدالعزیز ناگی چھُ ہُندِس فرماشس پیٹھ ترجمہٕ کرٕنی ہیٚژمِژ مگر باسان چھُ زِ گرٕس لاینہٕ یتھ چھُنہٕ تس یہٕ چکہٕ چاوٕ زِ یاد کانس پوٚشہٕ مت تکیاز گوڈٕ نکہٕ صفہٕ ورآے اکثر ہن صفن ہُندِس اکھ کتابچس منٛز چھُ سہٕ فقط سوادن ژورن (۴۴) صفن ترجمہٕ کرِتھ ہیوٚکمُت تہٕ اُتی کھٕتے چھےٚ یہٕ مثنوی روزِتھ گامژ. اصل مسودس منٛز چھِ ۱۵۱ شعر مگر آمیزی تہٕ زِشت خط آسنہٕ کِنی چھِنہٕ زِ شار روزہ تھان اوٚکنی چھِ یتھ مثنوی منٛز ۲۴۹ شعر چھاپ سپدان. ہرگاہ یتھے مہجوٗر مثنوی اَکھ دِنس منٛز کامیاب آسہٕ ہے سپدمُت. اکھ چھُنہٕ شکھ زِ مثنوی ہٕندی شعار آسہٕ ہن ترٛن ژدن ساسن تام تہٕ یہ بنہٕ ہے. کاشرِ زبانی ہنٛز اکھ بارٕ مثنوی. یتھ شایہ مہجوٗرن مثنوی ترٛاوِتھ چھےٚ ژھینی مژ سہٕ چھُ تھکٕ بلکل گوڈٕ. وٕنہٕ چھُنہٕ کُنہٕ پیٚن اکھ زٕھل تہٕ اکھ دل تہٕ ہوٚو مُت. امہٕ پتہٕ چھُ سہٕ قصہٕ چہٕ نازنین سوندر مالہٕ تہٕ بیٚیہ درجن وادن لوکن لٹاوان تہٕ دیٚہہ کھیاوان. تیٚمہٕ زِ نندباز ہنزِ کمند چھےٚ پانہٕ خلیفہ ہاردن رشید تہٕ تسنٛزِ ملکانہٕ یانے زبیدہ بیگم تہٕ زالہٕ ولان تہٕ چھکرِس چھےٚ سو پانہٕ پانے بڈِتھ یہ کار ترٛاوان تہٕ خوداہ مران. یتھ جایہ یہ سوٗرے قصہ بیان کرن نیٚہ دارِ یاہ جاے تہٕ شاید چھُنہٕ امیک موقہٕ تہٕ محل یتھ تشایہ. لہٰذا یہ ذِکر بیٚیہ کُنہٕ وِزہ۔

مگر اکھ کتھ دٕنی چھےٚ ضروٗری زِ مہجوٗرن چھےٚ مثنوی سُہ مزاز تہٕ سو ٹکسالی رِوایتھ رچھان تہٕ سنبھالان لیچھہٕ مژ لوہ سہٕ کنوہمہ صدی عیسوی منٛز کاشرِ مثنوی لِکارو کمانس واتہٕ ناوِ مژ اُمس تہٕ تمیٚک موخترٕ تم مقبول کرالہٕ واری سنٛز "گلریز" چھُ۔

## کیٚہہ فنی نوکتہٕ

مہجورٕ چھُ یکساںٕ انداز سٕ منٛز گوڈٕ حمدِ باری تہٕ پتہٕ نعتہٕ سیتی دُسلا یہٕ کران۔ بیٚیہ چھُ قصہٕ لیکھنُک سبب تہٕ بیان کران۔ یہ اوس کاشرِ مثنوی لگارن ہنٛد آزمود مت انداز تہٕ یہ چھُ اُردوٕ قصہٕ نِشہٕ صاف انحراف۔ تتہٕ چھُ قصہٕ سیدِ سیوٚدٕ آغاز سیدان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یتہٕ ژھوٚٹس موٚٹس کینژاَس پیٹھ مہجورَن تفصیلَن کُن تتھے پاٹھی توجہ دیت مُت یتھٕ پاٹھی مقبول "گلریز" منٛز ضیائی نخشبی سنٛزِ کتابہٕ نِشہٕ ڈٲلتھ قلمس پھلے برجستہٕ آمان چھُ۔ یتھ شایہ تہٕ مناسب موقہٕ چھُ یوان مہجورٕ چھُ قلمس واش کڈتھ بٔنیہ آینہٕ کمالُک پے دِوان۔ مثالے اصل کتابہِ منٛز چھُ صرف یہ لیکھتھ زِ بغداوس منٛز یتیم گرژھن واجینٛ کوٗر اَس اَکھ نازنین۔ مگر مہجورٕ چھُ تُتوکیاہ چھُ بیان کران ؎

فقط رُوزِ سس ژرٕ داہ وٕری شے کٔنی کوٗر
سوٕ انٛہرِ شی چھےٚ گویا جنتچ حوٗر
وُچھِن اَکھ سوٕ ند راہ بر فرشس کمخاب
ولس اندر بہتھ تابان چہ ماہتاب
بہتھ نازُک بدَن غارت گرِ ہوش
گلِ خنداں پٔری پیکر پٔری نوش

یتھے کٔنی پتہٕ سوٕ پتہٕ نِس فرضی فرزندٕ شندِ تس نازنینہِ عاشق گژھنُک حال چھُ بادان سُہ تہٕ چھُ رنگین بیانی ہنٛز اکھ زبر مثال۔ اُردوٕ کتابِ منٛز چھُ یہ مقام ہوٚکھ تہٕ ہوٚندرٕ۔

"میرا پسر جو کہ نہایت ہی حسین و جوان ہے۔ میرے ہمراہ آیا تھا۔ اس نے تم کو چمن میں گل گشت کرتے دیکھا۔ اس وقت سے اس کا یہ حال ہے کہ نہ کھاتا ہے اور نہ پیتا ہے۔ میں نے ہر چند اس کا سبب دریافت کیا۔ کل تک اس نے کچھ نہ بتایا۔ آج جو تنبیہ کی اور سمجھایا کہ اس خیال خام سے باز آو اس نے کہا مجھ کو اور کوئی خواہش نہیں۔ صرف

یہ چاہتا ہوں کہ ایک دفعہ اُس نازنین کی صورت اور دیکھ لوں اور اگر یہ بات نہ ہوئی تو اپنی
جان کھو دوں گا"۔

ہیچھٕ رِتہٕ فلمکُ بوٗبُس چھُہ یِہ آتشبٲزی ژھکراوان
اُچھن ہنٛدِ گاشُس چھُم فرزندا کیٚپس
دَشہِ تھٲوی تھٲوی سُہ چھُم مٔنٛگمُت خۆدایس
چھُہ وُنہِ کٔنٕس اَرداہ وُہُر پوٗر
خۆدا رٕچھنٕس تہٕ گژھی نٕس چشم بد دوٗر
بجُھمُت قوٗدرتن چھُس حُسنِ کامِل
دِچھِتھ تَس کُن چھُہ حوٗرن تیٚنہٕ لان دِل
بہ خدِ یوسف بہ قد فوارٕۂ نوٗر
بردیش شہر حسن آباد معموٗر
ژِیرِ مشہوٗر چھَکھ در نازنینی
تِژٕھ شوٗبہ ہَر کَتھ تٕنٛز دربارہ جبینی
چھُہ کھیران کوہسارن سبزٕزارن
گیٚنہِ مَنٛز لالہٕ زارن ژھالہٕ مارن
ژرِتہٕ تاآسہٕ ہَکھ در باغ ڈٲرِتھ
بگُلشَن چوٗن نسیمِ سحر ژٲرِتھ
ژٕ وُچھنکھ در چمن تاباں چُولالے
بصد آداب کوٗرنے دِل حوالے

بۆ فیچو بوو ہَس نام و نسب چون
تہ چھس کاژ زدٕ نے لوگمت گژدن
دوان دُرِ مدن تراوان چھُہ چشمو
بجز زوٗنت چھُہ تَس چھانو کرِ شُمو

یہ چھنا مہجور سنز سوے ادا یمہ کِنۍ بقول مہجور سے
اشارہ باشرح یودوزانہ گژِھ تہ انکار یا انکار
وولہ چانے ترجمہ ہے دِدن شُہن افسانہ بنٲوِتھ

مہجورنہ ہِنا تمام مثنوی ہندی ہنیا کو نوکت چھُہ سُنھاہ دلچسپ معنی خیز تہ غور طلب۔

امہ ذکرک کِنۍ تریز چھُہ تمسند یہ فرض عاشق تس ندما فیقہ بادنہ یوان۔

"دختر نے کہا کہ اے مادر تم اتنی خفیف (چیز) کے لئے اس قدر متردد کیوں
ہوتی ہو۔ میرا اس میں کیا حرج ہے اگر اس کو صرف میری صورت دیکھنے سے ہی غرض ہے
تو میرا اس میں کیا ہرج ہے:"

مگر مہجور چھُہ اتھ ساری سہ ژکی پھیر کران۔ سہ چھُہ ناز نینہ ہِندِ طرفہ تَس بوسے
آنگنہ سیدٕ دیادان ؎

سو ندر مالے وذ ہَس پھیرتہ چھِہ کیشا غم
سہ تَس روے باوِنے کیژھا گژِھ کم
چھُہ کیشا کوزِتن ملاقاتَس منع چھا
یہ چھنا تَس بنیہ سئے بوسے چُھمنا

مہجورن چھُہ دلچسپ انحراف کرنک بیکَن یُہ وذ چھُہ اتھ آسِتھ۔

،و، یا تہ ہوس تہ قصّس کانہہ دلچسپ ورد یہ خاطر بکھ پھیراوان شاید ما باوِنا وِچھے۔ سو ندر مالو

ہنٛدِ لکھے کٔٹہٕ آسمان تہٕ قفس مَنٛز کرٕ ہے اَکھ پُرلطف کش مکش تہٕ آویزِش پاد۔ اَکھ صوٗرتس منٛز روزِ ہے صِرف مرکزی خیال کِتابِچُک تہٕ یہِ بنہٕ ہے ترجمہٕ بدلہٕ تتھے کٔنٛہ اَکھ آزاد تخلیق بنتھ کٔنہ مقبوٗل سِنٛز گلہٕ ریزِ چھنہٕ۔ مگر غار۔ یہِ چھہ بس اَکھ سوال آمیز "اگر" یتھ نہٕ زہہنے کانٛہہ حتمی جواب ینٛرِ۔

اب اشاید اوس مہجوٗر تمہٕ وقتہٕ کِہ سماجِچہ اخلاقی قدرہٕ رَنٛزہٕ ناوِ نہٕ یٔژھان۔ قفس مَنٛز چھنہٕ بٔروٗنہٕ یہِن یہِ انٛزِش کوٗر تہٕ جوان عاشق نیتھ نٔنی ہاوِنہٕ یوان۔ خیر مہجوٗر رؠا آسہٕ ہے نہٕ یہِ صوٗرتھ یِنہٕ نِس زمانس دَیہٕ وٕنی زانان۔ بہرکیف اِبیاکھ اَکھ کتھ چھنہٕ یہِ مثنوی پٔرنہٕ ورِ نظرِ تل یوان تہٕ سوٚ گٔے کاشُر شاعری ہنٛدِس مادانَس مَنٛز ینہٕ دٲلِس مہجوٗرٕ پنٕنٛز آنہٕ وآج تہٕ اسنٛد کاہِگرٕ۔ یتھ مثنوی مَنٛز چھہ کاشِرِ زبٲنہٕ بیٖٹھ تسنٛدِ وہ ستاداہٕ مہارتُک انداز گژھان۔ کاشِرِ کلاسیکی محاورُک تہٕ اسلوبُک نیٖب نَنان تہٕ تسنٛز بیانہٕ کِہ آوِ جارہٕ تہٕ زاوِ جارُک پے لگان۔ بٔلِ کرِ چھہٕ کاشِرِ کلاسیکی مثنوی تہٕ شاعری ہنٛدی واریاہ آلو تہٕ پوت آلو تہٕ کنٛن گژھان۔ یہِ کتھ چھنہٕ ہاوان زِ یِلہٕ نہٕ مہجوٗر کاشرِس مَنٛز لیکھان تہٕ اوس تس ادس کاشِرِ کلاسیکی اَدبُک سوٚن تہٕ گوٚن مُطالہٕ۔ نوٚ مَن شارَن مَنٛز چھنہٕ یمہٕ تمبرِ ژھیتپہٕ ژھارِ سان زدتان تہٕ نوسان ؎

خوٚشی یوٗ دِدَے گورنز غم رِمنٛز

حلب آیینہٕ ہیٚوٗ تس سینہٕ بے کیں

بہٕ نیرنگ و فریب و حیلہٕ نو

نوان سوٚ رِمے کُڈھ کھ از چشمِ رٔہرو

یہِ کیاہ گوٚ مَس چَنے نخقہٕ کھُشرٕ و کاف

بدل آدرنج دحرماں رنگ وراگس

وَنے کیاہ ڈوکھ زن یہِ پوشہٕ باغس

دۄپُن تَس ییٚتھٲ زٕ کوٗرۍ سو رٔگہٕ حوٗرۍ
جہانکہِ حُسنہٕ برزِچ زٕنگہٕ زوٗری

---

وۄہ لو ماشوقس مےٚ شوقہٕ گوٚو تَس زَن
اَکی شبہٕ مےٚ ہلاکہٕ ہِش گیٚم تَن —

---

یِم شار چھہٕ مہجورَنۍ تِمے بھرَوک رَوان تہٕ خوبصورتھ اسلوب ہاوان اَکھ تہٕ چھہٕ یہٕ خیال ووہ تھان زٕہر گاہ ہے تِمۍ مثنوی نِگٲری کرِہٕ ہرٛ آسہٕ ہے تہٕ کیتھ کٔنۍ ہیٚکہٕ ہے گۄلریز۔ ہٕزٕر پو اَیتھ گُل خیز کرِتھ۔ "جہانکہِ حُسنہٕ برزِچ زٕنگہٕ زوٗری"۔ یہٕ ماری مَنزٕ تشبیہہ چھیٚنہٕ پتہٕ مہجورَنس کیٚنہٕ شارس مَنزٕ نظر گژھان۔ یہٕ مثنوی چھےٚ مہجورَسنٛز کٲشرِ شاعری ہٕندِ تاریخی تہٕ فنی مُطالعہٕ کرنہٕ خٲطرٕ اَکھ سیٚٹھاہ اہم دستاویز ییٚمہٕ وِزِ تِمۍ یِم ڈاے ہتھ شار لیٚکھ تیمہٕ وِزِ اوس تہٕ وُنہِ لو کچارکس سوز وسازس مَنزٕ تہٕ وُنہٕ آس نہٕ تَس "بازیگری بیچھے تٕہ کھابازی گارِدٕ" وَنہٕچ کل۔ اَتھ زٕنگہٕ زورٕ پیٹھہٕ زٕول تِمۍ کٲشر شاعری ہُنٛدیہٕ ژونگ تہٕ پتہٕ رُودٕ لگ بھگ تییہٕ اَرُدٕہن وُریین دوہ پیٚرٕ زبانہٕ ہٕنٛد کوچہٕ پھیرِ ورتاوان۔ اَمہِ اَڈلیچہٕ مثنوی ہٕنٛدِ دٔری یافتہٕ سیتہٕ چھہٕ تَسنٛز شاعری تہٕ فنک اَکھ نوو نبہٕ دوندٕ اوبرٕ تلہٕ ڈرامت

محمد یوسف ٹینگ

سری نگر

۱۲ر دسمبر ۲۸۲

# مثنوی

## در حمدِ باری

کران چھس ابتدا با نامِ باری ۔۔۔ چھ یمی سند جلوہ در عالم رٕوہ پارٕی

کورن یلیہ آراستہ تمی باغِ عالم ۔۔۔ کرِن پادا تتھ اندر رنگ کم کم

اکے آدم ونیکن مختلف ذات ۔۔۔ اکِ خصلتھ چھ کرٕ آسان گرِ کی بات

کُنے ساقی کُنے شیشہِ گُنے نے ۔۔۔ چھ کینژن ہوش کینہ چھیتھ بے خبر گے

تسنز قو در تتھ چھنے بالا ازٕ تخیُل ۔۔۔ در آنجا عقلِ کل حاران چھنے بلکل

## در نعت سیّد الابرارؐ

سر پرٕ آرایے ملکِ جاودانی ۔۔۔ بقائے قصر و کاخِ زندہ گانی

شہ سرور ساقیِ کوثر مطہر ۔۔۔ محمد مصطفےٰ سالارِ اکبر

| | |
|---|---|
| یَنہٕ بُلبُلِ شہی تا صُبحِ محشر | وزان اندر جہان اللہ اکبر |
| کوٚرکھ ییلہِ کوچ زٕ ین دُنیاے فانی | بصد حسرتہ یہ مُلکِ جاوِدانی |
| محافِظ زٕورتھ آوِکھ بہرِ اسلام | تِمو کور رام ایران رُوم تہٕ شام |
| صداقتہ تہٕ عدالتہ بیٚیہِ سخاوتہ | شجاعتہ زینتہ فخرِ ولایتہ |
| وزرا ٹھہراو کر اے بادِ شبگیر | ژٕ ڈیشہ لولہٕ زخمن منٛے بُجم زیر |
| گرٛژھان آسکھ ژٕ زانہٕ سوییے مدینہ | یوان چھم ژٕ تنے نِشے بوے مدینہ |
| ژٕ آسکھ وٕنو تمت بر روضۂ پاک | یہ کس مُشک چھے کورمت آلِ نِشاک |
| ژٕ ییلہِ وآنکھ بیٚیہ در کوے دِلدار | بہ لحنِ دلنشین کر عرضِ یک بار |
| چھُہ در کشمیر شخصا ناتوانا | غریبا، کم زبانا نیم جانا |
| پریشان دل غمو کوٚرمت سہ مجبوٗر | گومت دِل خستہ پیومت دور مہجوٗر |
| چھُہ دل بریان زِ دردو رنج حرمان | ازین دار الشفا سوزِس ژٕ درمان |
| سہ بیٚیہِ ہے عرض کرٕ ہے پانہٕ بردر | وَلیکن تس نہ چھُہ زر تہٕ نہ چھس پر |

زِ مہجوری چھُ یِوٗمُت دُرچاہِ غم
ترحُم یا نبی اللہ ترحم

# کِتاب لیکھنُک سبب

خوشی نے غم چھِ دَر عالم زِ سردار
چھِ یِم تھَدِ یا یہ یِنہدے بوٗڈ چھُ دربار

خوٗ کوٗ متھ بر وجوٗدِ ہر بشر چھک
بزیرِ حکُم عالم سر بسر چھک

یمَن یوٗ دوے چھِ باہم نام و پاغام
جُدا اجلاس چھکھ تِہُنْد حکُم و احکام

زِ دربارِ خوٗشی کانہہ وُچھنہ ناراض
دِپان سأری یہ دربارا چھُ فیاض

مگر تھاوِ یاد لِی اے نیکہ اختر
خوٗشی یوٗ دوے گورنر غم منسٹر

زِ دربارِ خوٗشی بارنج حُسرمال
سوے غم اکثرن چالان سوزاں

غمُک دربار مثلِ نارِ خونخار
نہ لوزاں زار نے تس کانہہ ہند عار

بہ دُزیاکر چھُ اُمی سند حکُم پھیران
فلاطونِ زمان اَتھ جایہ حیران

بظاہر یوٗند لبتک چھُس مُلازِم — گرٕ ہتھ رٕیتھ پوٗرٕ چھیم تنخاہ دِوان تم

لگان چھُم شستٕ تیرٕ ادن چاندٕ بادن — زٕ ژُینک نقشہ برٕ کاکذ بناون

کوٗرم کنیژن دٕہ ہتھ شندٕ پوٗند دیِن جان — وٕچھتھ افسر سٕپنی وارا میٖہربان

ہیٚچھم سورٕے مگر اَکھ فن ہیٚچھُم نہٕ — کرٕن مے پوٗند لبت غم توٗ گمٕ نہٕ

مُلازِم پوٗند لبتک یوٗد ژٕ ونہٕ اسم — مگر چھُس در حقیقتھ چاکرِ غم

کھیوان تنخاہ غمک چھُس ساتہٕ ساتے — بنیا گنہٕ در جہاں یوٗت بیا کھواتے

غمے ماکھ چھِہ مثالن جسم وجانس — دِوان کیاسہٕ رٕژ دٕیتھ کن زٕ آری وانس

غمس میٖٹھہ میوٗن دِل گوٚمت چھِہ خوگر — سٕہ یوٗد آتش بہٕ چھُس مثل سمندرٕ ؎

دٕہ ہٕہ اکہٕ اتفاقا کیا سپُن جیان — دماکھو گوشِس اے یار میٖہربان

بہٕ ادِس ڈوٗٹی بیٚیٹھ پننہٕ محکم — کمر بستہٕ بدرگاہِ سَشرِ غم

اُچھی اندر روٗس جورا اژا اے از در — کورکھ غم خانہٕ از جلوٕ منور

حکیم احمد شاہ آن یارِ نکو نام — دوٗم عبدالعزیز قصبہٕ ناگام

---

ف۔ سمندر۔ کینژن یُس رِوایت کنِز نارس منز پر پتھان چھُ

دوشوے یارتے غم خار میشاق    شفیق و محرم اسرار میثاق

پئے دلجوئیے یاران ہمراز    ثمس رد خصتہ ہیوتم دوئمیں پچہ باز

دَمااظہار کرِی حالا سِتھ باہم    اَکہ اکی سند بوز اکی ودن زیاد اکی کُم

پئے تفریحِ یارانِ صفاکیش    اوتم منے قصہ بیہ شمرانہٕ دریش

سبٹھا خوش گئے دودیکھ کاشرز ونتن    بکشیری زبان ور در تقسیم آنتن

ہمیشہ مکرِ زن اسہ بوز واتسے    مگر عیاری یہ زن ؤتی نہ کاتسے

منے ماتن حکمِ یاراں پیوم ناچار    اگرچہ کاشرزِ ہشہ چھس بہ بیزار

پہ قصہ نثر آر دِ پاٹھی وذنمت    زِ تاریخ عرب کی تام اونمت

زَنانے آسہ کا نہہ چالاکھ وعیار    بکر و چالسازی یوز ہشیار

فریب و فن کرِتھ شیرَن کران رام    دِپان پھاپھاکنی چھس خاص عام

یمو صفتو چھنے شمرانہٕ ژتس تھاو    تو سے پھاپھاکنی کوز مے منے تھناو

---

۱ یہ اوس سہ زمانہ ییلہ مجبوراً فارسی تہ کاشرس لیکھن فخر اوس زانان (مِینگ)

# آغازِ داستان

بیا اے ساقیو کاشانۂ غم — اسیرِ خلوتِ زندانۂ غم

فارو خستہ چھ غمہ کِس پاسبانَس — تھٔوِتھ کَن روز مِیانِس داستانَس

زٕ چھس مختصر اولادِ آدمؑ — زٕ ہیتھ وٗری گٔمتیٖ دٔہ آسی تتھ کَم

شہانیکو سیٚر اندر حلب اوس — خوداترسا دیندار اعجب اوس

حلب آیینہ ہیو تس سینہ بے کین — امیرالمومنین باداد با دین

رعایا شاد ملکہ آباد سورے — زِ عدلَس شہرِ در عالَم زٕدہ پورے

دہ ہیا کھ اوس شہ بازیب و زینتہ — بِہتھ بر مسندِ زرّین بخشتہ

بجرِ دا گرد آں ماہ خجستہ — وزیران و امیران دست بستہ

صف اندر صف غلامان گل اندام — سہی سروانِ سُنبل موئے گلفام

اتھ اندر اکھ چھا تس آہِ نالان — کرَان فریاد چون آشفتہ حالان

شہا دینِ پرور ابیداد بیداد — زِ جورِ پیرِ زن فریاد فریاد

چھِنے یتھ شہرس اندر اکھ بڈ زنانا — زنانا کیا چھِنے قہرک اکھ طوفانا

سیٹھا گرٕ گۓ تیہ از دست آں زن — گرِھان نٮ۪ی پاٹھی لوٗٹیتھ زن چھ رہزن

بعیاری لگان چھس زنٕلک ساری — ہیٚچھان شیطان تمِس نِش کسبِ عیاری

زبان اُتھی سِنز طلسمِ سامری چھا — تمِس کیٚنہہ سحر چھا جوڈو گری چھا

بہ نیرنگ و فریب و حیلہ نو نو — نِوان سوہ رٕے کڈتھ از چشمِ رہرو

کرِتھ نیران نوٚوے چالا نوٚوے سوز — نوٚوے فتنا کران برپا چھِنے ہر روز

بیٚنیہ چھس کورِ تارِ ماہ پارے — تموتے خانہ ہا کرۍ مِتی وجارے

چھِنے یوٚدوے حسنٕکی تابندٕ اختر — زِ مکر و فن چھِنے یا مادر برابر

چھِنے بڈ عالمن پرن زنان چھِنے قرآن — دِوان دو دُکھ یکن مانندِ شیطان

شریفانہ اتھان منز ستر خانن — چھُ مکھ تس زاہد و دیندار زانن

امی حیلہ کرِتھ تاراج نیران — چھِنے لوٗٹان منزٕنِن شہرس چھِنے پھیران

دغابازی کرِتھ سیٹھا ہَن ژھنن داو     چھنے سنگین دِل سیٹھا شمرانہ چھس ناو

شَہاکر چارٕ اسی گئے مارٕ ساری     ازین آفتھ سیٹھا آسہِ وآژ خاری

کَمن یلہِ پادشاہس گو یہ احوال     سیٹھا تندیو دتہ چشمہ گئیس لال

وُزیرن کُن دوٚپن چون بخت وٚاُژول     کڈیون این پیرزَن ازشہر بیرون

بحکمِ پادشاہ دادگستر     کرِکھ اخراج بڈ باہرسہ دختر

ژٹھِتھ کوہ و بیابان ہمچو صیاد     گژھتھ کینہہ دوہ یہِ آفتھ وآژ بغداد

بنیتھ مسکین تہ لاگتھ کم زبانا     کرایہِ ہیٹھ ہنیوتن اکھ زٕت مکانا

سیٹھا گیہِ شاد سپنس رنج وغم دوٗر     وُچھن شہرایہ دولتھ مند معمور

مکان رنگین مُصفا کوچہِ بازار     زر و سیم وگہر پرٕتھ کانسہِ بسیار

یہِ شہرا بوٗڈ سیٹھا پرٕتھ طرفہ آباد     اُمکی ساکن زِ غم آزاد دِلشاد

شہِ ہارون شہنشاہہِ زمان اوس     توے بغداد پرٕ امن وامان اوس

یہ کنہ شرھا اوس شہرُک رسم وآئین     بہتھ شمرانہ ہنیوچھ سوٗرے بہ تسکین

دِہ ہیہ اکہ بعدِ مُدت دۄنسہٕ کورٕ لو — یہ کینژھا اوس اَسہٕ سورٕے تہٕ کھوٚچیوٚ

کھوٚسو کیٛا اَسی یَگہٕ چھُنہٕ کینہہ نہٕ موجوٗد — ژٕ چھکھ بے فکر رۄزِتھ نیر کیٛا سوٗد

دۄیکھ تمہٕ یوٗرٕ پھیرِتھ بَس کرِ ودم — بہٕ چھَس سونٛچان منٛے چھم پانَس یوٚہے غم

یرادٕ چھَس کران ودہ ل نیرٕ بازار — کرَن دَر دامِ خوٚد مُرغا گرِفتار

دۄلُپس کورٕلو گوٚے اَسی پاری ناپرِی — کرٕنی بہرِ خوٚہ داگرٕتھ ہُشیارٕ ی

چھُہ یَیتھ شہرَس اندر ژۄر ہوش درکار — مبادا یِیتھ پہٕ کُنہٕ سپد کھ گرِفتار

دۄیکھ شمرانہٕ پھیرِتھ حاف تے حاف — پہٕ کیٛا گومُس چھنے نہچقہٕ کُھرِ و کاف

منٛے چھم ودہ مید توٚہی چھوٚ منیانہٕ کھوتے — اُتو موخت پہٕ کینہہ بازار فوتے

پتھے یوٚ دوے جگرٕ چھوٚلس کوزٕ دکار — پنیوادٕ بار تے پانے گرِ ھوخار

بہٕ چھَس بے شکھ بلاے آسمانی — زُمیتس بیٹھ منٛے کانہہ پاتھمہٕ ثانی

بہٕ چھٹرن شیشہٕ ستی سنگِ خارے — منٛے نیش شیطان چھُہ طفلِ شیر خارے

دۄلُپس کورٕ لو کرٕ دے اَسی آزمائش — ژٕنے ما چھنے ہمتس گمرٕزنہٕ کمی ہش

زِچھکو برکارِ خود ہُشیار عیار — نہ تہ در شکلِ زن پوشید شہار

یہ بوز تھ گو سبٹھا شہر اتہ دِل شاد — سکھر لج کر نہ دہ ذی مانندِ صیاد

شُریفانے لباسا جسان پورن — بسانِ زال دُذ یا پان شورن

کھُٹھتہ تھا آپون کمندے مکر بردوش — زِ خانہ بُرقہ ہن دِتھ ذرا یہ رو پوش

دچھان ہر سو دوان ذُذ جایہ جاے — اکِس مُحلس اندر شہر اتہ ژاے

مکانا اکھ دچھن رنگین و بالا — منقّش ہمچو قصرِ شاہِ والا

یقین سپنس نیتی نیر ہم منے مطلب — چھ کیا لازم دو ہس پھیرن منے تاشب

مکانس اوس ہمسایہ دکاندار — پِزرِ شُھن تمی سے منے وتم اے نکوکار

بسان کس بخت تہ بوڈچے تیتھ مکانس — کران کیا کارنام وکرام کیا چھس

دوپس تمی تو پراے مادر ونے کیا — بسان اتہ اوس دذ یا دار شخصا

زِ جاہ و گنج و حشمت دولت و زر — یہ بغداد اوس تس کانہہ تہ ہمسر

ولیکن گومرِ تھ از پوز بچھ گوس — سبٹھا افسوس ہتھ گو بے پسر اوس

فقط رۄزِس ژٕہ داہ ؤرِشی کُنی کوٗر	سۄ انِہرِ شی چھِنے گویا جنتُک حوٗر

یِتے یوٗزِتھ پکان شمرانہٕ گیہِ تیز	قدم ترٛٲوُن سوے قصرِ دلاویز

سیٹھا درواز ڈیٹھن تتہٕ مکانس	پٲرٛژھان گیہِ وٲتِھ اندر محلہٕ خانس

وُچھِن اکھ سونٛدرا بر فرشِ کمخاب	ولِہن اندر بہتھ تابان چھوٗ مہتاب

بہتھِ نازُک بدن غارتگرِ ہوش	گُلِ خندان پری پیکر پری نوش

سلاما کٔرنمِتھ شمرانہٕ باداب	دُعا ٲیج کرنہٕ بیٹھِ باچشمِ پُرآب

جوابا دِتھ سونٛدرا لے پرٛژھس حال	کٔیتھ چھکھ ژٔ رِہنے گژھی کیا لے کہن سال

وُنُن شمرانہٕ ہیٛوت از روے سالوس	دٔوپُن ہے ہاے صد افسوس افسوس

ژٕ ئتے پرِزٕنی نقص نہٕ ظاہر چھس زٕ انان	چھسے بیٛنہٕ ٲلی سُنٛز وندے پہٕ زوجان

ژٕ چھکھ موصوم کنٛن آسی نہٕ گوٗمُت	اَسہِ کیتھ بیٹھ چھ دوٗرِ پرٛیوت پیومُت

پوشھوی ژٲنی تہٕ بیٛنہ تٔمی بٲسے مِیٲنی	کوٗرُکھ تکرار باہم پانہٕ وٲنی

دہ شوہی توٗ گنہٕ یتراوُن گرک نیاے	سہل کیتھ ٲس تہٕ اَکھی بیٹھ جُدا ڈراے

سَیٖن دل خاوندس شیٔانس پریشان　　وطن تڑوُون سفر زُونن سہٹھا جان

دوہ شوَے باتڑ آسی ہیمہِ شہر منزہ ڈرائے　　گزُھتھ کر شہرِ جلس مَنز بسَن جائے

ہنر کیتہ زانہ ہوَنہ تڑوداڑ وان　　سہٹھا الدُ خالقن گزُرووُدہ جان

وُلیکن از قضا خاوَند مرتھ گوم　　عیالِ خام ہتھ منے تا ونا پیوُم

بدل آو رنج وصرمان رنگ وراگس.　　ونے کیا ڈوکھڈ زَن پیو پوشہِ باغَس

کرِتھ تاراج عاٗشس ژُول سہ سردار　　منے گو تڑ آوِتھ سرِ بازار بے وار

سہٹھا تنگ آے از جورِ زمانے　　حلنب آو بوزنہ زَن قادُ خانے

ہیہ پانس دِوان منے ارنہ رنگ گوم　　سہٹھاہ بے ستھ گییس بالیون ژُبتیق یوم

گذارس ہونبُ منے اوسم بال دَو لتھ　　وَلیکنِ نیز چھنے تراہنن ہنز نصیحتھ

زَنانے آسہِ میٗژ عاقِل تہ ہُشیار　　چھنے مردَس رذُس ردہ پے تمی ہنز لوان ہار

امی سببہ حلَب تڑآوِتھ بہ ڈرایس　　پرَن تل باٗے ہندِ ہن چھپنہِ آیس

کرِتھ گو کوچ زین دُذ یا یہ غدّار　　وتہ بوُزم سہ میوُنے بوے غم خار

کنن یامتھ گییم شیرِ بد خبر منے　　گژس ودہ مید کس آیم تبر منے

بڑو نیبے اسپس ہن زد خستہ احوال — پینیم پیشو نا ترشو دولنم حی نال

منے کرزونم گومت چھم یوت بیزار — قیام تام زاشہ یادم نہ دیدار

وہ لوہا بایہ میا نے نشد بانے — منے یادم ردسے آلیس لولیچا سنے

توسے آمر حلب ترادتہ چھنے لاران — غرض چھیس دولنگ تھی آس پاران

بسن کنہ دور مجلس منز چھو شایان — خبر ہیتر گاہ گاہ آسے پہ واتان

سو ندر مالہ دوپس چھکہ میانی غم خار — چھہم ترادتہ ژانان چھا پہ ان آر

مکن ہنز و کتھو چھار شیتہ چھوران — لکان وتہ کار وانے ہنزن دوران

دوپس شمرانہ کوری چھکہ ژہ موصوم — ژنے کر چھہ کینہ زانہ جمال معلوم

چھکہ دوان آلی تیھرن دور پراوان — کتھہ کری کری دلن منز بھاس تراوان

منے چھم درد دل مو حلبتہ چون بسیار — گوژ چھم ہردم آچھن تل چون دیدار

یی کر میانہ دسی زانہ بے وہ فایی — خبر چھا کر یتہ یادن جدایی

دوپس تمہ تو پر چھس نادان تے خام — یہ آسپس عاشقہ و نار مس منتز و نیستام

خبر کیا چھم فریب و مکر کیتا گوٚ | نِفاق و چالساٚزی ناو کتھ پنیو

ژٕ چھکھ فہمپٕد تہٕ دانا بہرکار | حقیقتھ دان و دانشمند ہُشیار

ژیٚنے تیلہٕ زونتھ مناسب دوٗر روزُن | بہر صوٗرتھ ییٚیم منٛے چون بوزُن

مگر ووٚنی تیتھنہٕ مشراوکھ منٛے یکیار | خبر آسی زہم ہیوان بے غدر والکار

دوٚپس شمرانہٕ سۄ ندر رٲلی خوش روز | بلاناغہٕ یکے خبرے بہٕ ہر روز

دِیان رٲدی کرِتھ ژیرک بہانے | سۄ شمرانے روانے گیہٕ بجانے

دوٚپن کورہن شکارا در نظر آم | بعیاری پننہٕ کرنہٕ ترٛووُس دام

پننیم توتت پن گرتھن لاگُن منٛے کینہٕ کال | گرتھتھ کینہٕ دوہ آنس زنیتھ پنن مال

صُبح پھوٚل دُرایہ شمرانہٕ بدستوٗر | سۄ ندر رالہٕ لوٚک وادہٕ کوٗزُن پوٗر

دوٚپن تَس ثیاو کوٗری سۄ رگہٕ حوٗری | جہانکہٕ حُسنہٕ بٕرِ پیٚم زنگہٕ زوری

نِندرٕ آیم نہٕ راتس چانہٕ لوٚسے | دُجس چالی اُلفتن یہٕ گجبہٕ لوٚسے

کرِتھ پند و نصایح ہمچو وستاد | قدم ترٛاوان بسوے خانہٕ آباد

تیتھے پاٹھین یوان گیبہ کنیو نٹر کالا — سوندر رالہ مو حبتھ گو دو بالا

دو مہ اکہ آس غمگین و پریشان — سیٹھا افسرو خاطر سخت حاران

پڑھان چھس بال سوندر رال احوال — منے و نتم کمی غمن کڑنکھ ڑپا مال

بخاطر میون ما چھے کانہہ ملالا — سیو دے و نتم بپاسِ حق تعالا

بہ باو نہ زانہ کیا گوزشت تہ خوبی — منے نش آرزد روزن کرڑنے شوبی

اگر زن کانہہ قصور امشیا نہ ڈسی آد — ڑ کر تتھ واگذار آرزد گی تڑاد

سوائے آں اگر چھے بیاکھ کانہہ غم — کرے تتھ چار بیلہ واقف منے کریم

بگی یو د مال دولتھ لال یاقوت — دمے گنج و گوہر بجید گڑھی کوت

اگر آسی پرعنقا ڑیتے درکار — تھوے بڑو نہہ کنہ انتھ لے بجت و تکرار

منے و نتم کیا گڑھی کیا چھے منگان دِل — دمے حاضر کڑتھ یو د آسہ مشکل

کریم کیا دستگیری مال دولتھ — چھنے بڈ دولتھ ڑ یو د آسکھ سلامتھ

غمن چانی کڑسی بے تاب و دہ نی زود — غم اندر دِل تھون پوشیدہ کرسود

دوپس شمرانہ چھاکھ منے ودن اچھن گاش     شوبی اکتھ ھمتس ثناباش ثناباشس

دلس منز چھم نہ کانہہ آرزو گی چیاز     وندے جان و جگر چھاکھ زندگی میانز

بہ چھس زانان تہ چھاکھ وونہ شیر خارے     یوان لاران چھس چانے امارے

وچھم کیا یتھ بدس مالن قبلس     لوکہ ساسس فقط تہ رے روز ہم لبس

کرتھ اکھ واس تہ لی تم میانی غم حسار     دکن کیتھ تراوہس یتھ کن بہ ناچار

چھہم تہ رے وقت پیری غم گسارا     خوہ داو چھ ناو نم چونے بہارا

تہ یتے کن وچھ وچھ سٹھا دل چھم نے تو شانان     ثنا دپہ نس خوہ دایس چھس نہ پوتسان

وندے رتہ کوری کیا بوزن تگی تہ رنے     چراغ عقل گومت چھم تہ ھنتہ منے

پریشان چھس غمن چھم زاجمہ تن     کلیومت چھم دلک کو ستور و نکہن

بہ سیم و زرا گرتہ ھسے یہ غم دور     بہ کرادروز ہا غمگین و مجبور

بلاتکھ چا رہ چھس چانس اتھس منز     ہنیکھ کاستہ سہ غم یودوے برکھ ٹنز

تہ چھاکھ وونہ کم جگر زانکھ نہ دلی یا     وتن یونے خبر چھا ٹیو کھ رگی ما

تۄے کرِ چھُس وَنتھ زانان ژٕ نٕے نِش سِر　　کرٕکھ ماگا ثُنہٕ غارس نِشس ژٕ ظاہِر

سوٚندَر مالے دۄپس افسوٗس ہے بانے　　مٕنے کرزو ہم مٕنے نبیتھ چھٕے ژٕ نٕے پٕرلے

کھٹان چھک سِر مٕنے نِش چھکھ فرق بوزان　　اَسہٕ نِشہٕ چھکھ الگ تھاوان پنٕن پان

ژٕ نٕے چھے مٕیانٕ درے سِرنے مٕنے باوکھ　　مٕنے نِش راوکھ اگر پوٚشیدٕہ تھاوکھ

کمی چیزن کرٕکھ ہمیشار و دٕگیر　　چھُ کیا مُشکل ہنبسا کانٕہہ تہٕ تدبیر

مٕنے وَن کتھ مَنز بنی اِمداد میون ے　　نگی یے میون زوٚسہٕ تہٕ پیشکش چھے

دۄپس شمرانہٕ کوٚری بوز یاوے　　گٔیس عاجِز کھٹِتھ وۄنٕ کیا بہٕ تھاوے

اَچھن ہندگاش چھُم فرزندا کھ بس　　دَتہٕ تھوٚوی سہٕ چھُم مونگمت خودایس

سہٕ رچھنے آو کمہ اندازٕ نازٕ ہ　　چھُ گُل ڈیوٹھن تہٕ تکلیفک ہوٚزاہ

سہٕ موٚل اوسس چھانٕ ساین تہٕ گزاین　　وَلیکن تَتھ مُبدل کوٚر خودایَت

دوٚہے چھاون تھوٚس مخمل تہٕ کمخاب　　سموٚر و اطلس و زربفت و سنجاب

چھُ وَنکین وانسہٕ کٕنز ار واہ دٕہرلوٚر　　خودا رچھنس تہٕ گژِھنس چشم بددوٚر

مصفا تن تس چون سیم سادے　　بصورتھ زن فرنگ[1] شاھزادے

بخشتھ قو در تن چھس حسن کامل　　وچھتھ تس کن چھ حورن تنبہ لان دل

بخد یوسف لقد فوارۂ نور　　بروئیش شہرِ حسن آباد معمور

ژیژھ مشہور چھ یکھ در نازنینن　　ترژھی شو ہر تھ تس در ماہ جبینن

طبیعتھ چھس سیٹھا آزاد وعیاش　　تومے یزان دوہ ہے یہرس سر خوشباش

چھ پھیران کوہسارن سبزہ زارن　　گیے منز لالہ زارن ژھالہ مارن

ژھتہ تاآسنہ کھ یو باغ دراپتر　　بگلش چون نسیم صبح ژاپتر

سہ گلرواس تمہ بردنہ وو تمت توت　　کران سیرِ چمن پوشن گومت موت

ژوچھنکھ در چمن تابان چولا لے　　بصد آداب کورنے دل حوالے

بیک دیدار نیو تھس صبر تے ہوش　　گومت چھس خاب خور بلکل فراموش

درین اشنا ژنے کن تراون نظر تام　　سپن عاشق ژنے پتھ گو بستہ در دام

ژفیقو بود ہس نام ونسب چون　　تنے چھس کا ژ زونے لو گمت گرون

---

[1] فرنگ

وَون دُرعدَن تراون چُھ پُھشو          جِگرزٕ وٕنمُت چُھ تس چانہٕ نوکرِ شمو

گوٚمُت فلوا سیٹھا چھس بے قرآری          دوہس راتس وَنان آسان بزآری

دوہ لوسر دار سر دارے یہٕ ضرٕ بَن          مئے زآجم لولہٕ نارن چآنی ہَن ہَن

دوہ لوغم خارِ غمَ مارٕ کرِ سَتھ گوم          بَیک حملہٕ جِگر پارٕ کرِ کتھ گوم

دوہ لوما شوقہ منے شوقہٕ گُلس زن          اَکی شبہٕ منے ہلاپٕچ ہِش گیمُ تَن

سوٚندَر ناآلی گوٚ پآلی مہ مِشآلی          کوٚ وے کوٚر تھَس وٕ بآلی موخِتہٕ نآلی

دوہ لو طنازٕ وچھ پَساکھ پوٚز ناز سے          کرِ کتھ پرواز ژوٚلہم شاہبازسے

بیتھے پاٹھِ ہن کرآن آسان چُھ فری یاد          لبآراز نام تو بٔنیہٕ چھُس نہ کینہٕ یاد

زُٹھتھ جامہ ہوان نیرُن زِ خانے          چو دیوانہ تمِس چھُنہٕ تاب دانے

کرے مَس زنگہٕ زنگہٕ منے نصیحتھ          مگر تس نار عشقُن تیز گوٚ یتھ

حکیمو دوپ دِلس چھُس عشقہٕ آزار          دوا چھَس شربتِ دیدارِ دِلدار

اگر نے ڈیشہٕ جلدہٕ رودے دِلبر          یہٕ بیمآری گرتھس ادٕ مرگ آدر

اَمی صدمَن یہ چھَس کرُمژ پریشان | گیُمژ چھَس سوختہٕ زانہم یتُن پان
گرِتھان یِرِ تھزنگہٕ چھس اتھ منز پشیمان | شُریوُ دوے چھُم جگرُ چھیہم منے زُو جان
مگر عشقس نیتہٕ ساری چھِہ لاچار | یہ بیمار یا چھنے ناہنجار خوُنخار
ونے القصہ یوُ منظور تھا وِکھ | تمس ہجران زدس دیدار ہاوِکھ
دِتس درشُن تہٕ کرِتس منیہ مہربانی | پنیس شرہتھ بنہٕ مس نو زندگانی
سوشندر رالے دوُپس یپر تھ چھُ کیا غم | منٔے تس روے ہاونہ کنیزاگر تھیا کم
چھُ کیا کھوُژُن ملاقاتس مَنع چھا | یہ چھَنا تس بنینہِ سے بوے چھُمنا
منے چھم نہ کانہہ ہرج دِ تھ گرِتھان لو ری | نتے دِ یہِ ہم چھسے حاضر یمے تو ری
دوُپس شمرانہِ کرِ چھس یوت ہِنس وار | گرتھ کھوتتھ اندر بدنام بزگار
یہ چھَس زانان مُناسب توُری ین چون | کرِ کھ تاجیل اَتھ منز بوز کھُے میون
غرض شمرانہِ کُرداراِ لوُدر زہ لو | سوشندر رالے یہ افسون کارگر گو
سَپنی آباد پارادَن یتُن پان | ہَیتِن لاگِنی تنہِ جان سامان

ذُو پُس شُمرانہِ کوٗری بہٕ وَنٛدے رَٹھ        تھوٗکتھ مَنتظوٗر منٛنے ناکارہٕ ہُنٛز کتھ

ژٕ یکھ میٛو نے گرٕ تھاوکھ منٛنے لادَن        لگے پاری وَنٛدَے بہٕ چٕشمہٕ پادَن

چھُہ تتھ مُحلس اندر گو مُرت یہِ مشہوٗر        چھنٛے سو نٛدَر مال دَولتھ منٛدٕ ہُنٛز کوٗر

یِنٛنے ہمسایہِ بایے وارٕ وارے!

وُچھنٛز کھوٗری ژٕنے بٕہنٛنے وُچھنہِ سارے

(ناتمام)

انَد

# جنگِ جرمن ۱۹۱۴ء

## ـــــ اَکھ دِلچسپ تہٕ اہم منظوم باتھ ـــــ

ژونٛ مصرٕن ہٕنٛدٕن دوٚیہ شیٖتن بنٛدن پیٹھ مُشتمل یہٕ نظم چھےٚ مہجورٕنہ اَدبی سفرٕچ اَکھ دِلچسپ میلہٕ پَٹ۔ یہٕ گوٚس وَق ییلہٕ نہٕ وُنہٕ مہجورَس کٲشرِ پاٹھۍ لیکھنَس قلم ٹھہرِیوٚمُت اوس۔ تمۍ اُس کٲشرِ پاٹھۍ اَکھ لوٚکٕٹ مثنوی ضوٗرٕ زوٗرٕ لیچھمر تہٕ اَکھتےٚ کینٛہہ لوٚکچہٕ لوٚکچہٕ بَیانیہٕ نظمہٕ تہٕ۔ مگر وُنہٕ اوٚسُس یٕرمَسہٕ کےٚ خُمار۔ فارسی تہٕ اُردوٗ اوٚسُس کٲشرِس پیٹھ قٲبلِ ترجیح تہٕ تأثیمک نِشان باسان۔ ہُپارٕ اوس مُلازِم لوٚگمُت۔ ذکہٕ دول دِتھ پٔرٲومُت سرکٲری نوکری اُس تتھ زمانَس مَنز زیادےٚ پہن چاکری۔ تَس اوس کٔشیرِ اَنٛدر تہٕ نیبر کینٛشرٕن پٔرٕ متٕلِن لیکھۍمتٕن لوٚکن سیتۍ علیک سلیک تہٕ یٕن گژھن۔ ژور حرف اُسس لیکھنٕ تہٕ زٕگان تہٕ کیتھ با تہٕ اُسس سَمان تہٕ سَجان۔ ہُپارٕ اوٚسُس اَخبار پَرنَک چِشنکہٕ تہٕ کینٛہہ اَخبار اُسس گرٕ داتان۔ یہٕ گیوٚو سیٚوٗدے بغاوت تہٕ سرکٔشی ہنٛد شورٕ خانہٕ۔ اوٚد حاکم تہٕ اُسس پیٚیرٕ سُنٛد یَزتھ تہٕ ژوٗرِ سینٛترٕ رٲچھ کران۔ تمۍ سنٛدِس پھیرنَس تھورنَس تہٕ اُس نَظر تھاونہٕ یوان تہٕ بیتھکُن تہٕ ظلون زِسہٕ گوٚژھہ نہٕ دوٚیہٕ کَڈُن۔ مہجور اوس جوان تہٕ حوصلہٕ تہٕ اُسس واریاہ۔ حوٚکوٗمتَس کیٛس اَتھ رودگہٕ وچھنَس پیٹھ آسہٕ ہیٚس جییٚر یوان۔ چنانچہٕ پٔنٛنۍ کہنۍ کوٗرٕن مُسہ تدبیر زاکی تہٕ ییمہٕ سیتۍ مٲرٕن تٔرٕنےٚ ژور پچھن۔ گوڈنیک عالمگیر جنگ یٲنۍ

۱۹۱۴ئس منز ہک سہ خوفناک جنگ ییُد برپا ییٚمہ گوڈ یورپ تہٕ پتہٕ واریاہ دُنیاہُک حصہ زالُس منز وول۔ اَتھ اُس بڈ فریق قیصر ولیم سُند جرمن تہٕ جارج پنجم سُند برطانیہ۔ تِمن دوٚشوَنٕے اوس برطانیہ ساری دُنیاہس منز سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ سامراج تہٕ اتھ وقتس منز اوس وَننہٕ یوان زِ برطانیہ کِس سلطنتس چھُنہٕ زانہہ تہٕ آفتابہٕ لوسان۔ چنانچہ مہجوٗر تہٕ چھُ ییٚتہِ نظمہِ منز تَس شاہ جہاں کرِتھ یاد کران ع

شاہِ انگلستان جہانُک محکمران

ییٚلہِ اُس کشیرِ منز ۱۸۸۵ئ یعنی رنبیر سنگھنہِ مرنہٕ پتے انگریزی سامراجن پنٕنی لاکھ چارمِژ واریاہس کالس آو مہاراجہ پرتاپ سنگھ موقوف کرنہٕ پتہٕ ییٚلہِ سہ دادبیداد دِنہٕ پتہٕ بحال تہٕ کوٚر کتھ تھوتہٕ روز اِقتدارس پیٹھ انگریزن نے ہنٛز تھپہ محکم۔ مہجوٗر اوس زیرک تہٕ ہوشیار دہماغ۔ تمِس اوس اقتدارکہ اَمہِ ژھیپہٕ ژھاوٕنیک پوٗرِ پٔے۔ چنانچہ ۱۹۱۴ئ کِس جنگس اوس انگریزن جرمن توپن ہُند خورا کھ بناوہ خاطرِ انسانی کلہٕ کھاپرن ہُند ضرورت۔ تِم اُس رنگروٹھ ژھانڈان یم وۄپُر تہٕ دوٗر ملکن منز تھند باپتھ رُتہٕ چھپ دِہن۔ مہجوٗرن زون یہ وق غنیمت۔ مہاراجہ سندس حکومتس اوس فرمائش آمت زِ لامہِ سوزنہٕ خاطرِ سوزیوکھ کاشرِ رنگروٹھ۔ تَس بابیاوُ زِ حکومتس ہر کانسہ اَتھ کنٛ ژھس تہٕ گنٛڈ رِس وقتس منز قلمہٕ سِتی اَتھ روٗٹ کرِتھ ہیٚکہ۔ حکومتس روز اَمہِ وزِ اَتھ شینہلاوُن یاد تہٕ

تَس سپدِ رنگہٕ رنگہٕ سوچھ ـــــــــــ یی چھُ ییٚمہِ نظمہِ ہُند پوٚت منظر۔

مگر ییٚمہِ وِز تہٕ ییٚتھ موضوعس پیٹھ یہ نظم لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ تمہِ چھےٚ اَتھ عجب اہمیتھ عطا کرمژ۔

یہ نظم چھےٚ مہجوٗرنِس کاشرِس کُن ٹال پھیرنہٕ کِس منزلِس منز اَکھ اہم قدم۔ مہجوٗر چھُ پانہٕ اَتھ منز ماجہ زیٚو ہندِ اہمیتُک اِقرار کران تہٕ شاید آسہ ہے تَس یہ اعتراف واریاہس کالس تل شوٗعورس منز لرِ پھِرن دِوان ییٚمہِ کنٛز سہ کاشرِس کُن آو۔ اَمہِ نظمہِ تلہٕ چھُ نِنان زِ ازبرٕ دٕہہ لگ بگ سَتھ ؤری تام اوس نہٕ

کشیرِ منز اُردوُک زیاد رواج تہٕ صرف کینہہ شہری حلقے یوت اَسی یہِ زبان سمجھتھ ہیکان مگر امہِ کھوتہٕ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ تس اوس یہِ شعور زِ ہر گاہے گامی لوکن تام کانہہ کتھ واتناونی چھےٚ سو گژھہ کاشری پاٹھی آسٕنۍ. امہِ پتہٕ چھُ تٔمۍ سند ادبی شعورک بیاکھ جلوٕ بروٗنٹھہ کُنہٕ یوان. یانی سُہ چھُ امہِ خاطرٕ اکھ عام کاشُر وزن تہٕ لےٚ ژاران. ژون مصرن ہُند یہِ نظم یتھ منز پتہٕ اکھ مصرع دوجِک مصرع چھُ بنان اوس کاشرِ وژنک فارم تہٕ کُنہٕ حدس تام لڈی شاہ چھ لیہِ ستی تہٕ ہم آہنگ اکھتہٕ چھُ زیرِ حوالہٕ نظمہِ منز وژن تہٕ لڈی شاہ اکھ اکس ستی اتھہٕ واس کران بوزنہٕ یوان. یہِ چھُ ماوان زِ مہجورن اوس یوت بروٗنٹھہ لڈی شاہ کہِ عصری اہمیتُک تہٕ امکانن ہُند اندازٕ کورمت. امہِ پتہٕ چھُ یہِ تہٕ وُچھن زِ کاشرِس منز مشق نہٕ آسنہٕ باوجود چھُ سُہ بیہل آسان، زود فہم، مدر تہٕ میٹھ زبان استعمال کران تہٕ یتھی ہوی باتھ وَنان ع

فاقہٕ دی دی ماکھ کھیتھ گذران کران
کینہہ وتن پیٹھ ہوتی زن فاقہٕ مران
گلی سیٹھاہ ژرٕ ملکھ تژ اوتھ بےشمار
سون شہنشاہ روزن بےقرار
ساسہٕ روپین یود دوا لگہٕ لاگہٕ نس!
یود لگیس موختہٕ تی ڈگ ڈگ دِنس!
بینیہِ کھوکن اتھہٕ دارنس تم اہلکار

دوٚیم کتھ چھےٚ زِ اتھ منز چھُ مہجورن قومی شعور بیدار یوان بوزنہٕ تہٕ تمہِ پرٕو ہشہٕ ماوان. یتھہ پتہٕ دوہلو ہا غوٚلو'' نظمہِ منز تاپھ بنیہ یہ. یہِ چھُ تٔمۍ سند ورگہٕ کمالے زِ انگریز تہٕ ڈوگرہٕ

حوکوٗمتن یِم کٲشرِین تالِس ژٕل آسہٕ دِوان، ہندی تأریف کران کران تہٕ چھُ تسہٕ وُرِیپہ اندازس منٛز کٲشرِین ہُنٛد قوٗمی جذبہٕ، فخر تہٕ پوٚت کال تھیکہٕ ناوان تہٕ یِتھ خدس تام گژھان ؏

أسی کأشُر نیک دِل میتھنتھ پسند
پٔرتھ فنس منٛز ژاٹھ اُسکھ اہلِ ہنٛد
عٲلم وعاقل بٔہر فن ہوشیار

اَمہٕ پتہٕ چھُ تیتھ بنٛد یوان یُس مہجوٗرن لگ بگ پانٛژہٕ ترٛہہ وہری تقریبن ترٛہہ نے لفظن منٛز بٔیِس بیان کوٚر یُس اَتھ جایہٕ بیان اوس سپدمُت ؏

پٔرتھ جوانا جنگ جوٗ شمشیر زن    زورہٕ کنہٕ زن رُستم لشکر شکن
پہلوان فولادتن اسفندیار

پتہٕ چھُ پنٛژاہس کس دٔہلس منٛز "وزنہٕ لوٗگ بٔیِس زنٛدگی ہُنٛد ساز میون" نظمہِ منٛز لیوکھمُت

آسہٕ یوٚد فولادتن اسفندیار!
تس اُچھو کنہٕ مارِ تیر اَنٛداز میون

اَمیُک گوڈنیک مصرٕ چھُ ہاوان زِ یاونکی پوٚت آلوٗ کیتھ کنہٕ چھ ڈرِیہ واد پتہٕ تُل شوٗعورِ منٛزٕ نیر تھ بٔیِس چرِی گنیُش تُلان۔ یِتھہٕ کنہٕ چھُ قوٗمی محاکاتن ہنٛزٕ پرٛوتسندِ شوٗعورکہٕ اَبرٕ تلہٕ زٕژہٕ ترٛاوان۔ یِکے زٕژہٕ چھنے پتہٕ پرٛیتھان پرٛیتھان ۱۹۳۸ء "منٛز ودلوہا باغوانو نوبہارُک شان پیدا کر" صوٗرتس منٛز شولان۔ اَتھ نظمہِ منٛز چھُ کٲشرِین ہنٛزن فوٗجی رِوایتن ہُنٛد ذِکر کرنہٕ آمُت تہٕ شاندار لفظن منٛز کرنہٕ آمُت۔ ؏

سِلح ترٛاوِتھ آسی نہٕ ترٛاوان لٕر    شاندِ کنہٕ تلوار تھاوان زیرِ سر

بێنِہ شہرٕک کانٛہہ تہٕ راجا گوٚ نہٕ زور        غارٕ مُلکُک بادشاہ کٔرٕ آوِیور
جٔنگۍ یَن مَنٛز اَسی کأشرۍ نامدار

بے سِلاحی سپٕتۍ یوٚ سہٕ وٕنٛن کأشرۍ گیہٕ۔ مہجوٗرن چھُ کمُیک تِتھ اَنٛدازس مَنٛز ہوٗل تُلمُت زِ بے یَختیار پأٹھۍ چھُہ سِلح گنٛڈنُک مأل یوان تہٕ یہ چھُ مہجوٗرنہٕ قومی شوٗعوٗرُچ اَکھ کرامات۔ اَکھ خدس تام زِ باسان چھُ زِ ن تہٕ کأشرۍ ہٮ۪ندۍ سارِنے دوکھن تہٕ پرٕگیس ہٮ۪نٛد آگر چھُ۔ شمشیرِ ہٮ۪نٛد یوٚہ ہٮ۪ے آفتاب لوسنُک گأیلہٕ۔ چنانچہٕ گوڈٕنچہٕ عالمگیر جنگہِ چھِنۍ اَکہٕ آیہٕ کأشرۍ مَنٛتھ زِ تِم آیہٕ بێنِہ جنگی خدمتس لایق زانٕنہٕ حالاں کہٕ تِم اَسی دُشمنو یہ وٕنِتھ بدنام کٔرۍ متۍ زِ مہجوٗرن نظمٕو ع

ییم چھِ بُزدِل بے وفا بے اعتبار!
کیشاہ کٔرن فوجس اَنٛدر تِم ناکار

فوجس مَنٛز گژھنُک یہ نادِ اوس بێنِہ کٔتھ ہٮ۪نٛد تۄہۍ تہٕ زِ کأشرۍ اوس یہ نادِ سیاسی وجہو کِنۍ دِنہٕ آمُت مگر حاکمن یێلہٕ ضرورت ووٚتھ اوس پہوان تِم اَسی نہٕ تِمہٕ وِزِ تِمن غارٕ فوجی مانان۔ بہرکیف، پتھ لام موکلان اَسی۔ کأشرۍ ہیوٚنٛد مالہٕ اوس پہوان گال کھاتس تہٕ آخرس موکلیو کأشرۍ یہ گنٛڈ تِمہٕ وِزِ یێلہٕ ۱۹۴۷ تہٕ ۱۹۴۸ تأجی پیٹہٕ شیخ محمد عبداللہ شیرِ کشمیر ہٮ۪نٛدِس زمانس مَنٛز جموٗں کشمیر ملیشیا بنادِنہٕ آو۔

نظمہِ مَنٛز چھُ تِمہٕ وقتہٕ کێن حالاتن ہیوٚنٛد اَکھ سیٹھا دِلچسپ عکس مثلن یہ کہٕ انگریز کیا اَسی پننی راج نیامتھ ثابتھ کرنہٕ خاطرٕ وَنان۔ یِمن سارِنے سوچن ہٮ۪نٛد بوش چھُ مہجوٗر معنی خیز طریقس مَنٛز مقامی حاکمن بدلہٕ انگریزن کھولمُت تہٕ پزرے بوزو تہٕ تِم اَسی اَکی حقدار۔ مہجوٗرس انگریز نوازی ہٮ۪نٛد وہ لامہٕ کھالنہٕ برٛونٛہہ پزِ یہ کتھ نظرِ تَل تھاوُنہٕ زِ انگریز اَسی

یورِ صنعتی اِنقلابکی جنتٕر بردار بنیتھ آمتہٕ۔ اَوَے دۄیت مرزا غالب ہوِن شاعرن تمن داد تہٕ

دۄنُن ع      صاحبانِ اِنگلستان را نگر

بیٚیہ دۄنُن زِ تمو رلوو اِنصاف گاہٕ چارس سیتی" داد با دانش بہم آمیختند"۔ مہجور چھِ یِم ساری
سوچھ گنٛزراوان تہٕ سڑکن، ڈاک تارن، ہسپتالن، بنک کاری، بجلی اَنہٕ نک، کولہٕ تامپر کرنہٕ تہٕ
تالیم عام کرنٕچ دلیل ونان۔ سُہ چھُ سر والٹر لارنس یس کاشری تاٹھنیار ساں لارن صاب چھِ ونان'
پشدِ بوٚندوٚبستک تہٕ ذِکر کران تہٕ ونان زِ اَمی بوٚندوبستن دِژ گوڈنیتھ کاشرین کم قلیلا زمینہٕ کہ
مِلکیتک حق۔ اوتاَمی اوس یہ مانہٕ پوان زِ مہاراجہ گلاب سنٛگھن چھےٚ کشیر موٚلی ہیٚژمٕژ لہذا چھےٚ
سارے زمین تسنٕزے جاداد۔ سیتھے کنٛز چھُ مہجور کلگت بیٚگاری ختم گژھنک شملہٕ تہٕ
انگریزنٕہ گنٛڈان جالانکہ اَسہٕ چھُ پوان عام طور دنہٕ زِ یہ موکلاو مہاراجہ ہری سنٛگھن سنہ ۱۹۲۵ ہس
منٛز تختس بیہتھ۔ باسان چھُ زن تہٕ مہجور وُٹھ ڈلٕ ڈلٕ ونان چھُ ہرگاہ انگریز سیٚد سیوٚدے کشیر

پیٚٹھ حکمرانی کران اَسہٕ ہن کشیر کتھ کنٛز آسہٕ ہے بدلے شایانے ہژ ع
مشکہٕ ناوِکھ از وِلایتھ اہلکار

مہجورن چھُ یتھ نظمہٕ منٛز انگریزن کیٛو مہاراجس واریاہ تارِیف کرِمٕژ۔ اَتھ پیٚٹھ ہرگاہ کنہٕ ڈیکس
دژہہ کھسہٕ تتھ کیا دنو۔ مگر صحی کتھ چھےٚ یہ زِ یہ نظم گژھہٕ پننہٕ زمانک پوٚت منظرس منٛز وُچھنہٕ
یِنہٕ۔ مہجورنہٕ نوکری ہنٛز مجبوری چھےٚ بیان سپنٛزمٕژ۔ یتھ جایہ چھُ تِمے ونُن کافی زِ بےلسی اُس
بیٚتراہ زِ پوٚت کرِتھ تہٕ بخش نہٕ تس تسند بوحالی موتس وونٛگھ زِ ہرگاہ مانو تہٕ تیلہٕ آیہ
رنگروٹ زیادٕ۔ مگر تیوٚت کرِتھ کیا چھُ توٚبوٚتھ زِ یہ چھُ چانہٕ نظمہٕ ہُنٛد نتیجہ؟ سُہ بچار ونہٕ ہے تہٕ
ونہٕ ہے کیا۔ بہر حال اَتھ کنٛ چھُ اِشارٕ تسنٛزِ زندگی ہندین حالاتن منٛز سپدمت۔ مہجورس

روزِ یمہ وٲرِ تہٕ ہوٚزٕ سے۔

دوٚیُم کتھ چھےٚ یہ زِ کشیرِ منٛز اوس نہٕ تمہِ وِزِ قوٲمی شونٛعوٗرُک کانٛہہ نیب درٛینٛٹھہِ یوان۔ اَمہِ وِزِ اوس برطانوی سامراج طیٚس پیٚٹھ تہٕ مہاراجہ تہٕ اُسی تمَن ہنٛزِ مینٛہر بانی سٟتی کاشرِین ہنٛکلہِ ہنٛدی پاٹھی نالٕ گمتی۔ یانہٕ ہندوستانَس منٛز اوس نہٕ قوٲمی شونٛعوٗر تھٕتھ رُولیٚس منٛز نیٚنوٗ مُت یُس اَتھ پٮ۪تہٕ مہاتما گاندھی ین دیُت۔ ہیجوٗر ہےٚ کرِہے تہٕ کیا کرِہے ـــ بیا کھ اَکھ پہلوٗ چھُ یہِ زِ اَمہِ نَظمہِ پٮ۪تہٕ پوٗرٕ ۲۵، وُہری یانے ۱۹۳۹ سنہٕ منٛز یِیلہِ دوٚیُم عالمگیر جنٛگ جرمنَس سٟتی دوٚتھ تمہِ وِزِ آیہِ انگریزَن ہُند کانٛسٹر پروپیگنڈا اَتھ چلاونہٕ خاطرٕ۔ کامریڈ ایم. این. رائے ہیٚوٗ اشتراکی، لینن پرائز زٕٹَن والی فیض احمد فیض تہٕ ابوالاثر حفیظ جالندری ہیٚوٗ عوٲمی شاعر تمَن اَتھہِ روٗٹ کرنہٕ تہٕ دیار وٕٹنہٕ۔ وُنہٕ اوس نہٕ ریڈیو تہٕ بارَس آمُت تہٕ اخبار تہٕ اُسی نہٕ عام تمہِ وِزِ اُسی عالمی طاقت یِنَن پروپیگنڈا کرنچہِ وَتہٕ ژھانٛڈان تہٕ وَرتاوان۔ بہر کیف یہ نَظم چھےٚ ہاوان زِ یِیلہِ وِزِ یتھ منٛز چھےٚ جرمن پروپیگنڈا ہُک اَکھ ژٕلہٕ وُن وٲوہ تہٕ نَظرِ گژھان۔ تمَن اوس تَتھ دورَس منٛز ترکی ہنٛدِس عثمانی خلیفَس سٟتی واٹھ۔ تمَس اُسی شاہِ روم ونان۔ یتھ کنٛز دوہ زجہ ٹوٗپہ اُسی رُومی ٹوٗپی ونان اُسی۔ تہٕ یتھ رُومی ٹوٗپہ متعلق پٮ۪تہٕ ترکی ہنٛدِ ہارنہٕ پٮ۪تہٕ علامہ اقبالَن وونٕ ع

ہو گئی رُسوا زمانے میں کلاہِ لالہ فام

خلیفہٕ ترکی اُسی اَوٕ سببہٕ شاہِ روم ونان تِکیازِ قسطنطینیہ اوس تیٚہنٛدِس سلطنتَس منٛز یتھ پیٚٹھ رُوم سلطنتُک واریا راج سپُد۔ بہر کیف چوٗنکہِ خلیفہٕ اوس اسلامی دُنیاہُک علامتی نشان۔ لہٰذا اوس تمہِ وِزِ مسلمانَن، انگریزَن بجایہٕ تَس سٟتی ہمدردی۔

تہٕ انگریز اُسی اَتھ کھنڈٕرٲنۍ کرٕنۍ یژھان۔ توّے چھُ مہجوٗر نظمہِ منٛز وَنان زِ جرمَن چھِ علپسٲے مَذہبکۍ تِم کیپٲرۍ گےٚ مُسلمانَن ہِنٛدۍ ہمدرد، حالاں کہِ پتہٕ ہُود زمانَن زِ یِیلہِ اَنگریزو جرمَنی شِکَس دِیُت۔ تِمو ہیوٚت عُثمٲنۍ ترکَن پٮ۪ٹھ انتقام۔ تِہنٛز سَلطَنَت باگرٲوِکھ تہٕ اَتھ کرِکھ کُچہِ۔ فلسطین کرِ تقسیم تہٕ اسرائیل کِہ قیامُک آگُر تہٕ چھےٚ یوہَے۔

میانہِ خیالہٕ چھےٚ بین الاقوٲمی سِیاستَس تہٕ حالاتَن پٮ۪ٹھ یہِ کٲشِرس مَنٛز گوڈنچ نَظم تہٕ ہرگاہ اکہِ فَن پارکہِ حیثیتہٕ مگر تواریخی تہٕ لِسٲنۍ اَہمیتہٕ کِنۍ روزِ اَتھ واریاہ کالَس سِیٹھا اہم گوہر حاصل۔

محمد یوسف ٹینگ

# مثنوی

اہل کشمیر کی گذشتہ جوانمردی اور درمیانی پستی شاہانِ سلف کی ظلم وسختیاں موجودہ گورنمنٹ کے احسانات اور موجودہ جنگ یورپ کی اصلی حقیقت اور اس کے خوفناک اثرات کے حالات بالترتیب درج کئے گئے ہیں۔ اس کے علاوہ یہ بھی ظاہر کیا گیا ہے کہ موجودہ جنگ کے موقعہ پر وفادار رعایائے کشمیر کو اپنی مہربان گورنمنٹ کے ساتھ کیا سلوک کرنا چاہیئے۔

من تصنیف نیازمند غلام احمد مہجور محرر محکمہ بندوبست کشمیر۔ ساکن تریگام تحصیل واتی پورہ کشمیر حال ساکن ٹنکی پورہ سری نگر پٹواری حلقہ سورسیار تحصیل سری پرتاپ سنگھ پورہ کشمیر

حسب فرمائش۔ سید عبداللہ شاہ صاحب سابق اسسٹنٹ محکمہ زراعت کشمیر۔ بماہ ہاڑ ۵ء بکرمی مطابق جون ۱ء شایع ہوگی۔

نحمدہٗ ونصلی علیٰ رسولہ الکریم

# دیباچہ

موجودہ جنگ کے شروع ہو جانے کے روز سے باشندگان کشمیر میں عموماً اور دِہ باش زمینداروں میں خصوصاً اکثر غلط فہمیاں پھیل گئی ہیں۔ جیسا کہ اکثر جاہل کہا کرتے ہیں کہ جرمن مسلمان ہوا ہے

وغیرہ وغیرہ۔ ایسے مغالطوں کی اصلاح کے لئے کتاب "دعاوے برطانیہ بخلاف جرمنی" کی متعدد کاپیاں سرکاری طور پر پبلک میں تقسیم ہوئی تھیں۔ مگر اس کتاب سے بھی اہل کشامرہ کما حقہٗ مستفید نہ ہو سکے کیونکہ یہ امر مسلّمہ ہے کہ یہاں کے لوگ اُردو سے ناآشنا ہیں۔ اب اگر اردو تعلیم کسی قدر پھیل گئی ہے تو اس سے شہر باش اصحاب ہی بہرہ یاب ہوئے ہیں۔ دِہ باش تو تعلیم کے نام سے ہی محروم ہیں۔ اُردو کیسے سمجھ لیں گے۔ ایسی صورت میں جن لوگوں کی تالیف قلوب گورنمنٹ کو منظور تھی اُن کے لئے یہ کتاب کما حصہ سود مند ثابت نہیں ہوئی

اس ضرورت کو محسوس کر کے نیاز مند نے بہ تحریک برادر مکرم سید عبداللہ شاہ صاحب ایل اے بی اسسٹنٹ محکمۂ زراعت کشمیر "کتاب "دعاوے برطانیہ بخلاف جرمنی" اور تواریخ کشمیر سے مضامین اِنتخاب کر کے ایک نظم کشمیری زبان میں مرتب کی ہے۔ نظم حتی الوسیع۔ عام فہم۔ مؤثر، خاص دیہاتی گیتوں کے طرز پر بنائی گئی ہے۔ جسے عام زمینداراں کے ان پڑھ اور کم عمر بچے بھی ایک دو بار تعلیم سے یاد رکھ سکیں گے۔

اگرچہ میرا منشاء اس نظم کو اور بھی بڑھا کر مفصّل ایک ضخیم کتاب بنانے کا تھا۔ مگر عدیم الفرصتی اور تفکّرات کی کثرت نے اس ارادہ سے باز رکھا۔

اخیر پر میں اپنے نیک دل افسران محکمۂ بندوبست۔ خصوصاً جناب پنڈت نرنجن لعل صاحب اسسٹنٹ مہتمم بندوبست کا تہِ دِل سے شکرگذار ہوں جن کے زیر سایہ اس ناچیز کو یہ نظم مرتب کرنے کا موقعہ ملا۔

سرینگر کشمیر

۱۷ ار ۷۵ سمہ بکرمی

غلام احمد مہجور

یاالٰہی بوزِ وُن چھُکھ بوزِ زار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

شاہ انگلستان شہِ والا تبار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

یاالٰہی ژٕ ینے کوٚر کتھ پیدا جہان — راتھ تے دوہ بنیہ زمین و آسمان

ذرِ ذراتس ژٕ چھُکھ پروردِگار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

یارِ میا نیوٚ روز دَاہ تھاوکن — ملک دارن ہنٛد بوباوے کینہہ سوخن

موٚ خیتھر پاٹھی یتھ ژٕ سینکھ ہوشیار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

مُلکِ کشیرُت چھُ ملکھاہ خوش پسند — دُنیہس مشہور گومت اَندِ وَند

جایہ جایہ چھِس ناگہ چشمہ سبزہ زار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

دوٚرِ ملکو نام پوٚزِ کتھ آسے پیر — نیک باطن باخبر روشن ضمیر

گژھ نہ پھیرِ کتھ تِمی رژھکھ آخرِ قرار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

نیک آسی نیتیہ پادشاہ آسان دوہے — دادگستر عادل و فرخندہ پے

آسی رعیتن تِم رژھان فرزندوار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

اُسی کاشُری نیک دِل مێخنتھ پسند
عاَلم و عاَقل بہر فَن ہوشیار
پَزکھ جواناہ جنگ جوٗ شمشیر زَن
پہلوان فولاد تَن اسفندیار
رِسلےٚ مژ رِکھ اُسی نہ تژاوان لَر
دم بدم اَسی مارتَس مرنَس تیار
بێنیہ شہرک کانہہ تہ راجا گو نہ زور
ژھنگین مَنز اَسی کاشُری نامدار
یام گَے روزَن اندر مشہور پور
کُس چھُہ اَسہِ ہێوٗ وُنی کَنِس در روزگار
ژھنک تژاوِتھ ورزِش ونیختھ تمام
شوٗغل تھوٗ وُکھ مدہم وساز وسِتار
داد عاَشَس یام نگی ہێنہ مرد و زن
آے ظاَلم کوٗرکھ مُلکَس لُر پار
ژ اے مُلکَس مَنز تلکھ سخت ٹاو ٹاو
ظلم و غارت کوٗرکھ بے حد بے شمار
پَزکھ فنَس مَنز ژاٹھ اُسکھ اہلِ ہنر
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار
زور کھێنِ زَن رستم لشکر شکَن
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار
شانِد کنہِ تلوار تھاوان زیرِ سر
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار
غاَر مُلکک پادشاہ کر آد پور
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار
گو کھُہ پیدا نخوت و کبر و غرور
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار
عیش و عشرت لگی کرنے صبح شام
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار
کوٗر بدل تَتہِ آسمانکی گردِش
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار
یِژ لوہ جھیمتی اُسی زَن پانژ آلکاد
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

اَسی کاشُر ژٕ لوٗکھ بےتیغ و سنان جانہٕ خلوٗکھ ژٕ ورٕ رٕوزِتھ چوٗن زنان

راتھ تے دوہ اَسی وُدان زار زار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

کورِتھکھ ہنٛز اَسی تم جبٕرن نوان دِل سیاہن مارکراو سکھ پوان

جبر و غارت اوس تہندٕ سے کار و بار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

ترٛیٹھ چِنیے چینیے گرٛوٗس کمہٕ ناوان زمین ہرٛ دٕ اَسس راچھ تتھ روزان اُمین

ڈوٗم شقدر تے سزاول کاردار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

کمہٕ ناوکھ فصل تس سوٗرے نوان بنیہٕ اَسس طلباہٕ تم ہیوان

کٔٹھ کوہ کرہتھ اسی ژرلان تم بدشعار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

لوٗٹہٕ سی گرٛوٗس گوٚمت خستہٕ حال بتہٕ بایتھ تس وُدان نینگ تینگ عیال

تہندٕ دیہٕ تس گرٛتھان جگرس ریگار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

فاقہٕ دی دی ہاکھ کھیتھ گذران کران کیہنہٕ وتن پیٹھ ہوٗز زَن فاقہٕ مران

گوٚو سٹھاہ ژٕلی ملکھ ترٛاوِتھ بے شمار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

حدسپن ظلمس تہٕ گے کاشُر خراب سخیتو تھوٗ وکھ نہٕ کینژھا آب و تاب

آو رحمس پیٹھ دوبارہ کردگار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

ڈُدی مِتس باغس بہارک واد ژاد حکمران مہاراج صاحب یام آو

کاشُر لوٗ پوٗر حمد خوہ دا بار بار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

پایہ بوڈ پرتاپ سنگھ مہراج سون — سُنے نگہبان سرپرست سرتاج سون

دیوتا خصلتھ چھُ سو سُنے تاجدار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

ذاتِ پاکن سوزتس دانا وُزیر — زن ارسطو عقلہِ کنِ روشن ضمیر

باغِ کشمیرس اونکھ تازٕ بہار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

رحم دِل مہراج صابن زوٗد تر — سانہِ حالچ پادشاہس کرُ خبر

کاشرِ بو وچھمژ چھِنے سختی بے شمار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

آے ییلہِ انگریز بہرِ انتظام — بے تعصب رحمدل با احتشام

کاشرین ہند بختھ تُنوگمت گو بیدار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

ییہندِ راجکی کمٕ صفتھ کر بو بیان — چھمنہ طاقتھ چھس بو شخصاہ کم زبان

مو ختصر کنیز ٹھاونے تحتھ کنہ ژ دار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

یام ڈیوٗ ٹھکھ کاشرین ہند حالِ بد — تام سارِی پرآی قونون کرُک رد

منگیہ ناوِکھ از وبلا ییتھ اہلِ کار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

اوئے جاری کورُکھ ییتہِ بندوبست — تی وچھیتھ کھوٗ ژالی مو پراہ نوشکست

خاص دعا مو شہر گامو روٗٹ قرار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

حکم بخشکھ گزیتین کماوِ واناج — نقدِ تار وحاکمس باج وخراج

جنس کنہ نس پانہِ چھُ توہہ اعتیار — سون شاہنشاہ روزِن برقرار

مُلکِ کشمیرس کرٕکھ پارٕے ژٕہ پأرِی　　ماف چھُوا کھ جلنس بٔنیے گلگت بیگار

کانٛہہ تہٕ ظلماہ کرِ نہٕ تَوہہ بیٹھ شہریار　　سون شاہنشاہ رۄزِن برقرار

کینژہن ڈٔرِی بنِ اَنٛدرٕ موکٕلھ پٔرٛون غَم　　گر لیستو پٔوٚر شکرِ خدا دم بدَم

کار کرٕکھ ڈیار زینکھ بے شُمار　　سون شاہنشاہ رۄزِن برقرار

رٕژکرٕکھ تامیرٕ لٔرٕکھ لٔرِ جان　　بٔنیہ لُوٚرِ کھ گرٛی تہٕ گُپن عائشہِ سان

بٔنیہ کرٕکھ آباد جنگل کوٚہ تہٕ نار　　سون شاہنشاہ رۄزِن برقرار

رَعیتَن ہٕنٛدِ رٕحتہ یا یتھ شہر گام　　پُوٚلسہ تھۆوکھ جایہ جایہ صبح وشام

طرفہ طرفہ تھاوِکھ تھۆون تھۆون تھانہ دار　　سون شاہنشاہ رۄزِن برقرار

یُتھ نہٕ کُنہِ بدمعاش تے بٔنیہ بد چلَن　　کانٛسہِ مارن کانٛسہِ کینژھا ہیتھ ژٕلَن

یُتھ نہٕ گژھِ کُنہ ژوٕر یا کُنہِ قتل و مار　　سون شاہنشاہ رۄزِن برقرار

بٔنیہ کرِکھ جأری بہر جا مدرسہ　　کاشرن ہٕنٛدِ علم پرٕنکہِ ہاوسہ

جہل ترٛاوُن وارٕ سپنَن ہوشیار　　سون شاہنشاہ رۄزِن برقرار

مدرسَن منز مولوی تے ماسٹر　　علم دین تے علمِ دُنیا سر بَسر

یَس یہِ خوش گژھِ تی پرٕن چھُس اختیار　　سون شاہنشاہ رۄزِن برقرار

بٔنیے بناوِکھ جایہ جایہ ہسپتال　　ڈاکٹر تھاوِکھ تِمن منز با کمال

پٔرٕکھ مریضس کتی دوا کھاوِکھ تیار　　سون شاہنشاہ رۄزِن برقرار

یس بیمارَس ہیٚیہٕ نہٕ کانٛہہ ناوُتَس
نَتہٕ دَواہَس کیٚتھی تٔمِس آسن نہٕ ڈیار
تَس پتولاکَن نوان بیٚلہِ ہسپتال
رٕت دِوان تُس فرٔش رٕت جایے قرار
ساسہٕ رٔوپیَن یوٚد دَوا لگہٕ لاگنَس
بیٚیے تھوکَن اَکھ دارٕ نَس تِم اہلکار
سڑکہٕ شیرِتھ ہَر طرف ہموار و صاف
پُل بناوِتھ دٔریاوَن پیٹھہٕ شاندار
یوٚت نہٕ زانہہ اُوس آب واتان از قدیم
لال کوہل شاہ کوہل چھی وُنہٕ کیٚن نامدار
کیٛاہ وَنے احسان بیٚیے کٔم کرٕتھ
فیض رٕشِم خانہٕ بجلی ہٕنکہٕ ڈیار
سانہٕ آسایِشہ باپتھ بے درنگ
بیٚیہِ کورٕکھ ماف کُل کارو بگار
کاشرٕن راحتہٕ دِیت کھاوُسکھ خیال
از ہندوستان و ولایت اہل کار

لاعلاجی کٔرن حکیم یا تٕہ اوٚنَس
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
ڈاکٹر ڈِپتیان تٔمی شُند خستہٕ حال
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
کھیٚن لگِس یوٚد موختہٕ تی دُگ دُگ دُنَس
سون شاہنشاہ رٔوزِن برَقرار
کٔلی دِتکھ بیٚیہٕ واتہٕ لوٗکَن پور تاف
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
توٚت تہٕ کھوتکھ آب گوتکھ زرد سیم
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
کاشرٕن ہنٛدی خانہٕ از دولتہ بٕرِکھ
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
گامہٕ گامہٕ کرِتھ جاری گرٕ سیٖ نبک
سون شاہنشاہ رٔوزِن برَقرار
اٗنکھ ژھارِتھ نیک نیت باکمال
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار

مٔختصر واراہ کوٗرکھ رٕت اِنتظام
ہَر طرف تھاوِ کھ موٗہیا ڈاک وتار
یِم صِفتھ اَنگریزِ راجکی ٲسۍ ؠ
فٲمن وُچھ اَنگریزی راجکی بے شمار
سختِیاہ وُچھنہٕ کاہنہٕ یِتھ راجس اَندر
عٲش واحسانس چھہ بیٚیہ وۄمیدوار
یَتھ زمانس اَمنہٕ کِس مَنٛز ناگہان
دَرو ہلا یِتھ دُشمناہ گوٚ آشکار
دَرو ہلا یِتھ پادشاہ ہوٗ سارِ ؠ
اَکھ اکِس پیٹھ بَد یِتھ ہوٗنہٕ زِنہار
کٲنٛسہِ پیٹھ یوٗد حملہٕ کرِ کاہنہٕ پادشاہ
یَتھ رٹون از ظُلم و جبر و قتل و مار
رٔودی سارۍ پادشاہ بے خوف وغم
فوج وساماں زیادٕ کَتھ ییٚہ وۄہ ذٕ لِکار
قوم جَرمَن ذرا ویکھو بَر فساد
خود غرض آزار دِہ تہٕ بَد شعار

سانہٕ آسایش باپتھ شہرٕ گام
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
نوٗر احتھ تے پرانہٕ سختی ہاوِ ؠ
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
عِشرت وآرام وُچھ اسہِ سَر بسَر
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
فِتنہٕ گر اپز پوٗر بد خوٗ بد گمان
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
ادس کوٗرمت پانہٕ واَلی عہد ہِی
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
ٲسی کرَد دَ کتھ بنٛدٕ تس اِدٕ خامہٕ خاہ
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
رٲچھ وعدس کرٕکھ محکم دمبدم
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار
عہد پھٹرٕن نوٚن تلٕن شور و عناد
سون شاہنشاہ رٔوزِن برقرار

ادس ظاہر سارِنے ہنز ٹیڑھ بران
ژوٗر جنگچ جان تیاری کران

فوج ہرا دان کران سامان تیار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

ادس زاگان کاتہ بہانا گوتزھ منے ین
ہوٗل گنڈِتھ آوِ نیرِ ہا برٹنگ نوٗن

ہاوِ ہالوکن بوکنیتھ چھس بازی گار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

اکھ ہتاہ ہتھ چیلہِ گر بر جنگ ڈراد
بے حیا ظالم تمی کیہہ پیوس ناد

بے دوہ فا پیمان تسکن بے اعتبار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

دعد موٗجوٗب بلجن تزآوِ کھ پہ وکھ
فوجِ جرمن جنگہِ نش روٗٹنہ پتھ

جرمنن کوٗر بلجمس پس لوہ پار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

آنتھ رسوا انسان آرِ کھ بے گوناہ
شہر دوٗجوٗر کھ تہ کرہس میٹر تباہ

خلقِ عالم دِوِ نا آدِ کھ زار زار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

ساسہ بدی موصوم شری گے بے پدر
نفسہ داد تم چھہ پھیران در بدر

رِزقہ بائیتھ پر ملوکن گے فرار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

قتلِ عام گیوٗر پس منز ووٗتھ خروش
تی وچھتھ آو لندنک ڈری یا جوش

بل مقابل ڈرائے جنگی شاہ سوار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

تیتھ کوٗرکھ باجرمنی جنگ وجدال
خسہ گو جرمن منٹس ساری خیال

مال وجانک گوس نوقصان بے شمار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

دینِ عیسائی چھہ مانان جرمنی
با مسلمان چھکھ درفنی دشمنی

شاہ روٗس ستی چھکھ بلہ ملہ تزار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

مُدعا چھکھ راج کرُ ہو عالمس ظُلم کرُی کرُی باج ہمہ ہَو دُرِنیہس

زیرِ فرمان تھاوِ ہو کھ کُل تاجدار سون شاہنشاہ رُوزِن بَرقرار

سون شاہنساہ دِوان لوُکن آرام رعیتَن پیٹھ ظُلم چھُس کوُرُت حرام

اَسہِ پیٹھ چھُھنہ پادشاہ مُشفِق کانہہ تہ بار سون شاہنشاہ رُوزِن بَرقرار

پرِ تھ اکھ آزاد بے خوف وخطر گرِ پَیہٕ نے پادشاہ زن بےضرر

راتھ دوہ کران یَنِن کار و بار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

شاہِ جرمَن ظُلم کران روز و شب رعیتَن آزار دِوان بے سبب

زیادٕہ ہیوان باغ لوُکن زور اوار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

پرِتھ جوانس ترُم ژٹتھ جبرٕن نِوان کیتُھ نتہٕ کالاہ لوُکری فوٗجِ ہیوان

چھی نہ دوان کرنہٕ یَنِن کار و بار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

سون شاہنشاہ کران انتظام رآچھ تھاوان فوج یَنِن شہر گام

ییتھہنہ گرُدہ کُنہ قتل وغارت آشکار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

یَنہٕ غرضہ شاہِ جرمن خواہ مخواہ رعیتَن ہاران کران مُلکَن تباہ

زَن مُچھن ہاران کُچھن درکار زار سون شاہنشاہ رُوزِن بَرقرار

سون شاہنشاہ اَسہِ پیٹھ میٖہربان دَم بدم اَسہِ ظُلمہ سختی نِش رچھان

اَسی تیژ ھَو کیتھ بنیا کھ شاہی زِنہار سون شاہنشاہ رُوزِن برقرار

سون وآلی سایہ سَر خوش خِصال
رَحم دِل مہاراج صاحب باکمال

تاج برطانُک چھُہ مُشفِق دوستدار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

یِیلہِ وآلی سون تور چ یِژھ بران
مال دَولتھ تورکُن قوربان کران

اَسہِ تہِ کوٚر مال وجان تس پیٹھ نِثار
سون شاہنشاہ روٗزِن بَرقرار

کاشرِ ہِن ہُندادس گوٚمُت ناوید
ٹلی کہِ اَکھ پیٹھ اَس ٹھِہرِمژ سَند

یِم چھِہ بزدِل بے وفا بے اعتبار
سون شاہنشاہ روٗزِن بَرقرار

کاشرِ ہِن کراسی فوجس مَنز رٹان
یِم چھِہ بزدِل زور کژ کھ بوزِتھ نٹان

کیاہ کرِن فوجس انْدَر تِم نابکار
سون شاہنشاہ روٗزِن بَرقرار

میٚہر بآنی کر گورنمنٹن یِ جان
کاشرِ ہِن بدنام کیٚتن پیٹھ عیان

فوجس اندر روزنُک گو وآگذار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

نوجوانو کاشرِ لو ہِمتھ کرِ د
نام بَد گو دوٗر اکھ پیٹھ یِژھ برِد

طاقتھ وقوتھ مُشگواز کرِدگار
سون شاہنشاہ روٗزِن بَرقرار

یاالٰہی چھُکھ تہِ غفورالرحیم
رَحم کرُن کاسہ وُن چھکھ غم تہ بیم

کم زبانن کاشرِ ہِن ہِنْدی بوز زار
سون شاہنشاہ روٗزِن بَرقرار

قومِ جبر مَن جل کرُن خارُ ذلیل
پیٹھ نہ پیٹھ کُن روزِ تمی سِنز کانہہ دلیل

کر تباہ یارب تِہ تمی سُند کاروبار
سون شاہنشاہ روٗزِن برقرار

شاہِ اِنگلستان جہانٕک حُکمران
سَلطنتھ رٕوزِن تہنٛزٕ پایدار
بٔنیہِ رٕوزِن سون وٲلی شادمان
وارٕ تھاوُن پوشہِ ناوَن یاغفار

وارٕ تھاوُن باحشم تہٕ کامران
سون شاہنشاہ رٕوزِن بَرقرار
تاابَدا سہِ کاشرٕن پیٹھ حُکمران
سون شاہنشاہ رٕوزِن بَرقرار

مُلکھ رٕوزِن وارٕ دَرامن وامان
شاہ و گدا شاد خرم عاشہِ سان
تی چھُ مہجوٗرُن دُعا از کِردِ گار
سون شاہنشاہ رٕوزِن بَرقرار



پاندرٕ ٹھینس مَنٛز مہجوٗرن مَقبَر۔ سابق وٗزیرِ تالیم مسٹر محمد شفیع مُرتب محمد یوسف ٹینگ تہ مہجورصابُن زُرعبدُالباری



مرحوم مہجور — مرحوم شیر کشمیر اُتھواجنہٕ حبہٕ خوتونہٕ ہٕندِس مزارَس پیٹھ

# عہد و پیمانِ حضرت بل

## یعنی

# تجدیدِ حلفِ وفاداری

## منظوم بہ زبانِ کشمیری

گوڈنیکس صفس پیٹھ چھُ یہِ نوٹ

قائدِ اعظم حضرت شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ وزیرِ اعظم ریاست جموّں وکشمیر کی اُس تقریر کا منظوم ترجمہ۔ جو اُنہوں نے ۱۴ جنوری ۱۹۴۹ء عیدمیلادالنبیؐ کی مُبارک تقریب پر آثارِ شریف حضرت بل میں ارشاد فرمائی جس میں اُس حلفِ وفاداری کی تجدید کی گئی۔ جو ۱۹۳۱ء میں آزادیٔ کشمیر کا جہاد لڑنے کے لئے حضرت امیرِ کبیر میر سیّد علی ہمدانی کے خانقاہِ معلےٰ کے صحن میں اُٹھایا گیا۔

مولفہ۔ مہجورؔ کشمیری

# عہدو پیمان

وعدٕ لو دوستو اکھ دما تھاوکن | وفا بوزکیا گو وفادارن
ژداوہ شتھ تہ ارہاٹھ ہجری وری | ربیع الاول اوس ژدہ داجنوری
جمعہ جلسہ یہ عیدِ میلاد اوس | مسلمان یکن درگہک ناد اوس
دوران شوقہ سان لوکٕ بڈی مرد زنان | وندان ژو ونین یارِ سنزن وتن
سمیا آے لچھ بدی عاشقانِ رسول | الٰہی ژٕ تھو سون یوت ین قبول
چھ یس شیرِ کشمیر غمخوار سون | مدتھ گار رہبر تہ سردار سون
بہتھ دلہ منز سون دلدار اوس | تہی جلسہ حضرتہ بلک یاد پئوس
وچھان بلبلا زن سہ آسمانٕ آو | بگلزارِ باغِ محمد سہ ژاو

وَنان اَن پَرن وارٕ بوٗزو خبر  چھُ ووہ نٕ دین اِسلام خطرس اَندَر

توٚہی اَتھِ چھُ اَمہِ فیصلُک اختیار  مٕنٛے پیٹھ یا مٕنٛے پیٹھ کرِو اعتبار

مٕنٛے یوٚت تام مانو تٔہۍ پیش وا  چھُ توٚت تام زُمیون قومس فِدا

اگر مٕنٛے پیٹھ چھُوٕ نہ کانٛہہ اعتبار  خوشی سان کرِ لوٚن نیا کھ کانٛہہ تیار

سُہ یُس لوٗکھ گنٛزرَن تٔہنٛزن رہنما  بِلا شکھ تمس پتھ بہٕ کرٕ اقتدا

زُکوٚ نارٕ دِتی نارٕ زندٕ باد  وُٹھنکھ شیر کشمیر پائندٕ باد

## تجدیدِ حلف

دُوٚیکھ شیخ صابَن تھووارٕ کَن  چھُ بٔلی کُل غریب مۆیانٛی اہلِ وطن

چھِ سیوٚد ساد، مسکین بے زور و زر  سیٹھا کم زبان، کم نظر، بے خبر

ونوٕ کیا بہٕ کُنتھ وقت اَسہِ پیش آو  چھِنے گرِدابس اندر ییران سانٛی ناو

تُھوِتھ سوٗرے عالم چھُ اَسہِ کُن نظر  چھِ اَسۍ، خوفہٕ خاموش بے پا و سر

بہٕ حالات وطنکۍ ونو وسربسر — گوڈٕ ین اکھ کتھا چھم ونٕنۍ مو مختصر

# مسئلہ انڈونیشیا

سمندرٕ منٛزس پیٹھ چھ ملکھا لبان — انڈونیشیا ناو تتھ وارٕ زان

تتکۍ لکھ تہٕ آسۍ ساٲنۍ پاٹھۍ غولام — کران بندگی ظالمن صبح شام

یمن پیٹھ حکومتھ کران اجنبی — "ولندیز" بیدرد یم مغربی

تمو یام وچھ ہند آزاد گو — دٔپکھ آسۍ تہٕ دٕہ نۍ کانہہ تلاشا کرو

تتکۍ رہنماتے وطن دوس ذراے — عوامی وزارتھ بناوان آے

"ولندیزیو" وچھ یہٕ روٗٹمت شکار — ژٕٹتھ زال نیران چھ ژلنس تیار

اوٗنکھ فوج و لشکر تلکھ شور شر — گرفتار لیڈر کرٕکھ سربسر

بہ سختی کورکھ ملک سورے خراب — تشدد تہٕ بیداد۔ ظلمو عذاب

کنو لوٗزٕ ہمسایہٕ ملکو یہٕ حال — تمن پآدٕ گو سخت رنج و ملال

بسان "ایشیاہس" اندریم چھ لوکھ
تموٗ دوٗپ یہ گوٗ ظالمانہٕ سوٗ لوٗکھ

انڈونیشیا کین جبا یتھ کرٕکھ
ولندیزی ین ہنز ملامتھ کرٕکھ

چھ اسہِ کأشرین ونکہنس تی روا
کرو اس تہ اظہار ہمدردیا

مسلمان اس چھ اسہِ فرض یی
کران آسے آزاد انسان تی

کوو دوپ چھ منظور تجویز چون
بلاشک چھ اتھ ستی تجویز سون

## ایشیائی کانفرنس

وُنکھ شیخ سٲبن تھوو واریا ن
تمن دلہِ منز مشرقکی حکمران

انڈونیشیا واے مظلوم بأے
مدد کرنہٕ تمنے مدبر سمیأے

مقرر چھ تاریخ ۲۰ جنوری
کرن سوچ تھارن تہنز بہتری

گژھن کمہِ تدبیرٕ آزاد تم
تمتھ تہندِ یچہ نک کرن چارٕ تم

چھ یتھ جایہِ اسی جمع گامتی تمام
یہ درگاہ چھنے عالی مقدس مقام

خوداتھا ویتھ جایہِ منگن قبول
بپاسِ جناب محمد رسولؐ

بدرگاہ کرو عرض منگو دعا | ژکر پوٚر یارب تہنٛد مدا
کرکھ تم تہٕ اَسہِ سان آزاد و شاد | غوٚلام عالمکی ستی یاد یوکھ یاد

# معاملاتِ کشمیر

ودن بوٚزِو دمائینہٕ وطنک تہٕ حال | چھُ سون حال بوٚزِتھ دزان کوٚہ تہٕ بال
غوٚلامی کران ہتھ وری پوٚر گو | یہ داغِ سیاہ زاہ تہٕ کردوٚر گو
گرٛھان اکھ چھاراداہ وری پوٚراز | تہٕنٛزِ اَسہِ تہٕ ہیٚنز بنٛدگی ہنز یہ رَز
کریوَ اَسہِ آزاد گرٛھنک تلاش | لدِکھ قاد خانن تہٕ ہوٚو کھ نہٕ گاش
ہیٚز کھ چنیٹہ مارِ کھ گنٛڈ کھِ بے شمار | وتن پیٹھ غریبن کرٕکھ لارٕ لار
غریبو یمو لوٗرٕ داوا ڈنِکھ | تمن گولہِ لاٗیکھ تہٕ مارِ تھ ژھنِکھ
سیٹھا نوجوان۔ بے سلح۔ بے زبان | سینہٕ مارٕ آوارٕ گے نیم جان
یتھے ظلم سیٚلہِ روٚد اَسہِ زیادٕ کال | تیٚلن پوٚختہٕ آزاد گرٛھنک خیال

وینو وارِیاہ ییلہِ ہِنہ تَتھ سۆد دژاو    یتو ظالمس دون ژِہ "کشیر ترٛاو"

یہِ لۆز تتھ تیتو سنٛخ ظُلمک حسام    وُچھتھ نار لۆبٕر سارِوے رام رام

کرِکھ بندأسی جیل خانَن اَندر    سیٹھا تیز ژٕچ چلنہٕ ظُلمچ تبر

أسی آسی جیل خانَن اندر دۆہ برن    سپُن تام آزاد ہندوستان

ژھنِتھ پھۆٹ برطانیو راج ترٛاو    کرِن دوٕ ہِصَن منز مُلک آگرو

أکِس ناو رۆد "ہند" (ہندوستان)    بیٖیس ناو پیو مُلکِ پاکستان

جُدا اَدرٛاے ہندوستانَس "زِ تان"    تتِکی لۆکھ گوٕڑٕ گے متان اَدِ سوٕتان

تِمو یام لۆز اُسی وون آزاد گے    تِم انسانی یتہٕ نشہٕ سیٹھا دور پیے

مُٹھکھ آدمیتھ تہٕ وحشی بنیے    ژٕ پل ہۆلی زنَن اکھ اکِس کھینہٕ آیے

ہندو لۆٹی مسلمان مارِکھ تمام    مسلمان ہندن کران قتلِ عام

ژٕکھ ہندی مسلمان سکھ بیشمار    لچھو باٹھی مارِکھ تہٕ کھارِکھ انبار

لچھن تام لوکہٕ ٹھن بچن مرد و زن    وُچھن تَل پیھن آسی باران زن

وَنے کیاہ تَیہٕ گوشہٕ ہندوستان    وَنان ناوِیتھ آسی "جنتھٕ نشان"

یہٕ حال اوس مُشترکہٕ ہندَس اندر    اَسۍ آسۍ بے خبر قادو بندَس اندر

## تقسیمِ ہندوستان

فسادُک یہِ زور اوس وُنہ برقرار    گرزان آسۍ ظالِم دزان اوس نار

رہاٰسۍ کرٕکھ جیل خانو مَنٛز    زِندَے دٕرائے زَن ناپر دانو مَنٛز

مَنٛزٕ نِش کاشرو پیش کوٚرا کھ سوال    یہِ کشمیرٕ رٕلہِ کانٛسہِ سِتیٚ لامحال

ژٕوَن کُس دوٚہ لوٚ مَنٛز اَسہِ کیٚوت چھُہ جان    زبَر ہِند چھا یا کٕہ پاکِستان

یہٕ پیلہِ آس "حوٗ ضوٗری باغَس" اَندَر    نکَن وٚوٗن مَنٛزٕ لوٗزِ و مَنٛزٕ نِش مُختَصَر

سیٚٹھا دوٗر اَسہِ نِش چھُہ رَلُنُک سوال    چھُہ گوڈٕ سانہِ بچنُک تہٕ کھلُنُک سوال

چھِ آسۍ یانہٕ یُتھ کال شخصی غوٗلام    چھُہ جاگیر شاہی ہُنٛد انتِظام

لڈان آسے ار داہ وٕری زورٕ سان    کڈان گےٚ قبر کیٚتہِ ساٰنۍ نوجوان

کرِان اتھ غوٗلامی خلاف اَے جنگ　　کرُن مُلک آزاد اُسی بے دَرنگ

گرتھو ییلہِ آزاد اَد اُسی وَلو　　رَٹون کانگریس یاکہِ لیگی بنو

غوٗلام اُسی تھِے یوٗدرَ لوکا نسہِ مستی　　غوٗلامی پکان روزِ اَسہِ وانسہِ مستی

چھُ اَسہِ وُنکینس دوہن کتھن ہُند خیال　　اَول بِنہِ آزاد گرتھ مُلک سوال

دوٗیم واتہِ اَسہِ وۄہ ذِ کرُن انتظار　　یوٗتام سپدِ نہ بر تُم فضا خوشگوار

چھُ تتہِ گرَم بازارِ قتل و فساد　　موٗجبتھ تہٕ اُلفتھ تمن کرُ چھُ یاد

تمن یاد گوٗمت مرٕزر تے جنوٗن　　توٗے بوٗے باپس چھُ ہاران خوٗن

سوٗ تِہن تیچھِ وَسکھ دوٗر سینکھ مرٕزر　　کرِتھ خوٗن برآرُنہ ہیوٗہ ہترَر

ہواصاف گرتھ آسہِ اَمن واَمان　　اُتی میلہِ اَسہِ سوچنک موقہٕ جان

یمَن دوٗ شوٗلی شوٗبہ اَسہِ موقہٕ دِین　　چھُ گژھ کار وُنکین لمو کور کُن

## مسئلہِ الحاق

یہِ وَکھ اوس نوٗز کھ سٹھا ناسہٕ تراس　　ٹکَن اوس وحشتھ تہٕ خوف و ہراس

یتھکۍ ہنیدۍ مسلمان چھ الفتہٕ پسند
بران پانہٕ وآنۍ لون اے انِدۍ وَنِد

فساد اوس پنجاب و ہندس اندر
ژھینان کاشرین اوس بوزتھ جگر

دوہ ہے آسہٕ واتان شینچھ خوفناکھ
چھ تتہٕ لوے بالِس کران سینہٕ چاکھ

امی وقتہٕ ینیتہٕ کین بہٕ وَنہٕ ہا یہیوِ
ولِنو تو ہی ہنز راے کتھ کُن دِیوِ

مسلمان وَنہٕ ہَن نہ ہندوستان
تمن اوس تتھ منز ینن خوفہٕ جان

یتھے پاٹھی ہنیدۍ آسی تراوان پران
کنو بوزی تھے نام پاکستان

یتھِس وقتس اندر تلن یتھ سوال
سیٹھا نار وا! اوس ناکارہٕ فال

اوے اوس لازِم کرن انتظار
گرژھِتھ وکھ آخر ژھوِ ہے یہ نار

رَلو آسی تمن ستی آخر ضرور
گوڈنی یمِ کرن ساتی تکلیف دور

تھون سانہٕ آزادی یے برقرار
کرن آسہٕ تہٕ آزاد انسان شمار

ونیس تام آسی آسی اکی ہندی غولام
دوہل کنی تام کرو موکلنک انتظام

بنیا آسی دوہل بنیہ ینز غولامی کرو
مرو تے دوہل کر تیتز خامی کرو

اَتھ اَندَر منٛے نش آے کینہہ وَلہٕ وِپر — ہندوستان و پاکستانٕکی سفیر

منٛے دٕہ شوٗنٛز دَرٕ بن صاف اوون کھ جواب — چھ آزاد گژھنک سیٹھا اضطراب

کرٕ وڈکھ گژھو لوٗرٕ آزاد اَسی — تمی سٕتی سپنان چھ آباد اَسی

گژھن لوکھ آزاد چھکھ یختیار — دٕہ یومنٛز اَکس سٕتی کرَن ملہٕ ژار

بلا عذر گژھ یورٕ کُن رائے عام — یہ ہُمہ تور کُن پارٹی ہیتھ تمام

نہٕ کرٕ اینترِ اضا نہ گژھ برخلاف — وَنان چھس یَنن راز دِل صاف صاف

وَنن میوٗن کوٚر ہِند والیو قوٚلوٗل — مگر دٕرائے پاکستانی موٚلوٗل

تمو دٕپ یہ داوا چھ بلکل فضوٗل — کتھن خامخاہ چھو دوان زیاد طوٗل

## پاکستٲنی حملہٕ

کشیر پیٹھ از ملکِ پاکستان — یمن حملہ آور قبائلی پٹھان

ہزارہ تہٕ از راہ کوٚہے مُری — دوان آے ہاوان پننٕہ ہٹلری

پہاڑس تلک پیٹھ کران آے تم    بجلدی کشیرے اندر ژاے تم

تمو کاشرن ستی کیا کور سو لوکھ    وُنن کیا چھُ!! واقف چھہ بسیار لوکھ

لکان آسی بے وایہ طوفان زن    زمین آسمان آسی لرزان وزان تہٕ کوٗن

کرِتھ لوٗٹ کمراز سوٗرے ووٗٹھ    دوان آے دروازٕ شہرک روٗٹھ

یہ طوفان وُچھتھ اوس کیا سون حال!!    یہ اوس سانہٕ مرنک تہٕ بچہٕ نک سوال

زوال اوس مانس، زوس غارتس    غوٗلام آسی بنان کتھہ لگان عزتس

نہ اوس فوج لشکر نہ سامانِ جنگ    نہ "پاے گریز و نہ جاے درنگ"

کرِتھ فکر سوٗچتھ ینن نیک بد    دوان گے تہٕ مونگ ہندوالین مدد

تمن ستی الحاق کرو عارضی    تیتھس مرحلس پیٹھ روا اوس تی

ہوآیی جہازن لدِتھ فوج آو    ژلان گے قبآیلی تہٕ اسہ گاش آو

جو آہر اسہ ہمدرد۔ تدبیر دان    چھیٕس فخرِ کشمیر و ہندوستان

وُنن اسہ یہ الحاق چھُ پائدار    یہ گو تِہُند بچہٕ نک بہانا تیار

یہ جنگ ختم گژھ آسہِ امن واما ن          ییتکِ لوٗکھ دِلن راے با اطمینا ن

یہ الحاق تمہِ وقتہٕ گژھ مستقل          گژنے آسہِ آلو، گژنے آسہِ دِل

یہ تقریر کوٗر ریڈیو دس بیٹھ یمو          یمو بوٗز شاباش کوٗر ہس تمو

کہمے کالہ پتہٕ پانہٕ ییلہِ یو راے          مگر منز کرِکھ پانہٕ ظاہر یہ راے

یہ پاغام ییلہِ دوت پاکِستان          تمو صاف اِنکار کوٗر بے گمان

دوپکھ زانہہ تہِ مانو نہٕ اسی راے عام          کرو کرو قوٗبوٗل اسی یہ سوداے خام

ییلہِ جنگ کشمیر زیٹھان گو          یہ مقدمہٕ پچھا و کونسلس تام پیوٗ

نیتکھ یام پاکِستانن جواب          تمو دوٗپ یہ تل کاشرِ لو انقلاب

گرس منز تمے از لڈان پانہٕ وآلن          چھہِ کرا کھ جنگس منز گوٗمت فوج سانٛ

یہ جنگ ختم یوٗ دوے کرن چھوٗترھان          کڈو فوج تہِ سپنہٕ امن واما ن

چھُہ سوٗرے ہندوستانٛی فوجک فساد          کڈیوٗکھ تمہٕ ہبر روز تہٕ اتحاد

کرِو ختم شیخ عبداللہنی حاکمی          تہنز جایہ تھاوون بدل آدمی

بچاو کونسلس یام شکھ پاڑ گو
دڑیکھا اسی وچھو موقہ پنو اچھو

تمو سوز کمیشن پنن موتہ بر
وچھان آے حالاتھ تم سربسر

تمو وچھ چھ پاکستانی رسپہ
ثمتھ پیٹھ محاذن لڑان خامخاہ

وچھتھ رنگ پاکستانو تہ مون
چھ یتھ جنگس اندر لڑان فوج سون

## تجویز ۱۳ اگست

کمیشن کران روڈ تحقیقِ حال
محاذن وچھان گے گڑان کوہ تہ بال

وچھتھ حالِ کشمیر بالا و پس
کوڑکھ پیش تجویز ترٔوا اگست

یہ تجویز اوس توہی کرِ و جنگ بس
کرِ و پرتھ اکھاہ راچھی پنن گرس

خوشی سان توہی راے عامس پتر ژھو
گژھو تور کُن پور ساری یتر ژھو

یہ تجویز منظور کور ہندی یو
دڑیکھ لی چھ انصاف یی جان گو

مگر یگی یو کرِ یہ تجویز مون
دڑیکھ زور ہستی ملک زنیتھ نون

تِموٚ گیوٚرمت مُلکِ کشمیر اوس
تہنٛدی کنٛی سیٹھاہ رُت پہٕ تدبیر اوس

دَپان آسی سائی یم پٹھان بے نظیر
یگہٕ کاٰلی کیتھ تام زمیٖنِ کٔشیر

ادی رایہ کنٛی تِم کران رٕدی جنگ
لڑان آسی راتس دوہس بے دَژنگ

پتہٕ نیلہٕ گرٚزیو فوجِ ہندوستان
سیٹھا یَتھ گُڈِ کھ ژٕلرٲوِکھ پٹھان

تِمَن واریاجایہِ واپس ہٹیرِکھ
گلان گے ژلان گے کڈان ژوٚرہٕ تھکھ

تِکَس کھیوکھ تا دانِ جنگَس اندر
بچاو کونسلس مَنٛز تُلُک شور وشر

کرِتھ شور تہٕ نیلیہ نہٕ کانٛہہ سود ژ اکھ
کوٚر کھ صُلح اد جان تی درنیٚٹھ آکھ

چھُ منظوٗر تجویزِ ترٛواہ اگست
لڑو نہٕ کرو صلحہٕ کُے بوٚندوبست

## نقایصِ جنگ

اُسی آسی گوڈٕ پیٹھہٕ جنگ لَڑنس خلاف
ہندوستان تہٕ تِی اوس وَنان صاف صاف

سَپُن عارضی پاٹھی وِوہ ذِ جنگ بند
یِہے کتھ وَنان اُسی آسی اَنَدٕ وَنَد

وۄن آو نیٚزِ وَتہٕ پیٚٹھ یہِ پاکِستان          چھُ تجویز ترٛاوٕ گس رٕت تہٕ جان

مگر جنگہٕ ستۍ ووت مُلکس عذاب          سیٚنۍ ساٚنۍ حالاتھ بِلکُل خبرا

سِمِتھ مُشکِلَن پیٚٹھ چھُ مُشکِل یِوان          چھُ اکھ حل گرٛٹھان دٔہ چھِ اسہٕ دُکھِ وان

# غدّارانِ وطن

یہٕ نیٚلِہ ازی چہِ لٔڑ دِلہٕ پیٚٹھ یُوراس          کتھاہ اکھ منّے بوزم سیٹھاناس ترٛاس

یِمی دوہ یہ لڑآے بَند گرٛٹھ ہیٚنچ خبَر          مُکو بوز دۆپھ ساروے گو زبَر

یِگہٕ ڈراے یِنیتہٕ ساٚنۍ کیٚہنہٕ دوسدار          کران "چھُٹ بَل" سٔر کہٕ پیٚٹھ اِنتظار

دُوپکھ یَن ووٚن پنجابہٕ ساٚنۍ میٚہربان          چھِ تِم دوسدارن پاکِستان

تِمَن شوقہٕ سان پیشوآیی کرَو          یِمَن رَہبَرن ژرھ تہٕ لولا برَو

یہ طِفلانہٕ حسرت کتھ یہِ دیوانگی          تہِ ہِنز تنگ نظری تہٕ بیگانگی

تِمَن کو نہٕ اتھ کُن خیالا گو مُت          چھِ کتہٕ اسی تہٕ دُنیا چھُ گوٚت ووٚتمُت

یِتھِن دوستن چھس کران التماس — یہ کیتھ مشیاوِ لوز یتھ کرن تم قیاس

چھِ یِم اختلاف اَسہِ باہمہِ گر — دوہ ہے روزنا؟ یا مِٹن سرلسر!

بلاشکھ چھنے ساۍ زندگی بے بقا — کرُن تکیہ اکھ بیٹھ سیٹھا نا روا

مگر ملک سون پوشہِ ییٚز کال تام — اتھ اندر رٚکِن ساۍ شرٚ صبح و شام

چھُ امہِ کنہِ تلُن اَسہِ سونٚچتھ قدم — چھِ ینہ والہِ وقتک تہِ اَسہِ کھیون دوہ غم

چھُ سونے وطن خوبصور یتھ کٚشیر — یہ کیتھہِ پاٹھی بنہِ گاشنا بے نظیر

بنن ساۍ اولاد بااختیار — کرو ینتھ فضا تہندہِ با یتھ تیار

یمو دوستو وار یا آز موو — دِلس منز متے ماکانہ یہند کینہ تھوو

(نکو نارہ دِتی نعرے زندہ باد) — دوپکھ شیر کشمیر پایندہ باد)

## ماملے راے شماری

یہ جموں و کشمیر سونے وطن — بسان ژ تہ جہہ یتھ چھ یتیہ مردوزن

یہ لداخ وگلگتھ علاقے پہاڑ    مَرد وآڑون. پرلوٗنژھ تے کشتوار

چھ واتان حق سارِنے بالغَن    خوٗشی سان یَنیٛزراے ظاہر کرَن

چھ الحاق یٛزی یا ٹھی یمہٕ نے کرُن    لَمن یور کُن خوٗش گژھکھ تور کُن

چھ کوٗت زیوٗ ٹھ دشوار مشکل یہِ کار    یہٕ کرَ اندِ چَل چَل گژھو کر تیار

مُسلمان. ہنٛدی ساسہٕ بُدی خاندان    چھ ژٲلی ہتی پریشان بے خانمان

ووٚن دُبار گرَہ واتناوِنی چھ تم    لباوِلی تہٕ آباد تھاوِنی چھ تم

تہنٛدی گرَہ بناوِنی تمَن دُین خوراکھ    تمَن تن وَلِنی واتہٕ ناوُن پوشاکھ

یہِ چھا سرسری کٲم سوٗچو ذرا    کرَوٗ کیا لباوُن یہ چھا اکھ گرا

وُچھو توٗ ہی تہٕ یٔتی مس زمانَس اَندر    حوٗ کوٗ متھ "الیکشن" کران موختصر

لَگان تمتھ تمَن واریاکال اوس    یوان سخت کوٗتا یہِ جنجال اوس

اگر کانٛہہ اکھا کھانٛدر کھ ٹنز بران    کمِ از کم شیٛنے ریتھ چھس لگان سَنز کران

غرض چھم گژھِو توٗ ہی تہٕ واقف ضروٗر    سَفر ییتھ چھُ دشوار، منزِل چھُ دوٗر

ضۄرۄرتھ چھُ پڑارلو تحمل کرٕلو
بہولوتہ پاٹھی امنہٕ سان دوہ بٔرِو

چھُ اَسہِ سوخچھ کری کری بچھن برونٹھ کُن
سیٹھا ہوش تھاوُن وچھن سۄن ودگُن

اگرا تھ اندر نیرِ کانہہ زۄرباز
فنا سپنہٕ روز لسنہٕ کانہہ سازو باز

منے وۄنمت چھُ ینمہِ برونٹھ ییتہ کُنہِ کن
کرِو پانہٕ مہلامہ نیٖہن چھو کَن

گرٕژھتھ ملک وآران تباہی کرِتھ
فسادس اندر ساسہٕ بدی لکھ مرِتھ

زٕ دارتھ گرٕژھتھ مون تی پگی یو
یہ کنیژھا تمن کانگرسی لیو وینیو

اگر مانہٕ ہن تم یہ کتھ وقتکِ کار
وطن سون کرسپدٕ ہے یوٗت خار

چھُ مشکل بنُن دود باوو تہِ کس
دوا اَکھ تحمل تہٕ بنیہ صبرٕ بس

خوداتی کرِن اَسہِ کیٖوت یی چھُ جان
مخالف تہِ آسین کرِن شوقہٕ سان

# اِبتدٲیی صوٗرتھ

یہِ کتھ وارٕ بوٗزو رٲزِو دما
ونوٗ وۄنکہٕ ٲنس سٲنی حالتھ چھُ کیٛا

تُجوٗ واَسہِ آزاد گرٛژھنگُ خیال    لَدِ کھ قاٗدخانَن کرِٛکھ پایمال

غوٗلام آٗس تھٲوِکھ جیل خانَن اَندر    غوٗلام زانٛ تھِیٚ اَسی کَڈِکھ بییہ نبر

گرٛژھنہٕ وِزِ اَسی یتھی غوٗلام    تتھی اَسی چھُ وٕنکھِنٕس بِلا اِنتظام

مٕنے توٗ ہہ سٔتی ارداہ وُرِی کرٛی بسَر    چھِ یِم یار مٕیانٛ بَتم تہٕ چھُوٗ دَرنظر

دغا زانہٕ تہٕ توٗ ہہ سٔتی ورتووما    جفا ووت وارا وو فاترٛ وو ما

اگر سانہٕ اتھٕ آیہِ کانٛہہ غلطییا    سہٕ گوٗ سہوٗ زانِتھ تہٕ مانِتھ تہٕ ما

وٕنیٚس تام ییٚس کاراَسہٕ ذِمہٕ ہیوٚت    نکھَن پیٚٹھ خوٗشی سان ییٚس بارِ کھوٚت

بٔنِتھ نیکھ نیت تہٕ ایمان دار    پَنٕنی سیٚٹھا جان اَسہِ کوٚر سہٕ کار

چھُ ییٚس پانہٕ وآنٛ اعتمادُک سوال    سیٚٹھاہ سَخ وُنکھِنٕس ہیوٚرے تھوٚو خیال

یَژھان پوٗر پاٹھٕی اَسی چھُ وُنکھٕس تہٕ تی    یہٕ کُنہ ژھا یژھو جبلہٕ منٛز ہیٚری تھیٚے

چھِ جاگیرِ شاہی ہِندی اَسی غوٗلام    گرٛژھو لوٗرِ آزاد اَمہِ نِش تمام

یہاے کتھ چھِنٕے گوٚڈٕ کتھ تہٕ بنی یاد سانٛ    یہاے وَتھ چھِنٕے سیٚز وَتھ تہٕ آزاد سانٛ

گواہ چھم خودائے جہان آفرین — چھ لیس مالک آسمان و زمین

گواہ چھم محمد سہ خیر الانام — علیہ الصلوٰۃ و علیہ السلام

کران واڑ چھس وتھ بہ ہا دو جان — بہروق ایمانداری یہ سان

چھ ممکن بہ تو نہ ہہ ستی کرکا نہہ دغا — خودایس دغا واتنا وتھ ہیکا

بہ تو ہی ہتھ خودایس منگان چھس دعا — خودایا تڑ کر پوڑ سون مدعا

چھ اسی مبند ناوان تڑ کر یاوری — سو وتھ ہاویتھ منز چھنے سانی بہتری

ژہ داہ رہتھ بسر کری و جنگس اندر — وچھو رنج و تکلیف و و تو ضرر

نہ ژو دو میسر برابر خوراکھ — نہ ساماں وافر نہ سالم پوشاکھ

خودایس مگر شکر ژو ز کران — بچو ویز تھ و آبرو جسم و جان

یہ کنیز ہا سپن حال بالو نبر — ہندوستان و پاکستانس اندر

یہ ادس تیزہان گو ژھ نہ سپن سہال — گژھن سانی بلبل تہ گل پائمال

ووݨ تو ہی التجا میون تھاوو قبول — کرِ دیاد ہمتھ مہ روزو ملول

بَرِ و شوق وَقتس کرُِ و انتظار          پھولن پوش باغس تہٕ بییہ بییہ بہار
سَپُن جنگِ کشمیر فلحال بَند          سیٹھا جان گو سارِ وے کوٗر پسند
دوٚہ شوے دُری کرَان پانہٕ وٲنی کارزار          مرَان آسی راتَس دوٚہ ہَس بے شُمار
کرُِن قتلِ انسان موقوف گوٚ          ٹکن بیٹھ آمیتک جان تاثیر پیوٚ
مگر وارِ بوٗزِ و تھوِ وارِ یاد          یہ گو عارضی صلح بے اعتماد
اندونیشیہ یکی حال چھونا وُچھان          فلسطین وُچھتھ کونہٕ چھو تُہی ہیچھان
پتھے پاٹھی تہٕ عارضی صلح گو          دو بارِ تَمن بییہ لڑُن جنگ پیوٚ

## مقابلے مشکلاتھ

دٲیم کتھ تہٕ بوٗزِ و ونو دموٚ مختصر          چھ اَسی وُنکنس مشکلاتن اَندر
خوٚراکچ تہٕ بییہ کارِ بارِچ کمی          اَتی زنگہٕ مُلکس سپنی برہمی
چھ یِم مُلک جنگس لگان زیادٕ کال          یتھے پاٹھی سپنان چھ تِم پایمال

یتِم جنگِ جرمن اُنو دَر نظر　　وُچھو "لندنس" ووت کوٗتاہ ضرر

چھُہ تَتہِ زر تہِ نایاب نان وَنمکھ　　کھنس کیوت نہ میلان تمن ٹھوٗلا کھ

کرِتھ پارسل آسی سوزان چاے　　تِم انگریز۔ تمہِ وقتہٕ یمِ یور آے

جنگن گیوٗ رُت اوس کشمیر سون　　گرٕ ژھان فیل اَتہِ اوس تدبیر سون

تکَن ووت تکلیف بےِ انتہا　　یہِ اوس قدرتی امر کرِ ہو تہِ کیا

یہِ اوس یٔرہان راحتھا یور گوژھ　　یہِ تکلیف عامس گرٕ ژھن دوٗر گوژھ

فراہم کرِتھ دورِ بیٹھٕ اون خوراکھ　　بزازی منگہِ ناوتھو مُہیا پوشاکھ

غریبَن تہِ پانٔسکی مدتھ گے کران　　سہٹھا روٗدی مسکین فنڈ با گران

اگر توہہِ گرٕ ژھان چھُو نہٕ تکلیف دوٗر　　چھُہ وقتک اَثر سون چھُہنہٕ کانہہٕ قصوٗر

شکایتھ کران کیاز چھِو دوہ تہٕ راتھ　　خدائیس ڈُنو دوٗر کرِ مُشکلاتھ

اگر سانی چھِو نو کتہٕ چینی کران　　بناحق یَنہٕ وَق چھِو راوِ ران

بہٕ بانان چھُس اُسی تہِ چھِنہِ بے قصوٗر　　کرَان آسہٕ ویٔہ اسی تہِ غلطی ضروٗر

مگر کوٚنہٕ انصافہٕ سان چھو وچھان — کمن مشکلاتن اندر اسی لگان

دوٚہ وٚن ساری منسٹر بنتھ ماہِکن — ملازم تمام لوکھ کتھ کنہٕ بنن

چھِنے گرِدالس اندر ریران ساٲنی ناو — تلان آب لمبکھ تہٕ بتھِ تند واو

ژٕلن وۄنہٕ نکنس کرٕ چھِ مردانگی — چھِنے بے غٲرتی، بزدلی، کاہلی

کڈون ناو طوٗفانہٕ منٛز اسی نبر — چھُ محکم یقین ہمتک گوٚنڈ کمر

بُٹھس ییٹھ بہتھ ساٲنی کینہٕ میٚہربان — کران نوٚکتہٕ چینی تماشا وچھان

اگر چھکھ جگر غٲرتھ آدی تن — وٚسِتھ ژھانٛٹِ ییتھ ناو بچراوی تن

تمن چھس نہ اتھِ واس کرِتس تیار — یکن برونٛٹھ ہاوُن پنُن گاٹہٕ جار

نہ ہمتھ، نہ غٲرتھ نہ محکم یقین — چھ دہ گار توہی یمے نوکتہ چین

یمِن نش سیٹھا دوٗر روزن چھ جان — یکن منٛز چھ وسواس پادا کران

## کشمیر بہٕ لگاہ حلیفان

وطن سون کشمیر جنتھ نظیر — سیٹھا خوبصورتھ سیٹھا دلپذیر

یہ خوبصورتی اَسہِ چھُہ دِوان اِذا — ٹکن تتنہِ لاوان تیٚتیک رَت فِضا

یَژھان پَرتھ خوٚکوٚمتھ چھہ شام وسحر — یہ کٔشیٖرِ اَنہِ ہون قیبفس اَندَر

مگر کاشرِن چھُنہٕ اَمیُک کانہہ خیال — چھہ یم مست روزِتھ علی کُلِ حال

چھہِ کینہہ موٚکھ تقسیم گٔنزران جان — ریاستھ چھہِ تَم باگراوِنی یژھان

یہ تجویز ناقص سیٹھاہ ناروا — کَرِنٕ ٹکرِ پنہٕ نِس گرَس چھارَوا

گَرِشھَن یور گرِتھِ تورسوٚنے وٚطَن — مگر بد چھُہ اتھ چھلہٕ یوٚ دوَے گَرِشھَن

اگر مُلک تقسیم گرِتھِ سو بسو — سپنہٕ ختم سون عزت وآبرو

وُچھِو برونٹھٕ کَم کَم چھہ اَسہِ مُشکلاتھ — یموٚ مُشکلوٚ نِش لیوٚ تیٚلی نجات

کُنےٚ اتفاق آسہِ اَسہِ پانہ وٲنز — بہر وقت مضبوٗط کتھ آسہِ سانٛز

مٮ۪نے وَدٕ کٕھ لاے بے وایہ سوہ دَرس اَندَر — یقین چھُم مٮ۪نے پتہٕ توٚہی دِسو سربسر

سَمِتھ اَسی نچاودن قومٕچ یہ ناو — وون حُبِّ وطن ہاوُنک وکھآد

یوٚتامتھ مساوات یتہِ گرِتھِ نہٕ پوٗر — تمیز لوٗک بوٚڈٕ آسنکھ گرِتھِ نہٕ دوٗر

غرٖیبن چھہ سختی اَمیرَن غرور | اَمیرن چھہ شاہی غریبَن چھہ سور
وطن سون آباد سَپنِ نہ راتھہ | یوٗتام تھہ نہ ہیوٗ گژھِ سفید و سیاہ
گنڈِتھ تھاوی چکدار سرمایہ دار | جفاکار گرِ ختم جاگیردار
سیٹھا لوٗکھ نیتِ اَسی باکروفر | حوکوٗمتھ چلاوان بیٚہنِ بے خطر
تہند پنجہِ ظُلمُک گنڈِتھ وارِ تھوو | سو پرآئی ظلمہ کرتَل تہ پھٹراوِ نوو
یمَن پیٹھہ چھہ وَکھین حوکوٗمتھ کران | نیٚر بٹہ غنی ڈار، ستار چھان
یمَن ظالمَن گو سیٹھا ناگوار | چھہ ناراض اَسہِ نِش دِلَس چھکھ یہ خار
یمَن رود، دولتھ حوکوٗمتھ زٕمین | یمے سآئی دشمن بنیٚیاے نوکتہ چین
یمے لوٗکھ لاگان چھہ مکرُک لِباس | بیٚین وہمہ تراوان ونان ناس ناس
چھنے تو یہ بڑونٹھ کنہ سآئی جولاں گری | مصیبتہ تلان رٕودی ارداہ وٕری
... عٓ ... فِضا کروٗ تیار | موٗزوٗر سٕن بنیٚو حکم نیتہ یختیار
چھہ بییہ طرفہ یم سآئی دشمن لوان | تمَن ساد لوٗکن چھہ ڈآلتھ نوان

---

عٓ یم لفظ چھنہ ون تھان۔

کٲژن یام دیدارِ موٗے نبیؐ — ژہ تَس ہیوٚس بنیہٕ خلق و خوٗے نبیؐ

زِیارتھ کٔرِتھ دٲراو یامَتھ نَبَر — ہُرٕ لۆتُمت وٕچھن لول لۆکن اَندر

مُکَونارٕ دِتی نارَ یِمے زِندٕ باد — وُنِکھ شیرِ کشمیر پایندٕ باد

دُوُنِکھ شیخ صاحبَن ونو وٕکینہٕ سوٚخَن — یہِ کینژا وَنوٕ تَتھ تھٕوِو وارٕ کَن

## آغازِ سخن

بہٕ بایَن بێنِن دوستن چھس ونان — تُہنٛد لول چھُم دۆرِ بیٛٹھ یۆت اَنان

گرٕ تھو جمع یتھ جایہِ اَسہِ واتہِ پاس — یۆہے آرزو ہیتھ بہٕ دوران آس

یہِ اَسہِ سارِنے کێژ چھنے جاے نجاتھ — چھُ نێتہٕ جلوہ یمے سرورِ کائناتؐ

چھِ بدلان حالاتھ مُلکِ جہان — سٮ۪ٹھا تیز اِنسان چھُ حاران گژھان

وُچھِتھ دُنیہک روٗتہٕ بنیہٕ انقلاب — پٔرِتھ عالمکہِ انقلابچ کتاب

کٔرِتھ غور اَتھ بیٛٹھ بنیو پۆختہٕ کار — کٔرِو تۆہی تہٕ اَکھ رٕژ و تھا یختیار

پَنڈاہ دوہ گرٔھتھ دوہ ذِکرن نِیاکھ دور | بچاوکو نسلک موہ تبرن ووہ یں لور
مگر پانہٕ واآی ذوار تھاو وِ خیال | منٛے پتہٕ ییتھنہ توہہ سپنہٕ ترٔھ ہِشمال
بنی اوس موسیٰ علیہ السلام | سہ سپنان اوس باخوہ داہم کلام
دوہ ہہ اکِہ گرِ ذرا وکھسہٕ کوٚہِ طوٗر | تٔماکپد قومَس پوٗرن وعظ پوٗر
منٛے پتہٕ ییتھنہ پانَس خرٰابی یِزھوِ | پھر لوٗ ییتھ یہٕ شیطان گمرٔہ گرٔھو
دوٗیِس تورٕ قومَن ژٕ خوش تھاودِل | چھُ ایمان محکم تہٕ دِل مُستقل
خوشی سان موسیٰؑ بنی گو پکان | سہ کھوت کوٚہہ طوٗرَس سیٹھاشوقہٕ سان
دوان آو شیطان صفتھ سامری | کوٚرن گرٕم بازارِ بازی گری
وُچھتھ لوکھ مشتاق بے حد سپنہٕ | موٚٹھکھ دِین موٗسیٰؑ تہٕ موٚزند سپنہٕ
ییتھے پاٹھی ینہٕ توہہ ییتوٗ سامریٗ | مشو عہد و پیماین گرھیوا بتٔری
چھِ اٰسی ذٔ نکنٔس مشکلن منز پیمتی | بہرٔ رنگ عاران پریشان گمتی
یہٕ توہہ حالِ دل سربسر باوِ ہا | دَپان چھس رَنٛن سپنہٕ مُترا وِ ہا

یہ چھُس یَژھہِ تے پژھہِ تو یہ کُن ونان | یہ اَتھ عہد و قولس گواہ چھُس انان
گواہ چھُم خوداے زبان و زمین | دوٚیم مُصطفیٰ سرورِ پاک دین
یقینَن بنِتھ پوٗرٕ ایمان دار | یہ کرِ تہندِ خاطرٕ سوٚ وَتھ اختیار
سوٚ وَتھ یتھ اندر روزِ عزتہٕ تہٕ شان | سوٚ وَتھ کٲشرِن آسہِ بہترٕ تہٕ جان
یہ کرِ وقتہٕ ثابتھ یہ کیا چھُس یژھان | وُچھِتھ حال میانس دِلس کیا گژھان
منے گژھہِ پوٗرٕ آسن تہندِ اعتماد | تمی سٕتی یہ تہٕ روزِ خوشدِل تہٕ شاد
چھُ دربارِ نبویؐ مقدس مُقام | یوٚتے آس حاضر یہ اَدنا غلام
نوبرٕ دیِن چھُ تتھ عہد و قولس ضرورُر | دربرٕ سینہٕ گژھہِ عہد و پیمان پوٗر
چھُ سے عہد و پیمان ژٕرہٕ تَس وارٕ پاو | ازی کہٕ برٕ دنتھ ارداہ وُری کرنہٕ آو[1]
یہ اوس مُلک آزاد کرنُکھ جہاد | تمی وُری یہ کوٚر کٲشرو اتحاد
سپُن وَعدٕ از فضلِ ربِ قدیرٕ[2] | بہ صحنِ جناب اُمیر کبیر
دُلو تو یہِ ژھُکھ سون مختارِ کار | ژٕ روزِ مُستقل پاٹھی سون ذمہٕ دار

---

[1] یہ وعدٕ آو جون ۱۹۳۱ء منز خانقاہِ معلیٰ کس عظیم اجتماعس منز کرنہٕ یتھ منز مولوی محمد یوسف شاہ، مولوی احمد اللہ ہمدانی، سعدالدین شال بتہٕ بزرگ شامل آسی (ڈینگ اسہ)۔ تمی جلسس منز کوٚر عبدالقادرن پُرجوش تقریر یتھ پٹھ تس بغاوتُک مقدمہ چلنوو تہٕ ۱۳ جولائی ہیوٚند حادثہٕ آو پیش

[2] اتھ جایہ چھُ رب قدیرٕ چہ ترکیب منز ہیوٚ رہابن عجب معنی پٲدٕ کورمت۔ (مرتب)

ژکنہِ مجلس مَنز ملازم مہ روز    پَنُنی زندگی وَقف کرسون یوز

یہ فورمان تُہند منّے تہِ منظور کوّر    پُرِ تھ کلمہِ حلف وفا پُور کوّر

یَتھے پاٹھی توہہ کوّرِ حلف وفا    ژِنے چھی اُسی وفادار شام وصبا

یہ درگاہ چھنّے دربارِ شاہِ عربؐ    بہر وقت جاری چھہ یَتہِ فیضِ رب

یہ یَتھ جایہِ حاضر گژھتھ چھس ونان    سہ پرُدن وادِ توہہ بُرونٹھ کُن چھس انان

اگر چھِو وفادار بنیہِ تی وُنِو    دِلو تھ نُوہر بنیہ منّے باور اُنِو

نکو نارِ دِتی نارِ ہاسے ضنوّر وُر    چھُہ سے وادِ ثابِتھ قدم اُسی چھِہ پوُر

دوِیکھ شیخ صابن کروا عتبار    تِتھے پاٹھی چھِو وارِ میون برقرار

پُرِ وکلی مہ تصدیق وادس کرِو    خو دارحم کری تو تہ اَتھ پیٹھ ڈرِو

یہ بوزِ تھ نکو سارِ دِسے کُلی مہ پوُر    یَنُن عہد و پیمان تمو یاد کوّر

دوِیکھ شیخ صابن سیٹھا گو یہ جان    ........ چھُہ حکم قرآن[1]

نکو مَنز یمو حلف کوّر شوقہ سان    تِمن اَتھ یَنُن تھوّد بہ کرِ اطمینان

---

[1] یم لفظ آسے نہ پرنہ

ہُکو نارِ دِتی نارسے زندہٕ باد   دوٗیکھ شیرِ کشیر پاینِدہٕ باد

لُچھوٚ پاٹھۍ یِم آسی تتہٕ خاص و عام   زٕنکی اَتھہٕ پننی تھوٚوٗد سبٹھاکال تام

دوٗیکھ شیخ صابن تھوٚوٗ وارِ دیان   خطرناکھ منزل چھُ یتھ اَسہٕ یِوان

چھِنے دُشوار وتھ کھوٚر چھُ سوٗ لِخچھ تلُن   یکُن سیٚخ طوٗفانہٕ منٛزی برٛونٛہہ ژُھٹُن

بلاسکھ چھُ تکلیف تہٕ ہیٚبہ بےٚ شُمار   نہ کانٛہہ چیز میلان نہ کانٛہہ کار بار

گوٗمُت کیٚر نابوٗد نایاب تیل   پریشان گرٕہٕ ہیٚنٛز یِہےٚ بُڈ دُلیل

چھِ یِم چیز مشر اوی مٕتی مشکلو   چھُ مشکل سفر پیش اُسی کوٚنٛت پلوَ

ہیٚیو کام صبرس کرِو انتظار   چھِ یِم عارضی چیز ناپایدار

کرِو لوٚر اَتھہٕ واس گُنٛڈِو کمر   یہِ و سواس ترٛاوِو بنِو شیر نر

یِران ناو تو ہیٚچ چھِنے سو درس اندر   بُٹھس کُن یہِ لاگیوٚن ژٕرٕ غم تہٕ ڈر

مُصیبتہٕ وُچھان گےٚ وِوِل ارداہ وٕری   کوٚر و صبر ثابتھ سینہٕ برتری

منےٚ ووٚمید چھِم اَز تہٕ توٚہی تی کرِو   کرِو صبر کر مشکلاتن ڈٕرو

اگر صبر وہمتھ کران برد ہنہ پکو | نہ ہتھی یار ترادِ ونہ کھوژو تھکو
---|---
بہ داواکرِ تھ زورِ سان چھس ناں | بہ کشمیر گژھہ زندہ تھدِ سون شان
کشیر زندہ تھوِ نام ہندوستان | یہے زندہ کرِ نام پاکستان
بہ مصروف چھس کامہِ چھم بے شمار | گرس منز بہتھ روزنس چھمہ وار
منے بنیہِ روزنس چھم نہ فرصتھ یوان | منے چھم دلہِ یا جومہ روزن یوان
بہ گاہ گاہ یمہ واتہ تو ہہ درمیان | کران روزہ حالاتھ تو ہہ نش بیان
اگر جنگ گو بند کم گو سہ گیوٗر | مگر گے وَنہ ساَنی مشکل تہ دوٗر
گرِ ژھن یوٗر آزاد مقصد چھہ سون | چھہ پتہ مسلہ رلہ نگ سہ اُسی حل کرونا
مسلمان ساری منگو از دعا | بدرگاہ باری کرِ و التجا

الاٰہی ژِ کر دوٗر ساَنی مشکلاتھ

الاٰہی ژِ آسہ ہاد راہِ نجاتھ

انکر

# نالۂ مہجوٗر

میرِ واعظ کشیر مولوی احمد اللہ صاۘب یِس کاشُری ٹاٹھنیارِ سان مولوی عمہ صاۘب وَنان آسی۔ گئے ۱۹۳۱ کِس اِبتدا ہس مَنز رحمتِ حق۔ تِمہِ وزِ دوٚتھ ساری یِہ کٔشیرِ مَنز ہوٗل بارٕ تہٕ وارِ یا ہوشآیر وینِکھی تِمَن ہٕندی مرثی مہجوٗرنی یِہ مرثی تہٕ چھےٚ امِی سانِکُھ یادگار یِہ چھےٚ ۱۳۴۹ھ مَنز مطبع کریمی پریس لاہور چھاپ گوٚمُت اکھ چھُ بِبیِہ لینِکھت۔

حسب فرمائش خواجہ غلام محمد صاحب بی اے محلہ کنہ کدل سرینگر۔ حال اسسٹنٹ ملبری کلچر ہندوارہ ڈویژن کشمیر۔

ملنے کا پتہ: پیر قمر الدین جنرل مرچنٹ ہری سنگھ ہائی سٹریٹ۔ سرینگر کشمیر۔

کیاسنا از کیا زِ خوٗنی چرخِ میناکار گوٗ
منٛدۍ نین گو شام مُلکس بنٛد کاروبار گو

آفتابس پھیر زردی زوٗنہٕ روٗٹ درسینہٕ داغ
آسماں از چشمِ انجم بر زٔمین خوٗنبار گوٗ

ماتمی پوشاکھ لاگتھ یاسمن کھوت از زمین
سوسنن ڈیت چاک جامن تیتھ کھوتس بیار گوٗ

بُلبُلو تُل شورِ ماتم گُل ہر یاے از بادِ غم
ڈوٗٹھ زنٛ پیو پوشہٕ باغس رونقِ گُلزار گو

آہ وزآری اشکباری مردوزن ساری کران
شورِ داویلا کنن از کوچہٕ و بازار گوٗ

آہ صد افسوس! مہرِ آسمانِ علمِ دین
رٔوداوٗ برس ژھایہٕ رٔوشتھ عالمس دِتھ نار گوٗ

کڑیکھ گۓ از آسمان! اے شور بختانِ زماں
اَز جُدا توہ ہرَنَش تہُنڈ ہمدرد پہ غمخار گوَ

صدرِ بزم نصرۃ الاسلام شاہِ ملکِ دین
قوّتِ بازوے مُسلم، سیّد الاحرار گوَ

مصدرِ صدق و صفا، سرچشمۂ حلم و وفا!
سرگروہ اہلِ عرفان، مخزنِ اَسرار گوَ

آبروئے مِلّتِ بیضا، مہِ چرخِ ہُدا
حامئ علم و صداقت، زینتِ دستار گوَ

قمرے باغِ شریعت، عندلیبِ خوش کلام
خادمِ اسلام، توحیدک عَلَم بَردار گوَ

کاشریں ہُنڈ سایہ سَر، مشکلاتِ ہنر سپیرَ
بے زبان ویلے سلح خوجک سپاہ سالار گوَ

شیخ شبلیؒ بایزیدِ وقت جُنیّدِ زماں
سون مولانا ے رومیؒ ثانئ عطار گوَ

واعظِ شیریں زبان، شکردہان جادو بیان
بُلبُلِ باغِ نبیؐ، طوطئ خوش گفتار گوَ

میر واعظؔ احمد اللہؔ جانبِ حق رہنما
مظہرِ فیضِ آلٰہی مطلعِ الانوار گوٚ!

آس ازجلد برِ پیغامِ دِلدارِ ازل
شوقہٕ وصلکہٕ خورم وخنداں صبارفتار گوٚ

بیگماں قومک نگہباں اوس برجاے رسولؔ[1]
جاے تہٕ تھاپیوٚ کھٹیار سٕ نیشہٕ یارِ غار گوٚ

کیا چھُنا افسوس اندر عہدِ آغازِ بہار
تَشنہٕ تھاوِتھ یتھ زمینس ابرِگوہربار گوٚ

پُرخطر وَتھ دور منزِل کاروان بےزادِ راہ
قافلس درخواب تھاوِتھ کاروان سالار گوٚ

دوہ کھ چھُہ روٚزمت خاص وعاموشہرگامو جاںجا
عیش وعشرت نیوٚکھ زن ازملک پیروں یار گو

ازفراقِ میر واعظؔ سینہٕ بریاں دِل کباب
خانہٕ صبر و تحمل سر بسر مسمار گوٚ

عاشقِ احمدؔ ودان برسرلدان خاکِ الم
کتھ سَنا کُن نعت خوانِ احمدِ مختارؐ گو

[1] مطلب مولوی رسول شاہ صاحب مرحوم

دۆرِ رَن کوٚر سوٚر بَدنَس رود آرام و قرار

لولہٕ نارن زآج ہَن ہَن زن بجھُستھ کُلمار گو

کوٚت سَنا گو غمزٕ دَن یتہٕ عآجزن ہُند غمگُسار

دِل فِگارن ژۆرِ دِل ہیتھ کوٚت سنا دِلدار گو

روےٚ زیبا ژھایہ تھاوِتھ پایہٕ ٹھدی روٚٹ کیا ملال

ہاے! یُتھ دُرٚ ژٕیس راوُن سپٕھا دَشوار گوٚ

مون کراسہِ اَمر تمُی سُند زون کرزانہٕ نیک و بَد

رُۆدی نا فرمان تُوَے مااسہِ نَشِس بیزار گوٚ

وآنسہٕ پیٹہٕ نے کانسہِ ہُند دِل کرِ کوٚزن او زُرِ دِ زانہٕ

وَقتِ آخر واتہٕ نآوِ کھ دۆرِ رَل آزار گو

سوگ ہیتھ ہندو مسلمان مرد و زن پیر و جوان

دامِ غم از بخیرِ ماتم!! سبحہ و زنّار گوٚ

وقتِ رِحلت ہتھ دوس دارن مؤمنن سوٗزن سلام

جانبِ مُلکِ بقا! قومکے یہ خدمتھ گار گو

بَس یُتے مہجورِ شرحِ داستانِ درد و غم

آہ و نالکہ شورِ شر تا گنبدِ دوّار گو

# گرلز سکول

آو صُبحک واو توشاَن خوشِ خبر ہیتھ بُلبُلن

عِلمہِ کِس باغس بہار آو پوشہِ تھر سارے پھولن

پوشہِ وارِن پھیرِ سبزی نیرِ سورسے آمہ تاو

ہوشہِ ڈولمت سونبلس بیمار گاہتی دِل بُلن

درس گاہ علمکُ یہ گر خوش یوَن باغاہ چھُ جان

کھتہِ ین بیتہِ پوشہِ ٹورِن گاشِ ییہ یُنبر زکن

ہیہ پوشکی پاٹھی کنڈ پور وس باغ چھاوَن دوہ تہ رات

گاٹہ جارک سو رمہ لاگن ہاشرمہ ہند پوڈر ملن

واوِ صُبحک، مدرسک اُستاد دوہ وے کارگر

واوِ تھوو لہ ناوان گُلن، اُستاد پھوو لہ ناوان دِلن

سانہِ مُلکک کور مدرسہ زن پری ستانک سکول

شوقہ سان وینہ وان زن یمہ وگنہ منز آر بُلن

آسمانَس زۄنہِ نکھہٕ تل کرٕژ بُلہٕ ترٲوان گاہ

مدرسَس مَنٛز کورِ بولان ہارٕ زن پیٹھہ رآیِن

کر دُعا مہجۆرِ یتہٕ وَتھٕ پھولہٕ وُن روزن یہِ باغ

باغواں روزن سلامت تازٕ پوشن گُلن [1]

---

[1] یم شار چھِ ماہنامہ "تعمیر" سرینگرکس مہجورنمبرس مَنٛز شایع سپدۍمتۍ یس اپریل ۱۹۵۸ء منٛز شایع گو۔ البتہ چھِ نوم کینٛہہ شار شایع گرٛژھنے روٗدۍمتۍ۔

شامہٕ ژھایے شامہٕ سۄندرٕ باغ چھاونہٕ ین ضوزۄر

شُلہِ گرژھن ترآوِتھ چسن گُل آفتابس برٛونٛہہ ژلن

پوشہٕ لنجن آوِ جن کم لو لہِ للہٕ وَان باغوان

اَنفتُکرس باگراوان مَس چھ چاوان مَسوَلن

# علاقہ چھراٹ[1]

مُلکِ کشمیرس اَندر تھوٗد شان کیاہ تھاوان چھراٹ

دُنیاہس اَندر چھُ جنت یاد آسہ پاوان چھراٹ

خوش یِہ وَن آب و ہوا بخشن چھُ موردَن زِندگی

زندگی ہَند راز باوان نِندرِ وُزناوان چھراٹ

خُلق خوش، میہماں نوازی، خوش تمیزی، خوشدِلی

رُت بکِن انسانیت لُکن چھُ ہیچھناوان چھراٹ

یم صِفت ساری شوبان اَس مگر اکھ عاب چھُس

عُلمہٕ کِس دربارس اَندر ناومنٕد چھاوان چھراٹ

عُلمہٕ کِس باغس چھُ وقتس ہیٚتھ پھولان گُل بے شمار

اَڈ پھولہِ نے پوشہ ٹوٗرِ ہن بر کر ناوان چھراٹ

---

[1] چھراٹ پرگنہ۔ پلوامس تہ شوپئین منز باگ۔ اتھی پرگنس منز چھ بوڈ دراجپورا تہ واقع۔ ہجور شند ٹوٹہ یار خواجہ اکبر ڈار اوس امی پرگنہ کس اکس گام ذربہ گامس منز زوزان۔ ہجورس آسہ اکہ ساری یہ پرگنس منز خشی تہ دوستی۔ امہ علاقکی خوجہ جرامس پننہ نفاست پسندی، زیرکی تہ نوزک مزاجی خاطر مشہور۔

دۄرٕ جایوٕ از ایوان استاد چھِ ہاوان ژٕ یِیہٕ وتھ
اَزی کہِ بٔرزنٔہ اوس دۄرِکین ژٔرکال وتھ ہاوان چھراٹ
یِم پیٚتھرِ کمزور آس ہٕتم عِلمہٕ سیتی کھٔتی آسمان
غفلتچہِ نجہٕ لیفہِ تَل یِنہٕ نین نچھن ساوان چھراٹ

(ناتمام)

# قطعاتِ تاریخِ وفات

## محمود شہری

کأشرِ کوٚستوٗر محموٗد شہری ۔۔۔ کأشرِ گیوٚنگ پوٗر اُستاد

ارمان اَسہٕ تھوٚو تٔمی تِرہ ؤہری ۔۔۔ گُلِ دوٚپہہ اوس سٕلہٕ آسن ناد

کأشرِ سازن ؤٔدن ڈٔہری ڈٔہری ۔۔۔ کأشرِ یا آٹھی اَسہٕ بوٗز تآریخ

ژالٹھ مہجوٗرن محموٗد شہری ۔۔۔ بس یی سنہٕ تھاو ہجری یاد

۱۳۵۶ھ (۱۹۳۷ء)

محموٗد شہری اوس کأشرٕک اکھ شاندار گلوکار تٔمی سٕندی مینٹھی ہٹی کوٚر مہجوٗرن کلام عوامس تام واتناوٕنس تہٕ مقبوٗل بناونس منٛز سٹھاہ مَدَد۔ تٔمی سٕندی گیوٚوِمتی گراموفون ریکارڈ چھہ ازتہٕ موجوٗد۔

## عبدالاحد آزاد

کأشرِ ہند علمہٕ ادبک باغ از برباد گو
باغ ؤچھنے حسرتاہ ہیتھ باغہٕ وول شدآد گو

سرفدا کوٚر باغوانن ژٔرا وا دٕسالِ وفات
بولہٕ ؤن زَن بلبلاہ تراٚوِتھ چمن آزاد گو

۱۳۶۵ + ۲ = ۱۳۶۷ھ
(۱۹۴۸ء)

## علّامہ اقبال

آہ اقبال! آفتابِ آسمانِ شاعری

۱۳۵۷ھ

وزیرِ اعظم جموّں وکشمیر شیخ محمد عبداللہ ہن سٕہ مندرجہ ذیل ماتمی پآغام مہجور صآبنِس فرزندس جُمہٕ پیٹھ سیٖتھے تمو مہجورٕ صآبنہٕ گذرِنچ خبر بوٗزِ ـــــــ (ڈینگ)

IBNI MEHJOOR PULWAMA (KMR.)

EXTREMLY GRIEVED TO LEARN DEATH OF MEHJOOR SAHEB. IN HIM COUNTRY HAS LOST A GREAT POET AND PATRIOT WHO CONTRIBUTED MUCH TO REAWAKENING OF PEOPLE. HE IS NO MORE HIS SONGS WILL LIVE TO URGE HIS PEOPLE TO GREATER MATERIAL AND SPRITUAL HEIGHTS

MY HEARTFELT CONDOLENCES TO HIS FAMILY.

SHEIKH MOHAMMED ABDULLAH

ترجمہ ہ ابن مہجورؔ - پلوامہ کشمیر
مہجور صآبنہ گذرِنچ خبر بوٗزِتھ گوٚس سیٹھاہ غمگین - ملکس چھُ اکھ عظیم شاعر تہٕ وطن دوست ژٕھینہ گومت - یمی لوٗکھ وُزناوِنس منٛز وارِیاہ حِصہ ادا کوٗر - سُہ چھُنہ وۄنۍ موجوٗد مگر تٔمۍ سٕندۍ باتھ دِن تٔمۍ سٕندین ہموطنن زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مادی تہٕ روحانی تھزرِ پرٛاونُک وُتش - بہٕ چھُس تٔمۍ سٕندِس ٹبرس دِلی تعزیت سوزان -

## ماسٹر زندہ کول

# کاہ پوش

۱۸، اپریل ۱۹۵۲ء سَیدٕ مہجورٕ سٕندِس مزارس پیٹھ رسمِ فاتحہ خوانی۔ اتھ موقس پیٹھ ٲسۍ کٲشرۍ واری یاہو بڈۍ شاعرَو مرثی۔ تِمن منٛز اوس بُزرگ شاعر ماسٹر زندٕ کول تہِ شٲمِل۔ یَتھ کِھو یاتَس منٛز چھہ ماسٹر جی سٕندِ یہِ مرثی تبرکہٕ خٲطرٕ درج کرنہٕ یوان۔ اتھ منٛز چھہ مہجورٕنٛ قطعہٕ تاریخِ وفات تہِ۔

(مُرتّب)

---

پوشہِ مَتی پرواز فرمووو وقتہِ کار

پوش نٔوی ہیتھ یام ووٗتھ آیو وبہار

اُسی دَپان اَسِس وُچھکھ ووٗتھ نوٗ کشیرؔ [1]

اَتھ گلستانس پزِن بے ہو ہزار

---

[1] نیا کشمیر

پھُے قلم مۆدریرٕ بۄزمت نیشکرَ

پوٚشس نوٚ لنز نالہٕ چھی نغمَس نِشار

آفتابُک یوت پمپوشَے ڈٔلَس

کأشرِسٚ[1] پیٹھ چانہِ احسانُک چھُ بار

پوٚشہٕ اَسہِ یژ کال چھانے نَعرٕ مستی

زِندٕ گُے مۆہتی تہٕ نیندرے ہتی ہُشار

حأفظن دۄپ "سو رگہٕ نِش بہتر وطن[2]"

پوٚشہِ واری توش "سو رگَس دَپ ژٕ پژار"

پوٚشہِ ہے کاںس تہِ شاید لول سون

وائے! آزادٕ نی کٔشِش گیہٕ زور دار[3]

---

[1] کشمیری زبان

[2] بدہ ساقی مئے باقی کہ در جنّت نخواہی یافت
کِنارِ آبِ رکنا باد و گلگشتِ مصلیٰ را
(حافظ)

[3] عبدالاحد آزاد

پوش اُذٕ مَس نذٕر ژر تھ شار ـــــس اَندَر
از کرَن گُلپوشـــس مہجُورُن مـــَـزار
پوشہِ موّت مہجور گو وآصـــِــل بحق
ہاے! کشیرک سخندان! "کرشُمار"

۱۶-۵۹۰-۷۶۵ ۱۳۷۱ ھ

---

# ویتھ

ویتھے کوت چھکھ گرزھان خاموش

بہ لاگے پوش دامانس

پکان آہستہ گاہ ڈولاڈولی — پری زن سرو کلیۂ تلی

کھہے ننی یا ٹھی کہہ روپوش — بہ لاگے پوش داماں

ولشو ژرھ آب کوثر ہتھ — پکان اسی لولہ کے مس چہتھ

دوان ژینے کُن گمژ نہ ہوش — بہ لاگے پوش داماں

دلو منز دوتھ گرِ زان رنگ آر — نہ تراوان شمہ نہ تھاوان تار

ژنے نش وأتھ گرزھان بے ہوش

بہ لاگے پوش داماں

---

نظم ہندی ییم کینہہ بند ے چھ ہاوان زِ ہرگاہ یہ مکمل گژھ ہے۔ یہ کأتاہ زبر نظم آسہ ہے۔ باسان چھ زِ مہجورس ادس سٹھاہ زیٹھ نظم لیکھنک ارادِ تہ کیاز اُتھی کاغذس پیٹھ چھ ویتھ ہندین یمن لگن بنجن بیستر ہندی ناو تہ لیکھتھ

روہمش ۔ رنگ آر ۔ دہشو ۔ برنگی ۔ لیدر ۔ سند ۔ پہرو ۔ ننگل

سو کھ ناگ ۔ کوکرناگ ۔ چھٹکول ۔ تالری

ئے ولشو چھ کونسر (کوثر) ناگہ نیران (ٹینگ)

# گاندھی جی

بلاشکھ یتھ زمانس منز چھُ تھوٚد اِنسان گاندھی جی

چھُ عالی شان گاندھی جی، سیاستدان گاندھی جی

بَران کمزور سینن منز نوٚوٕے شوراہ نوٚوٕے زوراہ

خیالن منز کران پیدا نوٚوٕے طوٗفان گاندھی جی

بظاہر زِندٕ ییکن زندگی نِشس بے خبر ساری

بنِتھ انسان روزُن زِندٕ ہیٚچھناوان گاندھی جی

چھُنے کانہہ طاقتاہ پوٚشیدٕ اَکھ کمزور جسمس منز

سلح سامانہ والین کیشا زِ لرزاوان گاندھی جی

تُلان تجرٕ س اَندر سختی تکن آرام دِنہ بایتھ

یِمن آرام وآسائشِ کران قوربان گاندھی جی



—— یم ژورمصرع چھ اُکس پُرزَس پیٹھ لیکھتھ مِیجوزِ صاٰنِہ اَتھِ۔ شایَد آو نہٕ تمن یہِ غزل پوٗرٕ کرنُک موقہٕ

فُری یاد شورِ بُلبُل　　بے ہوٗ دٕ گرژھنہٕ بلکُل

بے پَرٕ دٕ ڈیشہٕ ہَن گُل　　کرانتظار ساتھاہ

---

—— بیٚکِس پُرزَس پیٹھ چھ لوم ژور بند تِہنْدِ بے دستخطس منز

کیاہ بالہٕ یار ییہ نا عارزا ئہٕ　　کرِ نا قرار ساتھاہ

ہرٕدَس چھ پوٚختہٕ کاٗری　　چھس پوٚختہٕ رنگ ساٗری

پوشن دِوان چھُ درشُن　　ژلہٕ وُن بہار ساتھاہ

اَچھِ پوشہٕ وُچھ ژلاس　　گیلان چھُکھاہ گلاس

اَتی روز لالہٕ تیرن　　ژٕ تہٕ دار سینہ ساتھاہ

فُری یاد شورِ بُلبُل

بے ہو دٕ گرژھنہٕ بلکُل

بے پر دٕ ڈیشہٕ ہَن گُل

کرانتظار ساتھاہ

# نظم

## (یوسہٕ ۱۹۰۶ سنہٕ منز انجمنِ نصرۃُ الاسلام کِس جلسس منز پرنہٕ آیہٕ)

(یہٕ نظم اوس محمدُالدین فوقؔ سندِس کشیری میگزینس منز تہٕ چھپیومُت یُس نہٕ ووٕنی بِٹان چھُ۔ اَمہٕ کِنہٕ چھُ یہٕ تقریبن غار مطبوعہٕ۔ یہٕ چھُ مہجورٕ سٕنزو اولین کاشرو نظمو منز تہٕ اَمہٕ کِنہٕ اَہم ۔مُرتب)

ذاتِ پاکن پادٕ کور آدم بخشنس عقل و ہوش
طاقتِ گفتار تہٕ علم و ادب کورُنس عطا

عٲلِم حاصل کرنہٕ سیتین یتھ گژھِس پیدا تمیز
جہد کرِ دٕر خیر و خوٲبی ترک کرِ جور و جفا

عٲلمہٕ کے ہتھیارہٕ سیتی کٔر ترقی عاقلو
عٲلمہٕ سیتی مغرِبکِ لُکھ مشرقس فرمانروا

گوٚکھے کالا فرنگکی لُکھ تہٕ کم عقل اس
علم اوسکھ نہٕ ذرا اکھ کام اسکھ کینہہ نہٕ سنا

اَتھ زمانس گوٚکھے کالا تہٕ وٕنی کٔن کٔر نظر
مرکزِ علم و ہنر یورپ سپُن پوشہٕ چھا

عٲلمہٕ سیتی کٔرکھ کم کم کار ہا اندر جہاں!
عٲلمہٕ سیتی ربعِ مسکونس سپنی فرماں روا

یورپین کٔن وُچھت سورے جہاں بیدار گو
عٲلمہٕ چی کوشش کٔرکھ غفلتھ کرکھ نہٕ اکھ ذرا

اَس باقی روٗدی متی یتھ کُن مسلمان عٲلمہٕ نش
تِہندِ خاطر آو سر سید سہ سپنکھ راہ نُما

حاضر یتھ جلسس اندر یم یم چھِ وُنی کین عہدہ دار
خاص پنجابی مسلمان مفخرِ ایں قومِ ما

یم چھِ تمی سے سید صاحبنہٕ عٲلمہٕ کے باغکی گلاب
آفرین صد آفرین برہمتش صد مرحبا

مولوی شاہ رسول اَسہٕ کاشرین ہُند راہبر
نیک سیرت میر واعظ مومنن ہُند پیشوا

سانہٕ بہبوٗدی ییٖہ باپتھ اُمی تہٕ کوٗر باغا تیار
یتھ کرٕن کأشُر ترقی تی چھُ اُمی سُند مُدعا

ہر گاہے وٗنی کیٚن تہٕ کأشری غفلتہٕ وسُستی کرٕن
پَس گژھن یژ خار وابتر وا دریغا حسرتا

چھُنہٕ مُمکِن میٚہر واعظ ییٖہ دُبارٕ دُنیاہَس
اے عزیز جانِ من وٗنی کیٚن تغافُل چھا رَوا

یُس یہٕ قومی دَرسگاہ ہا سانہٕ باپتھ گو تیار
یہٕ چھُ اکھ باغا ثمَردِہ یاوَر ہر دوسرا

یوٚد وَنے باغَس اَکِس لوٗکھ ییٚن وُچھنِس موج بہا
تھنٛدِ تمہٕ ژھَرٕ وُچھنہٕ ستیٚن تیتہٕ ہُریا کانٛہہ رونقا

تیٚلی ہُرِہ پَس رونق بِلاشک ییٚلہٕ تمہ لوٗکھ ییٚک قلم
آبپاشی تیتہٕ کرٕن رنگ دِن گُلیٚن بہرِ خُدا

اَز تیتھے کنہٕ جَلسہٕ وُچھنے اُسی مُسلمان جمع گے
سانہٕ ییٚمہٕ ژھَرٕ وُچھنہٕ ستیٚن مدرسس کیٚنژاہ ہُریا

تیٚلی ہُرِ پَس رونق بلاشک تیٚلی گژھِس زینتھ دوچند
ییٚلی کرٕن امداد ہارو ستی اَتھ اہلِ صفا!

اے برادر چند روز ایامِ عشرت ہا بود
نیست ایں عیش و بہار باغ وہاد ایا

در دِل ہمہ جوٗر شُد قومی محبت جوش زن
ورنہ شانِ ایں چنیں محفل کجا و من کجا!

## ۲۔ فرد

پھندر یازن وأجنس مدہ لأجنس زن زالہ گل

کرہٕ ڈلیشن حال باوس وارہاوس زخمِ دل

---

شاہ بآدی میٚر کیٚا زِاوس ژھاران قندہارٕ[1] پٕچ زوٗن

تس کونہٕ ژرتس اُس پیوان ژندہارٕ[2] پٕچ زوٗن

---

[1] ماہِ نخشب۔ نخشب کا وہ مصنوعی چاند جو فارسی اور اردو ادب کے علاوہ رسول میر کے اشعار میں بار بار آتا ہے (مہجور)

[2] حبہ خاتوٗن ییٚس اکہ رِوایتہ موٗجوٗب اصل ناو زوٗن اوس۔

# حَرفِ آخر

کُلیاتِ مہجورٕ ترتیب دِنَس لٔگ مےٚ لگ بگ زٕ وُری تہٕ سیٹھا مێحنَتھ ـــــ مےٚ اَسی مرحوم محمد امین ابنِ مہجورَس نِشہِ تہٕ واریا مولُو ماتھ حاصل کرٕ متی۔ تِم چھِنہٕ اَز یہِ کُلیاتِ وُچھنہٕ خاطرٕ موجوٗد۔ مگر بٕہ چھُس تہُند شُکرگُذار۔ بشیر اختر صابَن تہِ دُیت مےٚ مُسوَدن تَرتیب دِنَس واریا مَدد ـــــ محمد صدیق تہٕ محمد یوسف مسکین صابَو کٔر ژٕ کِسان خوشنویسی تہٕ میانٛی مێحنَتھ کھٲرٕکھ رَتھِ۔ بٕہ چھُس تِہُند تہِ مَمنوُن۔ موتی لال ساقین تہِ کٔر کێنہہ مَسوَدٕ فراہَم تہٕ اَمہِ واتہٕ تہُند شُکریہ تہٕ کرُن ٭

مُرتّب

